# کلیاتِ صمد میر

(ترمیم شدہ ایڈیشن)

ترتیب

موتی لال ساقی

جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

ناشِر :- سیکرٹری جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

مطبع :- جے، کے، آفیسٹ پرنٹرس۔ دہلی

خطاط :- شریف احمد

ناظِم طباعت :- بشیر اختر

گوڈنیک چھاپ :- ۱۹۷۳ء

دوٚیُم چھاپ :- ۱۹۸۲ء

موٗل :-

# گوڈُت

کأشِر شاعری منٛز چھہِ بکتی تہٕ تصوفچہٕ شاعری زبردست رنگ۔ اَکھ رنگ گوو یتھ پٮ۪ٹھ ایرانی
تصوفُک زیٹھ بابہٕ اسلامی تصوف تہٕ ہیٚوان ) یُس ہِنٛدِ اثر چھُ تہٕ بیاکھ سُہ یتھ پٮ۪ٹھ ویدانت
تہٕ ترکا و شٲرک گون سایہ موجود چھُ۔ صمد میرنِس دۄیمہِ لیکہِ ستۍ ہُم آواز مگر یہ چھُ
کٔھتہٕ ہنٛدٕ اکےٚ پاس۔ تصوفہٕ علاوٕ تہٕ چھےٚ تہِنزِ آوازِ منٛز نرمی۔ مُدرِیرتہٕ بےٚ شونکہ
شۆوبہٕ بورتی ہنٛدۍ نہرٕ تہٕ لوبہٕ وِزِ سۄ رتہٕ آیہ پیٚڑان زِ یہ چھُ نوزان ییٚنہٕ چَمن المارِ ین
منٛزٕ ییٚنزٕ جایہِ شیران۔ تہنٛدِ بایتھ سنٛزرتہٕ نرمی چھےٚ ییٚنہٕ پشِ جارِ باوٕ جذباکن فکری
وِتھارِ ستۍ مالامال تہٕ تۆے چھےٚ یہِ تکرار ہُنٛد ظٲہری یہ پہ پراوِتھ تہٕ اظہار حسین
سنہین تراین ہُنٛد بوروِہتراوِتھ ہیکان۔ یہ خاصیت چھےٚ تس اُزیکرس دورس منٛز تہٕ
اَکھ اہم تہٕ توجہس لایق شاعر بناوان۔ اکادمی چھےٚ تسنٛد سرِ ثولوٕ تہٕ کُلیاتھ پیش
کران۔ امہِ خاطرٕ ہیوانِ تہِنٛدۍ دۄن فرزندن غلام رسول میر تہٕ آسی ابن صمد میرس
نِش کاپی رایٹ تہٕ حاصل کرٕن تہٕ تمو دیت ژُہنہٕ مُٹراوِتھ یہ اجازت۔ یتھ کیاؤ تس
منٛز تہِنٛدِس مۄرشدِ سنٛدِس مۄرشد تہٕ بیٚیہِ تہِنٛدِس پیرِ بایہِ سُنٛد کلام یتھ چھاپس
امہِ غرضہٕ چھاپ کورمُت زِ امہ کہاہ روز اثر شۆہتہٕ۔ ہرگاہ یہ سٔنۍ تو یہ چھیٚن دۄنوے
ہیٚندِس کلامس صمد میرنِس کلامس ستۍ واریاہ ظٲہری تہٕ باطنی واٹھ تہٕ ہشر تہٕ۔

محمد یوسف ٹینگ

# دوٚیمہِ ایڈیشنُک دُسلابہٕ

کُلیاتِ صمد میرُک گوڈنیُک ایڈیشن گو کیٚنژَن وَرِین
مَنٛز ختم۔ وۄنۍ چھِ مُشتاق یِہ کِتاب ژھٔنٛڈنۍ گاران یتہِ کِنۍ اَچھ دٲدِ لدٕ
اَتھٕ ژھاران چھِ۔ یِہ چھُ اکادمی ہٕنٛزن اکثر کِتابَن ہُنٛد باش۔
گوڈٕ گوڈٕ اُس نہٕ یِمَن کُن کَلے تہٕ یِمہٕ آسہٕ گُدامَن مَنٛز ڈولان۔
مگر یتھے پتھے کٲشیرِ مَنٛز تٲلیمہٕ ہُنٛد نوٗر چھُ پھٲلان۔ لُکھ چھِ کِتابہٕ
وانَن نِشہِ تَنٛدُل لاگان۔ خوش قسمتی کِنۍ چھِ کٲشرِ زبٲنۍ تہٕ پننِس
حق بیٚنٛچہِ سُبیلہٕ پادٕ گٔژھ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ کٲشرِ ہُنٛد قومی احساس
وۄنۍ بےخبری ہِنٛدٕ وٕ اَنہِ گٹہٕ مَنٛز نیرتھ پرٛوٚ ترٛاوان۔ تِم چھِ
وۄنۍ کٲشر کِتابہٕ ژھاران تہٕ یِمَن وَرَق پھِران۔ نتیجہِ چھُ یِہ زِ
اکادمی ہِنٛزٕ کِتابہٕ چھےٚ کمیاب بنیمژٕ۔ سانہٕ ریاستیٚچ چھنہٕ کیٚنژہٕ اکھتے
چھِ بٲقی مُلکو پیٹھہٕ تہِ فرمایش یوان۔ تہٕ تِم تہِ چھِ یِمَن کِتابَن تالہِ

پیٹھ جلسے شیران۔

صمد میرنہٕ کلامُک موٗدُرمَس چھُ پرانہٕ شرا یکی پاٹھی دوہہ کھوتہٕ
دوہہ میٹھان تہٕ اَچھ تیٚتھ تیزان۔ اَوے کنی چھ تسٕندِس کلامَس
زیادٕ تھُر کھُرٕ مٕژ۔ اکادمی چھُ پننِس نوِس پبلی کیشن پرٛوگرامَس
سیتی سیتی پننہِ نِہن پرانین کتابن تہٕ نوِ سرٕ چھاپ کرنکی سنٛز
کوٚرمٕژ۔ نوٚو پبلی کیشن پروگرام چھُ اَوکنہِ جاری تھوٚون ضروٗری
تہٕ کیازِ پرٛتھ دوہہ چھُ اَسہِ کاشرِ زبانی ہُنٛد کانٛہہ نہٕ کانٛہہ لدٕ پھوٚل
یہِ وُنی زِ نہٕ الغابہ ہلمس منٛز پیوان۔ اَسی چھِ اَتھ پتھ دوان تہٕ
زرٕژھر اَدِتھ تھوٚنٛچ کوٗشش کران۔ مگر اَتھی سیتی سیتی چھُ پرانین
کتابن ہنٛدی نوی ایڈیشن کرٕنٛچ مجبوری۔ تہٕ کیازِ یمہٕ چھُ کاشرین
امتحانن منٛز نصاب بناونہٕ آمُت۔

یتھ ایڈیشنس چھُ بیاکھ تجربہ زِ یتھ منٛز چھِ ژوٚر کلامہٕ درٕج
ترتیب کار ساقی صاحبس چھ صمد میرنہٕ واریاہ نِگارشہٕ اَتھہ
آمٕژ۔ امہٕ حسابے بوزو تیلہٕ چھُ یتھ ایڈیشنس اَکس ساٚرٕ وار
کتابہِ ہُنٛد درجہ۔

محمد یوسف ٹینگ
(سیکرٹری)

سری نگر ۱۵، مارچ ۸۲ء

# ترتیب



# پٲری زان

صمد میرس بدرٕ وٕنن والین تہٕ حکم گُفُردِنہٕ والین چھینہٕ ازٕ ناوٕ تہٕ کانٛہہ ہیوان۔ مگر صمد میر چھُ زِندٕ۔ تمیٕ سُند کلامہٕ چھُ ازتہٕ کٲتیٛاہ تین زِلن سوکون تہٕ فرحت بخشان۔

پَژھے چھِنہٕ لِوان زِتس گُزریمتس گیاہ گیہ ساڑ تژواہ وُری یشایہٕ مأر ہٕنزٕ بالادرِ پیٹھ پرزادرٕ ولِتھ تہٕ گرلسی لُٹو پِ دِتھ میرزن چھُ وُنہٕ تہٕ بأتھ لوزناوان تہٕ عقیدتہٕ تہٕ عہٕ ستیٛ چھس ساری داد دِوان۔ یم تہٕ یمن کتھ فِکرِ تُر نہٕ تم تہٕ یمن سُینہٕ کتھ تہٕ بلہٕ چھینہٕ پیوان۔

میر سٕندس کلامس یوسہٕ مقبولیت حاصِل چھ تتھ برونٹھ کنہٕ چھُ وارِیہن نامدار شاعِرن ہنٛد کلامِ زن تہٕ زنگارِ لد گومت۔ ریڈیو پیٹھہٕ آسیتن فورمائشی پروگرام یا گبوہٕ گِندٕ ہیٚچ مجلسِ آسیتن اُمی سُند کلامہٕ چھُ آسہٕ ضرور وٕرکنن گرجان۔ تہٕ منہٕ کیٚن ناگہ رادس شہجار بخشان۔ میر سٕندس کلامس کیتھ پأٹھی سپنیٛ یتھ موشوٗری تہٕ مقبولیت

حاصِل، اَتھ مُتلِق یِکَن رایہِ بیوٗن بیوٗن آسِتھ۔ مگر چھُ باسان زِ اَمیُک بوٚڈ وجہ چھُ تِہ خوٚلوٗس تہٕ صداقت یوس میر سٔندِس کلامَس منٛز تِتھ پٲٹھۍ زِندگی منٛز تہِ آس۔

یہ شاعری چھےٚ آمد، آورد چھ چھِنہٕ اَتھ اَندر بوے تہٕ۔ سُہ اوس نہٕ کُنہِ ہاوسہٕ ہاوِ باوِ خاطرِ یا تنگگری ہاونہٕ موکھہ باتھ وَنان۔ سُہ اوس نہٕ اَمہِ خاطرٕ کوشش کران زِ ہُمی وَون تہٕ بوٚو تہٕ وَنہٕ ہا، بلکہ ییمہٕ ساتہٕ تَس اَندرِم سٔدرٕ گٔژھ اوس دِوان، کیاہ تام اوس نہٕ تَس نظرِ گژھان، کَم تام نوٚوٕ رنگ آسَس مَنہٕ چھِ مٔشدورِ گژھ کران لَبنہٕ یوان، سُہ اوس یِمنے زٕنگَن تہٕ تجربَن ہُنٛز باوتھ کران۔ یِم تجربہ اوس میر اِشارَن منٛز بیان کران۔ یَتھ پیٹھ بآتھ پوشہِ مال نِشان آسِس۔

یہ چھُ حقیقتھ زِ خارجی حالات چھِنہٕ کانٛسہِ تہٕ اِنسانَس پیٹھ اَثر ترٛاوِ نہٕ روٗس روزان۔ مگر یِمن لوٗکَن باطنچہِ وَتہٕ ہُنٛز گَل آسہِ گَنے مٔشرِ ایتھن پان پرٛزناونگ اِمار آسہِ یانے کُل دیدِ ہٕشدِ بن لفظ مٔشرِتیم نیمہٕ پیٹھ اَندر آسَن ژٲہتی تِمَن پیٹھ تہٕ چھِ خارجی حالات تِہُنٛد اَثر ترٛاوان۔ مگر تیوٗت نہٕ زِ گوڈ پیٹھ اَندِس تام ییہِ سوٗرُے اَمہِ رنگہٕ زٕنگہٕ تہٕ سوٗرُے گژھِہ مَلکت تِکیاہ زِ باطنگی وتہٕ گژھ چھِ تِمَن چیزَن لٔتھ دِتھ دراہتی آستان یِمَن چیزَن ہُنٛز کُل عام اِنسانَس کرِ لیشہٕ ناداں چھُ۔

میر چھُ بُنیادی طور باطنُک شاعر، خارجی اَثرا تُو لِشہِ چھُ اَمی ہُنٛز شاعری وار یہٕس حدَس تام چھُ۔ اُمی ہُنٛز یہ باطن پسندی یا داخلیت وَنی توس تہٕ چھُ اَہٕنٛدِ کلامکہِ مقبولیتُک اَکھ راز۔ وجہ چھُ یہ زِ اَمیُک اِنسان چھُ خارجی حالاتو تیوٗت پیسرِ اوٗممت زِ تَس چھُ نَن روومُت۔ تہٕ تِتھ گوہ بےہِ پٔر۔ سُہ چھُ چھِپن جاے ژھاران۔ قرار تہٕ سکوٗن تلاش کران۔ اَکِس شٔہلی کُلِس تَل دَم پٔژھان ہیوٗن۔ مگر کتہِ۔ ژوہ پارکہ

چھُ سینکیٖل وآناکھ صحراو۔ امہِ کنہِ چھُ اَزیُک اِنسان نوِ سرٕ نبر پیٚٹھٕ اَندراتھ نیٖج وتھ ژھاران سائینسی تہٕ صنعتی ترقی وول النسانس کسِ ب ذارتہٕ کاردار۔ اشرف المخلوقاتن تہٕ عظیم قدرَن ہُندر آچھ درآسنک سورُے نشہٕ تہٕ خُمار۔ بقولِ برٹنڈ رسل:۔

"سائینسکی اَکھ اَتھ تہٕ پنشراہ وَری سپدِ امہِ برونٹھیمین پاٹھرَن ساسَن وَرین ہُندِ کلچرِ کھو تہٕ زٕری دھماکہٕ خاز شآ بتھ"[1]

وہ نی گوز کیٚنژرَن لُکن چھُ اَمیُک ایحساس تہٕ کیٚنژرَن چھُ نہٕ مگر نہٕ زانَنس منز تہٕ چھُ اَزیُک حساس تہٕ سوچَن وول اِنسان اَتھ دوآتس منز ہینہٕ آمُت۔ یتیمہٕ ساتہٕ تَس تہٕ کیٚنژھا کنَن چھُ گژھان ہیمہٕ ستی اَندرِ رَس دآوِس لوٗزر ہیوٚ چھُ باسان سُہ چھُ اَتھ موت گژھان۔ اَزی کِس النسانس یَس یہ ذکرِ روٗس دآوی اوش چھُ گومُت۔ تتھ چھُ میٚر سُند کلامہٕ کھپیکہٕ کھپیکہٕ دوا۔

کلامَس قبولِیتھ آسنک مطلب چھُنہٕ یہ زِ میٚر سُند کلامہٕ کیا چھُ تیوٗت سہل زِ پَرِتھ اَکِس تہٕ فکرِ ئِلِکہٕ چھُ اَوٚ ہُند کلامہٕ پَران پَران یا بوزان بوزان منزِ تتھی گنڈ پیوان زٕ ژُری مٕژری چھُنہٕ مٕژرَ نے پیوان۔ یہ کتھ چھُنہٕ میٚرِ سُندِس کلامَس مُتلقے یوٗت دُرس بُلِکہٕ چھُ اکثر صوفی شاعرَن ہُند کلامہٕ پَرَن یا بوزَن وِزِ النسانس ذہنَس سیٹھاہ زور دِین پیوان، زِ کیتھ گژھ فکرِ تَرِنی مگر زور دِتھ چھُنہٕ باضے بلضے کتھ فکرِ تَران اَمیُک بوڈ وجہ چھُ یہ زِ صوفین ہُند دُنی یا چھُ سانہٕ دُنی یا ہَرَنشہٕ ہَن کھنڈ مختلف تہٕ وَکھرِ۔ تم چھِ سعہ اعلا حقیقتھ پَرزناو نیٚچ کوٗشش کران یتھ اُسی خوداے یا بھگوان یا بییہ تہٕ واریاہ ناو وَنان

---

[1] Russell's Scientific Outlook.

چھِ تہٕ اَتھ وَتہٕ مَنٛز یِم تجربہٕ تِمَن حاصِل چھِ سپدان تِہنٛز شاعری چھِ تِمکٕے اِظہار آسان۔ یہٕ
دُنی یا زانُن تہٕ اَمہٕ دُنی ہیٚکِہ رانہٕ وَنہٕ کَڈنی چھُ تیٚلی مُمکِن ییلہٕ اِنسانَن کیٚنہہ نَے تہٕ اَتھ باغس دوٚرٕ
پیٚٹھے نظر آسہٕ دِژمٕژ۔

صوٗفی شاعِر چھِ اکثر کتھہٕ وُلِتھ وَنان۔ تِہِنٛز کتھ تِہ چھےٚ علامتَن ہِنٛزَن پَچھَن پیٹھ
سوار سپدِتھ وُڈٕو کَرِتھ اَسہٕ تام واتان۔ علامتَن ہُنٛد اِستِعمال چھُ اِنسانہٕ سُنٛد پرون شوٗغل۔
اِنسان چھُ پانہٕ تہٕ اکھ علامتھ تہٕ یوٚسہٕ زبان سہٕ وَرتاوان چھُ سوٚ زبان تہٕ چھےٚ علامتَن ہِنٛز
اکھ شکل تہٕ بیٚیہٕ نہٕ کیٚنہہ۔ اِنسانَن چھُ پنُن اَندرُم باوٕنہٕ خاطرٕ اَتھ وَنٛدمٕژ علامتَن کام ہیٚژمٕژ۔
تہٕ ہرگاہ علامتہٕ آسہٕ نہٕ ہَن نہٕ اِنسان کوتاہ مُفلِس تہٕ لاچار ہیوٚ آسہٕ ہے۔ مگر صوٗفیَن ہِنٛز کتھ
چھےٚ بدوٗن۔ تِم چھِ اکہٕ تِمہٕ اعلا حقیقتُک رنگن ہِنٛز یاوتھ علامتَن ہِنٛدِس پَردس مَنٛز کران تِتھ
متعلق سقراط ہیوٚ بہلہٕ پایہ فلسفی وَنان چھُ:

"سوٚ اعلا حقیقتھ یوٚسہٕ اَسہٕ سارِنٕے ہُنٛد اگر تہٕ بنی یاد چھےٚ پَرزنٲوِنی چھےٚ مُشکِل
تہٕ ہرگاہ کانٛہہ پَرزنٲوِس تہٕ پَتہٕ تِہ ہیچ باوتھ کَرنی چھےٚ سیٚٹھا گٔرٕ۔ صوٗفی چھِ اَمے کَریچھ تہٕ کُڈر
دُنہ ہِنٛدِ وَتہٕ گتھ تہٕ پیٚس یِتھ مَنٛزِ لُس واتان چھُ یاودت سہٕ چھُ تِمے
مَنٛزِ ویٚچھ شیٚچھاونان۔

چوٗنکہ صوٗفیَن ہِنٛدِ بِن داخلی تجربَن تہٕ پَرٕژتس چھُ خارجی دُنیہس
سیٚتی کم تعلق واٹھ آسان (سہٕ واٹھ چھِ زبان) اَمہٕ کِنی ییلہٕ تِم پننِ تجربہٕ، یِم تِمو وارٕ
پانہو مَنٛزِ لوٗنِرتھ تہٕ سٕتِم تہٕ دوٚکھ ژٲلِتھ حاصل چھِ آسان کَری ہتی،
اَسہٕ باوان چھِ اَسہٕ چھُ یہ سوٗرٕ بَدلے گَیہِ تمام باسان تہٕ باضے چھِ اَسی یہ
سوٗرے بےٚمانے ژٲنتھ دوٗل دِنٛتھ بروٚنٛہہ کُن نیٚران۔ یوسہٕ حقیقتھ آسان چھےٚنہٕ۔

مثلن میٚر سٕند اکھ بٔند چھُ سہ

کتھ کتہٕ آیہٕ تورٕ وتھ کُس زانے

اَتھ ونتہٕ مانے کیا

تتھ جایہ وآتتھ پیوس ترٕ کانے

اَتھ ونتہٕ مانے کیا

اکھ عام انسان چھُنہٕ اَتھ بندس پٔیمہٕ کتھہٕ علاوٕ کانٛہہ اہمیتھ دوان یہ چھُنہٕ شاعٕری

بلکہٕ چھنے پرزٕ۔" اُمی" آسنہٕ باوجود چھُ اَتھ بٔندس منٛز میٚر اکِس تتھ حقیقتس

کُن اشارٕ کران یوسہٕ وشرحناوان وشرحناوان کآتھن اہلِ دِلن تہٕ اہلِ نظرن

گیوٗر چھُ لاریومت۔

میٚر چھُ دراصل سوال کٔری تھے جواب ونان" کتھ چھنے بذاتی تمہ اعلا حقیقتُک

اظہار، یتھ کُنی آسیتھ اَکہ لٹہٕ واریاہ بنانک شوق گوٗیتھ پرزناونہٕ ییہ۔ کتھ چھنے

تمی اعلا حقیقتُک روٗپ۔" یہ بٔند چھُ پانے سوال تہٕ تہٕ جواب تہٕ۔ اَتھ اندر چھُ

مانے یک اکھ سُندر گریزان مگر یہ چھُ ہیرن وونمت تو۔ سُچھنے پرزنتہٕ چھنے

یہے حقیقتھ بائبل یتھ پاٹھو ونان:۔

" گوڈٕ آس کتھ، کتھ آس خودایس پانس نِشہ تہٕ کتھے آس خودا۔"

پُرٛان چھِ ونان سہ

"Vagvai Parmam Brahman"

" کتھے چھنے پرم برہم"۔ یتھ پاٹھ چھنے کتھ ( شکتی) تمکیازِ شکتی چھنہٕ برم

---

Agarland of Letters by Sir Jhon Woodroffe.

بڑہ ہمس لَشہِ الگ کینہہ۔

اُسہِ کیاز چھہ یہِ ستارِ پُرِ ژھ باسان۔ اَتھ چھُ وجہ ز اُسی چھِنہٕ اُمہِ وَتہِ پکمتی تہٕ اُسہِ چھِنہٕ یمن کتھن ہُند تجربہ نتہٕ چھُ کاشُر محاورہ "کتھ چھیٚ خوٗدا۔ خو دلے تہٕ چھُ کتھہِ ستی یرزِ ناو ہیٚوان تہٕ پیرس تہٕ مُریدس درمیان تہٕ چھُ کتھہِ ہُندے رِشتہ۔ یہِ چھُ وکھ بحث ژکوسہٕ کتھ کیاہ لوٚ۔

"کتھ" ہُند یہِ تجربہ تہٕ تھزر ہرگاہ پیسہل پاٹھی وشرناوُن یژھ ہے تیلہِ دونہہ نہٕ اَتھ سہٕ تجربہ تہٕ تھزرلیس اَتھ عاصِل چھُ۔ بجہِ کتھ چھیٚ بُڈی پاٹھی وننہٕ یوان تہٕ ہرتہٕ رشارہٕ چھپان چھیٚ یہے زسہٕ گژھہِ انسانس پھِرِ پھِرِ سوچناوُن۔

میٚیِر ہُنزِ شاعری چھیٚ ہُند باطنُک آواز تہٕ تِہُنزِ ششس کلہِ ہُند شود۔ تو ہُند باطن اوس مارِ فتکہِ نورٕ ستیہِ روشن تہٕ منور۔ حقیقتس چھیٚ یہِ ز تِمہِ سُنزِ شاعری تہٕ عام زندگی منز اوس نہٕ کانہہ تضاد۔ تِہُند باطن چھیٚ تِہُنز شاعری تہٕ تِہُنز شاعری چھیٚ تِہُند باطن۔ تِم آسی سالک۔ یہِندِس وننس تہٕ کرنس، بوزنس تہٕ ورتاوس کانہہ پھیر فرق اوس نہٕ۔ یمہِ کتھہِ ہُند راگ تِمن پانس سینو مُت اوس، یہِ کینژھا تِمو دایر مُت اوس تہٕ وونُکھ تہٕ ورتووکھ۔ تِمو چھُ پانہٕ وونمُت ؎

یاگرٕ ژھہِ گوڈ کینہہ پانس سنن
نتہٕ بلی بنن اَپہٕ زیوٗر
ناخونہٕ ستی اسانس کھنن
تو تہٕ ماوو تلہ سی ٹوٗر
میٚیِرِ سند سپر گژھہِ غارن سنن

یِمہِ دلو آبرا مور
جس پڑھنے سے صاحب مِلے
وہ پڑھنا ہے اور

دراصل اوس میرِ سُند قول زِوُنن گژھِتی یہ سنیومُت آسہِ ۔ تیِ یِمِنِک النسانس تجربہ تہ زان آسہِ وُزان ، لفظ چھُس یہ بیٚتین وُسی مانہِ لیس منٛز استیمال کران) زان گئے نہِ چیزَن ہِنٛد ہیٚتھی ہیٚتھی ٹِلِم بلکہ چھُ زان آتماہُک (رحمک ) اکھ صفتھ لیس مَن تہ پوَن پانہ وانی لے گرِ ژھتھ وو تلان چھُ ۔ اکھ تہِ چھِنے زِ لنٛجہ اکھ گوٚ ژانن سوٚرُوپ بیٚاکھ گوٚ ژانَن وٕرتی ۔ میٖر یمہِ سیاتہ تہِ کنہِ ژانی ہنٛز کتھ چھُ کران سہ چھُ ژانَن سوٚرُوپ نظرِ تل تھاوان یکیا زِ ژانی ہنٛز یہ لشڈ چھِنے ژ نتھ ۔ اعلا حقیقتُک اِظہار ۔ تَوے تہِ چھُ سہ ونان زِ یرنک مانی چھُ اعلا حقیقتک رازژانن ۔

میٖرِ سنٛز شأیری کھوٚ چہِ کھار نہ بروٚنہہ چھُ یہ ژھننس تھاوُن ضوٚرٗوری زِ میٖرِس آسی زِ رُوپ ۔ اکھ رُوپ اوٚسس صوٗفی سُند تہ دوٚیُم رُوپ فنکارِ سُند ۔ فنکار میٖر چھُ صوٗفی میٖرَس آدینہ تہ صوٗفی میٖر چھُنہ فنکار میٖرِ سُند غولام ۔ صوٗفی میٖر یہ کینژھا دٲیران ژِ تران ، ژانان تہ پرِ زناوان چھُ فنکار میٖر چھُ تتھو زبان تہ اظہار بخشان ۔ سہ چھِنہ آزاد زِ تِس تہِ کینژھا خوش گرِ تہ وَنہِ ۔ پزر چھُ یہ زِ صوٗفی میٖرِ سُند پاتر چھُ فنکار میٖرِ سُنٛدِ کھوتہ گوٚب تہ بوٚرُتا ۔

میٖرَن اوس نہ کُنہِ سوٚ کولس منٛز لوٚرُمت مگر لچھ کا کُن چھُ ازبروٚنہہ میٹھ ساد ہِتھ دوٗری وُنمت ۔

ویدس آگم پرٛی پرٛی چھےٚ[1]

پرٛی ہتھ زری گرٛ ھان

ایرٛی بے نِشہِ نیران

ژور ویدِ بلیہِ پوٗران

میہ تس اوس باطن روشن۔ تُہندِ وو نارِکی گبٹہ کھٹ آسی کیشہ نکھ نوٗرن گاشرٲوِی

ہتی۔ تس اوس نہ سورُے اکھ آمت۔ یتیمہِ خاطرِ تس پرن اوس۔

گوڈگوڈٲ اوس تس پننہِ اُتی آسنک احساس مگر دیہ وَرتہ منز لوٗت یوت

برونہہ پوٚک یہ احساس گو ختم تہ اُکھتے لوٚگ یُس اَتھ پڑھ فرتہ کرنہ نہ زاہ زگہ (کتابی علمہ

نُفریم تہ کانسہ ہنز منتھ نہ وونُن

عِلِم گو عِلِم لُدنی

ژٲلِم شکھ عام بدنی

پوٗرم نو کانسہِ نِشہِ توشِس

کوٗرس آرستہ یاری

پزرتہ چھی زِنہ پرَنے دایرُتہ ووٚن میرن تہ ینہ پرٛی متین وُنن

توٚگ۔ تس کیا اوس کتابی علمس کرُن تکیاز ووٚنمت چھکھ

---

[1] لچھہ کاک چھ سیٹھا تھدِ پایک صوٗفی شاعر اوسمُت تہ گرٲ نی بستہ کلامہ چھینہ وُنہ بازر

پیوٚمُت۔ اَمِس تِلق چھُ منے اکھ مضموٗن "شیرازس" منز لیوٚکھمُت۔ یہ مضمون چھُ میانہِ کم لکہ دِن،

ناوِ چھہ کتابہ منز تہ شامِل۔

علمے کہ راہ بحق نہ نماید جہالت است

کتابی عٔلم اگر انسان کوتاہ تہٕ پرٕ ہرگاہ تٔس پنٕن پان اَتھ آونہٕ تہٕ دلچسپی اُچھن آس نہٕ گاشس نیٚبر ژھٔس پرُن تہٕ نہ پرُن ہشی کتھا۔ تہٕ دلچہ اچھ چھینہٕ توتامتھ فرزہ لوان یوتامتھ نہٕ انسان ریاضتھ کرِتہٕ زٔکھ تہٕ دے ترٛاوِ۔ وارِیاہ کتابہٕ پرِتھ تہٕ ہیکہٕ نہٕ انسان تیتھ منزِلس واتتھ یوت میرٕ وٕمت اوس۔ سہ چھہ اَمیچ ژینہٕ ون دِوان ؎

عٔلم گو عٔلم لدٔن
دٔے تٔس کٔر پیور
نہ چھ تہٕ نیکھن نہ چھ تتہٕ پرٕن
نہ چھ تتہٕ کرٕن شور
ژ وٕ دہن علمٕ مٔن طلے لوٚد کرکھ
توٚ تہٕ کوٚت واتکھ یور

میر سٔندر روحانی مرتبہٕ کوتاہ تھوٚد اوس سہ زانن تِم یِم تٔس نکھہٕ ڈکھہٕ بہان آسی۔ یمو منشہٕ ووٚنہٕ تہٕ وارِیاہ لوٚکھ حالے سیاتھ چھہٕ تہٕ تٔہنٛدِ تنبرٕکات بجرٕک تذکرٕ چھ کران روزان۔ یوٚز تٔہنٛزٕ شاعری چھےٚ ٹاکارٕ پاٹھی تہٕنٛد روحانی بجرٕچ ژینہٕ ون دِوان ؎

شینہٕ ماز گاسجنس تاپہٕ تہٕ تیرے
کینہٕ روستیو منے گوسینہٕ اَنگار
دین ودُنیا منے زوُل کینہہ چہ زورَے
تہٕ ژھٔس موٚرے نکہٕ وان نار

دپن تہٕ دُنی یا کیٛنہہ چھہٕ زٲوِرزالُن چھینہٕ سہل کتھا۔ یُنٛہِ پان کیٛنہہ نَس منٛز بٕنزراوُن، یہ چھُہ مکمل فنا، ییٚتہٕ آتما تہٕ پرماتما گنیٚ چھہ سپدان۔ اُتھ مُنزِ نَس تمتلق چھُ کاکُن وَژُنمت ہے

زلوٗ ییٚلہٕ گژھ آتمس لین

سِے زلوٗ آو اِیشر

اتھ منٛزِ نَس واتنہٕ سوکھ چھُ یپنُن پان گژھہٕ لیشُن تہٕ پرپنہٕ چھانُن پیوان۔ شاہ غفور چھُ ونان ہے

لشِر تراوِتھ ایشر تہٕ گارُن

ایشرس ستی روز سپد کھسہ

ایشر سپدِن گوشر پیٛ مارُن

وارنا دارُن سوہم سوٗ

مگر ییٚمِ چھُ اَمہٕ منٛزِ کُرِ دو امت۔ تہٕ سہ چھُ اکہٕ نوے مُنزِ لگے ونان۔

لفظ "کیٛنہہ نے" چھُ اُمی سِنزِ شاعری منٛز وار یاہن جاین جاے لبان تہٕ نوین نوین سِرن فاش کران، یہ لفظ چھُ یانی پانے سورُے۔ یہ چھِنہٕ نفی بلکہ چھُ اثبات۔ امہٕ "کیٛنہہ نہٕ" رُوس چھُ اعلا حقیقتس تام واتُن تہٕ بالاکُنہر ونہٕ کڈُن ناممکن۔ بگوان سنکرآچاریہ چھُ اَکِس جایہ ونان:

---

ہے میانہٕ خیالہٕ چھُ دار نے بدلہٕ "دارنا" لفظ اَتھ جایہ زیادٕ صحی۔ "دارنا" لفظُک مطلب چھُ زِ تھد اَکِس خیالس پیٹھ مرکوز کرُن۔

"سو حقیقت ہیکہٕ نہٕ کنہٕ مثبت طریقہٕ وٕ کھناوِنہٕ یا بیان کرٕنہٕ یتھ سو ہیکہٕ نہٕ کنہٕ

ستہٕ مشابہتھ دِتھ تہٕ وٕ کھناوِنہٕ یا بیان کرٕنہٕ یتھ بحیثیتٕ تمہٕ اعلا حقیقتہٕ اپور چھینہٕ

بینہٕ کینہہ۔"

یُس یہ کینہہ نہٕ آسِن چھ یوٗتے چھ کینہہ ماٗنے بخشان۔ سوٗے چھ

اَمہِ کینہہ نہٕ منٛز نیران تہٕ جذبہ سعیران۔ توٗے تہٕ چھِ پرٛ وَنان ۔

چھُ کینہہ نے عرش و سماوات

چھُ کینہہ نے لوح قلم دوات

چھُ کینہہ نے لتھ دِیس سجدے

وَنے بوزم سَنیے کینہہ نے

اَتھ کینہہ نس اولہٕ منٛز لاسعران ووتھ تمہٕ شایہ یوت لسہٕ واتس

واریاہ دانشور چھِ وَنان ۔

کینہہ نس حمد میرِ شیران حسین

تمہٕ کینہہ ناوُ سہ چھ تی بنٛز ران

کینہہ نس چھ پھلہٕ متہٕ سلسلہٕ گلِ یمن

ہوش بھاوِ تمن ستہٕ چھے زان

یہ زان چھینہٕ جانٛ مبانٛی زان۔ یہ چھینہٕ خطاہ عن بازر۔ یوسہ غیل صرف برس

تام رہبری کرِ۔ یہ چھ پٔرِ تہٕ عقیدتک دُنیا۔ خدایہٕ ترٛ وِتہٕ یتھ چھینہٕ ضرپانس

مشنز آسنتھ تہٕ وَنہٕ لِوان سے

نہ چھُ کُنہِ گرِدسں زِ چھُ کُنہِ بوٚن
وَنہِ کَسں تورِ چھُنہٕ واتان ظوٚن

سوٚ حقیقتھ چھےٚ صِرف دلچوٚ اُچھو وُچھنہٕ لِوان۔ مگر تِمہ اُچھ مُژرِنہٕ بِپنہٕ چھُ اَکھ زیوٚٹھ سَفر۔ امہٕ خاطرٕ چھُ پان مدٕ والُن تہٕ حدس اندر روزُن پیوان۔ اَتہِ چھنہٕ ژھالہِ مارنہِ بَلکہ چھُ کیٚہ کھ دِی دِی قدم ترٲوُن

شرِیعتھ پیوم پالُن
بہر رنگ پان گالُن
اتھ گوم ترک سوٚنت
اگر بوزکھ یہِ چھےٚ کتھ

کَتھ چھےٚ یِی زِ یَس ہیوٚر کھسُنگ تمنا آسہِ تَس اَنہِ نہٕ وُلہِ مُنز کھسُنگ آسے کرنہٕ تہٕ جنبہٕ تہٕ تسبیح نالِ ترٲونہٕ بستی کِنہ۔ بَلکہ چھُ پَوز کھسُن پاوِ پاوِ کھسُن تہٕ یُس ہیرِ کِنہٕ کھسِتھ ہیوٚر ووت تَس والنہٕ پیتہٕ کانہہ بوٚن۔

میٚر اوس ژکھ تہٕ دےٚ گالِتھ وہ نی پرٕتھ چیزس منز تِمہِ کینہہ نکُ جلوٕ وُچھان یتھ سہٕ پھِری پھِری کرِ وُچھان اوس تہٕ رٕتھ اوس دِندان۔ تَس اوس وہ نی کنٕژ تَس منز تہٕ ہُندِ وحدتُک پرتو نظرِ آمُت۔ تِمہِ کینہہ نکُ پرتو یتھ مانہِ ژاران ژاران والنہِ بُد کرِ گےٚ، مگر کانہہ دوٚپ نہٕ یہِ ووتُس آگرس تہٕ احاطہٕ کوٚرمس سے

گُنیرس ژُچھنہٕ ماکینہہ چھےٚ ژھین

ذرٕس ذرٕ الستٕہ ہلہ ون

اَن پوٗر منصوٗر تہٕ چھےٚ کرٕ ہمہ

چشمو بوز روزی نٔہ شکہ

یا

بے رنگن کم دِہ سئے کرکرم ہرطرف نون آشکار

دِیو تھہد میر ورنگن ووہ ن چھپہ کھیوان تنہٕ گارہ طجار

یہ چھےٚ اُپنشدن ہنٛز سو۔ کتھ زِ سوٗرُے آسِتھ چھینہٕ کُنہی تہٕ کیاژِ سہ چھینہٕ کُنہی۔ تہٕ کیاژِ سُہ چھینہٕ کُنہی۔ سہ چھُ ذٔرِ ہیچھ آفتابس نام ہر جایہٕ جلوٕ ماران۔ مگر کتھ چھےٚ نظرِ ہنٛز۔ نالہٕ ذٕہنٕز۔ منصوٗرس آو یِ بوزنہٕ تہٕ انا الحق ژولُس بدٔہ بدٔہ نیرِتھ۔ لوٗکو نِیُن کھورُس دارس۔ مگر دارس کیا کھوت تہٕ کُس کھوت ۔

فان گژھ پان گُن لُپُشید کارن

پانہ سرٕ کر مرِتھ مارن کیٖ

منصوٗر موٗدُ نہٕ تمِ اوس پزر لو بُمت۔ تمِ پر آو مرِتھ زندگی۔ موٗدُ کر تمِ یمو سہ مارٕنِک سٕنٛز کوٗر۔ یہ گنٛزرٕ زیوٚ وُن چھُ سہل مگر یہ ژھینہٕ ورتو وُنہٕ خاطرٕ گژھن چشمن گاشس آسُن۔ سُہ چھُ ژینہِ ون دِوان ؎

گُن ژینٛزرُن چھےٚ نوٚوا ایجان

نوٗن ذرٕو دو جلہ انسان

انسان تہٕ چھُ تمہِ بالاگنٕزرک اکھ اظہار اکھ زنٛز۔ مگر زان آسنۍ چھُ شرط ۔
وونۍ اگر زان آسِس تہٕ منصور سندۍ پاٹھۍ رودُس نہٕ پانس تام تیلہِ چھُس پرٛتھ
ژھٔٹہِ تہٕ گِنٛڈِ سیٖنہٕ داریٖ روزُن ۔

پنٕنۍ پان اکہٕ گنٛزرس منٛز کُن کرُتھ چھُ میر وَنان ؎

ژوِن فنٕہن مٕنے دِژ لٔتھ
بَقہس نہٕ لاہنا یتھ
مَن وَران گرٕھِتھ اوش
دَن دَن گژھی فراموش

اکھ بالاگنٕزرس چِھہٕ باگہٕ گرٕنۍ چھنہٕ تس ٹارِ کھسان شمس فقیرنۍ یہ کتھ
چھُس نہٕ شرٕیان ؎

آسمان زٕ بے جالنو ار
عاشقو بادِ کو لولو
دوہن منٛز ماد نر ژار
اندکار ترٛاوو لولو

میر چھُ وَنان ؎

زٕ آسِد چھِہ ماد تے نر
زٕ آسِد پننۍ کتھا کر
ژٕ عاشقس چھُہ پا پوش
دَن دَن گژھی فراموش

یا

پیادِ گژتھاو کمہِ جابن سنبولو

وادِ کر آوا کالی ییِی گژھاو

مادِ نر ژاران ما لگہِ وولو

رُح میون قالو بوزِتھ آو

یہِ مادِ نرژار نک سلسلہ چھُ میرس وَنہٕ منز رؤٹ باسان تکیازِ تس اوس احساس زِ واریاہ ووتو یکِتھ تہٕ لوٚدوے انسان منزلِ آخرٕ شیٹھ واتانہٕ چھُ ۔ مگر اَتہِ چھُ ییمہِ کتھہِ ہُند احتمال زِ سہ راوِ راولس منزٕ تہٕ حقیقتس تام سپدِ لس نہٕ بلن ۔

ہتنے گژھندر آدَ بیتہٕ رُودگُن یے

ستنے ہُند وَنہٕ وُن یے زان

زاہدِ ہُنز زُہد گری تہٕ کا کل چھُس کھران ۔ دیان چھُس وَن ۔ وَنَس چھے نہٕ ٹھاکھ مگر گوڈٕ سرگیژھا ۔ بلکہ پان شمراوُن ۔ یتھ وُنی یہس دِ نظرِ یہ کمہٕ ہُند ظوٚ ہنور چھُ یہ سہ

مَدوس زاہد دور گوبیوٚن یے

شود سندِ پاٹھی چھکھ باغ چھاوان

نَتہٕ بَن منھور راد نیر لوٚن یے

ستنے ہُند وَنہٕ وُن یے زان

سوٚلو کچ وَتھ چھےٚ عملہٕ تہٕ اعتقادِ تچ وَتھ ۔ ہرگاہ پرٕھ تہٕ لقینس

منزِ سائکس یا عآملس سرا زیری گیہ سوٗرے کوٚرہٕت کرٕو وٕنت چھُ کہ لہ گژھان ۔ امہِ وتہٕ ہندِ بن وُتہٕ گتن چھُ ہمیرِ ننوٚ رِتھ وَنان زِ یہِ وتھ چھہٕ آوٕ بنہٕ روزنٕچ وتھ یلہِ کرِ چھپے لوٚکہٕ تہٕ تیٚزرِ ہٕنزٕ وتھ ۔

عارضِ موروزن یآ دِ کر لولو

پژھِ ہٕنزِ پانٕشنہِ کژھ وزیاد

حِس کر یار رٕنہٕ تارٕ ژٕ تولو

رُح میون ق لوٗلو زٕ ہاو

اُدویتہٕ وادٕ[1] وکھناوان چھُ شنکر آچاریہ اکس جایہ وَنان :

"اِلشانہٕ سُندٕ رُح چھُ دیہِ سُند زٕ ونگ[2]"

اکھ حقیقتس تام آس ہیرس برٕو نیٚتھے نظر پیٚمژ ۔ تمہٕ چھُ امہِ ژانگِتھ گاہ چھِنینو رُمن رُمن تو رُمت ۔ مگر بوزن وٲلیس تہٕ عاملس چھُ بارِتھ دِوان ۔

دِیایہٕ بینز ڈِلِہم وات اِشارن

زانہٕ کھیٚتھے پرانہٕ ژوٗر[3] کانسہِ موبا و

ہاہ نیمکے دِیتن وآصِل کارن

شاہ سون ماہ ستارن آو

---

[1] یانے ہیٚون چھُنہٕ کینہہ

[2] Advaitu Vedant by Shanker Acharya [3] آتما

دپان چھُس ذِکرِ حق کران ہرگاہ ژ ییّ پننہٕ پانٛژ اصلیتھ وٕنہٕ ییٚیِ پننہٕ ذِکر کرنہٕ نشہِ ڈلکھ تہٕ وٕنہٕ ؤن کرکھ ۔ یہِ رازؤ ییپراوُنگ بانہٕ چھُ تیمنہٕ یمٕ واصِل کار آسن ۔ یوٚدوے میٖراز کالک پوٚرمت لوٚکھمت آسہِ ییے نہٕ ؤن چھُ یِژ اُسی ماوٕنہٕ ہوزِ تمی چھُ بہٕ سورُے کِتابوٕ منٛز پوٚرمت (گوڈٕ چھینہٕ یمہٕ کنتھ کتابہٕ پرِکٕ پرکِ فکرِ تران) مگر میٖراوس نہٕ تمہِ میٖزاشہِ مطٲلق پوٚرمت لُیس میٖزان اُسی پرنُس لیکھنُس لاگان چھُ ۔ دراصل یہِ کینٛژھا تمی وۄن تمیک اوس تَس تجربہٕ ۔ تمۍ اوس زاتی ہنٛدِ آگرہس چیوٚمت ۔ یٚیمہِ کنہٕ تَس ڈُنی یا ییٖ غلطیٖ صوٚر رٕتھ آسن نہٕ روزمژ ۔

میٖر سنٛزِ شاعری منٛز چھُ رُتھک رَس تہٕ ماری فیتُک خمار، وُستھ تہٕ علمہٕ ہنٛد ستھ نہٕ وٕشنہٕ ۔ مگر شارپرن ورزچھُ اسہِ خال خال جاین وزنُس منٛز ہیر پھیر باسان ۔ میانہِ خیالہٕ چھینہٕ یہِ میٖرنہٕ سنٛز غلطی بلکہِ تمن لوکن ہنٛز غلطی یمو تمس نشہٕ کلامہٕ بوزِتھ کاکدس پیٹھ لیکھان آسی ۔ واریاہ لفظ ما آسہن نہٕ تمن فکرِ تران یا لیکھنی تگان ۔ یٚیمہِ موکھہٕ شارن وزن پھٹان ہیوٚ باسان چھُ ۔ نتہٕ ہرگاہ یہِ میٖرنہٕ سنٛز غلطی آسہِ ہے تیٚلہِ آسہِ ہے کلامس یمن غلطین ہنٛد پھکراو ۔

شاعری تہٕ ساکی آس میٖرس مالی میراث ۔ میٖرہٕ سنٛدس مالِس اوس خالق میٖر ناو[۱]، یُس پانہٕ اکھ باکمال فقیر آسنہٕ علاوٕ شاعر تہٕ اوس ۔ تمی سُنٛد مشہور

---

[۱] پروفیسر کول چھُ میٖرہٕ سنٛدس مالِس سُنٛد ناو رحیم میٖر لیکھان، یُس غلط چھُ رحیم میٖر اوس میٖرہٕ سنٛدس بایِس ناو ۔

باتھ چھُس

## اَچھ پوشو جگر گوشو[1]

## اَچھ پوشو لولو

خالِق میرَن کلامہٕ چھُس آورِ داورِ گومُت، اَمی مُشند اکہ غزل چھہ منے شیرازس منز اکِس مضمونَس[2] ستی چھاپ کورمُت۔

خالِق میرِ اوس بڈ آتی ہمبل ہار (کرمشورُک) روزن وول اکھ غریب زمیندار۔ زمیندٲری پیٹھ اوس نہٕ گُذارٕ چلان یتھ کِنہِ آرکُشی تہِ اوس کران۔ بیاکھ اوسُن نیتھر کورمُت۔ مگر شُراہ مُراہ تہِ اوسُس نہٕ کینہہ۔ یتھ تیتھ اوس گُزارٕ کران زِ اَتھ منز گییس زنانہٕ مرِتھ۔ سوٗ ے گیہ ورِ پیٹھ۔ خالِق میرَ گوو بالی۔ ہیارکی اوس درویشی لیہٕ تہِ۔ گرِ بد ترٕ ووٗن اُتی تہٕ ژوٗل شہرٕ تہٕ اَتہِ لاجِن آرکُشی کرٕنی۔ کینہہ کالہ گژھِ حِصہ سندوٕرَن تہٕ کوٗرُن نَرور (اَلمہ صاحبہٕ) دوٚیُم نیتھر تہٕ سوٚکونتھ تہٕ لوٚگ اُتی کرنہِ۔ دوٚیمہِ زنانہٕ زاے اَمِس ترٚے نیچوِ: صمد میر، رحیم میر تہٕ محمد میر۔ بُڈی میرَن کوٚر نہٕ اَتہِ زیادٕ کالَس ٹھہراو کینژہ کالہ پتہ گو شُر بچن ہینُو نہ سہ کھوتُن گام واپس۔ ہمبل ہارٕ لوٚب نہٕ کنہِ بناوِن" اگر پننِس زمینَس پیٹھ لوکٕٹ مکانہٕ ہنا تہٕ بیوٚٹھ اَتھی اَندریادِ خدا کرنہِ۔

پژھہ گار کرنہٕ پتہ چھُ مولوم سپدمُت زِ صمد میر اوس ۱۸۹۲ء ہس منز۔

---

[1] پروفیسر جےلال کول چھُ لیکھان زِ وُژن چھہ میر سندین موٚرشدہس پتہٕ تخلیق پیٚزن وُرس چھنیہٕ کینہہ غار مطبوعہ منظومات۔ کاشُر شیراز جلد ۷، شمارٕ ۳۔

تہٕ ۱۸۹۶ء[1] اپ ہمس درمیان نرٛ وٕرِ زامُت۔ تہٕ مآلۍ اوٚسُس کاہہ بہٕ وُہرِ یس
نیتھر نہٕ کوٚرمُت۔ نیتھرِ کرۍ آسِس پنٕنۍ پِترِ بیٛنہٕ[2]

غرٟیبی تہٕ نہٕ آسنہٕ کِنۍ اَتھ ماحولَس منٛز کُس پرٕ ناوِہے میرس۔ ہمیاکھ
آسِس زنانہٕ ہُنٛز کھارنہٕ نکھس کُھٕڈٕ شرٕ۔ لہٰذا میٛتھے تٕمۍ کوٚ ٹھبن واشن کوٚڈ ماتمٕن پیوٚ
پنٕنہٕ باپتھ زِندٕ روزنُک سامانہٕ ژھانڈُن۔ گوٚڈٕ گوٚڈٕ آسی موٚزوٗری مَشقتھ کران۔
تہٕ چھانن ڈُسی لَن سیٛتۍ رَب ابٕنترِ سارِ نہٕ گرٕژھان۔ میٛتھے شُراہ سداہ وُہرِ گے
تہٕ لوٗگُکھ مآلۍ سٕنٛد کار آرۍ گشی کرٕنۍ۔ تہٕ اَتھی آرۍ کسی ہٕنٛدِس سِلسِلَس منٛز
کھیرٕ کرتم واریاہن علاقن یمن منٛز ہنٛد وورنہٕ شامل اوٚس۔ مآلِس لُنٛشِ تہٕ آسی
گُتہٕ گُنٕہِ نمبل ہارِیوان گرٕژھان۔ تہٕ آتے سَیدُکھ واگرکِس[3] وٕستہٕ حبیبس سیٛتۍ
مُلاقاتھ۔ پانس تہٕ اوٚسُکھ شوق تہٕ وٕستہٕ ہاوٕکٕ تہٕ پیوکھ خیاکھِ رٕٹکٕ لوکٕٹٕ
پانٕے وٕستہٕ حبیبس لیٛسہٕ کیتھ۔ اتھ اوٚس یمن دوٚیُم پیٛر لوٚج کرِ مشہوٗرُک
احمد کرٕ بٹ۔ وٕستہٕ حبیب اوٚس پانہٕ قادر صاحب[4] کیٛنٛہن طالِب تہٕ قادر
صاحب کیٛنٛہہ بہٕ دِپان اوٚس رحمان ڈارِ چھُہ بلُن طالِب۔ وٕستہٕ حبیب روٗدنہٕ

---

[1] پروفیسر حاجنی صاحب چھِ ۱۹۰۱ م۔ پ میرٕ سٕنٛدٕ زینُک سنہٕ لیکھان یُس دُرُس چھُنہٕ۔ میانِس تحقیقس چھُ پروفیسر جے. لال کول تہٕ تِہنٛزِ مضموٗن میرس منٛز تصدیق کران۔

[2] میرٕ سٕنٛز زنانہٕ چھِے وُنہٕ حالےٚ حیات۔

[3] واگر چھُہ نمبل ہارس نِکھٕ شاکھ گام۔

[4] کول صابن چھےٚ پننِس مضموٗنس منٛز وٕستہٕ حبیبُن ذکر کوٚرمُت۔

ژرِس کالس یمِن وَتھ ہاوُنَس ژھنِد۔ مگر مرنہٕ برونٹھے تھاوُنکھ باوَتھ کرِتھ ژِ سیٚتہِ پتہٕ گژھہ

تۆہہِ دوٚشوٕنی ہُند بٔبہٕ مالِنکیس ووستہٕ خالقس نِشہِ گژھُن سۆ ہاوِ و وتھ۔

ووستہٕ حبیبنہِ گژُر یتہٕ پتہٕ گےٚیم دوٚشوٕے ژٕنی ووستہٕ خالقس نِش یتہٕ تَس نِش کرِکھ مزید تربیت حاصِل۔

دوٚنی ترٲو فِلحال سیٚرن آری گٔژھی تہٕ لوگُن مورشدَس سیٚتی کامہِ گژھُن، فرمابرداری ہُند اوس یہ حال ژِ میٚرِ یہ کیٚنژھا زینان اوس تہٕ اوس مورشِدَس برونٹھہ کنہِ تھاوان۔ اَدٕ سہ یہ کیٚنژھا اتھہٕ ژُلیتھ دِیہ یمس تی اوس نِوان تہٕ پننِ پان تہٕ زنانہٕ پالان۔

میٚرس اوس شارُونُن مالی زانیٚتہٕ اَکھ سیٚتی اوس احمدی بٔلس[1] تہٕ شارُوُنک سلیقہ۔ اکِہ دوہہٕ آسی دوٚشوٕے بیہتھ۔ گیا ہتام کتھ کتھ آسس چلان۔ ووستہٕ خالِق تہٕ اوس اُتی۔ باتن ہُند ذکر ووتھ مورشدن دوپنکھ تۆہہِ دِیوٚ آلو۔ یہ اوس حکم تہٕ دوٚشوٕے کورُ تامیل۔ پوٚز ووٚنہٕ آسی فقیر احمد صابن صرف باہ باتھ وُنی ہتی ژٕ تَس سُند حکم ژھوٚپہٕ گرِو۔ تہٕ اَکھ سیٚتی گرِ تموٚ ژھوٚپہ۔ احمد صابنہِ کلامُک نُمونہٕ چھُ یتھ کتابہِ منز علاحدٕ درج۔ یہ چھے تمنے دوہن ہنز کتھ ییلہِ میٚر پننس مورشدَس سیٚتی گپکار کام اوس کران۔ اُتی ووٚن میٚرن گوڈنیُک باتھ سہ —

وتیہِ کارٕ مُشکِل بار گوب گوم

یتیراوُن پیوم

---

[1] ووستہٕ خالق اوس ووستہٕ حبیبن پرٕ بوج

## گہ لالہِ پانَس کالہِ رنگ گوم

### یٖیراوُن پیوٗم

خوٚدایہِ سٕنٛد گُرُن۔ وۅستہٕ خالقنی رہبری تہٕ روٗزنہٕ تٔمس ژُرس کانٛہہ معوٚہیا۔ وُنہِ اوس میٚہ منٛز لسَ واتنے زِ وۅستہٕ خالق گوٚو رحمت حق۔ تٔمس آسہٕ کلی گنٛنے مٕژ۔ سٕہ کیتھہ کرِہے اَڈُوَنہِ روزُن تٕوٚ لوٗل احمدی بٔبہٕ اوس دوٚہ شوٗنی جاین زِ یٔیٹھہ طالب۔ چنانچہ سٕہ آس تہٕ دوٚ ہِنٛس بہٕ کرِ رہبری مگر میٚرس آیہ نہٕ برابری۔ دہ شوٗنی جایَن ڈیٚشُن وٚن مگر گُنہِ جایہ تہٕ وۅتلیوٗس نہٕ لُور۔ وُہیارِی اوس سٕہ اَکس خاص گیٚجہِ گنٛڈنہٕ آمت۔ سٕہ اوس وُنیکتامت کرِوی سِلسلہِ کنٕزٕ لوٚکمُت۔ اَمہِ کنٕ اوس تٔمس تھِہ تھِس موٚ رشِد سٕنٛد تلاش، یُس لَے وَنہٕ تٔمسَ بروٚنہہ یچہٕ ناوِ ہے۔ آخرس کوٚڈ میٚرَن اَنی ڈٕوٗر (اسلام آباد کٕ) رمضان ڈار صاحب نظرِ تہٕ تہنٛزِ سرپرستی کرُن تٕوٚ لوٗل۔ آخرس تام روٗد کٕ ڈار صاحب تیمَن روٗحانی پیشوا۔

## شاسترٕچ زان

اِبتدائی دورس منٛز گوٚو میٚرَ آرِی کُٹھی کرَنہٕ ہنٛدوا کی علاقس منٛز دِیان اَتہِ روٗدُ سٕہ ژٕہمہٕ وارِیاہس کالس اَکس بٔٹہٕ گرس منٛز ڈیرس۔ اَتھ بٔٹہٕ گرس منٛز اوس جان لُکن تہٕ سادن سٕنٛتن ہنٛدین گرُمعن، اَتہٕ آسہٕ شاسترِی جلسہٕ لگان یِمَن منٛز میٚرس تہٕ شریک سپدنُک موقہٕ لبان اوس۔ چونکہِ مادے تحقیق اوس میٚرس منٛز کافی اَمہِ کنٕ لیہِ سٕہ کتھہ سٕہ بوزان اوس تتھ تہٕ تھِبتھ اوس ضوٗرور تحقیق کران روزان۔ یوٗتام کتھ وارِ فِکرِ تہٕ یٕہس۔ اَتھ گرس منٛز روزِنس

ستی رؠڈو سٕہ بٕگر، یُمےٚ سادھ مالیٖن سادٕ پیٚنجن پیٹھ گرٚزھان۔ تہٕ پننس علاقس
منٛز ہٕرٕ برکران۔ امہٕ علاوٕ آسہٕ میرس کرِ مشور تہٕ بٔڑ ہمسایہٕ یمن شاسترچ جان
زان آسہٕ۔ یِمن ہٕٹن ستی اوس تمِس یِن گژھن تہٕ جان تولُقاتھ، مُمکن چھُ کینٛژن
کتھن ما آسہٕ ہےٚ تٔس ہمسایہٕ ہٕٹن نِشہٕ تہٕ زان گاٗمٕژ۔ یمنے ہٕٹن منٛز اوس سہٕ مادھو
رام تہٕ شاٗمل یمیُک سُند ذِکرِ جےٚ لال کول صابن "صمد میر" ناوِ کِس مضمونس
منٛز چھُ کوٚرمُت۔ مادھو رام چھُ ننٛے تہٕ ویوٚد۔

## شہرٕ پیٹھٕ گام کُن!

۱۹۱۹ء سنہٕ ہس، پتہٕ ۱۹۲۱ء سنہٕ ہس درمیان ترٚوٚ میرن شہرٕ تہٕ کھوٚت
پتنہٕ جدی وراثژ پیٹھٕ نمبل ہار لگبنہٕ۔ رحیم میرن تہٕ محمدی میرن گوٚر شہرے سوٚکونتھ
یِیمہٕ وقتہٕ میر گام لگبنہٕ کھوٚت سہٕ اوس یوٚ ہوے وٕہرِ پنٛژ ہہ مرت۔

گام واپس یِتھ پیوٚتس سوٗرے نوٚ سر ساڈن۔ بابہٕ صاب اوس سُس واریاہ
برٚونٛہہ گذریومُت۔ تمیُس مکانہٕ پیوٚتا بنو ومُت اوس سہٕ اوس مگر نیرتھ
پاندریٹھن "اگرٕ" یُیٔنتہٕ تتھ زمانُس منٛز انسان کھوژان اوس، گرٕچ گر ویٹھ
تہٕ باقے گرجاداد گُلِ کُنڈٕ آسی یِک جُدی لوٗژ آپی ہتی۔ واپس یِتھ یِہ کینٛژھا
میرس ماٗلی میراثہٕ منٛز واپس توٚر سُنہٕ اوس اکھ لوگٹ کتھ تہٕ ژکنالہٕ
آبی زمین۔

اکھ انہٕ گٹس تہٕ غریبی منٛز تہٕ تروٚونہٕ میرن حقق دامانہٕ۔ سہٕ اوس

---

لہ یہ مضمون چھُ ۱۹۵۹ء سنہٕ ہس کیس سون ادبس منٛز چھپیومُت۔

دۆہ دُنیا یا تہٕ راتھ عُقبےٚ (عقبا) شیرنہٕ باپتھ خرچ کران۔ اکہٕ شروہٕ دُنیاہ یاد آری کران تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ رُجھ ترش ہٮ۪ومہٕ راوان۔

شہ رۆدسو دلہٕ مچھنہٕ کران تہٕ اکھ وقت ووت شہٕ نٕہ بیٚیلہٕ تہٕندِ گرٕ غریبی منٛز نیرتھ ہا کھ بتہٕ کھینہٕ وول آسن لبسن وول گرٕ ملیو۔ تمو کوٚر نوٚو مکانہٕ تیٲر تہٕ گرٕ دِتکھ نٔوِ سرٕ ترتیب۔

## عادات تہٕ پوشاک

میٲنؠ آسی زندگی ہٕندی سبٹھا شونٛزتہٕ دٕہ گنٛزو ڈیٹھی۔ امیرکنیٚ آسی سادٕ زندگی گُزراوان تہٕ فضول خرچی آسی تمخالف۔ دٕیان آسی کھیتیو چلیو مگر ضایہ مہٕ گرِو۔ بیکار روزُن اوسکھ نہٕ پسند تہٕ گرس منٛز روٗزِتھ آسی کام کوٗٹ کران روزان۔ اِبتدٲئی دورس منٛز آسی بڈٕ سادٕ پوشاک لاگان مگر آخری دورس منٛز آسی نِکو کافی موٗلِرٕ اِستیمال کران۔ مگر شوخ رٔنگک پوشاک اوسکھ نہٕ پسند تہٕ نہٕ آسی تیتھ پوشاک ژاہہ لاگان۔ لباس اوسکھ پھیرٕن پوٗژھ، تہٕ شرعی بیزار۔ کلس آسی کاشرِ گرٕ لیسی ٹوپی دِوان۔ سدرِس تہٕ کوٹھ تہٕ آسی لاگان مگر پھیرٕنس اُندرٕ کنی۔ کھیوان چیوان تہٕ آسی حسابس منٛزے۔ دٕیان گوڈٕ کالس منٛز آسی چرس چیوان مگر پتہٕ اوسکھ ترووُمت۔ تموک آسی چیوان مگر کٔمے ہیٚن۔ دٕہ ہس اندرٕ آسی دٕہ یہ ترِ پٮ۪یہِ پھِر تموک چیوان۔

بٕرس وارِ راتس آسن گیوون مجلس لگان تہٕ اتھ اندرٕ آسی میرٕ سندی طالب تہٕ حق ہمسایہ شامل سپدان۔ وُری لیس اندرٕ آسی ضُو روز ہندٕ ابتدار

کران۔ بنڈارن ہندیہ سِلسِلہ چھُ اَزتہٕ جاری۔ آسی ابنِ صمد میر چھُ اَزتہٕ نومبر کِس رتَس منز "اگرٕ" بنڈارٕ کران۔ یِیتہٕ میر پننس ماٲلِس لَرِ دَفن چھُ۔ اَکھ جایہ چھےٚ بوزنہٕ تہٕ بیٚیہ چھُ اَکھ رٕنبہٕ وُن ناگ نیران ... اگہِ دَفن کرٕنیح وُصینہ آس تِمو پانے کُرمٕژ۔ تِمو چھُ پانے وٚونمُت ــ

" اگر" چشمن بنی گوش

نہٕ ہر شب رُستگاری

مگر اے صاحب ہوش

ژکر لب بستہٕ داری

کٲشِرِ ہندین قلمکارن اندر او سُکھ حاتَمہ کاملی تہٕ تاراچندِ بسملس سیتی جان یٔن گرٕچھن۔ زندگی ہندِس آخری دَورس منز آسی گوشہٕ نشین سپدِتھ تہٕ اندر یور آسی خال خالے نیران۔ ییٚتِس کانسِ ہیٚتھ آسہِ تتھ وَقتس آسی سیف مُران آسان۔

میرس آس نہٕ شاعری اَکھ مُستقل شوغل کیٛنہہ بلکہ ییٚلی تَس ضرورت بوزنہٕ باسہِ ہے تیٚلے اوس شعر ونان۔ باضے باضے آسی نہٕ تِم وُری وادن کیٛنہہ ونان۔ دیٚپان اَکِ لٹہٕ ووٚن نہٕ تِمو یہن ترٕ ہَن وُرین اَکھ لفظ تہٕ۔

## طائب

میر صابنین طالبن ہند تیداد چھُ وارِیاہ تہٕ تِمن لوکن ہُنز گرٕنڈ کرٕنی چھےٚ مُشکِل۔ یِم تِمن نِشہٕ پوان گرٕچھان آسہِ تہٕ فاص آسی تلان۔

آخری تہٕ ... رَسہٕ پننس نیچُوِس گلہ میرس لیس آسی ابنِ صمد میر ناو

شاعری چھ کران۔ تِہندِ بن زیچھ ڈکھ لوکن ہُندو ٘نن چھ زِ آخری وقتس اَس تَس آسی اِشنزِ ے شُر یچھ زیادِ تہ تِموٚ اوس نوٚ و ہرِ ے سہ پنُن روحانی جانشین مقرر کوٚرمُت۔

میرسن اوس تپاہ زِ تِس سِلسِلِ خالقِ میرنِ پلیٹھ شوٚر وٚ چھ گومُت، تِمہ گژھِ نہ ژھین کینہہ تِموٚ چھ پانے ووٚنمُت سہ

پھیرماے لاگژوس
میرِ صمدس بروٚنٹھ آو
پیرِ دپیر چو ونس مس
میرِ ماخام دراو

اولاد

تِمن آسہِ ژور شُرۍ۔ زِ نیچوٚ تہ زِ کوٚرِ۔ زِ چھ کوٚرِ اوسکھ صفاکدلکس عبدالاحد بیگ صابس ستی کوٚرمُت (سہ چھ میرِ صابنی طالب) مگر سو معہ یہ شُرِ مُرِ وستے۔ دوٚیمِہ کوٚرِ چھکھ کرمشورِ شیخہِ ہندِ کوٚرمُت یوسہ از شُری وابیٚنی چھے۔ زِ نٚس نیچوٚ وِس چھکھ غلام رسول میر ناوٚ تہ سہ چھ پیٚٹھواری تہ دوٚیمس نیچوٚ وِس گُلہ میر (آسی ابن صمد میر) یُس ٹرانسپورٹ محکمس منز کلرک چھ۔

# پیرۄوٗتر

مالہٕ میر

خالق میر

غلام رسول میر — صمد میر — رحت — گگہٕ میر (آسی ابنِ صمد میر)

غلام رسول میر: شکیل احمد — مختار احمد

گگہٕ میر: ابرار احمد — اظہار احمد

میٲنِس زِندگی منز یِمہٕ کتابہٕ چھپیمژٕ چھےٚ تِمن ہنٛد تفصیل چھُ یِہ:

| نمبر شمار | کتابہٕ ہنٛد ناو | صفن ہنٛز تعداد | پبلِشر |
|---|---|---|---|
| ۱- | کلامِ صمد میر نمبر ۱ | ۱۶ | غلام محمد |
| ۲- | کلامِ صمد میر نمبر ۲ | ۱۶ | محمد تاجِ کتب |
| ۳- | کلامِ صمد میر نمبر ۳ | ۱۶ | " |
| ۴- | کلامِ صمد میر نمبر ۴ | ۱۶ | " |
| ۵- | ترانہٕ صمد میر نمبر ۵، ۶ | ۳۲ | " |
| ۶- | اکہٕ نندُن حصہٕ اول | ۱۶ | " |
| ۷- | اکہٕ نندُن حصہٕ دوٚوم | ۱۶ | " |

یِم ساری کتابچہ چھےٚ میٲنِس زندگی منز چھپیمژٕ - یِمن کُن یِم کتابچہ چھےٚ

دٰرٕج ۔ یِم چھہ میر سُنٛدِ رحمتِ حق گژھنہٕ پتہٕ چھاپ سپدیمتیٛ ۔ صمد میر سنٛز کلامہٕ ہُند یمانہٕ چھہ کوڈ نکیٛن دوٚن کتابَن منٛز چھاپیٛمتی ابن صمد میرُن کلامہٕ تہٕ شامل ۔

| | | | |
|---|---|---|---|
| ۱۔ | کلامِ صمد میر | ۱۶ | غلام محمد نور محمد تاجران کتب |
| ۲۔ | لالہٕ مال | ۱۶ | محمد امین اینڈ سنز کتب فروش مُبل لنکر سرینگر |
| ۳۔ | آروٗل | ۱۶ | ؍؍ |

## وفات ؛-

میر صاحب گےٚ ۹ جنوری ۱۹۵۹ء م۔ پ صُبحچہِ ژور بجہِ نوٗر شاند دِتھ یٔیمہِ دُنیاہہ۔ پننِس اَکِس دوست مہد بٹس اوسکھ کیٛتہ کال برونٛہہ ونٛمُت زِ مےٚ چھہ وونی گژھن تہٕ ژےٚ چھےٚ مےٚ پتہٕ اٰٹھ وُہری واکھ۔ میر سُنٛد گزرنہٕ پتہٕ اٰٹھ وُہری گو جنوری ۱۹۶۷ء م۔ پ ہَس منٛز مہد بٹ تہٕ رحمتِ حق۔

میر صاحب چھہ وصیتہٕ موجب بابہٕ صابس لَرِ سرینگر راتھن سٹرکہ سیتی سرینگرٕ پیٹھہٕ ۱۵ میل دوٗر "اگر" وَفن آمتی کرنہٕ۔ اِنّا لِلّٰہ وَاِنّا اِلَیہِ راجعون۔

"اگر" چھہ بڈٕ خوبصورتھ جاے۔ میر سُنٛدِس مزارس چھےٚ اَندی اَندی

---

؎ حاجنی صاحب چھہ میر سُنٛدِ سنِ وفات ۱۹۵۸ء م۔ پ تہٕ کول صاحب ۱۰ جنوری ۱۹۵۹ء م۔ پ لیکھان۔ یِم دوشوٕے تاریخ چھہ غلط۔

کُنڈی نار دِتھ تہٕ اَتہٕ زٕہتھ چھُہ انسانَس دِلک ہوٗتے غُبار نیران تہٕ رحسن شہجار سپان۔

## حرفِ آخر

یہ پارزان اَنْد واتناوِنہٕ بروٗنْہہ چھُس بہٕ تِمَن لوٗکن ہُنْد شُکریہ کرُن پنُن فرض زانان یِمَو مےٚ یِتھ کتابہِ دَس تلنَس تہٕ اَنْد واتناونَس منٛز اَتھہٕ روٚٹ کوٚر۔

بہٕ چھُس کلچرل اکیڈمی ہِندِس ڈپٹی سیکرٹری جناب محمد یوسف ٹینگ صاحبُن شُکرگذار زِ تِمو دیُت مےٚ یہ کتاب اَنْد واتناونَس منٛز حوصلہٕ۔ آسی اِبن صمد میرُن چھُس یِمہِ کِنہِ موجوب شُکریہ اداکران زِ تِمو کوٚر مےٚ کتاب لیکھنَس منٛز پرٛتھ رنگہ اَتھہٕ روٚٹ۔ مےٚ پزِ شیونندن بھان صاحبُن تہٕ شُکریہ کرُن زِ تِمو نِہاوِ تِمہِ کتابہٕ ضروٗر ورتہٕ باوجوٗد مےٚ لُشہِ یِمہٕ تِمَن پالٕنس لکار آسہٕ۔ اکادمی ہِندِس پبلیکیشن اِنچارج معراج صاحبُن تہٕ چھُس بہٕ وۆزِہ واَنْجہ شُکریہ اداکران زِ تِمہ رۆد مےٚ کتاب وُلی وُلی تیار کرنہٕ خٲطرٕ پتہٕ۔ مےٚ ٹینز پزِ دِلہ روٗشل پنٛڈت صاحبن تِہ شُکریہ اداکرُن زِ تِمو کوٚر مےٚ کِتابہٕ ہِنْد پرُوف پڑھنس منٛز اَتھہٕ روٚٹ تہٕ بیہِ دِتی نم وار یاہ جان مشورٕ۔

آخرس چھُس بہٕ کلچرل اکاڈمی ہُنْد یِمہ کِنہِ موجوب شُکرگزار زِ امہِ کیوٚہ حاکمُو تُل "کُلیات" شٲیع کرنچ کام ہِ دِس۔

بہٕ کیہہ یہ پارٕ زان میرٕ سَنْدِ سے اَکِس شارَس پیٹھ ختم ع

آلو سیاٗنی لوٗزنوہ شش قسمتو
ہتو وُنی ونی لوٗزتھ نہٕ زانْہہ

موہنور۔ ١٩ جُلٲے ١٩٧٢ء

موتی لال ساقی

# نۆنظر

"کلیاتِ صمد میرگ" دوٚیُم ایڈیشن چھاپنگ سنٛز سپدنہٕ وزِ چھ میٚے وُنی کین گوڑٕ انوارِ آسی ابنِ صمد میر یاد پیوان۔ گوڈنیک ایڈیشن تیار کرن وزِ اوس مےٚ کتابہٕ ہنٛدِس چھپنس زَنتہٕ نُوٚس تِتھس پٔزران مگر وۄنی گو تس اکھ وُری پیٚٹھی قبر کڈان۔ سُہ گو ۸ ستمبر ۱۹۸۰ءٕ ژنٛدرہٕ وارِ دوہ گُلہ مۆران تہٕ جوانی ہُنٛد نارِ ژھٕٹان بییمہِ عالمہٕ۔

آسی اوس سالِک تہٕ تہٕ شاعر تہٕ۔ شار وُننگ اوُس زبر حوصلہٕ سُہ اوس ہنہٕ ہنہٕ بتِہ لوکچہِ وَنہِ بڑو ہنہ لکان تہٕ تسنٛز شاعری منٛز آس تہٕنٛدِ ین تجربن ہنٛز گرٚکھ جاے شیران مگر تَس دیٚتنٛہ موتَن کاڈ کڈنہٕ تہٕ میٚرن یوسہٕ کتھ تھیٚکنہٕ آس وُنی ہٕز تتھ لوٚگ ٹکھ سہ

پیر در پیر چوونس مَس
میہر ما ——— خام دڑاو

دوہ ذُچھ بییمہِ کتھ ہُنٛد نٕنہٕ سپدِ مت نہِ بییمہِ عالمہٕ گڑھن وزِ آس میٚرن وُصی یَتھ

کُرہٕ زِ تِس پٮ۪تہٕ آسن تسنٛدی رۄحٲنی وآرِث اکھ چھوٚپہ زٕ وٕن دِتہٕ ہٮ۪بیہ صفا کدٕل
عبدالاحد بیگ۔ یِم دوہ شور بُزرگ چھِ وۄنی ییمہٕ عالمہٕ گامتی، زٕوٕن دِتہٕ سجادہ
نشین قرار دِتھ چھِ پٮ۪رن پٮ۪زی پاٹھی فراخدلی ہاو مُرشِد چھِ گوڈ کٮ۪ن لٹہٕ اُسہٕ
کےلگان زٲکی ناو دارسا اکن اوس اکِس زمانہٕ بٕتر وُچھمت زِسو بنِہ پنٕنس رۄحٲنی
وآرِث۔ پنٕنہ سجادہٕ نشینی متعلق وصیت آس پٮ۪رن محمد سلطان گلشن ساز تہٕ غلام نبی
کاوِ ڈارس تھی کُرہٕ۔

پیرہٕ سندین ابتدٲیی دورکین طالبن منز چھِ زٕ آدی مُشید پٮ۪ند عبدالقدوس
ریشی تہٕ عبدالرحیم ریشی شامل آسی متی۔ اَمہٕ ہری ییمانہٕ اوس مہراج یارہٕ کِس
احد صوفی ہندِ گرِ اکثر قرار کران۔

مےٚ چھےٚ بٕرۄنٹھے پنٕنہ بٕترِ موجوب پیرہٕ سنٛزِ شاعری پٮ۪ٹھ بر پور تبصرہ
کرنٕچ کوشش کٔرمٕژ امایوٚ زٕ اَز کٮ۪ہ لٹہٕ ییلہٕ مے کُلیاتس بٮ۪یہ نظر دِژ مےٚ سپٕز
اکھ خاص صوفی اصطلاح دامنگیر۔ یہ خاص ترکیب چھےٚ "کیٚنہ نہٕ"۔ یوسہ
ہمہ مہرس تابے موحد وٕچھنہ یکہ چھِ امیک گرزِ لل دید تلمٕت ۔

گوٚرس پٮ۪رٕژھام سابہٕ لٹے
یس نہٕ کینہہ وُنان تس کیا ناو
پرٕژھان پٮ۪رٕژھان تھچس تہٕ لوٚسس
کینہہ نس نشے کیا ہتام دراو

سو چھےٚ اُتھی کینہہ نس منٛز پان بنٕنراوِنس زِندگی ہنٛد ہرِتہٕ ترٕزانان ۔

اژھن آے تہٕ گژھن گژھے

پکھن گژھے دوہ کیو راتھ

یورٕ آے تورٕ گژھن گژھے

کینہہ نتہٕ کینہہ تہٕ کینہہ نتہٕ کیا تھ

لل دیدِ پتہٕ احد زرگرس تام چھُ اَسہِ اکثر صوفی شاعرن ہنٛدِس کلامس منٛز "کینہہ نہٕ ہُنٛد" رقص درینٹھ یوان، ییمہٕ کنی کنہٕ ڈول دِنچ صورتھ چھینہٕ۔

کٲشرِ ہنٛدِس صوفی ادبس (شاعری) پیٹھ یودوے وُنہٕ تہٕ مُستقل کتابہٕ ہٕنزٕ ورٕژھ ہےپنہٕ جایہِ قٲیم چھےٚ امہ پژٕ زاکھ گتھ چھےٚ حوصلہ بخش زِ صوفی ادبکس موضوعس آو تیٚمہِ ژون پانژن وری ین وارِ یاہس حدس تام دل دنہٕ۔ صوفی شاعری پیٹھ اسلامی تصوفک اثر تہٕ آور زیرِ بحث تہٕ ہندو فلسفکہِ زاوِ جار برِ کڈنچ کوشش تہٕ سپز۔ مگر دوہ شوے دالیو بنو وینن کچھل باہمن کرن مقصد نہٕ مُدا، ییمہ کنہٕ اصل کتھ تام واتنس روٹ سید۔ اکثر عالمو یودوے تصوف موضوع بنوو مگر "کینہہ نچ" ترکیب اُنی نہٕ کانسہ تہٕ زیر بحث، کامل صابن چھاپ "صوفی شاعری" ترین جلدن منٛز مگر اتھ ترکیبہ کُن تچھن نہٕ اُچھ تہٕ، اُنہارن، کوڈ صوفی شاعری ہنٛزن مختلف کنجن متعلق اکھ خاص نمبر مگر کانسہ اُکی نہٕ ہیٚژ یہ ترکیب زِلیو۔ یہ چھا زٲنتھ مانتھ گوش دِنچ عمل کنہٕ بے خبری تہٕ متعلق کینہہ ونُن چھُ مُشکل۔ مگر اکھ سوٗ اہم ترکیب یتھ اُکس نظامِ فکرس خاص اہمیتھ حاصل چھےٚ تہٕ یتھ اُندی اُندی صوفی شاعری ہُنٛد باگہٕ بوٚرت حصہٕ گتھ

چھُ کران، یتھ کنُی نظرانداز سپدُن نہ چھُ شوبان تہٕ نہٕ زیبان۔

..۵۰ ؤری کھوتہٕ زیادٕ آسس بڑونٹھہٕ پیٹھہٕ عیسائے سنہٕ کِس ژودٲہِمس ہتہِ لِس تام روٗد بُدھ مَت گاہے سَرزور پاٹھۍ تہٕ گاہے پسپا گژھان کٲشِرِ منٛز رٲیِج۔ یہ چھُ اکھ توارِیخی پَزر زِ اکہِ بااثر مذہبہ پاٹھۍ ووت بُدھ مت کٲشِرِ منٛز ازٕ بڑونٹھہ شیٚٹھ ہتھ ؤری اَنجامس مگر امہِ کۍ اثرات روٗدۍ واریاہس کالس کٲشرن تھپھ کرِتھ۔ وُنہ تہٕ چھِ سانہ ژوہرِ شیچہ زِندگی منٛز واریاہ رسم تہٕ رِواج موٗجود ییمن ہُند آگُر بُدھ مَت چھُ۔

'راج ترنگنی' ہِندِ بیانہٕ موٗجب اوس کُشان دورس منٛز مشہوٗر مہایان بودھ فلسفی ناگ ارجُن کٲشِرِ منٛز ہارونہٕ روزان۔ کلہن سِندِس بیانس چھُ باقی توارِیخی ذٔریعو کِنۍ تہٕ تصدیق سپدان زِ ناگ ارجن چھُ گوڈنِکس تہٕ دوٛیمس عیسائے ہتہِ لِس درمیان اوسمُت۔

مشہوٗر چیٖنی سیاح ہیون سانگ آو مئی ۶۳۱ء منٛز کٲشِر تہٕ اپریل ۶۳۳ء منٛز دراو تو سہ ما داینچہِ وَرِیہٕ واپس۔ یتیٚہ کور تمۍ اکِس ستّہ وُہرِس بودھ عالمس نِش مہایان بُدھ متک گیان حاصل۔

انسانہٕ سِندی وونہٕ آگرِ چھُ ہتہ بدن ؤرِین گژھان تہٕ سر تازٕ روزان۔ یتھ کٲشِرِ منٛز مہایانُک بُدھ متُک نوو یاوُن پرووُ تہٕ چیٖن، تبت تہٕ بھوٹان تام ژھٹھ گُڈِتھ جاپان تام گومُت اوٚن تتھ کٲشِرِ منٛز کیتھُکۍ چھُ ممکِن زِ مہایان بُدھ متکۍ تہٕ شُنیہ وادکۍ وونہٕ آگر گژھن مولہٕ موٗنجہِ خوشکھ۔ مہایان بُدھ متس منٛز اوس کٲشرِ اکہِ

مرکزی حیثیتھ حاصل یٖیمہٕ کِنۍ اَتھ مہایانک پرٛیاگ وَنن تہٕ گوب گرٛھن۔

مہایان بُدھ مَتکۍ شُنی وادن کوٚر ویدانت تہٕ متاثر تہٕ کاشر شِومت تہٕ۔ چُنانچہ یمن دوشونی فلسفن منٛز چھینہٕ صرف اَمہِ فلسفکۍ ٹاکارٕ اثرا نٕے لوت مَوجود بلکہ چھیٚ شرٛتوٲہتھ اصطلاحہ تہٕ مَوجود۔ یتھہٕ کنۍ کوٚر کاشرہ لو شُنی وادک اثر دِہ یو وَتو قوبول۔ اکھ سیّد سیٚود رہو ایٔر ہندٕ بوکتہٕ تہٕ دوٚیم کاشر شِو متکہ ذریہٕ بُدھ مت لیسپا گرٛھنہٕ پتہٕ کوٚ ڈکشیر منٛز شِومتن کاڈ۔ مٔے چھہٕ ذٲتی خیال زِ کاشرہ بن شِیوی آچارن پیٹھ اوس یہٕ بُدھ متکے اثرزِ تمو دِزٕ ذات پالتس لتھ۔ ہرگاہ تمہ یہ وَتھ رٹہن نہٕ تمن گرٛھہے بُدھ متکۍ پٲروکار شِومتس کُن پھرنس منٛز سخت مُشکل۔ شِومتک نِراکار وادٕ چھ شُنی وادک، مُکمل فلسفیانہٕ روٗپ۔ اتھ کتھہٕ گرٛھ یتھہٕ کنۍ تہٕ تصدیق زِ ہیل متک شِومت چھ ساکار وادی فلسفہٕ لیٚس بُدھ اثرکنۍ شِو آچارن ترک پیو کرُن۔ شُنیس مُتعلق کتھہ کران چھ ناگ ارجن وَنان :-

"اُسی چھ کمہِ تام شنیاہس منٛز لوان تہٕ کتھہٕ تام شنیاہس منٛز گرٛھان
روشونی عالمن ہنٛز چھینہٕ اَسہِ کانٛہہ خبر مگر زاین لبنگ تہٕ جذب
گوڈھنک مُقام چھ لیہے شُنی یا پاخلا تہٕ لیہے شُنی یا چھ پرزر۔"

ہرگاہ یے وار پاٹھو زٕہتھ دِمو شِومتک پرم شِو، چھ بذاتی اَمی شُنیک بناکھ روٗپ یانا وتہٕ ویدانتک نیتہِ نیتہِ، تہٕ چھیٚ اَمے پرزرٕ چ باوتھ۔ شُنی یتھہٕ للہِ نِش کینہہ نہٕ ناو ہیو چھ تہٕ یتھ کانٛہہ رنٛگ، روٗپ، ناو، وَژن، کاڈ، راد، ہوتنز، تھزر، بیتر چھنہٕ۔ یہ چھ تہٕ یتھ نہٕ کانسہِ کوم کرٕ تہٕ نہٕ ینکس کرِتھ۔

شُنیس تہٕ چھِ زٕ پہلو، یہِ چھُ کُلہم پأٹھؠ توحیدٕچ تجربٕچ ہُند ثنہ پیٚٹھ ثباتی باوان۔ دُنیا چھےٚ یتھٕ حسابہٕ شُنی تہٕ کیٚنہ زٕ یمہِ بے ثباتی چھےٚ ناکارٕ۔ حدٕ حقیقت چھےٚ بیٚن گژھنہٕ تہٕ شےٚ داری، نہ چھےٚ ژھو کُن تہٕ نہ موت، نہ چھُ بیٚروان۔ ذاتِ حق چھُ وقتہٕ تہٕ تبدیلی نشہٕ اثرٕ نشہِ بالاتر۔ یہِ چھُ شُنی تہٕ کیٚنہ زٕ یمہِ چھےٚ تمام صفاتو نشہٕ بیٚور تہٕ تھوٚد بلند تہٕ بالا۔ یمہِ یُس یٚکوٚ ہٕ احد مُتعلق کینہہ وَنِتھ۔ خیال تہٕ زبان ہیٚکہِ نہٕ رٲوِتھ باوتھ۔ تہٕ یمی تجربس تُہِ یاد پیٚٹھ یو سہٕ وَکھنے صمدہ کینہہ نس کران چھےٚ سو وَکھنے چھےٚ آریاہن سیٚٹھاہ منز قابلِ غور۔

چھُ کینہہ نے ہیٚر کینہہ نے بون
چھُ کینہہ نے گردِشن طرفن
چھُ کینہہ نے ہر ذرس ریہہ نے
وَنے بُوزِم ییٚنے کینہہ نے

یہِ چھُ پیٚزر زٕ کینہہ نہٕ کِنس معانیس چھُ بیٚون بیٚون فلسفن ہِندس اثرس تحت کِتھٕ کیٚنٕہ ژٕ مٹٕ تفرشاونی چھُ امیُک تُہی یادی آگُر مہایان بُدھ مت کس مدھیامِک فلسفس امہِ موکھ چھُ امہِ کیٚن آگرن ودِشت ہیٚنہٕ باپتھ ناگ ارجُن سُندِ شُنی واد ک مطالعہٕ ضروری۔

ناگ ارجُن سُند بیان چھُ زِ شُنی چھُ تہٕ ییٚتھ نہٕ اچھ وُچھتھ ہیٚکہِ تہٕ ییٚتھ رِلتھ واتِتھ سوتِ تِھوکِہ یہٕ چھُ سہٕ بالاحق۔ یہِ چھُ سہٕ مقام ییٚتھ بُدھن پرمارتھ ناو چھُ دِتمت تہٕ ییٚتھ باوتھ لفظو بیتراوُن نہٕ۔ شُنی تہٕ ترکن چھُ الہام۔ یہِ چھُ پیٚزر زِ فلسفٕ چھُنہٕ کانسہِ ہُند جاگیر۔ دُنیہِ ہِکی یِم تہٕ بیٚون بیٚون فلسفکی سوٚکوٚل چھِ تِمن چھُ پانٕہ وانی اکِہ نہٕ بیٚیہ

زِنٛدٕ واتھ مگر ژھایہٕ تہٕ ژھایہِ چھِ پھیرا کاہہٕ ژھاے۔ چھِنہٕ تیٚژ صاف آسان یِتٕ ژھایہٕ وول چھُ اُچھن برٛونٛہہ گژھان تہٕ کاہہٕ ژھاےٚ چھِنہٕ تیٚژ گٹ آسان زِ گژھن تہٕ سُنٛی سُنٛی تہٕ چھِپنہٕ کینٛہہ یِنہٕ بوزان۔ بُدھ مَتَس شُنٛیہ وادس تہٕ چھِنہٕ یہے وَنَن گاٹجار۔ بُدھ مت گو وطن وٕنلاے تہٕ امیُک فلسفہٕ نیوٗ دٔوِمیو تیٚھ گُنٛہ ژیتھ زِ اتھ رۄزن چھانٛنے، اَتھ آے تیٚتی ملٕہ کرنہٕ زِ یہِ دۄپی کُنہِ حقیقتس تام پلن کرنس رۄزنہٕ وَتھے۔

دُکینٛہہ نہٕ، یِنٛدو سی مانٛیس منٛز کاشُر لو صوٗفی شاعر و ورتوو مت چھُ اَکھ نہٕ چھُ اسلام ڈٕکھ کران تہٕ چھِنہٕ ہینٛدی مذہبس منٛز ابتدأیی دورس منٛز اَکھ شناخت میدان۔ مدھیانتک شُنٛی (خلا) چھُ سہ دأیمی حق یُس ملانے تہٕ مطلبہٕ نہٕ بالاتر چھُ۔ شُنٛی لو اوٗرُک پیا گو ژیتُ شیوی بنتھِ لل دیدِ تہٕ تَس پتہٕ شیخ العالمین۔ شیخ العالمس پتہٕ وٕتٕ سیر اصطلاح صوفی شاعرن ہنٛدِ دستہٕ اسہٕ تام۔ بکھتی یا وِکھو شاعرو ہیوٚک نہٕ کینٛہہ نہٕ، لہ لِ للہٕ نأوِ تھہٕ کیازِ لل دیدِ پتہٕ آیہِ کٔشیرِ منٛز نِہرا کار وادس داریاہ ٹھوکٕر تہٕ بکھتہٕ باوُک یُس گژھ پتہٕ یینہٕ وٕتھ سہ چھُ بھاگوت دھرمس سیٹھا نکھ یُس بذاتی ساکار وادی فلسفہٕ چھُ۔

مُسلمان صوفی شاعرن ہنٛز کو چھِ منٛز بنیو کینٛہہ نہٕ، وحدتُک علامتھ، تہٕ اکھاو پرٛتھ رنٛگہٕ کاڑ کڈنس وارتہٕ وتھ۔ حالانکہ دُکینٛہہ نہٕ، یہ کینٛژھا باوان چھُ سو چھِنہٕ اکہِ وِکھرو تہٕ ہنٛز ژینہٕ وَن۔ سہ آسہِ تن سو چھِ کرال یا نعمہٕ صاب، صمد میر، آسی تن یا احد زرگر یم ساری چھِ دُکینٛہہ نس، گژھ کران تہٕ بالا کنہٕ زانان۔

صمد میر اوس صوفی مگر تہنٛز شاعری ہنٛد کینٛہہ حصہٕ چھُ تیٚتھ یُس زِندگی ہنٛزن

تلخین ہُنْد ترجمان آسنہٕ موکھ شہر آشوب چھُ ـــ

بڈ دوہ ہیہ صُبحن پیٹھ چھپر کو لے

حکام بُہتھ ونان ــــ کیٛا

کتہٕ ماز کھیوٚن گژھہ زکام ژلے!

ملے نِلہٕ وٚٹھ ژلے نہٕ زانُہہ

توٚر بچہٕ توٚر بچہٕ کران ژلے

دُچ مور خر بچہٕ گوٚ آف

ڈر کتہٕ دِہہس گنگھ انہٕ کھلے

ملے نِلہٕ وٚٹھ ژلے نہٕ زانُہہ

مہر سینٛزِ زندگی منٛز رے لوٚگ پرٛایس تہٕ نوٚس کھوٚلوٚ۔ تھتہٕ قدرن گو لتہٕ لور۔ سوچکہ میزان بدلینے، مہرن یہ وانسہٕ دُیرمُت اوس تتھ ساری سے لوٚگ ٹھوٚس مگر مہر ہیوٚک نہٕ تبدیلیَن سیتۍ سمجھوتہٕ کرتھ۔ سُہ ہیوٚک نہٕ ساری سے وتھہٕ وار گرٛزھنگ پہ منظر وُچھتھ، اوٚے تہٕ وُزھس تبدیلیَن ہُنْدِ ہوا نو وُچھتھ تھتھراے، بانبر لوتہٕ بڈ ہٹہٕ دِژن کرِتھ ـــ

موٚہ گو ہستِس ٹھولہٕ

لوٚہ لارِ شیرس آو

شال تھوٚو شمشیر ہلہٕ

رِہو کلہٕ کر ٹھُہراو

ژیچھانہٕ سیتو دِل بلہٕ
سوٗ یہٕ کوٗ تاہ چکہٕ چاو
یتھ وے تے شُہدرٕ مارلہٕ
رٕتھوٗ کلہٕ کرٕ ٹھہراو

کُنھِ ہرگاہ زیچھرٕ مو کتھ واتہِ خبر کوٗت مگر تفصیلس منز گژھنگ
چھُنہٕ یہٕ وَق ۔ مےٚ دِتی کینہہ اشارٕ، کتھٕ واش کڈنُن چھُ زانٛنہٕ والین ہُنٛد کار ۔
ہرگاہ بییہٕ وَق آو یہٕ کرٕ ہیکہٕ موضوعس پیٹھ وِتھراوِتھ کتھ ۔ ہرگاہ شیانو اشارو سیتی
سوچن والین وُنتس لگہٕ یہٕ زانٛہٕ زِ میٲنی مینتھ گژھرتھ ۔ مےٚ یہٕ کینٛژھا دایرٕ ضوٗری
چھُنہٕ زِ تی آسہٕ ژٕرس، ہرگاہ کانٛہہ میانِس سوچس نوٗ وانہار تہٕ اظہار بخشہٕ ، سُہ آسہٕ
میٲنی خوش قسمتی ۔ مگر یہٕ تہٕ چھُم احساس زِ میانی خوش قسمتی پراوہٕ منزِل یتہٕ کیاز
اُسی ساری چھِہ ہیندی تہٕ مسلمان گوڈےٚ عالم تہٕ موقعہ پتہٕ ۔ اُسہٕ چھُ سہ عِلمی تہٕ تحقیقی مزاژ
پادٕ کرُن یتیمہٕ سیتی کنھِ کھرٕ بینہ بدٕل کھُرٕ نیران چھُ ۔ تیٚتھ ہیوٕ مزاژ پادٕ
کرنس لگہٕ اسہٕ وُنہٕ کینہہ نے تہٕ ہتھ وٕری ۔

کلیات صمد میرک یہٕ دوٚیُم ایڈیشن چھپن وِز چھُ مےٚ میرسندِس بپرٕ
وُنترِس متلق کینٛژھن نوٚبن کتھن ہُنٛد بے لوگمت اَمہٕ موکھہٕ چھُس یہٕ تسند پیروتر
نوٚسرٕ دُر راوان :۔

مالہ
حسن

خالق میر | احمد میر | سبحان میر

محمد میر | رحیم میر | صمد میر

غلام رسول میر | رحمت | گلہ میر (اصلی ابن صمد میر)

شکیل احمد | مختار احمد | ابرار احمد | اظہار احمد

آخرس پیٹھ چھُس بہٕ محمد یوسف ٹینگ صابُن شُکریہ ادا کرُن یِنُن فرض زانان زِ تِموکۅر گوڈٕ انوارِ کُلیاتِ صمد میرٕ چھاپنگ سنہٕ ۱۹۷۳ء تیس منٛز تہٕ سپد یتھ کُلیاتُک گوڈنیُک ایڈیشن ٹینگ صابنہِ سر پرستی منٛز چھاپکھ تہٕ از چھ دوٚیم ایڈیشن تہِ تِہنٛزِ نِگرانی تل شایع سپدان۔

بشیر اختر صابُن تہٕ چھُس بہٕ شکر گزار رۅزُن زِ تِمو کۅر کتاب شوٗبہ دار پاٹھۍ چھاپہٕ کرنُک انتظام تہٕ امہِ کِس کتابَس تہٕ یتھ اوس تِمن ذاتی دِلچسپی۔

بہٕ چھُس پننِس نیچوِس ویریندر کمارُن تہٕ شکر گزار زِ یمہٕ رود دِتہٕ کتابہِ پروف پرنَس دوران برابر چائے یونی وانتاوان۔

مێ۪ نے چھپنٕے پتھرٕ کتابہٕ ہٕندِس یتھ اڈیشنس نتہٕ منتھن پرن والی اَچھن نتہٕ
ہرگاہ کُنہٕ جایہٕ کانٛہہ پھیر آسہِ گومُت تمِچ کرن نِشاندہی سہ

حُکم کرنے چھُ سوٗرُے تاہ بیاتس
ارُوپ آسیتھ گنٛدان منٛز شریتھ سوٚدرُلس
نہٕ آسیتھ آسنگ بازر چھ تٔمۍ سُند
نہ ہأسیتھ باس تٔمۍ سُند ذرا تس

محمد احسن احسن صاحبن کوٚر مێ۪ نے کتابہٕ پرُوف پرلنس منٛز اتھہٕ روٚٹ
تس سُند شُکریہٕ کرنہٕ بیٚیمہٕ موجوب زِ تس تہٕ مێ۪ نے منٛزٕ چھُنہٕ کانٛہہ بێیِن -

موتی لال ساقی

مہٕ ہنور ۲۵ دسمبر ۱۹۸۱ء



# ترتیب

| گرٛنٛد | گوڈسطرِ یا ووج | صفحہ نمبر |
|---|---|---|

## گوڑسطریا ووج

# وژُن

ولِسی کار مُشکِل بار گوٚب گوم

وٚنیتہٕ اوٚن پیوم

گولاہٕ پانَس کالہٕ رنگ گوم

وٚنیتہٕ اوٚن پیوم

کیاکرِ نہٕ آیوس سمسارس

غمہٕ روٚس ناکھیوم

دِہہٕ کَس اَزلَس یی لیٚکھتھ گوم

وٚنیتہٕ اوٚن پیوم

مالی ماجہٕ پننے ژھایہٕ وُچھوم

دانِہِ شیرِ چیوم

زاگِتھ تہٕ آگِتھ گوٚتوٚ گوم

وٚنیتہٕ اوٚن پیوم

دردِل مالیٖن دِکہٕ دِتھ گوم

واریٚ وِے کروٚڈھ پیوم

حق اوس ہتشہٕ مُنٛدس گوٚرم زوٗم[۱]

وٚنیتہٕ اوٚن پیوم

---

[۱] زام۔ پرابری اَشِنہٕ مو کہ چھیٔ اتھ لفظس زوم کرنہٕ آمت۔ دو نیٚ ذیلہٕ تہٕ برٛہ ژھمس صفس ہیٚتھ)

یتھ چپر خہ ژیدرس تو سہ ژوم
وَرِ تلہ رٹداوم

پوٚل گوس بازرِ مول وُستھ گوم
وٚیترِ راوُن پیوم

موکجارِ اندے خط مٔنے سوٗزوم
تتھ مٔنے ژاروُن پیوم

لوکچار مد نوژ پیے پتے گوم
وٚیترِ اوُن پیوم

پھمب ییژ ہ پنٔنے وٹرھ ناڈوم
ژرھ ستی صاف گوم
سنگ دل سفیدس رنگ مٔنے گوشوم
وٚیترِ اوُن پیوم

وَنی ولیسو پی سہ زانیوم
تی مٔنے زانُن پیوم
اَمہِ سوہنہ ہیٚر نم کامہِ پلٹھ کوم
وٚیترِ اوُن پیوم

---

(نوٹ مِ صنگ فٹ نوٹ) ہرگاہ یہ لفظ "زوم" کس مانیس منز نمونہ تِلہ چھپنہ کنھہ واٹھ لگان۔

تَنہٕ چھُس گلان وَنہٕ کُس یہِ کیا گوم
دوٗن ہُندے نیاے پیوم
اوٗش گمہٕ تہٕ تھوٗن دَم کرِتھ چوم
وٲتراوُن پیوم
لوٗسم یاد بوسیدٕ زُو گوم
یاد کرِہ ناو یوم
تَس پتھٕ صمَد میرس فِدا گوم
وٲتراوُن پیوم



نوٹ: یہِ وَژُن چھُ آیرِ سنزِ شٲیری ہُنٛد اِبتدا۔ یمَن دوٚہن میرن یہِ وَژُن وونمت چھُ تمَن دوٚہن اوس سُہ گُپکار کِس مجلسَس موٚزوٗرِ۔ یمنٕے دوٚہن اوس تمُو باطِنی سفرس کُن قدم تُلمُت۔ یہِ وَژُن چھُ کلام صمد میر کِس ژوٗری میس باگس منٛز شامِل۔ یہِ کتھ چھَ ہاوِتھ دِوان زِ تہٕندِس کلامَس چھِنہٕ مختلِف باگن منٛز کانٛہہ تَوارٟخی یا تخلیقی ترتیب۔ تہٕندِ کلامہٕ ترتیب دِنَس منٛز چھِ فقط کینٛہہ اِشارٕ اتھہٕ روٚٹ کران۔ مثلَن یمَن غزلَن تہٕ وَژنَن منٛز نَرُو رٕنیک ذِکر چھُ رٚٹمُت چھِ ترتیبَس منٛز گوڈٕ تھاونہٕ آمتۍ۔ وَجہ چھُ یہِ زِ یمَن دوٚہن میرن شٲیری دِس تُلمِت تمِن دوٚہن اوس سُہ نَرُو رِلسان۔

# وژن

تَمنے رۆزمنہٕ روزَن شَے
وَنے بۆزُم یَنے کینہہ نَے
نَہ چھُم کینہہ خاب نہ چھُم کینہہ تاب
نہ چھُس بے تاب نہ چھُم اِضطِراب
نہ چھُم آرام قرار نیہہ نے
وَنے بۆزُم یَنَے کینہہ نے
نَہ چھُے تَتہِ دُر نہ دریاوے
نہ چھی دم دار لوٗ کیا ہا وے
چھُ کینہہ نے عآنِ دُر دلنے
وَنے بۆزُم یَنے کینہہ نَے
چھُ کینہہ نَے ہۆچھُ کینہہ نے ہا
چھُ کینہہ نَے اندرِ نیئرُ ے کیٛا
چھُ سیر س صۆرتَن مِنٛز یَے
وَنَے بۆزُم ینے کینہہ نَے
چھُ کینہہ نے ہیرِ کینہہ نے بۆن
چھُ کینہہ نَے گردِشن طرفَن

چھُ کینْہہ نَے ہر ذرس رٕہہ نَے
وَنَے بوٗزُم یِنے کینْہہ نَے
چھُ کینْہہ نَے دوہ چھُ کینْہہ نَے راتھ
چھُ کینْہہ نَے ذات نفی اِثبات
چھُ کینْہہ نَے کینْہہ کیشاٗ مُہنے
وَنَے بوٗزُم یِنے کینْہہ نَے
چھُ کینْہہ نَے عرش و سماوات
چھُ کینْہہ نَے لوح قلم دَوات
چھُ نَے کینْہہ کتھ دِمَس سُجدَے
وَنَے بوٗزُم یِنے کینْہہ نَے
سَبَق پۆرمُت مےٚ گوٚنسیان
مےٚ رووُم جِسم و جوہرِ جان
بہٕ مشٕز کینْہہ نَس مےٚ مشٕز کینْہہ نَے
وَنَے بوٗزُم یِنے کینْہہ نَے
چھُنے اَن چھِس بہٕ یار یارس
چھُ کَس رَفتار لو کھسہٕ دارس
شُنزِتھ نارس دُزِتھ رٕہہ نَے
وَنَے بوٗزُم یِنے کینْہہ نَے

مِنّے نِش موہیا سنگے فارس

بنیاو دیہات سِیاہ مارس

بنی سو نہٕ مثیا نہٕ دہن چھےٚ نے

وَنے لوٗزم ینے کینہہ نے

کران آہلہ بمسجد سئے

اَمارس تحفٕ شُمارس ضے

مَمن باین تمے عملے

وَنے لوٗزم ینے کینہہ نے

صمد نرور بہ ماکینہہ نے

دماڈُنی یا اما کینہہ نے

مری گُفتار دری راہ نے

وَنے لوٗزم ینے کینہہ نے



## وُژن

کوٗرس مستانہٕ حُسنن چھانی

ہلے کرئ تھم شلے پدمانی

ہلے کر تور نجم داٰنی ذانی

ہلے کرئ تھم شلے پدمانی

ژٕ سے کور کوٚر تھٔم پری پرٕ واز

سرِ راہ چھُم ہرٕ لویُت ماز

یِتم باز نازٕ مہٕ مرجانٕے

ہارِ کٔری تھٔم سِشلے پد مانٕے

مٕے وُچھمکھ دوٗرِ ماہ تابان

ژٕ سے روزِتھ دوٗرِ کھوٚٹتھٔم پان

ژٕ سے کٔری تھٔم وِرٕ مے کرتٕم زانٕے

ہارِ کٔری تھٔم سِشلے پد مانٕے

ہِیتٕے لاران مے لوٚسیم پاد

مٕتے کھٔٹتٕم قدِ شمشاد

مرٕ سے بیکس کرٕ سے لیلٕ وانٕے

ہارِ کٔری تھٔم سِشلے پد مانٕے

اچھین چھٔم جو یہٕ خوٚنس دار

ہیتٕے وُچھتم مے ماتنتاہر

پیوان چھِم حال ژٕ تس پرٕانٕے پرانٕے

ہارِ کٔری تھٔم سِشلے پد مانٕے

سِیاہ چشمن چھیٚ جو درچ کان

الِف بینی زٕ روٗخ پرزلان

پیوان گاہ تازماہ مثلہ چھپانی
ہلے گری تھم سے شلے پدمانی
کمان ابرو میاں نے خم
ڈبلک ٹیکہ لو لوئے عالم
دڑو گی آئیکھ سور گہ دُردانی
ہلے گری تھم سے شلے پدمانی
وڈڑے چانے چھپا آئی ڈی ان زانی
گری گھمی شانہ مولیس بالی
پری برسر زری ٹاکانی
ہلے گری تھم سے شلے پدمانی
دڑھپلی دَند نُمائی دار
شکر لب تُندمہ کر گفتار
چھپنتھ یا بڑو نہہ سو خن روزانی
ہلے گری تھم سے شلے پدمانی
کنن کنہ دُور یتہ جُھمکن گڑاے
وَنن ہندی ہرینہ ہانگل آے
ژکر تُم یلہ وُلی پیچانی
ہلے گری تھم سے شلے پدمانی

ہَتھ بن باوٕڈی مژ حسن مژہ رلے
ژ تے مِیلنے خوٚبہٕ ژنگہ منتی پاے
بکف ہنتھ تیر تیغ بار آنی
ہِلے کرٕ تھم شِلے پدمانی

حلب زن سینہٕ زاوِج تن
زِمس کھاسی ہنتھ ژِگس چاوَن
تمِن منز آب کوثر وآنی
ہِلے کرٕ تھم شِلے پدمانی

یِنے بژمرآوی حسنن چانی
تنے لَتس لولہٕ دِل نالانی
صمد نروٗری چھ تاریف خانی
ہِلے کرٕ تھم شِلے پدمانی

## وژن

ہاے ہیٚو تم زرپاے تا سرٕ
برمُدا سیٚے نازنین
گرِبہ دژا لیس گوٚر مئے کافرٕ
برمُدا سیٚے نازنین

ے خوان

ترٛوو سٕے ننگ جنگ رنگ برابر
بے رنگس چھُم دل سُنگین!

گوٚل سٕے سنگ دل گنگ سٕے بربر
بر مُدا سیے نازنین

سوے نجم تنہٕ ہیے بوکیا کر
نے بو کافر نے کٔمین

نے پہ مؤمن نے کُفر سَر
بر مُدا سیے نازنین

سرٕ رٕہَس پیٹھ پیوس مضطر
گرِ شہا چُھکھ شاہ چلین

پیوس بے زرگوس لاغر
بر مُدا سیے نازنین

نیر بیوٚن بیوٚن شیخ شودر[1]
دوٚن کتھَن کرٕ گو ڈیقین

کھیوٚن حرام مارن برادر
بَر مُدا سیے نازنین

---

[1] ہندو مسلمانن چھِ حِصہ باگیہ موٚجواب سارِ سٕنی ؤ بہتھ وزگ

کاٲلۍ اَژِم تھٔرِ روزِ محشَرِ
چھُکھ نٔبۍ سَروَر اُمیٖن
حوضِ کوثرٕ کٔرۍ سٕر گَرگَرِ
بَرمُدا سیٖے نازنیٖن

یاوٕنیٚ زوٚہ ژھلِہ گٔژھن یَرِ
ہٕرِ مٮ۪تن وَر دَرَ زمیٖن
ژراوٕنُن شیٖن گلِہ تَھمے شرَ
بَرمُدا سیٖے نازنیٖن

رٔمزِ باٰزی ژلنکھے کر
دِے ژٔلِتھ چھےٚ آفریٖن
موٚے پٔنۍ بوزِے ژِکوَرِ
بَرمُدا سیٖے نازنیٖن

ہیٚکِہ کیاٰ زوٚ میوٚن بیو پَرَ
کرَیکِہ بیا نے زوٚل مٮ۪تے سٮ۪تیٖن
پِہ چھُ صمد میرسِیکِہ ڈاٰفرِ
بَرمُدا سیٖے نازنیٖن

---

۱ سپنہٕ - وَچھ

# وٲژن

پرن پروانہ کرِتھ شاہ باز

غذا تمۍ شند چھُ آدمی ماز

سُہ بے ناظرِ لوچھِس ہتو ممتاز

غذا تمۍ شند چھُ آدمی ماز

غمن کرٕ نوشش لو باوے راز

اکُے غم ہیتھ ژٕ اژھ شیراز

چھُ دم ہیتھ ہر دمس دمساز

غذا تمۍ شند چھُ آدمی ماز

ستتو پٲٹھی لو تژاو آواز

پتو پیٹھ گنڈِ بیوٚ نٹھ مٲنڈ راز

نہ نیران یور پھیران باز

غذا تمۍ شند چھُ آدمی ماز

چھُ نخ تخ تاج سامانہ ساز

وو جوٚدٕ گ ہم تمام آغاز

---

۱۔ سخت محنت

چھُ شاہ تَیلہِ تَیلہِ ثواب آسہِ ناز
غذا تمو سُند چھُ آدمی ماز
سُہ مَن سیتارہِ وایان ساز
چھُ تژو پرِتھ دارِ بَر دَرواز
زُمن آسس گمہِ مُنٹھس آواز
غذا تمو سُند چھُ آدمی ماز
مےٚ شاہ پَرِ لوِژھنڈِم کوہ بابل
نہ طاقتھ تاب نہ آرام حال
سزا پاتال چھُ تَتہِ یُند راز
غذا تمو سُند چھُ آدمی ماز
مےٚ تَتھ جایہ ہایہِ بوزِم واز[1]
زِ حِس تژاوِتھ سپدِ نیست باز
سَتھ وِہی کرّان اکے جال ساز
غذا تمو سُند چھُ آدمی مار
نظر تژاو بر ہوا دری یاو
نہ تَتھ شم تار نہ تور گژھہِ ناو

---

۱۔ وعظ

یس بنیہ گژھہ شہ محرمِ راز

غذا ثمو شند چھ آدمو ماز

کنن دِیو کن منس کر پاز

صمد ثمو ورِ ژھ لاگ اس باز

چھ لادِتھ شاہ اَگے فیاض

غذا ثمو شند چھ آدمو ماز



## مورشدس آو

سرتا بیا ووِلنس عشق — اے پیرِ من اے پیرِ من

وسِ رتھم پچھم اندرو لمن — اے پیرِ من اے پیرِ من

اسلام علیکم ڈیڈژاس — گوڈ بوز میون اِلتماس

وعلیکم سلام کیا چھ ون — اے پیرِ من اے پیرِ من

تھار یو متے گومت خراب — آسے ژنے نش کینہہ چھپنہ تاب

ہاوے پہ لیو وتھو ہم ژ کن — اے پیرِ من اے پیرِ من!

پیومت بہ بستر یک لوا — دوٚد مت جگر کر تم دوا

بس چھکھ طبیب خستہ دِلن — اے پیرِ من اے پیرِ من!

ساری شمتھ شاہ و گدا — برتل دِوان ہر رنگ صدا

ژیٔے رڈس مے تم کستہ مگون — اے پیرِ من اے پیرِ من!

اے شاہ مئے کن کراکھ نگاہ　　چھکو دون جہانی پادشاہ

شاہی ژنے وژمڑ چھپے روبن　　اے پیر من اے پیر من !

پُرزم چھچ تھوُد چونے اثر　　چھپے تابیا کم شیر تر

کھے ہڑ گوڑ ڈلوکو سہن　　اے پیر من اے پیر من

کیا پیو اشکال تُس دِیس　　بابا داؤد خاکی لیس

از کوہے ماران گوس سون　　اے پیر من اے پیر من !

پیو مُت مئے وق آمت بُنتھ　　وُتھم پیہ کس زانے دُنتھ

مشٹ چھپان بہ وُنی یا چھپس لگن　　اے پیر من اے پیر من !

مظلوم تہ مضطر آیا اس　　پُرزم ہمیشت عام و خاص

ازبہ غموٗ غش آدی عاجزن　　اے پیر من اے پیر من

یک بار سخت مے پیچے سفر　　بر تخت بہتھ چھکھ باہو شر

چھکھم تھوُد شہا سب بادشہن　　اے پیر من اے پیر من

مافی دِزہم چھپس بے خبر　　کیتھ ماگش ہنہم زیر و زبر

ان پُور صمد میرے حال ونن　　اے پیر من اے پیر من

چونے موے ومارے وفت مئے ووُن　　چھتہ لُج حیاتی عاشقن

یتمی چولس لتی چھپس ونن　　اے پیر من اے پیر من

چھکھ شاہ خزانن بر مزر　　اسو آے گدا چون بر در

باگراد ژساریہ نے عماضی رن　　اے پیر من اے پیر من

موے آم چھیتان وۄنۍ پیوم خیالٕ    ہنگے ززرۍ وۄلنم میٚے نال

وۄل طوطہٕ موٚنۍ قآصد دَن    اے پیرِ مَن اے پیرِ مَن

ترٛہہ سال میٚے گُذرٲوی قآفلن    راوُر میٚے لو کچار غفلتن

تیلہِ پیوم زٕ بتس یلہ یوٚ نے چھتن    اے پیرِ مَن اے پیرِ مَن

بوٗزِتھ کنو لوگمُ زَرہبر    ڈلیشتھ اُچھو کینہہ نو دربر

اَشہِ کنہِ وَسان چھُم خوٗن اُچھن    اے پیرِ مَن اے پیرِ مَن

جاری ژٕ نیٚ لنش رحمت چھیٚ لے    کم ژوٗر آے ابدال بنیٲے

سآری چھِ منوٗر ژ نیٚ نِشن    اے پیرِ مَن اے پیرِ مَن!

نَے کرٕ میٚ پوٗ ذٕزانہہ نَے ثواب    ہیتہ برٛوٗنٹھ کُن میون خط کتاب

سَتھ چھم ژٕ دِکھ چھیر دفترن    اے پیرِ مَن اے پیرِ مَن

السلام علیکم کھوتو لوٗل    چونے رضا چھُم مژرتہ موٗل

بَس کیا چھُ سوٗ د زیادٕ کتھن    اے پیرِ مَن اے پیرِ مَن

نُور وِ صمد میٚرس چھیٚ آش    دِلہٕ چین اُچھن دِس وارگاش

سوٗ نے سوال تمیٚ سآ یلن    اے پیرِ مَن اے پیرِ مَن!

---

ے یتھ دُعاہس چھُ کینژن جاین شارن ژھوٚ چیٚ ز ییچھ گژھان یہِ چھُ میٚر صاحبُن گوڈُکانکُ کلامہٕ ۔ ابا تیٚمِس منٛز چھُ تجربن ہنٛد سہ سنز تہٕ نظریہٕ ہنٛد سہ وُسچارلیس تِہندِس آخری وَقتہٕ کِس کلامس منٛز باتہٕ چھُ لبان ۔

۵۲ اِشارٕ چھُ حضرتِ بابا داوُد خاکیؒ یَنس کُن یِم محبوُبِ العالمہؒ ہِندی طالب آسی تہٕ آسی بہٕلہٕ پایہٕ عالِم۔ یِمَن کتاب "وِردالمرِیدین" چھےٚ دُنِستام تہٕ واریاہَن کتھن واش کڈنس منز جوٗرٕ روٗس گنٛسر راونہٕ یوان۔ مہر چھُ یتھ بنٛدس منز اَکِس خاص واقس کُن اِشارٕ کران۔ دپان اکہِ دوہہ گوٚ بابا داوُد خاکیؒ یَس دِلَس زِ پہیرس پتہٕ پتہٕ رٕژنہِ کیا آو ہیٚلے اَکھ گَرِ آسِم کم چیز تہٕ سورِ سامانہٕ۔ پیرس توٚر فکرِ زِ بالَس کیا چھُ دِلَس منز تہٕ کوٚڈ لَس آلو۔ خاکی میٚشرِ پھُلو یہنا اَن، مُمیٚژ ہیو۔ خاکی دراو نیبرَ تہٕ ژھرِ روے اَکھو آو والِیَن۔ تِکیازِ سوٗرٕ ے اوٚنٛدلوٚکھ اوس سون بنیو مُت۔ حضرت مخدوُمؒ وُچھی خاکی خالی کِیازٕ آو۔ درجواب دوٚپہس "اَتہٕ حض سوٗرٕ ے سونہٕ سون"۔ فرِموو ہس سونہٕ ٹُچااَن۔ عرض کوٚرُن "حضرت سون نخض لگہٕ میٚشرِ بدلہٕ"۔ دوٚپہس اَتھو اوسکھ موٚت لیُس نہٕ کُنہِ تہٕ لگہِ۔ خاکی گوٚ نادِم تہٕ کوٚرُن توبہٕ۔

۵۳۔ ہارِ پرَبتَس چھِ کوہِ ماران تہٕ وَنان۔ اَکھ بالہٕ ٹینگرِ سٕنتی چھےٚ کُشیرِ ہِندِس توٚمی تخیٖس نِسبتھ واریاہ رِوایتی دٔلیلہٕ والبتہٕ۔ اَتھ ٹینگرِ چھِ ہارِ پرَبتھ ہیٚمہِ کتھہِ کنہِ وَنان تکیازِ وَنان چھِ زِ ماجہِ پاروتی دورشار کادہارِ) یہِ ہُندروٗپ نہٕ اوٚنُن اَکھ کنہِ پھٕوٗل تو ننہِ منز تہٕ ترٕوٗن تَس دلوس پیٹھ لیُس سُتی سرٕ منز آب نیرنہٕ پتہٕ تہٕ تیتہٕ لوٗکن قرار اوس نہٕ کرنہٕ دوان۔ اُتھ ٹینگرِ پیٹھ چھِ اکِہ اندٕ حضرت سلطان العارفین محبوب العالم شیخ حمزہ مخدوُم سٕنٛز زیارتھ۔ اَتھ ٹینگرِ چھِ ہموٗنا ووٚہر یمانہٕ پٔریدی مَن پیٹھ تہٕ پٔریدی مَن گیٖری تہٕ آسی ہیٚنہِ وَنان۔ اُتھی ٹینگرِ ہِندِس دامنس تَل چھُ بھیم سوامِن مندر تہٕ امچہِ کوٚ چھِ منز چھُ سوٚ ہمبوٚژ کری شوٗد۔ تیٚتھ آیس پیٹھ قلعہ چھُ عطا محمد خانَن تامیر کوٚرمُت

# "وژُن"

اَچھو ستی بوز دِلکی اسرار
چھُکھے بیدار چھُکھے بیدار
کنو ستی وُچھ بتھ بیدار
چھُکھے بیدار چھُکھے بیدار
چھُ حُسنچ کان یہِ عُشقُن نار
گرِ نی سر کتھ ژُرن دُشوار
اوّل پارُد یہِ اُلفت مار
چھُکھے بیدار چھُکھے بیدار
چھُکھے شیرِ گرِ دُکھبس پھیر
ترو پر بر در نبہ بر مونیر
چھُ لِلہِ وُن موُرِ ذلہِ وُن نار
چھُکھے بیدار چھُکھے بیدار
مہ کر منظور یہِ آرام و خواب
ژِ ہر دم روز در اضطراب
بَلی دِلبو دِل کھِلی گُلُ زار
چھُکھے بیدار چھُکھے بیدار

چھکھے مس لبس ژٲلی آسس

ژٕمس چیتھ روز ژٹتی ساقیس

بُلبُل تشنے طلب موہاز

چھُکھے بیدار چھکھے بیدار

چھُ موے بُری بُری مے خانن

کران تقسیم دِوان زانن

چھیے لے پے ہوان توری لار

چھُکھے بیدار چھکھے بیدار

ذکر آہنگر ٹھکر ہتھ چھ کھار

نیکہ وزیر گنڈتھ ہتھی یار

منس ڈیو سن انکھ یوو بار

چھُکھے بیدار چھکھے بیدار

نظر مردی لبکھ یوو تار

گُذر مولا بنی ملیہ ژار

فندن وون دُنین رندن ہندکار

چھُکھے بیدار چھکھے بیدار

صمد نر درِ مہ کر گُفتار

چھ یاون تھرِ گلس تل خار

ییٚمیٚس دۄہ دَرشہٕ کیا کرِ کار
چھکھے بیدار چھکھے بیدار

## "وُژُن"

بلو آمہٕ چھا نہٕ مَس پیشالو
ولو لالو ولو لالو
ژھلے ژوٚلہم سہٕ کشیاڑالو
ولو لالو ولو لالو
کسو گوہم متیو مُشتاق
حُسن بنڈ چھاسو میانہٕ کھوتہٕ بیاکھ
تَژ نڈ کوٚر تھم لپنڈ خالو
ولو لالو ولو لالو
مےٚ تھرووم دورِ دُنیا۔ دین
ژےٚ پتھ دژالیس متیو مسکین
نہٕ چھم زر سر نہٕ چھم مالو
ولو لالو ولو لالو
بنڈرس شیرِ تھ اندر گوڈٕ ژاس
چھ ژورن عہ ستیٚ آکیس تخلاص

گنڈر تمبلؔاوی سوؔنڈر مالو

ولو لالو ولو لالو

ژےتہ مٹے اوس اَڑ لے سرئیہ

ولو یارو ژُساتھاہ بیٹہہ

پَتو روزان چھٔے ہِشا لو

ولو لالو ولو لالو

ژٕ آہو چشمہٕ پُرآبدار

تمو تھوو ہم نہٕ کینشہہ یختیار

دِلک خوٗن ڈیتمہٕ فلِحالو

ولو لالو ولو لاگو

وُڈٕرنہٕ چانے چھ پاٹی آنزالِ

ڈیکس ڈیکہ ٹیکہٕ تہٕ اِطلاس ناٹی

ہِشانے مشتر سیاہ خالو

ولو لالو ولو لالو

وَنجر تمہٕ لنس خنجر تلوار

شہ روے ڈلیشتھ بلان بیمار

پھولان دوٗ دمت سروکالو

ولو لالو ولو لالو

وِدِزِلی ڈُھ شکری گُفتار

دَ ندَے بچھلی چاٹی مہ کھتے ہار

خندے تھوٗ وتھم بئِ کا نہہ حالو

ولو لالو ولو لالو

مئے حوٗرے وُچھمِ دوٗتے کن

ٹملیتھ بچھلی لِ زاٹی واٹکن

زُلفُ ژولانئِ گاٹم زالو

ولو لالو ولو لالو

غمو بستی اُلی فسے گوم ژال

حمُد رہبر مئے تھو دسریال

صمد نروری دِوان نالو

ولو لالو ولو. لالو

## "وژُن"

مَرِ ناشَر کو بئِ دژا ـــــ ئے

ذَرِ ذَرِ چھُم ہَرِ نا ـــــ ئے

پَرہلو دِژَم وَرِ پا ـــــ ئے

ذَرِ ذَرِ چھُم ہَرِ نا ـــــ ئے

زۄنے بہٕ ڈرالَس ستارن

کۄنے پیتم چھس پۘرارن

خۄنے جگر چُھم دامے

ذَرہٕ ذَرہٕ چھُم ہَرنامے

لَیس پۘراراں مے گوشامے

تَس کُس بنیہٕ پاگامے

وُس دُز مے دُسی پیٚو وکلامے

ذَرہٕ ذَرہٕ چھُم ہَرنامے !

ہتہٕ میشون زنتس کاوے

نتہٕ ہتہٕ صُبحکہٕ واوے

پَتہٕ ما روزَن پامے

ذَرہٕ ذَرہٕ چھُم ہَرنامے

تنہٕ گنڈ نمانارن رٕٹہہ

وَنی ولیسو وَن کھمہ ناوٕتھہ

منہٕ منز مے ہاکھویامے

ذَرہٕ ذَرہٕ چھُم ہَرنامے

حلہٕ روس مدہٕ بال وآج لنس

صدبار پامن آآج لنس !

ودِ ناگیُس بدنامے
ذَرِ ذَرِ چھُم ہرِ نامے
سَتھ گُٹھِ تیٖتھ شیانہِ لرے
ستہ رَنگہِ سَتھ شیٖشہِ برے
پرٛتھ وتہِ ظُون نتھاوِ یامے
ذَرِ ذَرِ چھُم ہرِ نامے
متہِ نا متیو چانہِ ویرے
پَتہ لوٗسِہ یاوُن پھیرے
کرِ نا خطہِ پآغامے
ذَرِ ذَرِ چھُم ہرِ نامے
رگہ دلچے لوٗگمہِ نَشتر
مگہِ ملہِ یو مُشکہِ عنبر
سرِ زُلفہِ سیاہ فامے
ذَرِ ذَرِ چھُم ہرِ نامے
اَتھ وَتہِ وَتھرے بوتوسے
ہنہِ ہنہِ ژھانڈِتھ لیب پیوٗسے
ستہ سوس پَن کھاجامے
ذَرِ ذَرِ چھُم ہرِ نامے

پتہ ہمہ ہَس چھُم دوٗرَن
ہَتہٕ وُ چھیتہٕ اَتھہٕ چھَس مۄرَن
مَتہٕ ژٕ لَنتم لول آمے
ذَرٕ ذَرٕ چھُم ہَرنامے

لَتھہ دِکھ بہٕ دراتیس قبلَس
پتھ ہیٚنز مٔنے سُتہ چانٕی دِلَس
کَتہ شایہٕ کوٚر کھم مقامے
ذَرٕ ذَرٕ چھُم ہَرنامے

سِرراہ چھُس بے سروبال
پَرٕ گاہرٕ گوم ہیٚنز کال ہا
دردِل پیٚنہٕ گرٕ دراے
ذَرٕ ذَرٕ چھُم ہرنامے

کھوٚژٕ سُس نہٕ لبہٕ لوٚکہ پامَن
دراتیس صُبحن تہٕ شامَن
پالیس پیٚیہٕ دلہٕ آمے
ذَرٕ ذَرٕ چھُم ہرنامے

بُنٛزرٕ آوِم دوہ تے راتھ
گُنٛزرٕ آوِم ژٕ ہیچ تے ساتھ

کرکوڑے آرا مَے

ذرِ ذرِ چھم ہرنا مَے

ذرِ کیشا رُودم دُور بے

کرِ کیشا ڈیکھ نے پئور بے

ژھائیآنڈ کھ شہر تہِ گامے

ذرِ ذرِ چھم ہرنا مے

لالن ہیمتھو ٹلو ییے

لوکِ منڈ کرے ٹلی لو ییے

خالکن لبو لو گس دامے

ذرِ ذرِ چھم ہرنا مے

ہی تن کرِ نم ضلا ییے

پیتن انڈِ ہم نیا ییے

بفراق کرِ چاک جامے

ذرِ ذرِ چھم ہرنا مے

متن ہیوت مے ممن تہِ زیرن

کن ڈیتا مے صمد میرن

سیکرِ ڈافر دبن برڈیا مے

ذرِ ذرِ چھم ہرنا مے

# نظم

دمہ دمہ حمدا دکہ ما بودس
پاڑے بیتیو کوز آدم تے
ذرہ ذرہ سورے تابیا تھوونس
ہوونس پنن نوران
ژور چیز آدم پادا کوز نے
اڈرنہ تڑوونس غم تے
لدیھ ہر طرف تہنڈے دوران
سے غم چھس نہ سوران
تہمکن یہ آدم فلکن تھوونے
ملکن مئے کن سر خم تے
پور ملکو تے سجدا ڈیوونس
دور تتہ رود شیطان
در پشت پدر پتوس شکم مادر
مازکتہ اُسم ژم تے
نابرپدہ نابکارس مئے آیم زبان
آبہ قطرس بنیوم جان

سئے نئے سنگ حُسنس سامانہٕ گرُی نَم

زنگہٕ زنگہٕ منتھ تھاو نَم تے

حمد حُشمن گاش ژیتنم تے

کنو تہٕ چھس بوزان

عقل و فکرِ ہوش شکل و شمائیل

پوش دِتی نم زیادِ یا کم تے

بخشتھ نصیبہٕ لوّ دلوّزی نچے تھوو نم

تو رتہٕ گوم شکلِ انسان

ژورِ چھ شہزادہ اور مشرللہٕ وَن

زور حضرت یا کم تے

ڈورِ پنتے کمڑے تے ہائے آسی

صاحب چھ تُتھی پورا ن

ژونرِ تے دایہٕ چھیم منزلس اُلِراَن

مایہ سَتی تُھپنہٕ دِوان تم تے

پایہ پتھ پایہ چھیم جایہ بدلاوان

پائے چُپنہٕ کُنہٕ موٗرہ ان

سارٕی غم وہیترِ تھ پانہٕ کُزان چھیرم

دیتھم آسے گوٗ کم تے

فناوُنی یافانی سرا زان
یٔیتہِ چھُنہٕ کانٛہہ رتہٕ روزان
گُزرتھِ کیوٚشرکال نیوٚ ہسِ ژاٹہٕ ہال
اَوٕ ژھُون چھم گران خم تَے
ترینہٕ وٕنی عستی تھاو وَرتَن
بس چھُے پُتیُے فرقان
ژوٕ دِہَن غُلی مَن طے کرٕ نووٕنَس
عاری سےٚ دٕیوو نَس تَن تَے
آیہِ آیہ سوّمبرتھ جمع کرٕ نووٕنَس
جایہِ اَکہِ گوم نسیان
ساری غُلمِ تمہِ شایہِ چھُلِم
ژُلمِ فِکرِ تہٕ غم تَے
صمد میرس پیوٚ عُشقہٕ کافر
سیٚکہِ ڈاپھر چھُم آسان

## "وژُن"

کَن تھوا گرٕ ژےٚ چھُے ہوش
وَن وَن گژھی فراموش

چِتہٕ جام بَن تہٕ مے نوش
وَن وَن گژھی فرآموش

صُھم تے بکُھم پر
ہین پیش جہاد اکبر

سَن پانہٕ پانہٕ سے پوش
وَن وَن گژھی فراموش

وآحد چھ ماد تے نر
زآھد پننی کتھا کرَ

تن عاشقس چھ پاپوش
وَن وَن گژھی فراموش

سَتے سَتتھ شرح وان (۲۲)
کَس ظوٗن تہٕ کُس چھُ داتن

تہٕ کیا چھُ بوزنُس پوش
وَن وَن گژھی فراموش

گھُرپہ پنزی تہٕ راتہٕ کرژلین
دوہ پیہ قسمہٕ تھوُد رُموُ ظوٗن

سہہ دَم دِوان چھُ خرگوش
وَن وَن گژھی فراموش

حَدرٕ وُس یہِ شور چھُ آرَن
شُدرٕ ٹُس گرٛھان چھِ لارَن
لُدرٕس چھُ قسمتُک بوش
وَن وَن گرٛھی فراموش

وُیپر اوزِ بوٗدِ تالَس
نٔیشالَس یہِ تھَپھ چھِ شالَس
زالَس چھُ خال خاموش
وَن وَن گرٛھی فراموش

کُنھ کُنھ ییہ کرٛزٕ ہر جا
کُنھ مانہِ زانہِ کانٛژھا
تِتھ جایہ کرٛزٕ در گوش
وَن وَن گرٛھی فراموش

دِل بے شُمار چھِ درمَن
ژوٗن مانہِ کرَتہ یک تَن
أندری اِشارٕ روپوش
وَن وَن گرٛھی فراموش

ہاوُن مٔنے پیٚوم وارہ
بوزُن چھُ اکھ اِشارا

کاوَن چھوٗ گُم سیہ کونگ پوش
وَن وَن گژھی فرامۄش

ژۄن فنہن دِژم لنۍ
لقہن تہٕ لانہایتھ

مَن ورا اِن گژھتھ ہوش
وَن وَن گژھی فرامۄش

صمد میر موژ کرفاش
وُپیراو چھکھ ژٕ آکاش
پلن ما سوخن متے بردوش
وَن وَن گژھی فرامۄش



## پَد

ہے واد سارِ لُوٗ سیاد سوٗ ندر
آماد چھیے
مے داوٕرس چھکھ ماد نر
سب اِستاد چھیے

اُمہ عشقہ ژۄرن حُسنہٕ باغس
تھوٚنَم پیٚیے

دیوانہٕ لۄرِتھ وارٕ کرٕتھم
آوارٕ گیٚیے

کیا زوٚنہٕ گیٚنڈان خوٗن جِگر
ہوٗرٕ تیٚیے

چھیٚپے چوٚنہٕ زیبان گُنہٕ پاٹھۍ وارٕ
وُچھیٚتھ بیٚیے

جانانہٕ میٚنہٕ ہیٚتی چھےٚ ژیٚدکرٕمُت
شاہانہٕ تیٚیے

میٚنہٕ پانہٕ دیٚتمے دِل تہٕ شِل
دین ایمان سیٚیے

ہیٚے ذاتہ ہاوِتھ گوکھ دوٗر سیٚیے
آزاد نیٚیے

مے ساتھ کڈلس چھنہٕ سوٗرتھ ژیٚیے
اِشباتھ چھیٚیے

بس پارٕ کوٚرتھم عارٕ ستیو ژیٚیے
کیا خارٕ چھیٚیے

وٕس وارٕ گاجٕ تھمَ ناہٕ گاجٕ تھم
ژٕنڈے مویہٕ مویے

کِنہٕ دۄر چھِہم وَنہٕ کسَن وَنہٕ
یِہم نیٚے

یِنہٕ دۄر گوٚہم تنہٕ چھِہم تنہٕ
تیلان سونیٚے

اَسمانہٕ پیٚیس خانہٕ بیرون
بے گا نیٚے

سامانہٕ روٗس چھُس نانہٕ ہتھ
اندما دانیٚے

حمدِ سیرِ اسرار چانی بوزِتھ
روٗز منہ کھٔیے

صمدِ میرِ نمبل ہار روٗزِتھ منز
شرمندہٕ گیے

نوٹ: صنفو لحاظہٕ کاشرِ شاعری ہنز درجہ بندی کرنٕی چھَ وُنہٕ تہ باقی۔ "بَد" یوٚدوے سانین ادبی حلقن اندر زیادٕ مستعمل چھِنہٕ، یوٚز اَمِچ اہمیتھ چھِنے پیٚنہٕ جایہٕ مُسلّم۔ "بَد" تہ چھِے دراصل اکِہٕ قسمِہٕ نظم یَتھ مَنز لَے تہٕ آہنگ بِلکُل نیٚنہٕ بانہٕ تہٕ لولہٕ ہُرِن سیٚتی رلان چھُ۔ صوٗفی شاعرن ہندِس کلامس منز چھِے اَمِہٕ ہنزِ بَد نظرِ گژھان۔ ولی آگر چھُ بَد لیکھنَس منز وہستاد وُستاد۔ یوٚزاَمی سُند سورُے کلامہٕ چھُ وُنہٕ چھَپِتھ چھانگرِ۔

# نعت

چھُس گرِ گرے بو در غمَ
اے سرورِ دُو عالمؐ
بے کسّ بہ چھُسّ وو سید چھَم
اے سرورِ دُو عالمؐ
عنبر تےَ مُشکِ تتّار
یک لکھ صد ہزار بار
چھلہ زلو تہ توتہِ چھُم کمَ
اے سرورِ دُو عالمؐ
برنے ماے چھآئی
کرِنے درُودِ خآئی
دورنے لقبُ ژتےاکرام
اے سرورِ دو عالمؐ

## "وژن"

چھار سا مانہ بر سوآری
پیار مو کر سو چھیے یار ماری

مارِ تازن سہ سمسارتآری

پیٹھار مو کرسو چھپے یار مآری

بَر محمودٕ ژھالہ ہُشیآری

گنج بوٚد ژم پنٔنۍ رہبآری

دِنج کرلاگ تیغ ہتھیآری

پیٹھار مو کرسو چھپے یار مآری

پٔرزھ منصورِ بنہٕ خاسگآری

ژٕرہ لیٚس پانہٕ نشہ پان ژآری

گرِژھ اظہارِ برِ دارکھآری

پیٹھار مو کرسو چھپے یار مآری

کٕلِ قرآن پرٕ لس کرقآری

زِ سِر نے واژہ اَنو آری

موزوٗرن اَن تارِتآری

پیٹھار مو کرسو چھپے یآری

عہ

## باتھ

ترِ کیا تیز دِس سوارا

تیز لاٰیتھ برِ جگر

رینِ دِل گوم بیٹی سندا را
پے خُمارا چھپے ہونِر
پَتھ جنگل موڑ تھ شکارا
ستھ جنگل تڑ آؤ تھ نیبر
شاہِ چینس نازینس !
وایہ اَکے ڈُنی سوے خبر
دوُرِ ڈیو ٹھتھس جاناوارا
تیر لوتھم کُھٹو مٹے پر
کانہ پھل آم جانہ وارا
پانہ لوگُم بے خبر
مور کنج چُھکیھ زور دارا
اور گور تھم یتھ اَہر
یور یور گوکھ زور وارا
تور و وتھمت شور و شر

# قطعہ

جزو چھم ڈُژ واں عربی
لوُٹھ کراں بیگا تپے

دزِ ددوم طرفن منٛے پھیران

کعبہ عربستانٔنے

حاجیا اکھ دٔرسمنٛدر

وۄتھ جہازس کُن زوٚنے

پیوسہ سر دِتھِ عشقہ زرہتھ

گرشیٚوٚتھ گوٚرس طوٚمانٔنے

## "وژُن"

لآنی ژوٚرہ دوہس پرٛارن پرٛارن

چآنی انہارن وُچھنم ماے

دین ایمان نیوٚتھ دِل انگارن

چآنی انہارن وُچھنم ماے

حضرت نبیؐ یو گوناہ گارن

پناہ منگنس چھیہ کینٛہہ جاے

ژٔنے درودِ شوٚبی بینیہ ژٔہن یارن

چآنی انہارن وُچھنم ماے

حضرت صدیقینؓ پنٛز کی یارن

نزدیکھ غافلن اکھِ مآ آے

پَرچي رَزرُٹ مذهب دارن

چاآنی انهارن وُ جنم ماے

حضرتِ عمرؓ تمی عدل دارن

وہ ذی عدل کوُرن ماگُہن راے

دولناسِت ہدان پڑھ کرگا شارن

چاآنی امارن وُ جنم ماے

عثمانِ غنیؓ تین تمی حیا دارن

فُرقان سوُمُبرنے سرتاپاے

ارکانِ مکہ چھس مانے ژارن

چاآنی انهارن وُ جنم ماے

حضرتِ علیؓ تین شیرِ جبارن

دُلدُلس بیٹھہ بیلہ کھاآرِن پاے

سوٗن اوس عُجرِتھ دوٗن ذوالفقارن

چاآنی انهارن وُ جنم ماے

شبن تحصیلن دوٗن شہارن

گرگرِ ڈیلو، ٹھٹھم بے پرواے

کینٹھہ نُدنی تہ کینٹھہ چھی دُنی یا ژارن

چاآنی امارن وُ جنم ماے

گاڈہ ہانٛزنی نٹو ڈرایہ بازارن
ساڑ ژور پاۓ چھپس تژ کرِ شِنز تڑاے
چھُنی بنا پرِ مانہٕ آسن مارن
چاۓ نی اَنہارن وُجنم ماے

بنٛدِ شرعس چھُس گردن دارن
کنٛڈِ گرِ ہیو ٹھُم وونٛدِ چھُم کڑاے
اندِ نے لانیٚش ہیٛاۓ لاچارن
چاۓ نی اَنہارن وُجنم ماے

ہیوٗل نووُ ووِ زِم گول سنگہارن
ژژول ویِہ دول ہنٛہ پٛنٛڈ ہِس داے
ڈول ابلیس تمو پرآۓ نی لقرارن
چاۓ نی اَنہارن وُجنم ماے

بورِ گے ہنہٕ گژھ اہلِ دربارن
پوری دُعا تھٕشد ستہٕ کرپاے
سوٗرے فاتحہ ٹمکی چھُنہ دِیارن
چاۓ نی اَنہارن وُجنم ماے

دانہٕ پوٗن میون روٗٹ نمبلہارن
بانہٕ بڈی سُدرن کرِ نم گراے

جانڻ ڏِلهه صمد مير ڇپُگان
پيچائي انهارن وُخم ماٺ

"وڙن"

رازُ دِلگو وَنِي رَتِي رَتِي

بازيتهه ڇپَي نا وِکهه پان

ماڙ پنڻي رڙُ ٿُم چاڻِ ها وَسي

بازيتهه ڇپَي نا وِکهه پان

فرهاد ڏڙا ياوُ پِيتهه عشقَسي

دو هَس ڙوُڏني کوهستان

هَجبه گُجبه بُجِر آکهه واظ پوڙ ليئي

بازيتهه ڇپَي نا وِکهه پان

ديرپنهه دِل اوسُ فرهادِ بهي

ڇچرِن عاشقن هَهِنڌي داستان

شيرِ کهه سعدمهه ته سازيارِ سي

بازيتهه ڇپَي نا وکهه پان

وجدِهسائي مجنونِهي گري نجدسي

گاه اوِن لوگن گاه ديوانُ[1]

[1] ديوانه

سُبحدٕ لال چھٔنے کران بُجدٕ بالسے

بازیتہٕ چھسے ناوِتھ پان

کینہہ نے سیر دٔمساز باغسے

ناگس چھہٕ پھُلی مٔتی گُل مرجان

بے نظیر تے موٕ ممتاز لاگسے

بازیتہٕ چھسے ناوِتھ پان

گِندہٕ بولنس تہٕ چندٕ چھُنی بے کسے

رِنٛدٕ باشی کٔن تھٕوی زہم ڈیان

ژِندٕ روزن چھہٕ آغاز وچھنسے !

بازیتہٕ چھسے ناوِتھ پان

وانی پاٹھو عشقس گراو کرمسے

پرانی مُشراوِتھ تہٕ ماگوّے جان

مٹیانی بیاض پر روزِتھ چسے

بازیتہٕ چھسے ناوِتھ پان

اصلکِ شمع دِتیم واوسے

فصلس ژھین دِتھ دراو پروان

وصلکہٕ ساتہٕ گیہٕ آواز بسے

بازیتہٕ چھسے ناوِتھ پان

ساٹھ بے وہبر اوڑ نا حقیقتے  
گژ ڈراُس گژ گوم نُسیان

نازنفسکی مٹے گگ بالا دمسے  
بازیتہ چھسے نا وِتھ پان

پُھہ نوو گھٹہ بیٹھ پانسے  
پچھ گوم یچھ شُند پوٹی ساران

ازماوی تو مٹے چھ تس نش پھونسے  
بازیتہ چھسے نا وِتھ پان

پایہ بُڈ دُ شُند سوال چھو پرکسے  
دُعاے مغفرت مٹا سُنز یمہ سوزان

تازہ گژھ توہہ چھو جازہ پانسے  
بازیتہ چھسے نا وِتھ پان

یِنہ صمد میرن وون چون قصّے  
۱۳۹۶ھ نہ ساڑ ترڑواہ شتھ تہ شیے چھ گژران

منہ کُس سُند ہیں پاز کور مسے  
بازیتہ چھسے نا وِتھ پان

●

ے ٹوپی

# "پَدر"

سُشِس شتے لَرپَچھر ماسن

شُبھرِ سیتچو ما بے

بے گُٹھو سُشِس شہ کَر گنگلے

اَلماشک یہ اَنمان

اُشِس تہ گُمَس کُو رُم کاکد

ہاشو چہ لیو کھمس مِلے

ذرے ہے دل کا آشنہ نیہ قَس یارس

پِرنے تہ مارس یان

پنِر گے سِری یہ زری ستِے

شدَسپ سعدی سے نیلے

ہونڈ تہ سُشہ یا نے گلے

اُونڈر چھُ شہر شیدان

عدم آدم بیوٹھ حسند سے لے

بادم چھہ تہ گا نگلے

یس شاشاہی ہندی جامہ و لے

تُس ٹس کیر فُو رمان

سوُرے چھہ دردام آورَے

عآرِف باللہ پننے گرَے

ہوٗہِن منے گنڈِ تمہِ ناپیر رٹھہِ

دُہو منے منتقل واز چھنے

ناآلِتھ ژےنٔے کمہِ تام ہونرَے

عآرِف باللہ پننے گرَے

کافر چھُ کافر ہلے در ژنگ

کُفرس تہٕ اسلامس چھُ جنگ

ہمچین بہتھ کُفرچہ لرَے

عآرِف باللہ پننے گرَے

زاہد ملِن فآیدِ مہ زان

اُلِنس چھُ موذوٗر نکھہِ ہیوان!

رفتارا گفتار گرَے

عآرِف باللہ پننے گرَے

دربندگی آخر زمان

شرمندِ سپدِ نیٔ کُن نمان

درمند کس سنہٕ کیا کرَے

عآرِف باللہ پننے گرَے

# وُژُن

وُچھان وُچھان لوٚسُم پے پشان سَر کیمیے
پشیمہ عاشِق لُجہ تیے نشِتھ مےٚ گوٚپان

لوٚکہ نارن زالِتھ ترٛاوُنس دردن کوٚر نَم ہیے
نژدن ژھٔنڈن گردن وآدم مرژن وآدی گُردان

شِنہ واژرکی درشن پوٚنے کرشُن ترٛاوِتھ چھیے
ژوٚر زمین نہ آسمان ژٕرِتھ چھُ درمیان

حضرت موسیٰ اُکھوٚت کوہِ طورس پیٹھ چھُ کران نے
زراکھ تتہِ نٔنو گیہ نورس طوٗرس تہ سیٛدرے فان

اَلِفس تہ وُچھِتھ کنہ ژھاے ماچھ مہمس ہیو لبہ
تس چھینہ کانہہ رنگ سَر چھُ بے درنگ گوٚ اچھ فرقان

دراَن درس ذرداتیے عین ما چین وُچھ میے
تُل پردِ لوٚد وے حاصل چھیے واصل زین یکسان

مُلتانہ وُچھ از سلطان کارس یارس سِپد حوٗیے
کنن دلوٚکن لبِستھ چھیہ درمَن وُسِتھ مےٚ پتیم سامان

عشقِنہ سفر پکیی محمد میرس پیرس گران ارزوٗ یے
درشُن چوٚنے لبہ تس چھیے گژھتس زِ مہربان

وُدِنا تَن نوم جنم آمیت تاوَن تنہ چھس اَوش ترا وِتے
حمد مسپرس روزِ ناگزاوَن بوزِ نا چھم التماس

## نعتِ رسولؐ

گاہ چھوان ڈلشتہ آکیس رلاوَن
شاہ سون ماہ ستارن آو

کیا لوب زِ نیتھ یِتھی سمسارن
شاہ سون ماہ ستارن آو

چیاؤنی آواز بیییہ پرشہ ہارن
زان گیر نزدیک سأنی روز گراو

دائی دائی گاہ جنم چیاؤنی اماوَن
شاہ سون ماہ ستارن آو

ہرِنا خوان منز چھس پان مارن
کر کیا سر منز اوم ناو

ترنا بوز تہ رستی ووہمیدوارن
شاہ سون ماہ ستارن آو

ستز چُھنہ تہ پیڑھ ووتم ترادن
ونہ کس سوزِ م صُبحک واو

منز چھس آیتر ہینہ دُشوارن
شاہ سون ماہ ستارن آو

لُسولُسی چھم بییہ واپس مارن
تس لُج زندگی لیس شر دڑاو

اُسی گُرِی غافلِ نفس امارن
شاہ سون ماہ ستارن آو

نیشہ کاس چشمن گوش اَس دارن
بییہ یتہ ساتھاکر ٹھہراو

کینہہ گژھ لو زِ کھادِ ارتھ غارن
شاہ سون ماہ ستارن آو

دیانہ پینہ ڈُلِہم وات اِشارن
زانہ کھے پرانہ ژھ دِ رگا نسہ مو باو

---

۱ دیان۔ واقعہ۔ ژہتھ لے آسمار رح، ملہ دبد جہ ونان ۔ ۔ وِرِہ پے لرے وار پر تر دِ ہیرم
پرانہ ژھ دِ روڈم تہ دِ ستی دَم

بانہ ژھمکے دِژن ژ اَصل کارن — شاہ سون ماہ ستارن آو
کیہ کاس ناحق کیاز ژھکھ تھارن — پےٚ بوز لیہ عشتی دسے اکھ آو
تے ژ روشِنیاہ ژلیون باپارن — شاہ سون ماہ ستارن آو
شمدس تہ صمد نس چھنے کی دارن — لُدوس تہ مو کھتس ہیون ہیواہ ناو
محمد روس سمندر ریو دم دارن — شاہ سون ماہ ستارن آو
چھپہ عشق ہا پتہ رندہ شارن — تی سپدی ینمشگ ہو بے ناو

تی وُچھ صمد میری مبل ہارن
شاہ سون ماہ ستارن آو

## "وژن"

کاوس کنہ وُر تھاوس کنے — ہاوسہ ژُنم وَننے جاے
داوس بلبل لاگ گلشنے — ہاوسہ ژُنم وَننے جاے
یاوس تھان کری جان دونے — ژاوس رنگنے سونہ ملہ ماے
باوس نمہ لم آسین پننے — ہاوسہ ژُنم وَننے جاے
راوس کاٹی چھیم ہاوس گنے — پیہ سنے ہیہ تیتہ ما پئیم ہاے
یاوس یاوتی دوہ بنم منے — ہاوسہ ژُنم وَننے جاے
باوس ما پچھ ہینہ آسکھ گنے — ژھیپہ ژھپہ تلہ رن وچھ جاے
آوس جاوس دکھتہ کیا گنے — ہاوسہ ژُنم وَننے جاے
یاون ژوُرس کیا گیہ وَتنے — ناوس ہی تن گر نم گراے

سادس لرِ پان ہی چھس سنْنے — ہاوسہ رُٹنم وَنْنے جاے
تاوس یمبرزَل لوٚ مبرس پٹر نٹنے — راوس ژ یری سلہِ گری نم تاے
چھاوس نیم گل مل چھنہ بنْنے — ہاوسہ رُٹنم و نٹنے جاے
تھاوس لبہ سوال مردن تہ زٹنے — صمد میر نہ ناوپرنہ گنْہ آے
چاوس تہندس آس کیا چھو نٹنے — ہاوسہ رُٹنم وَنْنے جاے

# "وژن"

گتھنے مشیا نین مانے بیوٚن یے — ستنے ہُنْد وَنہ وُن بیے زان
ستنے گرنْد راو پتہ رود گن یے — ستنے ہُنْد وَنہ وُن بیے زان
قافلہ دور ریوم لارِ گتھ گن یے — مارلو گوٚر نُس سارِ نا پان
غافلہ لوٚ گیو آ تہ گتھ چھوٚ نیے — ستنے ہُنْد وَنہ وُن بیے زان
سرِ راہ تراو نس سارِ نے بیوٚن یے — گرا تھوونم دِل پریشان
موے آم چھپان جاےِ گوم توٚ نیے — ستنے ہُنْد وَنہ وُن بیے زان
اذم اوس اخلاص گوم گور گن یے — چوم نوٚن جِگر کھیوم ارمان
ستنے تہ دوہن یوم پرار نیے — ستنے ہُنْد وَنہ وُن بیے زان

---

ے اچھ، نگوٚاری، اکن تہ آس سہ اذم چھ اسمِ اعظم۔ یہ چھ ترموٚرتی منتر شامِل تریہاوِ شنو تہ شوشند گنْنے ناو۔ * ذیت و یداتت چھ وُنان زِ لیس کا نٹرھا و مگ دیان کرسہ چھ (باقی تروہمس صفس پٹھ)

چندروز زُنیا یہ اَنٛدگُن سیٚے — پھُنڈپوز فنٛد بازی چھیٚنہٕ جان
وَتنےٚ وَنہٕ دَزِ گرٛٹھ ژھارُن سیٚے — سَتنےٚ ہنٛدوَنہٕ وُن سیٚے زان
گاہ تِروُد شمعن کسیا ڈیوٗ تھنیٚے — دوٗد اَز دٕد لُتس پتہٕ پرٛدان[3]
گتہٕ نِے تھہنٛد بن گرٛٹھ دُرن سیٚے — سَتنےٚ ہنٛدوَنہٕ وُن سیٚے زان
مَدوُس[4] زاہد دٕد گوبیوٗ سیٚے — شوٗدٕ ہنٛدی پاتھی چھکھ باغ چھاوان
نتہٕ بن منصوٗر اَدٕ نیر نوٗ سیٚے — سَتنےٚ ہنٛدوَنہٕ دن سیٚے زان
حال کرِ حالی قال ترٛاو نوٗ سیٚے — شال چھےٚ گوپہٕ منٛز چال ہاوان
وَتنےٚ تل پرِ شالہٕ وُنگُن سیٚے — سَتنےٚ ہنٛدوَنہٕ وُن سیٚے زان
کامہٕ دیوٗ نامہٕ میوٗن شینہٕ کھوتہٕ ژرٛو نیٚے — تھہ منٛز لیکھےٚ سُتھ افسان[5]
خطہٕ نِے اَسہٕ گرٛٹھ جواب دِ تنیٚے — سَتنےٚ ہنٛدوَنہٕ وُن سیٚے زان
کھیتہٕ پٕرٛٹھ کینٛژھا ہیتہٕ کھوٗر سیٚے — متےٚ تہٕ وول نکھ پلٹھ کیا گرٛٹھ جان
پَنٛنےٚ اَتھہٕ منٛز نیرہٕ ہنہٕ ڈُنیٚے — سَتنےٚ ہنٛدوَنہٕ وُن سیٚے زان
پرٛٹھی لا زُنیایُن تہٕ گرٛٹھن سیٚے — گرٛٹھی خوٚر زور گوم نفسِ شیطان
مَتنےٚ چھُس مےٚ توگ مارُ سیٚے — سَتنےٚ ہنٛدوُن سیٚے زان

(پتہٕ ہمُک فُٹ نوٹ) پَنُن پان اُکس عظیم طاقتہٕ کس روٗلس منٛز لبان ۔ سُہ چھُ تیتھ تھدِس مقامس واتان ییتھ اُسے زگتھ ماتا چھ وَنان ۔ ویدن ہنٛد پربھ کا تھہ منٛز چھُ ادم کرٕتھ لوان شوٗر کرنہٕ تہٕ ادم کرِتھ چھُ ترٛاونہٕ لوان ۔ ادم چھُ سُہ آکاش آلولس تمہٕ وزِ گوٚلیہ سایہ تیتھ بارسس آیہ ۔۔

[3] پروانہٕ ۔ پُنبُر ۔

[4] مدن ۔ مدن وار ۔

[5] افسانہٕ

پوشتو ہے کُھتے ژار بُتھِن بوٗن سے  تُو کیہِ آگہِ سیتی جانِ جہان
تجہ نیٚے صمد سیر گوٗگن زوٗسے نیے  شستیٚے شُنمند وٚنیٚہ ووٗن سے یہ زان

## "وژُن"

ورسے ژاٹمیں آلیس سیلے  کرسے لون دوان سیلے وان
شُشترم یاری سُنز گیہ سیلے  تُتہ گتہ شیتہ اسیہ آسی کینہہ زان
اتہ گتھ تتی شندآد وسیلے  کرسے لون دون سیلے وان
شہر کلیٚن ورن چھپے شُکیلے  ورتنہ سیتہ چھ ذاتھ میلان
روشن سر کر ذاتہ اصیلے  کرسے لون دون سیلے وان
پیرسے کھیتے آ چھپے موہر موٚ چیلے  شالہ ہنگ ہُمسی اوٗج تہ موسے عرفان
بیٚیہ گژہ آسُن نیلم نیلے  کرسے لون دون سیلے وان
قایدِ قاضی شُتج کا کدمتہ سیلے  شاہہ چھم پنی بنشدو سُخان
واجد واد چھم وسیلے  کرسے لون دون سیلے وان
رنج کر گنج اتھ ییی کامی لے  ڈنجہ روز وار پور کیا چھ فرمان
کلوا واشہ بو انتہ جبر چیلے  کرسے لون دون سیلے وان
زرنتہ زے ورو چھتہ کوتاہ جیلے  ثر تہ خار بوزن چھپے فرقان
پیرتہ چھپے رو بہ سیتہ خاصہ دُلیلے  کرسے لون دون سیلے وان

---

۱ تتہ یہ تیتھ ترس منزچھ۔ رُح: آتما ۲ بڈ دولتہ۔

تاسہ کیٚن توٚسس کرٕمہٕ تاے جیلے — لاسہ پیٚٹھ اٚز گےٚ فرشتہ فورمان
خاصہ نیا مُرٕ زہٕ نیم ساسہ بدٕ تیلے — کرٕ مے لون دٕون سِلے دان
قاضی صابو چھٕنہ کینہہ ہلہ ڈیلے — باٚنکینہ آسی کتھان دٕسوان
راضی گژھ ِ روزن میون قبیلے — کرٕ مے لون دٕون مِلے وان
بر وصلک پیالہ عشقہ دٕ سپلے — سرٕ سپدی نفا کیا چھُ نوقصان
ہرٕ گنہ نفسس کرٕ تبدیلے — کرٕ مے لون دٕون مِلے وان
مجنوٗن نجدٕ وَن لاٚل کوٚت پیلے — جیل چھس جاہل چھُمنہ ترٕ وان
بیل پتہ گُنہ ہِتہ وَنے کم ویلے — کرٕ مے لون دٕون مِلے وان
کلہٕ میانہٕ بشدگی چھے قلیلے — دلیلہ چھس تن مُن کرٕ ے قوربان
بلہٕ دِل گژھِ ہے حل مشکیلے — کرٕ مے لون دٕون مِلے وان
محمد گنتھ دٕپہ کیا چھُ باطیلے — کمندٕ ہیتھ عشقہٕ زوٗرٕ شنکہ زاگان
صمد میرس مُہتہ نیوٗن دِل وشیلے — کرٕ مے لون دٕون مِلے وان

## وژن

سے کامہ دیو جامہ نا وِتھ — بے نام وپاغام ترٕ آ وِتھ
گلفامہ کمہ سامہ پا وِتھ — بے نام وپاغام ترٕ آ وِتھ
رنگ وَنتہ ننگ یا ناموٗش[۱] — دِل لبستہ چھس خستہ خاموٗش
ہیشہ آم کس ہیکہ با وِتھ — بے نام وپاغام ترٕ آ وِتھ

---

۱ کیٚنلی چھمب یا توسہ تھاوِنگ کتِر یانہ مے لہاسہ۔ تتیچ رازدارٕ فی سلہ یہ گوٚژھ ناموس آسُن مگر بندش برابر کرنہ موکھ چھ آمہ بدل ناموٗش لیکھنہ آمٕتہ۔

بېنگالہ جوڑو نگاری     تمژ زالی افسونہ ساری
جنگلہ منزی آیہ ناوِتھ     بے نام وپا آغام ترٲوِتھ
عشقس تہ حسنس چھپے یاری     عشقن کمہ خون ہاری
ریشہ تالہ چھم زالہ ناوِتھ     بے نام وپا آغام ترٲوِتھ
ییمہ شاہہ پالن پیلہ نووم     تمہ شاہہ راون تہ رووم
دم عیسےٰ علیہ السلام ہارہ ناوِتھ     بے نام وپا آغام ترٲوِتھ
ژون شبن آو واوہ طوفان     دون عالمن منز گوم دیان
لون ہیور رود اندر آوِتھ     بے نام وپا آغام ترٲوِتھ
لکر کسبن ستر کارن     ماہ روز ہمراہ ستارن
اسمان لون ہیور ترٲوِتھ     بے نام وپا آغام ترٲوِتھ
گاہ بیوم نون تہ ستن     شنیا ہہ گژھتھ میونے وطن
ہنزِ یاد راونہ راوِتھ     بے نام وپا آغام ترٲوِتھ
ییمہ شاہہ کمہ گے واصل     یم نمہ کیتی کیا آکھ حاصل
ذرہ ذرہ شرمندہ کھاوِتھ     بے نام وپا آغام ترٲوِتھ
تورک پکمژ اون پور     لورک قآمہد چھ پونپور
مورکھ سو موت بڑ مراوِتھ     بے نام وپا آغام ترٲوِتھ
نہ چھہ تورعا بدہ تہ بییہ ساد     میچھ چھاما تچھ تہنز یاد
یہ چھا اے صمد آزماوِتھ     بے نام وپا آغام ترٲوِتھ

(۱) حضرت عیسےٰ علیہ السلام سُندِ دمہ زِندہ کرنک طاقتھ۔

# "وژُن"

اَغلمس سِنٛزٕ آس آتشِ پتہٕ ستے
بزمس منٛزٕ آس خستہٕ حال

نغمس عشقنس پتہٕ یالا لیستے
بزمس منٛزٕ آس نمستے حال

ہا گرژنگ گوم شرمندٕ چھُستے
لغزشنس ڈلشتھ حال

آگرچھس ساغر نستے
بزمس منٛزٕ آس نمستے حال

یادکہ شبنس پاژ پا نستے
داور لوژتھ ہیوم اِشکال

خاور چھاوِتھ باور چھستے
بزمش منٛزٕ آس خستے حال

زاہد تہٕ عابد فایدٕ مس تے
شاہد چھُے امان یہوٕ قال

قاید چھُ دوش دوش شاہہ ڈُنگنستے
بزمس منٛزٕ آس خستے حال

دوٗ جود شوٗ ہوٗد گوم از دمستے

سوٗ جوٗد ڈیوٗ ٹھُم بے مِثال

موٗجوٗد بیتہِ تس کیا کھشچہ س تے

برمس منزٗ راس خستہ حال

میل ادن منی بیٖیہِ کا کد ستے

فی المثلاثہ گو وصلِ گوٗ پال

دِل و دین ایمان توٗ رکو دِ تمیس تے

برمس منزراس خستے حال

ننگ اِسحاق شاہ ہنو ارس تے

زنگ وِہا کرکھ چھُ ماران زحال

سنگِ پارن چھُم شنگہِ پانس تے

برمس منزراس خستے حال

بیرول او شُلس شِیر گردستے

ورؤنہ لشہِ گوس بے پر و بال

قو رؤن بر سرہِ ہتی جا طستے

برمس منزراس خستے حال

شاہ سُشند جلے گاہ با نشِستے

ماہ وخورشید چھپِ باوِش حال

نیالا پر دامِ عیا لمس ستے

بزمس منزٕ ژاس خستہ حال

گاہ محیطس ژاس آہستے

ریٹہ رؤدٕ مہنیہ پانیٚا ل

لۆدٕ مہورے رؤدٕ گُس کَس تے

بزمس منزٕ ژاس خستےٚ حال

ژوزٕ نیٚون تراوتھ زور وچھ مستے

یورٕ؎۲ والیَس چِھ چۆن مجال

مور کرِ دور ریٚلہِ کعبہِ پاز ستے

بزمس منزٕ ژس خستےٚ حال

شُلیمان ہتۆ کُمران گرِ دیٚش لِس تے

جِن پرُی تہٕ وحشی لتہ پامال

بے گُمانہٕ صمد میری وآعہ ہاو نستے
بزمس منزٕ ژانس خستے حال

---

؎۱ زرتشت یا زردشت سٕنٛدی پارو کار چھِ نارس پوٗزا کران یمہِ موکھہٕ چھکھ آتش پرست یا نارٕ پُزآری چھِ وَنان۔ وَنہٕ چھِ لوان زٕ زرتشت چھہ مسیحس برونہہ اکھ ساس وَری وُتھمُت۔ آتش پرستن چھِ پارسی ناوتہٕ وَننہٕ یوان۔ اکھ عظیم پیامبر آسنہٕ علاوٕ چھ زردتشت سٹھاہ بجند پایک گوٗنہٕ ماتھ تہٕ وسمُت۔ زردُشتن یہٕ گیٛنٛز معاودٕ نمُت اوس۔ تمہِ منزٕ چھ ووٕنی کم قلیلا موجود۔ تکیازِ سکندر اعظم تہٕ تہٕ شد یو وآری ژٔو تھو و پادِ یوٗ (باقی برونٛہمِس صفس پیٹھ)

دبستانِ ڈبیڈاس کو رتہٕ۔ ژندادستا چھُے پارسین ہُنٛز مذہبی کتاب۔ اَمِچ زبان چھِے ویدک زبانکہِ سنسکرتُک۔ پارسین چھُ مجوسی تہٕ زمان، و ناک برہمن، تہ چھِ دراصل پارسی تہٕ گوپال چھُے گوپال ہنٛزِ اصل صورت۔ یِہندِ یکُ مطلب گاو رٹھن والی چھِ۔ گوپال چھُ یِتھُن زُرشتہٕ سُندی بٕہ نوٚٹھ ناو۔

# غزل

مے مار دوٚرن گرایہٕ دِل چھُم مایہ شرمانی

یاہا وسے تھاوُ رٹھایہٕ دِل چھُم مایہ شرمانی

گاہ چون ڈیٚو نٹھُم دوٚرِ زن وس نوٚر نیرد آنی

یمہٕ توٚر جبنہٕ آیہٕ پران آیہٕ فرقانی

نوزکھ بدن چانی قدرن کر مئے دیوانی

بے وایہ پاو یہِ کرتایہ مینز تھاوکھ رٹے امانی

یم کانہ تُنگِ چانی دراییہ تم آیہٕ عشقہ کمانی

نشانہٕ جگرِ جابے خود تھودم مے قوربانی

میچھے چشمہٕ جود ورایہ کرِتا زچھکھ رٕوچھ جانی

زون غالسن چون سایہ شین طرفن چھِے سلطانی

مہتاب روے چون ڈیشُن اختابہٕ منٛز چھپانی

محراب چھُے میون کعبہٕ تہٕ تھ چھُس نابہ نمانی

چھُے مو کھتیٚہ زیٚنچہِ تارِ ورِتھ مار ہے چانی

کم بخت عاشق خدایہ گری تھکھ بجتہٕ وردانی

چھی نازِ روئس سازِ کنہٕ ستارِ آسمٲنی

ہیے اَلِف بلینی رانِ چلینی تازِ بےشٲنی

آیینہٕ تن ییٚچانی سینہٕ لوزگ نارِ بستٲنی

چھے ہوٚ نجہٕ سنزِ انہہ ترِ ڈیٚلو ٹھُمبہٕ سمٲنی

بنگالی سیٚہرا چھے ژیتے چہرا ترایہِ افغٲنی

چھے غونچہٕ دہاں شاہہٕ شہن خندِ گرٲنی

ڈنڈ موکھتہٕ شوبان وٚنڈِ سے منز کیایہٕ گُمٲنی

وَن کاورنگ گوم لاویاوُن ہاوِ سہ قٲنی

کن تھاوِ بوز گراورہ ئے نے چھے منٛے سمٲنی

ناکانِ زری چھایہِ پری موٚیہِ مستٲنی

چھے وٚڈِ نہ سری مایرِ آمزِ جایہِ ملتٲنی

ہیے ہاے عشقہٕ بایہٕ بڈی تیتھ شایہِ ہمٲنی

موکلاوِ کُس تس راوِلیس منز عشقہٕ غمٲنی[1]

ڈرامت چھ دِلگیر اکہ مسافر بایہٕ زمانی

آمت صمدمیر حُسنہٕ تاجرہ جس تھاوا مٲنی[2]

---

[1] لفظ گژھہِ "غمانی" آسُن۔ پوزبرابری اَنِنہٕ موکھہ چھے شایرن اتھ شکل بدلاومژ۔

[2] مقطعہِ نا گژھہِ منظر چھے ژیٹھان۔



# غزل

آباد سر پایہِ وآرا پچھِ ژھایہِ لوٗ بزم اصل کنتھ

جسس کرہ بیناپہِ وستہِ شنایہ مُنڈری چھ نِکن ورتھ

کیا فاعل ہیتھ فاعلہ دراے واصل آے باگے پتھ

شاہ پاز شب خانہ پایہ بوڈ تتھ شایہ زاگے ہیتھ

مارن چھ غارن ژھایہ روزن کیاپہ لشارتھ

ہارن نہ جبیتھ آپہ دہات راہ سلامتھ

شیرن چھ پھیرن جاے نیئشتا نہ ورا شتھ

دم ہیتھ چھ بے ہمسایہ رونہ تھ پایہ ہر استھ

شبرنگ بن تھاہ لاے دار دُری یایہ وجاد تھ

تاہنگ بیتھ چنگ لاپہ سُنہ چھ بے وایہ رٹیتھ دتھ

ہُما پھیر نہ درایہ رماشش جہالتس پیتھ

تس راتہ موہ غلس واتہ وُن اکہ دایہ لآبی لتھ

شُدٕ ناشُدٕرس کیاہ یوٗزن لَپس نتہٕ بالا پَتھ

تَس ہُدٕ ہُدٕرس مُدٕرقی مُدٕرسس آیہٕ نِدامَتھ

وۄجوٗدٕ شتوٗ ہوٗدٕ صحابہٕ گٔرِتھ ہا برٕ سوٗ جوٗدٕ دَستھ

کَن زٕ لوٗ والیس آیہٕ تیزٕ مینٕ وڑایہٕ کٔشا فتھ

لَیس مایہٕ عشقُنہٕ لوٗدٕ نہٕ پاغام رٕوٗدٕ جبریل پَتھ

تَس پایہٕ بُدٕرس ادن شہٕ منی آیہٕ خطا رَبتھ

یوٗدٕ میرٕ صمد باوِ اصلک رنگ نہٕ اِشارَتھ

سنگ زَن غارس آیہٕ لوٗزٕ تھوٗ صلہٕ بشارَتھ

●

(نوٹ) یہ غزل چھُ میرٕ صاحبن توسہٕ ما دانہٕ لیوٗکھمُت ۔

۱ شب خیز ۔ شب بیداری کرن وول ۔ بذاتی چھُ لفظ فارسی ۔

۲ وَحدتھ ۔ ہِشَر ۔ گُنہٕر ۔ اَدٕیُت

۳ زال ۔ تھپھ ۔ رز ۔ فاد ۔ کاشُر محاورٕ چھُ چنگس منٛز اَتُن یا چنگس منٛز لگُن ۔

۴ راز ہوٗتٕر یا شاہ باز

۵ بردٕ شہٕ پکھ ۔ مٔنے نکھہ یہٕ ۔

# "وڑن"

بولان کو ستور اندر جنگلنے

لولوبو وَنے دردک سوز

سِکندرڑایاو ظُلمات تنے

سیاہ پوش آب حیات اِنہ ہے

حیالش حیاتی مویالش دِنے

لولوبو وَنے دردک سوز

اُلفتہ یار سنڈا یوس ہینئے

زُلفِ شہارو ووٹھم نال

دِہات تمے شُنڈ شبن طرفنے

لولوبو وَنے دردک سوز

شیپاکش تروپرتھ روزاس ئیے

شاباکش کورتم اُتی تھے روز

واوِلیر آبجے شیح پڑ پڑ لنے

لولوبو وَنے دردک سوز

واہ مئے لوٹھم وتہ ڑھارنے

پتھ پیوم ووجوا دگنہ رود منہ سوز

تتھ شا یہ پوشپیری گتہ مارنے
لولو بوِ وَنےَ درِدُک سوز

سُلطان اذکارِلِس واتہِ ظونے
دِن تَس دُسگاہ اِثبات روز

شُہ رِند حیات اَبہِ دون عالمنے
لولو بوِ وَنےَ درِدُک سوز

شاہ شاہ دِرِ پیٹھ گاہ ترٲونے
تھاہ گژھ مہِ سُدرس سہا تھا روز

ڈیٖتھ نیٖوس عشقہِ دریاوٕنے
لولو بوِ وَنےَ درِدُک سوز

نیستی پڑاو تور ہستی چھَنے
بَرہوا سُلیمانؑ اوس شب و روز

حال ہیُنز کارس زال ترٲونے
لولو بوِ وَنےَ درِدُک سوز

سوزِ ہمن زپر بوز سکنےَ
روزِ ے صمد میر بوزان اوسَ

بنہِ لِس وَنہِ کوسنہ بازارَ نے
لولو بوِ وَنےَ درِدُک سوز

---

۱ یہ چھ اِشارہ سِکندر سُندِس آبِ حیات ژھانڈنہ گژھنس کُن۔

# "وُژن"

غاب الف ٹیک آلوکن نے

گئیم اورِ وَ سے نئے کیشیا

گاہ مانزِ لوُزم گاہ ووتُس یہ ظہو سے نئے

گئیم اورِ وَ سے نئے کیشیا

کاوَس تہِ کتہِ چھُم ہاوَس سے گنئے

راوَس تہِ کاٹھِلی سے پٹشے نا

داوس لاگی چاٹی غارُ آر دَ سے نئے

گئیم اورِ وَ سے نئے کیشیا

توبکہِ دارِ بَر پارِ ترُو پڑ سے نئے

بارِ کھول کارِ دُ نی یا

غائبس تہِ شوبہ چھُم وارِ وارِ چھو سے نئے

گئیم اورِ وَ سے نئے کیشیا

تُل کوٗر سے منے مُل چھنتھ لولِہ گلشن سے نئے

ہولہِ تیر سے آم کاٹہِ تیشیاہ

شُل آسِتھ کوٗرُم بُل آ دَ سے نئے

گئیم اورِ وَ سے نئے کیشیا

دردِک تیوٗل پیوٗم آمِن پننے
کرُدُک مایہ نیرِ یا

نرُدُک باز نیوٗ میتے مرن تہٕ زینے
گیمَر اور وَننے کیا

رام گوس جام چیتھ شام صُبحنے
تام ترٚووم میتے شُنیا

خام پوختہٕ ہوونم لوکتہٕ وُسی بننے
گیمَر اور وَننے کیا

پوختہٕ گوڑ رازِ ہو نیر ہو کھتہٕ ہار گھننے
یا پاز بیوٗٹھ نِزدیکھ شاہ

طوطہٕ گوڑ موتبر باز بنزرَ ننے
گیمَر اور وَننے کیا

داتہٕ گو ستوار بیوٹھ ذمہٕ دار بننے
راتہٕ سو غلَس چھ شُنیا

پینتزِ کانی مان مانی کیا جمع اَننے
گیمَر اور وننے کیا

پچھِ لوٗز فان درایہٕ مان دِتھ اَننے
شمعَس نِشہٕ درِ مسا

جان کوٗر پروانہٕ پان زالنَے
گیٖمَر اور وَنُنے کیٚا
عارِف تہٕ عاشق مذہب کِنہٕ نَے
تارِیف چانٛی چھہٕ مرحبا
گُلی زری تازہٕ کری چانٛی ٹُلی ۂنْنے
گیٖمَر اور وَنُنے کیٚا
میم شین غان فی لام کتھ وَنُنے
حے بوزُن چھُہ عنقا
اُلی فس تہٕ میمس چھُہ لام ملہٕ وَنُنے
گیٖمَر اور وَنُنے کیٚا
اطلاس نالی چھیم ہیوٗت اُمیٖ تنہٕ نَے
صمد میر ژٕ یُو نٔنھ نا
ژٕ تہٕ بہٕ چھِہ دوگُنیارَن تہٕ مُخُور پیٖنے
گیٖمَر اور وَنُنے کیٚا

نوٹ:- یہ وژُن چھُہ کلام صمد میرس منز دیہ پھر نظرِ گژھان۔ گوڈٕ چھُہ یہ کلام صمد میر حقہ ژیہس منز چھپیومت تہٕ پتہ بیٚیہ کلام "صمد میر" یتھ کاشہ گرند پیٹھ کینہ درج چھنہٕ نا وکیس کتابچس منز صفہٕ نمبر ۱۳ ، ۱۴ ، ۱۵ تہٕ اہس پیٹھ درج۔ گرنزروس یہ کلام "صمد میر" چھُہ ۱۳۸۹ ہجری لیس منز فاروق اینڈ کمپنی چھاپ کوٗرمت۔

# "وُڑن"

کُن گنزرُن چھے نواحسان
نُون وڑاو دَر جلدِ انسان
کُن اوس در گنجِ وآران
نُون وڑاو دَر جلدِ انسان
بَرشوق آو ذاتھ پَروَر
یٖا واگوٗرُن نوٗرِ سروَر
ماسورِ تا دورِ، دوران
نُون وڑاو دَر جلدِ انسان
آدم لوٗدُن بوٗد ما اوس
مَلکَن دوٗپُن سُجد کَریٖتوس
گمراہ سَپُد تتہٖ شیطان
نُون وڑاو دَر جلدِ انسان
کُن زانُن کُن چھے بے شکھ
دوٗن ڈیوٗ توٗر کوٗت واتکھ
گوڈرٕ پھپرس دامان
نُون وڑاو دَر جلدِ انسان

پٔرھ بُرسمٕنے پٔرھ وارٕ تھٲوِم

پٔرِھ سپننے وتھ سمٕے ہٲوِم

اَن کیا زانٕہ پٔرھ سچھنے لۄران

نۄن ڈٕراو دَر جِلدِ اِنسان

پٔرھ کرٕتھ کاکدٕ تہٕ سمیلے

یَتھ آب ظٲہِر سچھیلے

عِلمِ لُدنی مغز فُرقان

نۄن ڈٕراو در جلدِ انسان

مٔنگو یارٕ ملہِ قلمَس

کر یار لد ڈیار ہلمَس

کوٗ زانکھ سیر سُبحان

نۄن ڈٕراو در جلدِ انسان

حق چھُے نٕے تَس یَتھی ہوٗوُم

یتھی سیر مولا بوٗوُم

شکھ چھُے زٕنکھ چھُکھ مۄران

نۄن ڈٕراو در جلدِ انسان

پٔرِھ پننِہ گو سے کعبَس

وٕرِھ وارٕ نجِہ سجدٕ گرٕ مَس

بےَ پَڑھ گَڑھ گوُر بےزان
نوٗن دِژاو درجِلدِ انسان
کھوژیا ہُما پانژ آئیس
فرق چھےَ شیرس تہٕ شالس
خرزانہِ کیا قدرِ زافران
نوٗن دِژاو درجِلدِ انسان
پڑھ وُنِ صمد میرٕ ن
پڑھ سِتی بوٗوس پیرٕن
بےٚ پَڑھ چھُ بےہودٕ واران
نوٗن دِژاو درجِلدِ انسان

## "وٚژُن"

حِصہٕ ذاتُن کژیا یے نوٗرس
یادا کوٗرُن بالا وٚپس
تی لوٗزِتھ گوسے بوٚمس
یادا کوٗرُن بالا وٚپس
اَو لے آو شاہ محمدؐ
تہنزِے عیاتی چھےَ لاحد

وآلی چھُ خالی چھُماغَس
پآدا کوٗرُن بالا وَلِپَس
وُچھ گو تُمن شیطانَس
نَما بوٗ ژٔنے بنٔیہ زَمہٕ کَس
ہرشا یہ تمُو سُجد کرٔی نَس
پآدا کوٗرن بالا وُلِپَس
حِیس کرٕ ژٕپس وارٕ کوٗنہٕ ہیس
نَحقے کمینگ چھُپے پرمَس
کیا تامتھ چھُپے ژٔنے کرمَس
پآدا کوٗرُن بالا وَلِپَس
کَتہٕ گِنڈِ مُت چھُپے از تام
وَتہٕ ڈوٗلمُت گو بَنیتہٕ رام
مَتہٕ شین دَرشہٕ یانِشٕ گرمُس
پآدا کوٗرُن بالا وَلِپَس
متے ہَہا چھ وُچھمتھ خابا
بَتہٕ چینز بنٔیہ پآنسہ داہ باہ
سُے عانِتھ اوس بالَس
پآدا کوٗرُن بالا وَلِپَس

سون ڈیشتھ ملہٕ کران خم
کیا با منے چھا روشان کرم
کینہہ نے چھُ منے سِتی ٹھولس
یآئے دا گوٗرن بالا وِلس

ملہٕ چھے پھیران گامن
گرِ گرِ صُبحن ستہٕ شامن
زن ڈُوٗنبہٕ سِتہٕ منگے چھس
یآئے دا گوٗرن بالاوِلس

گرٛدھِ گام اَنہٕ گاسہٕ بورا
بنِیہٕ منگہِ کھ لرٛ ھجہٕ جورا
تمہٕ ین بکار بوٗج خالس
یآئے دا گوٗرن بالا وِلس

اُمی صمد میرزا نشیا
میل کا گد توستہٕ مانیا
دِل گمرٛدھ آسن سرمس
یآئے دا گوٗرن بالا وِلس

# "وُڈُن"

بَنہٕ مَس چاوَنَس ٹۄرے ٹۄرے

تَنہٕ چھَس لَلہٕ وان مۄرے نار

چھَیہٕ وَلِیہٕ آو لَنَس تَشہٕ آونَس دۄرے

تَنہٕ چھَس لَلہٕ وان مۄرے نار

ٹچھنکہٕ کمہٕ کُے چھُپے عشقہٕ پوٚنپۄرے

پان زالِتھ ژتے مادانہٕ اوے عار

فان لَیس یَتہٕ گوکھ تَس تہٕ تران سوَرے

تَنہٕ چھَس لَلہٕ وان مۄرے نار

دارِ او کَس ہورم سارِ غمۄرے

تارنا سمندرس منٛے دیم تار

مارِ اسہٕ پود تَس وَنتہٕ کیاہ ہۄرے

تَنہٕ چھَس لَلہٕ وان مۄرے نار

بالہٕ پَرِ منٛے چھُپٹھ لولہٕ کوتۄرے

ژالہٕ کو تاہ گُیس بو گرِفتار

مالہٕ ہَٹہٕ چے ژھیٚنِم کُسن ہومبۄرے

تَنہٕ چھَس لَلہٕ وان مۄرے نار

ط ڈُمرِٹہٕ ہُرِ

مدنس تہٕ دٔرِ تو دُشتاہٕ تورے

وٕرہا وٕدِلنس رٕو دمنہٕ وار

اژنو بہٕ مرتھ یہِ کوٚ ستورے

تہٕ چھیس موٚرے للہٕ وان نار

سوکھ ماران تچھِتھ تراونس وٕوٚرے

موکھ پٔرنیٖ کوٚر منے ستہِ وادٕ اقرار

ہیکہٕ کیاہ وُنتھ ڈیکہٕ نے پورے

تہٕ چھیس موٚرے للہٕ وان نار

شینہٕ مانٔز گاج نس تاپہٕ یا تیرے

کینہٕ رسی تیو منے گو سینہٕ افگار

دپہٕ دُنیا منے نعل کینہہ پٔرورے

تہٕ چھیس موٚرے للہٕ وان نار

وٕنہٕ پھجمبر زل گژھس نیرے

ژ منے نہٕ پروا لجہٕ کٔرتھس گرفتار

ینہٕ بوز گیس منے ہا بومبورے

تہٕ چھیس موٚرے للہٕ وان نار

خوٚن ہیتنے لیس تارہٕ سان کھچیرے

موٚن محمدؐ تموٚ نورِ انوار

زون اختابہ کتھ تھ عہ ستی جوٗرے
تتہٕ چھس للہٕ وان موٗرے نار
فنہ پچ کرٕ کھ لاٗیتھ منصوٗرے
شنہٕک جامہٕ کھوٗلتھ یہٕ یکبار
پنہٕ پچہٕ جایہٕ مارٕ وٗدٕ کھ ژوٗرے
تتہٕ چھس موٗرے للہٕ وان نار
رنہٕ موزٕ وٗنیہٕ بنیہ نکہٕ تے زرے
گنی شیچھ چانٕی چنیہ درٕ بازار
بٹہٕ بٹہٕ کتھ وچھتہٕ اُمی قتو نزوٗرے
تتہٕ چھس موٗرے للہٕ وان نار
پانہٕ چھے لونہٕ تے پانہٕ چھے ہیرے
پانے چھہ پانس ونان اسرار
سے تقاتسنہٕ کانٕہ چھے نہٕ ممے ہوٗرے
تتہٕ چھس للہٕ وان موٗرے نار
درشن دارٕ تل دِل حوضوٗرے
درشنہٕ چانہٕ بنہٕ وا حاصلِ کار
عشک سرخم دیدہٕ مستوٗرے
تتہٕ چھس للہٕ وان موٗرے نار

انڈرِ پیٚیہ کارہ بار وُنڈماتیرے
فنڈہ ہیوٗڑھ صمدؔ میر منٛز مبل ہار
گرٕ پینٛدرٕ شرا وان گیاگنٛزرٕ درے
تیٚنہٕ چھس للہٕ وان مۆرے نار

## "وژُن"

کلوالَن لوٚنگ مَس تَے
چاوُنَس تَے رُوٗدُم منہٕ ہوش

حسبہٕ ولسٕ ژیوس دِل گوم خس تَے
چاوُنس تَے رُوٗدُم منہٕ ہوش

در سوداگرٕ ساقیس تَے
گرِ پنٛنے صاحبِ ہوش

گرِ داوا خُم خالس تَے
چاوُنس تَے رُوٗدُم منہٕ ہوش

لولہٕ سور مَس دِژُوم گس تَے
قولہٕ سارِ لو لاگتھ توش

وُچھُو دیدو دیدارس تَے
چاوُنس تَے رُوٗدُم منہٕ ہوش

ے کلیہ پال پانے ساقی

خوٗد خلوتھ اوس جاے بستے
شوٗد لوٗزِتھ دوٗپنم توٗش

یمی چھُ پنہاں تی بازرٕ ستے
چاوُنس تے رٕوٗدُمنہٕ ہوش

اَتھ مَنز کُس منز تراوُنس تے
پرِیتھ کُنہِ کِنتھ کوز مس نوش

ستھ شیشہٕ کِتھ گرٕہ بس تے
چاوُنس تے رٕوٗدُمنہٕ ہوش

اوس پانس پانے مس تے
گوس لوٗزِتھ فراموش

دوس دُشمن وونی وُنہٕ کس تے
چاوُنس تے رٕوٗدُمنہٕ ہوش

اوٗن دُشمے پاٹھی پانس تے
ووٗن دِتھ گرِ ڈیوٗ ستھم اوٗش[۱]

ظون تھاویوم دردِ سوزس تے
چاوُنس تے رٕوٗدُمنہٕ ہوش

وُچھ فانی سمسارس تے
وُچھِ موکرٕ رُچھمتو پوش

[۱] ٹوٹھ۔ محبوب

گمشز را ؤنھ صمد میرس تے
چاآو لس تے رؤ دمنہ ہو آش

## "ریختہ"

فنا سمسار آج یا کل
تو سمجھو سوچ کر کے گل

وہ پہلے وعدہ قا لو ا بل
تو سمجھو سوچ کر کے گل

وہ پانی پر چرخ لاگا
خودی اپنا ابنا و مودا
چکی پھرتی سکا پا پھل
تو سمجھو سوچ کر کے گل

ڈرو مت اور نہ کوئی دشمن
وفائے دوست در باطن
وہ اغیار در بدن مجمل
تو سمجھو سوچ کر کے گل

یہ رعنا چشمہ ہلدی رؤ
ٹھنڈا آواز و عاشق جو

تو اُس کو پاوے پکڑ مکمل
تو سمجھو سوچ کر کے گل

سوائی چھپے یہ موکھتے لال
تو پاؤ تاگ بناؤ مال
نہ رکھ چھپکے در بغل
تو سمجھو سوچ کر کے گل

اور اور پار نہیں چلت
رہو بیچ میں کہ رستے راہ
اگر عاشق تو سبنوُر دل
تو سمجھو سوچ کر کے گل

یہ دل اپنا حلب شیشا
بناؤ مار سیچی نگاہ
ہوئی روشن تو روغن مل
تو سمجھو سوچ کر کے گل

یہ دریا در دیکھو ڈونگا کیا
نہ کشتی و نہ پُل نے راہ
دو آنکھوں بناؤ مجمل
تو سمجھو سوچ کر کے گل

تو تر کے سرا گر شاید

دُرِ بے بہا بکف آید

صدف سامنے بہر شکل

تو سمجھو سوچ کر کے گل

محمد میر کو سنایا راس

نہ میں ہندو نہ مومن خاص

فدا از عشق تو فیصل

تو سمجھو سوچ کر کے گل

## "وٚژُن"

بَنٛد گوٚمت گوس آزاد یلَے

کوٚر مےٚ دیدارٕ اَز کارٕ تلَے

پھوٚلُم دِل کھوٚل ژُوٚلُم زُلزَلَے

کوٚر مےٚ دیدارٕ اَز کارٕ تلَے

گوٚ ڈٔ ژٔتَن ناوٚندٕ یارٕ بلَے

کروٚ حاصِل روزی نہٕ ملَے

بنُووٚ اصل صاحب دِلَے

کوٚر مےٚ دیدارٕ اَز کارٕ تلَے

کُن اَلِف وڈا او نوٗن میمہٕ تلے

ہیم تور نو دَیان جاۓ ہلے

میم موجود محمدؐ چھُ کلے

کوٚر مٔتے دیدار اَذکارٕ تلے

بے بیات ڈُپتھم عاۓ دِلے

بے میحنتہ کتھ کرہٕ ہلے

تے تیپسی گرِتھ تورٕ پلے

کوٚر مٔتے دیدار اذکارٕ تلے

ثے صدیق بازرس چھ چھُپلے

جیم جمع سوٗرے چھُ کُلے

حے حیاتی سوٗر سونہٕ موٗلے

کوٚر مٔتے دیدار اذکارٕ تلے

خے خبردار گرٕ جھوٗ خام دِلے

دال دُلیل صِفات ہلے

ذال ذاوئیل ذاتسنہٕ ذِلے

کوٚر مٔتے دیدار اذکارٕ تلے

رے رحمت رُٹوِ راس دِلے

زے زمینس بَنہٕ محصوٗلے

سین سودا تو لکھ عام کھلے
کوڑ مٹے دیدار اذکار تلے
شین شستن طرفن گوم شلے
صاد سوز گے صدا ماڑے
ضاد دم ہیتھ ہو ڈا ئبلے
کوڑ مٹے دیدار اذکار تلے
طوے طمع چون گوم اَڑے
ظوے جمع آم آمہ زین تلے
عین احمد نوار تجلے
کوڑ مٹے دیدار اذکار تلے
غین غفلتھ تڑا وغا فلے
فے فناق درقاف گلے
کف دس یم سامانہ سلے
کوڑ مٹے دیدار اذکار تلے
کیف کشش کیا کوڈتھ قاتلے
لام لہہ چے تر وار ملے
میم محمد بازار چھلے
کوڑ مٹے دیدار اذکار تلے

نٔون نٔو ترانہٕ ترٛو پرٕتھ چھُ گلے
واو وۄصول کرِ وآ سے حِلے
ہے ہدا ییتھ بنہٕ اکہٕ ژھلے
کوٗر مےٚ دیدارٕ اَذ کارٕ تلے
لا ألِف س چھُ میٖمک گِلے
وُحد آ ٔبینتھ دژ ایہٕ تمہٕ تلے
دون میٖمن بیٚلہٕ گوٚ رلے
کوٗر مےٚ دیدار آذ کارٕ تلے
دامہٕ دُرٕ کیاو چوم چانہٕ جلے
کامہٕ دلپوشامہٕ صوٗرت بلے
وَن صمدٕ مسیر کم جامہٕ ولے
کوٗر مےٚ دیدار اَذ کارٕ تلے

## "باتھ"

کر سلام درگاہہٕ عاٰلی
بروہ مید زرٕ دِل مہار
متھ مہٕ گرٛژھ متوٗت وۄلکھے توٗت
تتہٕ نبی ؐ سون تاجدار

پھیرو تڑاو ناو نیرو تیل بَل
نالہٕ کنی اَڑھ وُچھ بہار
گُل بجو وُل یٔیژ چھٹے بِل گُل
عاشقن ہُنٛد دِل قرار
ٹُچھلی گُلی مٔول تےٚ شُنی پوش
صد برگ حد بے شُمار
برگ ِدو وٗو دآے بازٕوٗد
اَرغوان دڑاے ورگہٕ مار
ٹیکہٕ بَٹنٕ تےٚ ورِ گیٖمہ
آب زٕلالن گری بیدار
گُلِ یار قنٛد کھیٚنٛوٕرا ٹلدےٚ وَنٛد
لال مرِجان پُر فوار
بڑیڈی مُشک سبز پوش تہٕ سوسن
خالہٕ خاے چال دار
وَنیتہٕ عباسی زَن چھِ مَتس گھاسی
گُن بنکھہ مَن تھاوِ بیدار
لَچھِ ناوِس اَچھِ پوشس
کو چھے منٛز کرِ ہَس لبہٕ پیار

مالہٕ سۄنٛدر زالہٕ وُچھنَس
ژالہٕ کوتاہ لبہٕ لولہٕ نار
گچھِ ڈٔبن پیٛٹھ بیٛٹھو عاشق
ژالنے ژکھ دِ یے پنٛڈار

ہر طرف باغَس چھِہ باہوش
ہر طرف خاموش بیکار
ہر دَفہٕ گھتی شالہٕ مارس
سَروِ سۄرِ سَس بنیٖیہٕ چنار

سَہٕ صمد میر و کوٗرتھ کیاہ
ذرہٕ ذرَس میلتھِ غفار

## غزلِ مُسلسل

بُلبلو چھُکھ ژھالہٕ نوان
گُل گژھن بَرٕ روزِ خار
حالہٕ اکِہٕ یکھ نالہٕ دِوان
خال و خط چھون کیاہ بکار
بر ہوا تختِ سُلیمان
تاچھیا چھُس عبا نوار

یَک نوٗا وَن کُس چھُ روزان
اَکھ ژٕوٗا تَس ما چھُ عار
وُچھ سکِندر دور تمی ؤشند
موٗرِ رٕنی اوس زور وار
پیٚشالہِ مَرگٕن بوز سس چوٚن
روز لَسنا چھُمنہ وار
کیٚا کری سَتھ مال ودِو لَتھ
کِمکوٚ چھےٚ یٔژ پیٚشدار
حاطمَن گُر حاطمی
تورٕوٚن مَسَید یکدم فِرار
رٔنگہٕ کٕھٹِبن چھم دارِ ژٕروٗپرِتھ
سَنگ دِلو لوٗگتھ بےٚ عار
پرٔنگ پلنگ چھم تارِ گاہتی
ننگ ناموٗس لوٗنہٕ ہار
ژُھچھ دَرِشیا شمعس گٔتن
پوشُر چھُ زانان نوٗرِ نار
مازٕ ڈٕو مرس رازٕ ہونزس
بَنہٕ کَتہٕ انہٕ رُت شکار

لہ مُبتھ، خول وخط

نالہِ کُنُو ہیتھ ژھٹھ منّے گدٕ ٹم

بالہِ للہِ وُم لولہٕ تار

حوٗرِ کوٗرنَم دورِ رَن چھاآنی

لالہٕ رویس کالہٕ نیثار[۱]

غاٰفِلو غفلتھ آنی کوس

قاٰیمِ نفلس فُوزِ لو قرار

آسہِ کیا نتہٕ وَنتہٕ کیا اوس

کُل علی فان مانہٕ ژار

روزِ لو حُسن و جوانی

ونیثرِ گنیثو بیتہِ چھُس نہٕ وار

سَن نہٕ سو خلقن وَنتہٕ کیا پاے

میثرِ مرس جاۓ اندر مزار

کاٰلی کرِ ژھن تنہا چھُ پانو

خاٰلی منّے راوز لوگہٕ چار

ڈاٰلی صمد میرو کوٗرُکھ کیشا

ناٰلی ٹم تٕے چھنّے لانٕی سپار

•

۱ یہ ترکیب چھنے میرن پانہٕ تھوٗرمٕژ۔

# غزل

اُج پھلٕے ذرٕ ذرٕ نشاطس پھوٗج مہ ہی آو نوٗ بہار
آیہٕ بُلبُل ژآیہٕ باغس گرایہٕ ماران پُر خمار

کوسمن ہے دِل مٕے نیوٗ ژٕم موٗ ضمن للوٗم مٕے نار
یوسمن تھرِ گوڈ کسوٗ برٕ باغوان گرِ گرِ عیار

روٗد سوسن اندٕ مزارس کوٗت ژالن چھُس آزار
برگِ لالن داغ درتن روٗٹہٕ چھُس چونے امار

سُلہٕ پھلیتھ آے گُلِ نیلوفر تلہٕ صنوبر بہ غمار[1]
گُلِ سمرقند آو درٕ ہیٚنڈ چینیوٗ روٗٹ بر کنار

آیہٕ سوٗ مُبل کارٕ پتی گلہٕ ٹوٗری مسوٗل گُل انار
چھیٚے یمبرزلٕ شرٕ شیدٕ وس وَر چھ بوٗجہِ بوٗ تمٕ ژھنڈی پہار[2]

عشقہٕ پیچان رنزٕ کوٗ کھوٗت شب چراغ چھُتی سو چاٹرٕ موجُدار
کارٕ پتی لُتی تارٕ گاہتی ونہ پرچانے گئی بمار

نے دمن کر کھے زمن گُلہٕ محرمن ہُنٛد سُے چھ کار
گُلِ یمن تُلہٕ سر حمن براہرمن کرِ دِل بہار

زاہدن کتھ ژرٕ مگر چھوٗ نہ لیس سوٗ خن سنہٕ سُے بیمار
سوٗے مبنیشا ریحان زانہہ لبہ بدس کُس وَنہٕ علطا

[1] یتھ ستارس چھ وزن پتھان مہ بلی، پینشد

آیہٕ سبزی ہر طرف باغَس چھُ خوشبوٗ خوش نظار

کم وُچھِم فمواریٚ طَس آبِ جوٗ یَن آبشار

لانہا یَتھ کیٛا وُچھِم ڈٕل ناخوٗ دایَس وُنی مہٕ زار

مالۍ لوٗگمُت تیٖل بَل تَل شالہٕ مار ٹھلِے لالہٕ زار

سایہٕ بیٚیمی شُند یوٗر کیٛو تور تس کران چھُس زارٕ پار

لایہٕ نادسہٕ چھُ شاہ محمدؐ پایہٕ بوٚڈ سون رایہٕ دار

بے رنگِن کم وِہی مٔے گُری نم ہر طرف لوٗن آشکار

ڈیٖوٗ صمد میر ورنگن وٚون چھُ کھوان تتہٕ گاٹہٕ جار

---

۱ یتھو شارس چھُ وزن پُھٹان۔ مٔے چھُ باسان زِ شارَن اندر یُس اَسہٕ وزنُک ہیر پھیر صمد میرنِس کلامَس منٛز نظر چھُ گژھان تہنٛد وجہ چھُ شے لیس پُشن اُنہٕ سٔند کلامہٕ لیکھان اوس۔ تتہٕ یوٚتامت زن بُند شہٕ ہُند تولق چھُ صمد میر چھُ اُتھ اندٕ اَسہٕ واقف کار لَبنہٕ یوان۔

۲ بُلبُل ناگِمس پتہٕ چھُ صمد میرن 'بہار' لفظ ورتو مُت۔

۳ 'یزدان'، تہٕ 'اہرمن'، یِم زٕ کردار چھِ جنداوِستا یہ منٛز اکھ ہِتیں تہٕ کوٚتیس مانیس منٛز مستعمل۔

# ۸

# "وٕزُن"

میل کر نوٗنے دل قلم دانے

سوز پر دا۔ نے یوز احوال

پرچھِل دِلہ کِس لیکھ افسانے
مور چھس چھُس اُلِف لام میم دال
زر چھُم سر خطِ پر میون پانے
سوز پروانے بوز ، احوال

غمکے دریاو منے کوٗرم سرانے
دمہ کے ناوہ ہستی منے ڈزم نال
بمہ کے زپر ہستی گوس دیوانے
سوز پروانے بوز احوال

چھُچکہ واوے گژھنہ روانے
پژہ ھتس میون چھُس موین حال
بے زرواتہ کرعرلبستانے
سوز پروانے بوز احوال

سرتاپاے گام غمکی زولانے
کرہ کیا اتھ اندر گوم پُژ کال
غرقِ غم چھُس گومت در پریشانے
سوز پروانے بوز احوال

وادہ دِتھ آس ییتہ لوگم غار زانے
سرو پاے غفلتن ووٗلنم نال

فرضہٕ کس قرضس چھُس بوہ لرزانے
سوز پروانے بوز احوال

کالہِ بیلہ پوٚز[1] تہٕ پاپھ[2] تُرشن دانہٕ دانے
ناکہ آسم پٔننی نامہٕ اعمال

خالی چھم کار بد چھُس پشیمانے
سوز پروانے بوز احوال

صراط المستقیم چھُم ترُن پانے
تیز شمشیر تہٕ مثلِ موے وال

ہُرتھ پیوس تہٕ کیتھ ترِتھ زانے
سوز پروانے بوز احوال

کالہِ بیلہ امتس لگہِ پرسانے
شفیع المذنبین نیرِ فلحال

حوضِ کوثر تہٕ ترِ کرِ میزانے
سوز پروانے بوز احوال

جنتی جنتس گژھن روانے
کینژن پیٹھ کوٗرُن نار حلال

بس صمد سرس وصلِ یزدانے
سوز پروانے بوز احوال

[1] پوٚز۔ ثواب [2] پاپہ۔ گوناہ

# "وُڑن"

آوارٕ کرُٕس مارٕمتی ییٚ

پارٕ وُتی ییٚ لو

دِلدارٕ چھم دِلس نارٕتی ییٚ

پارٕ وُتی ییٚ لو

ییٚتھ کالہِ ستھ گوٚر آے زنمس

اوٚم چھُم ضمس ذاتھ

اَنھارٕ نے اسہِ خار دِتی ییٚ

پارٕ وُتی ییٚ لو

ستے رٕنیشورٕ ٹکوہ بیابان

ژھارٕ ہون بگوان

ترم غارٕ نے منز آرٕ گتی ییٚ

پارٕ وُتی ییٚ لو

ستھ پآوی شیشہِ ہیرٕ

دامہِ شوکھرا و پارن ترٚو

کھس وارٕ اسہِ دِتھ خطی ییٚ

پارٕ وتی ییٚ لو

سَتھ زٲنگی یِتھ مثایہٕ زوٗرِ تابان

پانہٕ منٛزٕ وُچھ پان

آبہٕ شمع دَدی وارٕ رٕتی یے

پارٕ وُتی یے لو

سَتھ زمین سَتھ چلن سَتھ چھ اقلیم

سَتھ چھ شاہ سَتھ میم

سَتھ وارٕ نتھ منٛز زارٕ چھٹی یے

پارٕ وُتی یے لو

سَتھ دار سَتھ رباب چنگ نے ساز

وا ینس یُند راز

ہوش دار وُچھم زَن تارِ ٹُتی یے

پارٕ وُتی یے لو

سَتھ گُھٹی یِتھ مثایہِ جایہ شئوبان

سَتھ چھ سو سُلطان

سیتایہ رامہٕ اوتار ٹُتی یے

پارٕ وُتی یے لو

جنگ کرِ راون بلیہ ہنوٗمان

تنگ سید ملتان

گنگار وہنگو ہار ٹتنی ہے

پار، وُتی بیے لو

ستہ ہیتھ پیٹھ وَن دژا و صمد میر

ستہ چھپتس پیر

ستہ وُنی مٹے نمبل ہار دِتی بیے

پار وُتی بیے لو

---

لہ ماتا ستی شیونا تھن ستی لوج۔ یہ چھے شکتی ہُند رُوپ۔ ۲ے موُرش وَنہ ہاوُک۔

۳ے مہا منتر۔ اسم اعظم۔ کائینات مچ بُنیاد (تانترشاسترموجوب) مطلب چھُ زِ بالا حقیق پر زِ تلو کینہ وتھ چھے اوم لُکہناوُن۔ ۴ے بھگوان رامہ سُنز اشینہ۔ دپان یہ آسی ستی عابازِ نمسکِ آمژ۔ سیتا کس رناہِ یہ کتھ چھے وُنہ تہر سپدنے اتھ متلق چھے وار یاہ رِلوایتہ۔ اکھ رِلوایتھ چھے زِ راونہ زنک اوس داندوایان تہ تمی لب سیتا زمینہ اندرِ۔ ۵ے بھگوان وشنو سُند اکھ اوتار پہ اوس ننہ کنے زوٗن اوتار یُلہ ما سی آمو ہندی لیتھ ترتے بائے بھرت۔ لکھشمن تہ شترگون تہ وشنو سُند سُوہُب۔ تفصیلہ بابت وچھو راماین۔ ۶ے ہندو دیومال چھے وَنان زِ راوُن اوس لکھسن ہند راز۔ تمی نیہ سیتا لوٗٹِتھ۔ کینشن ہُند خیال چھُ زِ راوُن اوس دِراوِڑ تسلک راز لنکا یہ رنج کران۔ ایلے پیٹھ چھے تحقیقہ موجوب آرین تہ دراوِڑن ہنز لڑائے۔ یہ لڑائی اس تمہ تصادکُ نتیجہ یُس آریائی تہ دراوِڑ ہند بیس منظرتہ ساتہ گویدہ آریا پیٹھ برتری ژکھ تھوُنہ باپتھ دراوِڑن زیر آسی ترجمان کرن، یم تہذیبی اعتبار آرین برو نہہ آسی۔ ۷ے سگریوہ سُند سپاہ سالار تہ بھگوان رامن بھکھتی تہ نکھ پھیوک ہنزہ مالس متعلق چھ وُنہ آمُت زِ سہ روس داندزاژ ہُند۔

# لالہ سالے ان تنے



کالہٕ اُدرس کرِ مےٚ مالےٚ
لالہٕ سالےٚ اَن تنے

خوٗنِ دِل ژانگِن بوزالےٚ
لالہٕ سالےٚ اَن تنے

قولہٕ ساڈیوکیا بوژالے
ہولہٕ تیر آم یَتھ تنے

لولہٕ مَسہٕ کی بُری مےٚ پٲلےٚ
لالہٕ سالےٚ اَن تنے

پَردِ تُل چھَس خبرٕ دِسالےٚ
للہٕ ناوَتھ مٕنز منے

دَردِ چھانے کو نہٕ ژالےٚ
لالہٕ سالےٚ ان تنے

لاگرتھ دژاس ماہ متالے

گاہ درِتہ کس کس کیاوَ نے

شاہ چھُپانَے لائیزائے

لالہ سائے ان تنے

گرِدرِنِد پھیر شُن خیالے

مَلہٕ ژُ کر چھلہٕ چھُل تنے

دژا یہ شیر آے زیر شگالے

لالہ سائے اَن تنے

سُمہٕ تھچم مَتہٕ کھو شبنبلے

گمہٕ تہٕ خوُن چوم ترٕلیشہٕ کنے

چھم دِلس زرے دُنبالے

لالہ سائے اَن تنے

ہانگاری آسیہٕ پا لے

لِس یہ وِ وِشہ ہاتی لونے

وِوِ گندُم جولو لبہ کھالے

لالہ سائے اَن تنے

میہٕکے غوغا جما لے

لام چھُ دوہن ہشنزِ ملونے

ميم الفس ماهِ مثال ئي

لالهِ سائي آن تني

هٿ وِسنهه پيئه پڇه جمالي

قطرڙاو ڏري ياو چيني

سنهه سمنڊر چين نيئوا لي

لالهِ سائي آن تني

ظون ٺوٿهه وڇهه لالهِ خالي

دون يئيميس ميلهِ وَن بني

بن صمد مير حالهِ قائي

لالهِ سالي آن تني

## "رُوو"

عبد حڪيم پيتهِ پيالهِ بڙيو

مالهِ ڪريو ڪوسمن

ديدهِ دُوهِر ذره نه ذريو

مالهِ ڪريو ڪوسمن

رنگهِ منڊو رن سيم زريو

ڪوهِ تهِ ڪي رخالس توهمن

گچھہِ ڈُبَن سونہ چوپنہ تجریو
مالہِ کرِیو کوسمن

اعوذُ باللہ کونہ پَرِیو
دِبے گرٹھ ہیم دُور پوار زِمَن

بوزُو بازنڈِ روزِ دَرِیو
مالہِ کرِیو کوسمن

عشقہِ دُرِی یادِ سِران کرِیو
مُشکہِ عتنیِ ناوِے بدَن

گارِ چھسم نکہِ تارِ ترِیو
مالہِ کرِیو کوسمن

مؤرِ گُھرگوم دوٚہ دِگرِیو
خوٗرِ چھٹے پیٚتہِ روٚوکران

نوٗرِ بُرتیٖوٗ سورِ پرِیو
مالہِ کرِیو کوسمن

پچرخہِ ینِدرَس ڈیشُم وَرِیو
کھالی ہیٚے زاوِلی توسہِ پَن

کامہِ کتی چھتی جامہِ سَرِیو
مالہِ کرِیو کوسمن

گژھ ایہ چانے ماے بَرِ لیو
شا یہ پننے چھُس وُچھان
ماہیرِ نوکشیا آنور لیو
مالہِ گَرِ لیو کو سمَن

سالہِ ییتہ متہِ کآلی مَریو
چال بہٕ وُچھ ہَے قآدمَن
نآلِ چھُس بالہِ ہوّرلیہ گَرِ لیو
مالہِ گَرِ لیو کو سمَن

طرفہٕ طرفن شور وشر لیو
عید چھےٚ بے شک عاشقن
عید چھےٚ تیلہٕ تیلہِ یلہ مےٚ گَرِ لیو
مالہِ گَرِ لیو کو سمَن

پاے ژٕ کر مےٚ ہا دوٚد جگرِ لیو
کرٛاے مےٚ للہٕ وٕنی موصمَن
عشقہٕ نارس ریٚہہ ناسَرِ لیو
مالہِ گرِ لیو کو سمَن

نوکتہٕ صمد لیو سوختہٕ تیٚرِ لیو
پوختہ کارن نِشِ ژٕ ون

اَمّی اَن نِشہٕ لاگ ذٕریو
مالہٕ کرٕیو کو سمَن

# مسلسل غزل

شامہ سۭتہ ندر نامہ سوزس رام رٲدُم کتھ گرے
جامہ چھُٹی پیٖرتھ بہٕ رٲژِس تام کٔرلَس باتبرے
ساتھ چھُ ہی مالہٕ ژٲیہ باغس ذاتھ مٕتۍ ہاوِتھ پیکرے
بون چھُ اَرزَن مُاۓ عشقہٕ ہوٗ حُسنَس وَنتہٕ ہی مال کٲیا کرے
وُنِہ چھُ ژٲپان شاہ تہٕ بٔتیہ داہ فوج ہمعہ بادشاہ ترے
سَتہ چھُ گۍ مٕتۍ تہٕنٛدٕ ترٛوزس نوٗ چھُ ہیٚر بوٗن نظرے
آو بادشاہ قُبی لہٕ عالَم باحشم ہیوٗ تھٕ شاہ درے
سَتہ پٔرِستان ششش جہاں مٕتہٕ روز بٔتیہ لوٚ سوزرے
آو گو سوٗنیا لوٗز مٕتۍ گول گول نارٕ منقل ہٕتھ بچرے
جامہٕ ژٕگو مٕتۍ خاک دٕیان مَلہٕ ژام گنگہٕ بل وہٕ گہٕ برے
زایہ رادھا تو لسی[2] تہٕ زیٖہ[3] مال اُری نہٕ سان گیٖہٕ ژوروۍ
ہاژٕ تہٕ شوٗ درسُمر بتیہ نرژا ٹھونہٕ ہٕتھ گوٗر یا ٹھ پرے
ہَلہٕ گوٗر تُتھ بُت پرستی دِل چھُ کعبَس لیُس سرے
نو چھُتے زان رَو چرخ مان شوتہٕ شیطان ہرمرے

زم ہرِتھ دژا وژندرہ تارکھ[4] گوم گرِتھ اوٚ یچے لرے
یونہٕ نالۍ ہیٚنڈرے زبکس خط پرِ یمہٕ پارٕ وتہٕ گتھ کرے
زاگ ہیتھ نیرِ ناگ چھ دِہٕ سرِ جانکی[5] ورِ ہٕراں کرے
ہارو چھم ساد ہ سار گراں یاد نارٕ وَن پیرِتھ نرے
کھ ہ سپن ثشادگوس لوہ آزادوس مۍ ڈیو نٹھم گرِ گرے
ظٔون یہ چھے نوٚن تی وچھم سپر وٚنہٕ صمد میرٕ رہبرے

[1] اشارٕ چھُ ناگارٕ زنس مطلب تاگہ رالیس کن ۔ [2] اگنہٕ پوش، پھل ۔ [3] تسبیح ۔ [4] بھگوان ہری ۔ [5] ہونس پیٹھ یس زٕ تیٚنڈ گورآسہٕ تس چھِ ژندرٕ تارکھ ونان ۔ [6] یہ چھ سیتا یہ ہُند بیاکھ ناو ۔ [7] سہ ووزُل تہٕ سفید چھٹل ہیتھ یُس بُڈِ ن دوہ ہن پیٹھ بٹہٕ نرِ چھ گنڈان ۔ مردس دچھنہٕ تہٕ زنانہٕ کھو ورِ

## ”وٚژُن“

من تھو بیدار کن بن وچھکھ
چیشمو بوز روزی نہ شکھ
حاصِل چھیے واصِل بنکھ
چیشمو بوز نوزی نہ شکھ

الی فس تہٕ میمس ہنز لام
ظون تھاو دوہ ن ہند کنہ مقام

کتہٕ حوٗرٕ غلمان کتہٕ ملکھ

چٔشمو بوز روزی نہٕ شکھ

قدِ نبیؐ لاحد کھٔزر

کتہٕ چھکھ قدم کتہٕ چھکھ یہٕ سر

کتہٕ آو جبرائیل ہیتھ سبق

چٔشمو بوز روزی نہٕ شکھ

مُقامِ محمودٕ کرٕ ژزان

در ہر طرف تہنٛدُے نِشان

نوٗرٕ وُزھ حوٗرن سیتہٕ گِنڈکھ

چٔشمو بوز روزی نہٕ شکھ

عرشس اوے زان دُر یتیم

فرشس تتین میمس چھُ میم

آسمانو نبر وُچھکھ شفق

چٔشمو بوز روزی نہٕ شکھ

فآنی گژھِتھ کر دوٗر نِگاہ

جِسمس چھُ جسما بر ہوا

گاہ تتہٕ گاہ یتیہٕ روزٕ ہکھ

چٔشمو بوز روزی نہٕ شکھ

زُلفِ سیاہ مارٕ وٕل ہنے نال

ابروکمان مژگاں مِثال

خالس اندر السّ چھُ تخت[1]

چُشمو بوز روزی نہٕ شکھ

کُنہ مس وُچھتھ ماکینہہ چھُ پزھن

ذاتس ذراتس مِلہ وَن

اَن پور منصوری تہٕ چھِے گرکھ

چُشمو بوز روزی نہٕ شکھ

گُلی زٕری ملوٕکس منز دِ پاس

بوزُن وُچھُن تتہٕ گو خلاص

رفتار گُفتارٕ رِشہ ژٕ پیکھ

چُشمو بوز روزی نہٕ شکھ

پانے چھُ ہیر پانے چھُ بون

پانے چھُ شاہ بوزن وُچھن

حق زان حق الحق بَنکھ

چُشمو بوز روزی نہٕ شکھ

رِندٕ مرتبہٕ کر بے مِثال

اُلی فی قدس گو عانِ دال

[1] تخت

تمہِ تورمہ راوا اسرارِ حق
چشمو بوز روزی نہ شکھ

گاشس نہ گاشس گو مِلاپ
لاشک مے مارو دا اختلاف

ونہِ مپر صمد وصلس نہ ذوق
چشمو بوز روزی نہ شکھ

## "نعتِ رسول"

قد چونے وچھ مے بالا
یا محمدؐ مصطفیٰؐ

حد و لا حد عرشِ اعلا
یا محمدؐ مصطفیٰؐ

نام پاک چون ہیون چھ دشوار
نشہ بو عطار گژھ ہا

صد ہزار بار زبو بو چھلہ ہا
یا محمدؐ مصطفیٰؐ

بر صبا درود و صلوات
ژھین مہ کر اکھ ژیٹھ رتہ آن

پاڻہ سبوزان حق تعالىٰ
يا محمد مصطفىٰ

پاڻ آ ڪونهڪو پاڪ ذاتن
آسپاسڪهه نے آسِہ ڪيا
ساري نبين تہ پيشوا
يا محمد مصطفىٰ

نُور پاڻ قبلہ گرونے
تن تہ مَن ميثو نے فدا
ٿي ڏِنگ گاهہ ٿي شهنشاه
يا محمد مصطفىٰ

نَفخ دِلس ڇُهم زور وَڏا ها
اور گرڙهه نا اکهہ صدا
اُسي ڇهِ غافل تو هہ مَشيا زاه
يا محمد مصطفىٰ

نُور چو نے شُشن طرفن
نُوي ٿري تيوَ ڇهُس وِڇهن
حور مَنڊ ڇهيان اَدِ ڏِٿيا ماه
يا محمد مصطفىٰ

تنگ دستس عاجزس
بے کار و کسبس چارٕ کیا
وارٕ ستھ چھم لارٕ درگاہ
یا محمدؐ مصطفےٰؐ

غمہٕ زولانے سراپا
دم بدم چھس مبتلا
ہیٚنکہٕ یوٚد وے گژھکہٕ دمہٕ ہا
یا محمدؐ مصطفےٰؐ

گرد نعلین سو رمہٕ بالا
لاگہٕ چشمن چھم دوا
سرٕ لوٚ عرشس فخرٕ ژھبا
یا محمدؐ مصطفےٰؐ

شکہٕ سوا بے شکھ مے چھم راہ
نکھہٕ ہیٚیم کُس ژیے سوا
ذکہٕ زدس کُس عہ ستی داوا
یا محمدؐ مصطفےٰؐ

قیمتی سوٚن نام آگاہ
ہر دو عالم سورٕ ما

اُمتی چون پر پیپانہ اُنہ
یا محمدؐ مصطفیٰؐ

دِتی مےؔ چانی دم کیا گڑھی کم
تراوتم لوٗرک رِدا
غم ژہ لہم الحمدُ لِلّٰہ
یا محمدؐ مصطفیٰؐ

یا مےؔ چھُم راہ یا مےؔ چھُم نا
شاہ مےؔ چھُم اُمت پناہ
کیا صمد میرس چھُہ پروا
یا محمدؐ مصطفیٰؐ

## "وزُن"

گوش بن کتھاو ظون نوش کر غمن
ہوش تھاو کمن سِتی چھے دیان
توش یار چوش خاہ ستی چھمنہ ہمن
ہوش کتھاو کمن سِتی چھے دیان
گیپھ چھُمنہ خفہ آم روے چھمنہ سمن
روزِ نا بوز گتھ آسہِ ما زان

ڈلِنتہٕ بوزکھ بلٕ چھمنہٕ چھمن
ہوش تھاوکمن سیتی چھُے ڈیان

پتہٕ بروٕنٹھ ڈُچھنیٖ کھوڑی گرِوٕ بمن
دُس یتہٕ پالوٗسم ژتس ژھاران

ستھ سیرٕ نیبر گڈی دیٖوٕ اہرمن
ہوش تھاوکمن سیتی چھُے ڈیان

تمہِ ستایہِ دایہِ اتھِ دِژمہٕ توٗدٕ ژُھمن
ہیٖرِ بوٕنہٕ ترٲو بروٕنٹھ کنہِ چھُ منٛزمان

جان کرِ نان گوشس خان شیرِ ہمن
ہوش تھاوکمن سیتی چھُے ڈیان

ژوٕن طرفن پھیرِتھ آیس زمِن
سون سرتلہِ بندِ نام امکان

اے لُہارکیا چھُ چارٕ لاگ کھارٕ دمن
ہوش تھاوکمن سیتی چھُے ڈیان

ژنگہٕ زنگہٕ لَچھ بڈی سامانہٕ سمن
ہنگہٕ وزِ دردس نیتہٕ پہلوان

پتہٕ روزِ کتھ ستھ اقلیم سمن
ہوش تھاوکمن سیتی چھُے ڈیان

ژالہِ کٔشیا بیہِ رفتار رٔکینہِ روزِ دُشمن

بالہِ چھُم قدم پاسے برِ رکاب

کَرتہِ خاموش چھِنہ یہِ گٔنتہِ خمن

ہوش تھاو کمن سٕتی چھُچے ڈِیان

لاعُشقہِ دریاو کھاہ لوٚ تتھ نوٚن

کرِ کٔنیا ژھَل گوم چھُس لوٚ بیران

گاہ پیٹھ آبس گاہ تل چھُس غرقمن

ہوش تھاو کمن سٕتی چھُچے ڈِیان

ذِکرِ حیاتی دوٚن عالمن

فِکرِ منز تھو بٔنکھ رِند مستان

نوٚفلُ رازِ کرتازِ جامِ جمن

ہوش تھاو کمن سٕتی چھُچے ڈِیان

اذکار دربار نیوٚاسس محرمن

الحمدللہ گوٚر میٚنے دیدار

نبیؐ ہتھ ژور یار لوٚتہ لَس نمن

ہوش تھاو کمن سٕتی چھُچے ڈِیان

سُلطانِ اذکار سازٕ وٚمدہ من

گُلیہ زٕری گاٹیا وُچھ میٚنے حاران

رَفتار گفتار رووُمت چھُے تمِن
ہوش تھاوُ کمن سیتۍ چھُے دِیان
یہِ وۄ چھوٗ دِتہٕ شوٗ ہۄد دۄن ٹھمہِ ٹھکمِن
یَتھ پیٚوم تمہِ سٕتہ زٔمین آسمان
تام وۄت شام نیوٗ گام موٗقدمن
ہوش تھاوُ کمن سیتۍ چھُے دِیان
کیٚنہہ نس صمبد میٚر شیران چھُ چھمَن
یَتھ نہٕ کیٚنہہ ناوسہٕ چھُ تی تُنبسزان
کیٚنہہ نس چھِپٕ کھلِمتۍ سلہِ گُل یمَن
ہوش تھاوُ کمن سیتۍ چھُے دِیان

## پَد

ہیٚرِ لوٚبہٕ کران گرِ چھُس ژھاران ہاران خوٗنہٕ جگرے
نِداکرِ نا فِدا سپنس مُدا چھُم ارمان
زُلیخا ہے حضرت یوسفس ترٛو پرِتھ تھوٚو دارِ برے
پو تلِسن بننس سوٚ گیہِ شرمان عشقن کٔر درمان
یَتھ کُنہ ہٕ او حض یوسفؑ نیران ٹھہران چھُپنہٕ اگھ ذرے[1]
پیٚتہٕ نیرِتھ تھیٚپھ لٲگنس نالس زالس لوگُن یان

[1] تیٚمیوٚ چھُ توریتس منز درج حضرت یوسفؑ سُندِس قصص کُن اِشارہ۔

زِ چھنِ کھوٚرِ رسوٚ مبرٕ تھاوُنس برٕ وتھ کوٚرس الشرے
محبتس ستی چھہ دا اتھوٚ ونم گدا چھس رگرمان

تتھ حجابہ واتہ تہ لوہ چھس کھوڑان ہیکس کتھ شاہ یمرے
تَل پاے زیر چھمہٕ زمین دراں آسمان چھم سرمان

ژھ نونی طرفن زٕ ژھنڈ تھ تھوٚونس گنڈِ تہ بند ششدرے
بیوٚن بیوٚن لولکہ صدا لوان ہیدا زا ہم پا ان

ہفت رسند گوم تا کہد گرتھ گیہ چھنہ گژھے مرے
جبرک گمراہ تر کرلدان جبرک چھس م پرمان

نو در بند گام ذرہ ذرہ سوٚرِتھ ہٕچھ چھے گرتھ اندرے
حیا قیوم آیہ در قرآن تمہ چھی حیاتی زان

حوٗرِ تن زا جنم دوٗرِ کنارن دزسے مانہ سوندرے
ذرا اکھ لیس دے گژھِ لوٗران کرٕ لو تس ستی مان

تن تھاوِتھ ووٚن صمد میرن کن تھاوتم رہبرے
لچھ بدرنگہ منز چھمنہ اکھ سامان رٕ چھتم زیرِ دامان

## "وژن"

وسہ چھمہ البسہ نار خستاہ آے زا جنس تاے چھم قصور
واوِ ونتس واوِ عشقنہ لا جنس تاے چھم قصور

چھُم متیو تمنا دِلس تاّے اکھ دَما ییتہٕ نا بوٚ مبوٗر

پھچولہٕ مےٚ دِل ٹُلی ٹُلی کرِس تاّے نوٗرٕ بُرکہِ لیس گوٗرگوٗر

مُنقلے چھُم رٔیم مےٚ گُنڈ ہُرٕ ون کلیو کُس باوِ چوٗر

تاوِ دُرٕ مرٕ یاوکیس تاّے دس لبستے چھِس چوٗ صنوٗر

دُرِ یاوس وسوٗ حوٗے کُھالو مے کُھتے لال دوٗر[۱]

دَم ڈنگل دِیہ غم ذراہ ییہ تتہٕ وُستہ پییہ ہم ستہٕ کھوٗر

لا طمع کمو کوٗر شمع پروانہٕ تم گیٔ باسوٗر وٗر

باطمع روزوے وُزیتہ وُچھ ما جمع آو نار نوٗر

ژوِن ہنڈے پرٕ تو مے ہوش گوٗ گُنے ژوان ژوٗ لمہ گیوٗر

دِلو کنِ کُن وارِ تھوٗ ٹھان کھسو دزمن ہیرِ تیوٗر[۲]

پرِ لیسے لا مرِ استے سوے زِندان زندگی چھُ پوٗر

بنزِ شُہ شاہ مہٕ گرٕ ژہ لیس تاّے وُنہٕ شہ کستے لاتہٕ لوٗر

آدنے چھُم وادِ ثبت ساذِ ترٕ آوتھ ژوٗل مےٚ دوٗر

وارِ وُنتس عارانتس جاوِ کمی کُزِ کہ وار پوٗر

لسِہ کتیتھ لیس نیو تھ چھس تاّے اسِہ متیو لشہِ گوگھ دوٗر

وُنہِ صمد میر وُنہٕ چھُکس تاّے زاجنس تاّے گوم سوٗر

[۱] دُرمیہٕ مانے موکھتہٕ (وُرزنیٹھ ادِتھ)  [۲] ہیوٗ زِ یٹھ را وِتھ

# "وُژُن"

اے دادخاہ زوٗد میٚون جِگر

اِنصاف ژٕ کر اِنصاف ژٕ کر

ظالِم ذولفقار ژٕراو پتھر

اِنصاف ژٕ کر اِنصاف ژٕ کر

گر دراس ژٕ تے پتھ چھے بے وفا

سرِ راہ پیوس کیا چھے ژُفا

کُنس زانہٕ یاونکھ خار وشر

اِنصاف ژٕ کر اِنصاف ژٕ کر

دردِچ تیٚر آیم بجان

چھا مردِ دِل مرُنس ڈران

مرنے ولے چھُم درسفر

اِنصاف ژٕ کر اِنصاف ژٕ کر

چھنے زمین و آسمان

ژٕ یِے کُن ژٕ چھُم عالم نِشان

ژٕ یے خود خُدی ترٛاوم پتھر

اِنصاف ژٕ کر اِنصاف ژٕ کر

دأرِتھ دِتھ عشقُن بیہ زال
پاری ژٕ دودٕ کیا تان خیال
ساری پنُن چھم بے خبر
اِنصاف ژٕ کر اِنصاف ژٕ کر

نہ کرو مے پوژن نہ زانہہ ثواب
اپنا بیتھ گوس لاجواب
وینیا ژٕ مے زٕ نیتھ الغفر
اِنصاف ژٕ کر اِنصاف ژٕ کر

لو کچار ور دِل گوم دغا
مرنے مے اوس ازیا پگاہ
گوڈ لوز کڈ آژاہ قبر
اِنصاف ژٕ کر اِنصاف ژٕ کر

تن من کورُم ژٕ یئے پتھ فدا
زانہہ لاکورُم غارس صدا
کیاہ تام مے گو زیرو زبر
اِنصاف ژٕ کر اِنصاف ژٕ کر

ترو پرِتھ بو روُدُس دارِ بر
رہبر یتم ژٕ لہ ہم مے شر

بَس چاو ژِ صمد میرَس اَکھ نظر
اِنصاف ژکر اِنصاف ژکر

## غزل

بہ عشقن مارٕ کرٕنس مے گوٗدِل پارٕ ولیسی ییٖ
بہ پُرِ آزارٕ پُرِنس تمس کیا دارٕ ولیسی ییٖ

عنبر پہلوٗ ژٕ ہو وِتھ رو بہ پُر نوٗر
بہ مبرٕ چھنس دٕزِم تن نارٕ ولیسی ییٖ

مےٚ ژٕ آلتھ ناو ہجرک بار گوٚب گوم
وون نے بوز کہ مےٚ نے روٗد سارٕ ولیسی ییٖ

سوٗندر دِلوانہ کرٕنس ھسرنہ چشمو
اُندرٕ دٕزم ژٕ نیبر چھس وارٕ ولیسی ییٖ

وَوَن دِل چھُم مدن وارو اُتی روز
کمو چھمو غمکُ وشُ ھارٕ ولیسی ییٖ

بُری کمی کَن پُری پاَرِتھ چھسے پان
یتِم گاٶ متی ستِم شندارٕ ولیسی ییٖ

ژٕ نیٚ پتھ چھُم دِل گوٚمت اِللہ کتھا بوز
تھکُن چھُم تی مےٚ کُن وچھ وارٕ ولیسی ییٖ

عشقہ ستی گوٗرنہٕ پانس پانہٕ پاراو
عشق عشقس چھُ مشتاق وارہٕ ویسیے
بوٗ عشقُن پیالہٕ چیتھ چھس نالہٕ دیوان
یوان آلو مے بے یختیار ویسیے
موٗے واتیتھ صمد میرس چھُ کیا یاو
نوٗ ے چھمنہٕ بٔلے دیدارٕ ویسیے

## بٔیہ

نوٗے دوہ یاوٕہن کلہٕ یم ستہٕ سورن
یتامو دہو مے دِل بلہٕ غم ستہٕ مورن
مے چھم آدن بوٗ مبرہٕ وادن ژٕ تھو دیان
دِرم ژھوہ مے یمبرزلہٕ آب شورن
تلرِ لاگتھ مے مسولہٕ شالہٕ مارن
سبق دوٗہم ابجہ لوٗ تلین مہٕ کرشدان
اِشر بھگوانٕ ذٕ پیشر لنس ؔتس بو گورن
حُسن دولتھ تہٕ لوٗکچار ہیتھ زلیخا
بوٗ یوٗسف مُلی ہیمن لولہٕ منزٕ نہ چھورن
پھُٹتھ پردے ژٕ ہیتھ دراو مانندِ واو
ثمس بے ست سنگیتھ[1] پلہٕ گرنہٕ نیرن
صمد میرس گنے گوٗ دوہن تہٕ ژورن

[1] ہیرٕ ژموہ چتھ

# نعتِ رسولؐ

پس گوس دس رُٹھتم مٹّے ڑے

اے شاہ رسولِ عربیؐ

بس چھوءِ غمن غمخار تُہی

اے شاہ رسولِ عربیؐ

صد کوثر چھلیہ با زَبان

اڑ کمرِ تہشد آسُن بیان

تو نتیرِ ماگڑ ھیم بے ادبی

اے شاہ رسولِ عربیؐ

تا شوق گوم بے تو صبور سے

عاشوق تیوڈن تُنوڑ سے

عاشق ستہ پانش پائیڑ چھچے

اے شاہ رسولِ عربیؐ

نعت و درود صلوات صحی

ذاتن عطا کرنے وحی

ختم النبیؐ دوپنے رَبی

اے شاہ رسولِ عربیؐ

اَوے رَتموُ سجدا دِیتےُ

دَر سجد مو نکھس بس دِیتے

مغفِر لی اُمّتی اُمّتی

اے شاہ رسوُلِ عربیؐ

ژے شاہ بوڑ دیلہ پانہ آکھ

بُتخانہ گوُ دَر زیرِ خاک

کُفرس سپیز دیوانگی

اے شاہ رسول عربیؐ

اَسہ ماشِوگے دَر بَلا

ہُستی وُنم سہ ماشااللہ

بُستی چھچھائنی نوُرچی

اے شاہ رسولِ عربیؐ

نفسے امارَن کرُی خراب

نے وُچھ گوناہ زانہہ نے ثواب

گیر گیُ اسیر وتُل سیر ہے

اے شاہ رسوُلِ عربیؐ

دَرِ ناغمکُ سعا لاب کھوتُم

از غرق آب گوس وارِ گم

کینئہ چاڑ کرلا چارچی

اے شاہ رسولِ عربیؐ

پِشدِ چھوّن بو چھُپس درشمسار

مشد چھان منّے ماکانہہ کاروبار

وہ ئنڈ چھم رِوان کس باڈتی

اے شاہ رسولِ عربیؐ

نم چھم ڈِکّو حباب لیوان

وڈ لیوّد وڈن یم آسمان

کوہسار رٹّن شر مشدگی

اے شاہ رسولِ عربیؐ

ظُلم و ستم چھم واریاہ

علم و عمل کرُ ے نہ زانہہ

ٹکو مک اثر در دِل منّے چھُے

اے شاہ رسولِ عربیؐ

ژلہ ہاژ لنس چھم نہ جاے

مَلہ ہا اُچھن چون خاکِ پا ـ ے

بُلہ ہا انس تے گاشِ نیتی

اے شاہ رسولِ عربیؐ

اے شاہِ دو عالم فتح
اُمتی چھ اُسی بر پور خطا
لا تقنطو چھُم لوُنزی تھے
اے شاہ رسولِ عربیؐ
غم چھُنہٕ سمو محشر تمام
اُمتکہٕ بدل نیرن امام
ہمتنگ کمر دس لبستہٕ چھُے
اے شاہ رسولِ عربیؐ
از چھُس بہٕ صد بسترہٕ بیمار
عاجز کران چھُس زار چار
حضرت اُویسؓ اوّے شفیع
اے شاہ رسولِ عربیؐ
اے شاہ مےُ کُن کراکھ نگاہ
سر تلہٕ بنیم زر کیمیا
بجنہٕ مو ردہٕ دِلنے زندگی
اے شاہ رسولِ عربیؐ
وُنی کین چھُ وق گُنہٕ رنی ییو
نالا میقس منظر از دیو

راہ زد چھ تاہم کٹ چھونی

اے شاہ رسولِ عربیؐ

رحمت چانی پر جوش چھم

کانہہ متہ تراوتن ازکرم

سادی ووسید دار آمتی

اے شاہ رسولِ عربیؐ

ینہ ہو وُنھم حُسن وجمال

تنہ پھوٗل منے دِل غنچہ مثال

چھُنہ اکھ ذرا تتھ لِش سری

اے شاہ رسولِ عربیؐ

سامانہٕ روٗس پوٗس سرِ راہ

پامَن لوٗگُس یی چھا روا

خامن کرِ ونا پہ خستگی

اے شاہ رسولِ عربیؐ

ہیکہ کیا بو چانی تاریف کرِتھ

تمہ ستی زمین اسمان اُسرتھ

غمِ دِل سیٹھا چھم چھُس ووٗمما

اے شاہ رسولِ عربیؐ

اے شاہِ دو عالم فتح
اُمتی چھ اُسی بر پور خطا
لاتقنطو چھُم بوزی تھے
اے شاہ رسولِ عربیؐ

غم چھُنہٕ سمو محشر تمام
اُمتیکہٕ بدل نیرن امام
ہمتک کمر وس بستہٕ چھے
اے شاہ رسولِ عربیؐ

از چھُس بہٕ صدِ بسترہٕ بیمار
عاجز کران چھُس زار پار
حضرت اُویسؓ اوٚنے شفیع
اے شاہ رسولِ عربیؐ

اے شاہ منے کُن کراکھ نگاہ
سر تلہٕ بنیم زر کیمیا
بخنہٕ مودِ دِلنے زندگی
اے شاہ رسولِ عربیؐ

وٗنی کین چھُ وق کُنہٕ رِنی ریو
نالا یقس نظرا زِ دِیو

راہ زد چھ تاہم کیٚتھ چھو نی

اے شاہ رسولِ عربیؐ

رحمت چانی بر جوش چھم

کانہہ مَتہٕ تراو تن از کرم

سادی وو سید دار آمتی

اے شاہ رسولِ عربیؐ

ییٚنہٕ ہیو وُچھم حُسن و جمال

تنہٕ پھوٚل منے دِل غنچہ مثال

چھُنہ اکھ ذرا تتھ نِش ثری

اے شاہ رسولِ عربیؐ

سا ما نچہٕ روٚس پیٚوس سرِ راہ

پامن لوٚگُس یی چھا روا

خاسن گرِدنا پیہ خستگی

اے شاہ رسولِ عربیؐ

ہیکہٕ کیا بوٚ چانی تاریف کرِتھ

تمہٕ ستی زمین آسمان بَرِتھ

غم دِل سیٹھا چھم چھس وو نما

اے شاہ رسولِ عربیؐ

سیم تن چه آینہ کھو تے صفا
جیم کج زلف موے سیاہ
غوے شکر ذاتن دیتے
اے شاہ رسولِ عربیؐ
اُچھ ہے تھچم گو اسم زبان
لبس چھس بہ پس امن و امان
السلام علیک ایہا النبیؐ
اے شاہ رسولِ عربیؐ
ژھاران ژہ گوناہ گار ہے
تھاران صمد پرلار ہے
پزاران شمع بُلبُل ہار چھے
اے شاہ رسولِ عربیؐ

## "وژن"

مرژن دُچھم در تن عذاب
یا گفتگوِ تم لاجواب
دم ہاہ ہیتھ بہیتھ شیرِ گران
دم ہاہ ہیتھ غمن تم نوش کران

نم دِتھ کھیوان پینی کباب
باگفتگو تم لاجواب

لوٹک خنجر تالس دِوان
اولود گی وُسی وُسی پہوان

فولوُد چھکہ صبرُک شراب
باگفتگو تم لاجواب

گٹہ گُٹھ وُچھیم تم ژھسٹہ نوان
گُٹھ کیا ٹنیس نُورس چھِوان

زرد یے اکس تیتھ گے بیتاب
باگفتگو تم لاجواب

پیٹھ ہیتھ منے سِتی ستھ آسمان
بردنہہ گوس حارتھ چھس وُچھان

یک موے اویزان سویہ کاب
باگفتگو تم لاجواب

نُورے سیاہ چھس پار دوا
مُورے منے چھیم کمَ کمَ نوا

ستھ رنگ ستن چھی ستھ خطاب
باگفتگو تم لاجواب

حسن تہ وِیسلہٕ تِس پتہٕ ڈرا کھ
دُنی یاوِ ماہنز یاد چھِ خاکھ
تَن پتیہ ہُرتھ ذن آسہٕ خاب
باگفتگو تِم لاجواب

عُشقنی ہہی عاشق پھِران
موہرن تہٕ دیارٕن گژھن کران
ہتھ پتیہ وُسِتھ کتھ کرِ حساب
باگُفتگو تِم لاجواب

دردن مئے زالی ذرٕ پرٕ ہیٚبا
صمد یوٗچھ مردن مرحبا
بے پردٕ عُشقس چھا حجاب
باگُفتگو تِم لاجواب

## وُدان وُدان دوٗد میون بدن!

وُدان وُدان دوٗد میون بدن
مَدن وار کرٕ یئے
بہٕ چھس پرٛاران تہنز یئے زیئے
تموٗ رٕ ٹی نیئے غار

ا لفظ دیار مُحمّدؐ اگر چھ رومی، تنتہٕ آسہٕ اکھ دینارٕ یوس وُنان یُس تہٕ فارسیس تہٕ سنسکرتس منز دینار تہٕ بوزتہٕ کانٛہہ پاٹھ گوس دیار۔

نُشن لَشن کَشن پیری

پَشن خلوتھ شیٖیے

اَشُن ڈُری یاو چوٗن گژھ پانَس

زانِنس چھُ پہوے کار

سمع تژآوِتھ گُرِم گژ ییے

جمع کُسُن کیا چھے

اَما ئَس نَے یِیم پَیٚیے

بہ ما یَیے ہار

ستھ شیشہ خانہ پھیٖرِ اَمی ہُدہُدَن

تمی پھُٹرِ اَمہ چانہِ چھَے

پَیتھ شیشہ خانے ژاو سرزدَن

تَتہِ اوس شاہ ہمہ یاد

شاہ دراو سا آئس پھیوٗر سَر حدَن

حدروسہِ حد کیا چھُیے

یِمِ پاے چشمن گرِ پھیوٗرِ پدَن

سُے گو بایختیار

واجب الوجوٗد دِرِ شدَن چھُ موجوٗد

گاہ تتہِ گاہ یتہِ چھُیے

۱؎ خبرداری

بادِم عدم میون گو قدم

تتہ رٲوِ کم دم دار

سنتن مقامن خطہ میٚے تژاوِتھ

وطن روٗدُم میٚے

صمد میرس یہ سِرّ چھُ دپدن

تی باوُن چھُ دُشوار

## "وژُن"

نہ چھُ ہیٚر گردس نہ چھُ گنہ بون

ونہ کس تور چھُنہ واتان ظون

بینہ مارِ موت رُدست شنگہ گون[1]

ونہ کس تور چھُنہ واتان ظون

حالہ منٛز لوکنس بے عارن

تالہ کنز ژھٹھ گُڈم لولہ نارن

نار نیٚرِتھ پییم کھارہ ارن

ونہ کس تور چھُنہ واتان ظون

ژٹِتھ تسبیح رُٹِتھ کفرِستان

پوٚزِ پاپ تھہ بجایہ کام نسیان

[1] خو والے، بینہ فقط لسند دیان کرنہ سستی پرزناونہ نتہ زن چھُنہ تس تام پلن بیاے ۔ [2] ثواب

گُرتنہٕ آیی راتہٕ موٗ غلَن

وَنہٕ کَس تور چھُنہٕ واتان ظوٗن

شمعے متہٕ داہ ساماہٕ پیرازٕ ژَن

دفہٕ لوٗسہٕ تہ ژرآہی نتھاوِم سَتن

دِژ ہنہٕ آیی ژورو ژون

وَنہٕ کَس تور چھُنہٕ واتان ظوٗن

پٔرہ مایہٕ بٔرٕ مُرم کتہٕ ژھارَن

اَشہٕ کَنٔے چھُس نَوٗن ہارَن

ذَرہٕ ذَرہٕ ژھورُم شَن طرَفَن

وَنہٕ کَس تور چھُنہٕ واتان ظوٗن

کامہٕ دلوٕ چھابہان عام خاصَن

خاصہٕ وَرٕ دَن شُبنیا ناسہٕ تراسن

ڈیکہٕ ڈیکہٕ شوٗبنیا گاڈٕ ہانٔز زٕ بَن

وَنہٕ کَس تور چھُنہٕ واتان ظوٗن

لاکرٕ نوونس سارٕ ہِن کتھن

تَرٕ راہ لبہٕ تروونس روٗم وطن

حالہٕ اکہٕ لاگی ٹم کتُرالہٕ سندی پن

وَنہٕ کَس تور چھُنہٕ واتان ظوٗن

لاشک سیر حق نشہِ عآری فن

اَنِہ رچہ چھپنہِ کتھ وُچھم کا کہِن

گُھو چِہ گھستھ نہِ سَر تل تہِ سوِن

وَنہِ کس تور چُھپنہِ واتان ظوِن

نَرد بازی وُچھم درد شہَرَن

مورد مُودی متیو لان رِنْدَن کفن

پَرد تھاوِتھ ووَن صمد میرن

وَنہِ کس تور چُھپنہِ واتان ظوِن

## "وژن"

مُرو زِند سر کر ہاتے ہو

پر اوم سو پر اوم سو

لا کر بیتہِ دون کیاہتام چھو

پر اوم سو پر اوم سو

کتھ بوز وتھ چھے ستھ ترو پرو

گتھ کر یارس نارس اوٚ

کام[1] گال خام ینہِ روزی مُہہ[2]

پر اوم سو پر اوم سو

۱ جنسی بحاہشن ۲ لالچ

کاشیا خوٗن دِل تژلیشہ گنہ چھو
ہوش کرونَس کیا تَے گَہ چھو
عاشس آرام تَس واپس دیو
پَر اوم سوٗ پَر اوم سوٗ
زیبہ[1] مال زُنّار پارا وَو
گالِ بگوانَس ڈالی ہاوَو
ڈیکہ ٹیکہ موگر زافران ہیوٗ
پَر اوم سوٗ پَر اوم سوٗ
مِن ورائےِ محیط الیشر چھو
تَتہ گو نُبی لیس آلو ہیوہ
لَچھ بدی وانسہِ گو اکھ اچھہِ موٗ
پَر اوم سوٗ پَر اوم سوٗ
نیرِ ارزُن[2] سوزِ سیری لیس سلام
پانژھ ہتھ وانسہِ لگہِ ہوز نس تام
سِر کر تتھ مالگہِ اکھ ژِلوٗہ
پَر اوم سوٗ پَر اوم سوٗ
گالِ سمسارس ہیسلہِ کرِ چھو
روزِ سے لیس آسہِ تحقیقِ رَح

[1] تسبیح - [2] مہابھارتک ہیرو

خالی نوکری زبچھ اکھ لچھ ژوؤہہ

پرہ اوم سوٚ پر اوم سوٚ

ژلہِ لیس شکھ دے ژکھ تہٕ شبوٚ

رام رحیم تس یکسان چھوٚ

گلہِ لیس منہ دے بہ ساد وٚ

پَر اَوم سوٚ پَر اَوم سوٚ

نامحرم سپدِ گاٹالی

بیتہہ نے کُنہ چھے مہا کالی

ذرہ ذرہ درُس چھنے ویلوٚہ

پَر اَوم سوٚ پَر اوم سوٚ

رایہ بلہِ نشہ کرتھ اہہ جگوان

لیہٕ نی تہٕ پاپ تراوتھ بوز یکسان

ووٚن صمد میرن شاستر ہیوٚ

پرَاوَم سوٚ پَر اوم سوٚ

# ”وژن“

تانہٕ عاشق دراے رازہٕ بلیہ

تانہٕ لیہ باز موکلاو

ـــــ درگاہ ہندس مۆپ بیٹہ روبہ سحنامش چھ کران۔

جانہٕ چھےٚ غمازے تھاوٕنۍ ییے

نازٕ لۍ ییے باز موٕ کلاو

دردٕ عاشقن نہٕ کرٕ دس ژٕلۍ ییے

سرٕ دس مالٕ وجانس چھُ باو

نوٕ دس گِنڈان چھکھ پردٕ ٹلۍ ییے

نازٕ لۍ ییے باز موٕ کلاو

گنج شاہ مارن جانٕ ڈٕلۍ ییے

پنجہٕ دِتھ دپن دٕرٕ مس گیاو

رنجبرٕ نوٕ ٹھس پوٕ تھس ژھلۍ ییے

نازٕ لۍ ییے باز موٕ کلاو

ہلہٕ نارس چھکھ ہگژٕ لٕلۍ ییے

دِلہٕ شیلہٕ بنیہٕ نوٕ تھس لبٕ داو

زارٕ پنجہٕ بہتھ پھری مٕتے ہارٕ لۍ ییے

نازٕلۍ ییے باز موٕ کلاو

ژنیے تہٕ میٚے میشلٕ اوس ازٕلۍ ییے

کنتھ ترٕو تھس لبٕ در صحراو

ہیتہٕ جانٕ میون کتھنے ٹلۍ ییے

نازٕلۍ ییے باز موٕ کلاو

سَن دِژ تھَم مَنہٕ یارٕ بُلییے
شَن دَہَن شرہن دِتھ چھاو
پَن ڈینجہٕ ٹُلی ڈاتیشِج پَنہٕ ٹُلییے

نازٕلی ییے باز موکلاو

لام میمہٕ نِشر کام کرٕوٕ دٕ چھُلییے
جام وَصلُک لُس چینتھ آو
دال اُلِفس گوم خیال گُلییے

نازٕلی ییے باز موکلاو

لوزی داوس کیشہٕ ماڈٕلییے
یِی مُرادس لبکھے آو
روزِ آزٕلن اَچھر چھِ ہٹلییے

نازٕلی ییے باز موکلاو

چنگہٕ سوزِ نِشہٕ عاقل ڈٕلییے
رنگہٕ پاژس متے ہیے گوکاو
ننگ نُومُوس اوس میثون بُلییے

نازٕلی ییے باز موکلاو

مَوس سدرس دِتھ ڈٕو ٹُنگلییے
عاس وُہسرِ تھ اُنجدر آو

ساوٕ ثکھ جانہ... شوے افزا چھ مذکر

فنٛشہٕ لال نٕسن وۄنٛدٕ پینہٕ ڈلی یہے
نازٕلی یہے باز موکلاو
دربارس دژائیکھ وُلی ؤُلی یہے
ہر کارس چھُ چوٗنے چلاو
سرکارس چھِ ستھ اردلی یہے
نازٕلی یہے باز موکلاو
وَعظ چوٗنے بوٗزم زٕنٛبلی یہے
ماز میٹھۍ نُے تلنےٚ رسٕ آو
سازٕ ڈٕہ بکٕس وۄندے مَنہٕ پھلی یہے
نازٕلی یہے باز موکلاو
دژاز کمنٛد لاگتھ گُسیٖلہِ یہے
تتھ صمد میر وَلنے رسٕ آو
شر کا ستم زراسہِ ژلی یہے
نازٕلی یہے باز موکلاو

## "وٗژُن"

سۄ کھ مارو بُچھتھ ژٕرادتھم تنا
سَنہٕ گوم تیٖنہٕ چھُس دۄ دلہ وَن
جادی گرٕی نٕم بنگالی جو دیٖ گارن
سَنہٕ گوم تیٖنہٕ چھُس دۄ دلہ وَن

ماروغار ژُڈٕ شیروون

ہَرگُش ستھ مارن شیکارن

کور گٔژھ ژھالہِ ہیٚنگیٚش ڈارَن

سَنہٕ گوم تنہٕ چھُس دوٗد للہٕ وَن

چھُکھ ریٚشہِ ہکہٕ سوپچھ قرار آن

سُگکہٕ اَنْسُو تیس سَتھ سُراخ دربَدَر ن

گٔنگُر ریشنزِ س خبر کیا چھےٚ ظلمن

سَنہٕ گوم تنہٕ چھُس وٗدٕ للہٕ وَن

شاہ پاژَس شمار چھا شکارَن

پیٚشُر کرِ رانہٕ ہَوَنہٕ دِربارن

پیٚشُر مُکاژٕ موقدم چھیٚپےٚ کولہِ تارَن

سَنہٕ گوم تنہٕ چھُس دوٗد للہٕ وَن

مار پانے ہیتِم بَر گردَن

کارا لُمک کوٗرُم ستی خامَن

یار تانِھس وُچھوم خاطرفَن

سَنہٕ گوم تنہٕ چھُس دوٗد للہٕ وَان

فوٗتہٕ متہٕ گھتہٕ فرق گُر ہُشیارَن

ریٚش اَتھ کیا مانہٕ زارَن

نِلہٕ کرأٹھٕ شِس چھانگان طوطہٕ کارٕن
سنہٕ گوم تنہٕ چھُس دود للہٕ وَن
کنہٕ لال ستپنیا پانہٕ ہیوٗ ہَن!
تنہٕ گنتھ گرِی زِ نوٗ آلی ناشَن
اَنہٕ سی رمہٕ لاٗگِتھ بنہٕ کیٛاسَن
ستنہٕ گوم تنہٕ چھُس دوٗد للہٕ وُن
شِلہٕ ستٕ ئنی ملہٕ ژاے گپہٕ کاڑن
گُنہٕ کِنہٕ نیرِ ناتمنا ےاَن
موٗ نہٕ ہوٗنی ہیشر کھسیا توسے پَن
وَنہٕ کس تنہٕ چھُس دود للہٕ وَن
راتہٕ کرٕ پلیس دِپام ذاتک وَن
دوٗ ہس مشر کیا زِ چھکھ ژوٗرِ روزَن
گرٕ آفتابس چھُس نہٕ نیرَن
وَنہٕ کس تنہٕ چھُس دوَدلہٕ وَن
نبہٕ لبس حال لتس قال پولون
گوس ئیر کال وو لُس نال زلفن
کنہٕ موٗنڈی ڈیٹھِم لال مولہٕ وَن
وَنہٕ کس تنہٕ چھُس دود للہٕ وَن

ٹ راتہٕ مہ غلہٕ ہشر مادہٕ آمیس چھ ڈورِ کاٗنی تہٕ وزمان سہ زاوٕ دشر

کینہہ ونہٕ تھٲوٕ چھنس پھیر ہیٚہ لعل ن
وآٹشہٕ کمہٕ چھکھ ژمیٹک پاغام آن
سینہٕ صاف کرِتھ آبینہٕ ہیوٗ بن
ونہٕ کس تنہٕ چھس دود للہٕ وَن
منہٕ پلنے کنن نتھاو یوم گن
ژھینہٕ گوس ہیٚبہٕ آس منزٕ ڈلٕ وَن[1]
یَنہٕ صمد میرٕ ڈہ عشقہٕ بلوَن
وَنہٕ کس تنہٕ چھس دود للہٕ وُن

[1] ژرارس نکھ اکہٕ گامک ناو۔

# "وٕژن"

فان گژھ پان کُن پوشیدہ کارن
پان سرٕ کرٕ مُرِتھ مارن کیٛا
دیان تھوزان یوٗ دِچھنے اسرارن
پان سرٕ کرٕ مُرِتھ مارن کیٛا
ہستی پھال کرٕ اُمی زمیندارن
نیستی کرُنس آلہٕ ڈالا

رٲسنی ہُنٛد آب بیٲلِس چھُ کھارن

پان سٕر کٔرٕ مُرِتھ مارن کشیا

لوگُتھ چھَل گٕرلُٹھ ژھل چرخ مارن

آلبَس تہٕ کھارِ چھُپے منٛزٕ مُنٛزرٕ لا

شوگکہِ ٹھسے لُج چھَلس دارن

پان سٕر کٔرٕ مُرِتھ مارن کشیا

لاگہِ لُیُس سوٗرمہٕ دوان چشمہٕ خُمارن

زاگہِ رۆزِتھ گوٗرُن ساری سہٕ لا

باغِ اِرمس آژُن وآصِل کارن

پان سٕر کٔرٕ مُرِتھ مارن کشیا

زُنگہٕ زنگہٕ بانہٕ ٹھُری گرالہ کُمارن

کمیتہ ہہٕ کرٲے شنگہٕ ساوی کینژن گرا

کینہہ کھٲلی لولَن کینہہ زٲلی نارن

پان سٕر کٔرٕ مُرِتھ مارن کشیا

ڈال پروانہٕ نتھ شمعس چھُ مارن

چال مُیچھ ہینٛز چھُپے بُلی تور واتیا

حال شیرِ شُند وُچھتھ شال ژاغارن

پان سٕر کٔرٕ مُرِتھ مارن کشیا

ڪيترن ديد حال ڪيئه شنيد لارن
ڪيترن ونا وپا اُٺي روٽ نقلا

ڪاوڙ ٿاه عشق ۾ رليا طوطي گفتارن
پان سر ڪر مرتھ مارن ڪٺيا

لڳي اون عشقن سائين سردارن
تهنجي حياتي سور ٿيا زاهه

ووٽن محمد ميرن منز اشارن
پان سر ڪر مرتھ مارن ڪٺيا

## وڙن

صبحڪ سودا لوڙ شبحا لنس
سر تڙاو شه چهرآنس عشق ۾

غافل مورو ز آرام جا لنس
سر تڙاو شه چهرآنس عشق ۾

لهراو ڪبر جيه لڙ شيطا لنس
طورڪ سر چهر مڪانس عشق ۾

نورڪ پر تو پيو جها لنس
سر تڙاو شه چهرآنس عشق ۾

رٕنٛدٕ لیٖس مَرٕتس رٕنٛدٕ چھالَس
فان گرٕژھ لَس گیاٗ فالَس ستی

ژان ارزٕ تھ وُچھلاے غاٗیبالَس
سَر ژاوُس چھُ ہرآلَس ستی

مِن حبل الورید آیہ فُرقالَس
دوٗر ژھانٛڈان یتھ زمالَس ستی

نہ چھ کعبہ مسجدِ نہ چھُ بُتخانَس
سَر ژاوُس چھُ ہرآلَس ستی

نہ چھُ ننگ نو موس یتھ عشقہ والَس
نہ چھُ جنگ نہ چھُ رُوبہ خالَس ستی

نہ چھُ ہینگہ ژنگہ یتہ نہ چھُ پورا لَس
سَر ژاوُس چھُ ہرآلَس ستی

نہ چھُ میلہ قلمس نہ قلمدالَس!
نہ چھُ تیمبرِ اقب جالَس ستی

نہ چھُ عاجہ تسبیح نہ چھُ دیوالَس
سَر ژاوُس چھُ ہرآلَس ستی

دے ینہٕ دوٗر گژھ شوژے عیالَس
ژھینِ سے دوٚن یکسالَس ستی

روبرو وُچھہِ ہنتھ آیینہ خانَس
سَرتراوُسہ چھُہ ہرآلنَس عہ ستی

سوٗن روپھ سَرتَل لوٗیہِ کیس بالنَس
پرناوُ چھُس لیکھتھ ٹھالنَس عہ ستی

کرُ وُمیثل کیا گژھی اَثہ اندردالنَس
سَرتراوُسہ چھُہ ہرآلنَس عہ ستی

لا لیُس کرِ بلّیتہ صمدمیر پالنَس
سُہ چھُہ شاہ آلیُش کیا گمالنَس عہ ستی

تھردِتھ نیرِ کھسہِ مَلہٕ اسمالنَس
سَرتراوُسہ چھُہ ہرآلنَس عہ ستی

## "وُژن"

کھیوٗ حرام موے وہ زلی ژہنے سرہم
بوٗسے مارِتھ بَنی خوبہِ آدم

دیوٗ طلاق رویہِ زَن دوٗرکرتَم
بوے مارِتھ بَنی خوبہِ آدم

ازلبِ دُرِی یا آسیرِ پنہم
وِزِ آبہٕ عہ ستی نارشیہلیادَم

؎ بوسے مارِتھ ۔ دِسے گالیہ ۔ ہنز بتہ بردُرشا اوتھ ۔

مذہب ذاتی سر کر تم

بوے مأرِتھ بنی خویہ آدم

نِدا بوز یوٗد وے چھکھ مُدا داد

خود الچھ بدِ نے ہزاراں ہزار

اگھ مانُن چھُ شکھ نا محرم

بوے مأرِتھ بنی خویہ آدم

حق شناسی ہنز یوٗد کرکھ زان

وِقتہٕ کانہہ چھُنہٕ سُہ چھُ صبر گےٚ آن

ژِے شکھ تراو یچھ مو کر رم

بوے مأرِتھ بنی خویہ آدم

سیرن سارِنے گژھتہٕ محرم

ویرن وُچھتہٕ کُم تیر لائے ینم

پیرن پانہٕ تقدیر لیوٗکھنم

بوے مأرِتھ بنی خویہ آدم

گژھ کنِھ لاگ پروانہٕ با شمع

مُچھ مضموٗنہٕ نشہٕ نامحرما

لچھ بدی خوٗن بر گردن ہیٚیم

بوے مأرِتھ بنی خویہ آدم

چھینگ باپاری دڑاوفلحال<br>
میٔے نِش مُلی ہیوان میٔے کناماں

سوُدس بوُد باپار کورَنَم<br>
بوے مآرِتھ بَنی خویہِ آدم

پیچھے نے گُری کینھہ بڑ ہم<br>
بَربرہ مہمبر دِل دَر بڑم

آیہ دَر فُرقان کالا نعم<br>
بوے مآرِتھ بَنی خویہِ آدم

باسنت روز کیا چھ فرضک غم<br>
غرضکُ مَطلب لَیس نیرہ بم

کیا جنتھ کرِ کیا نارِ جہنم<br>
بوے مآرِتھ بَنی خویہِ آدم

زیر و بالا چھُنہ مو بَر غَم<br>
ڈیرِ چھُس دَر من باجامِ جَم

راز بوز سُہ تہِ سہ چھِ مازیا نَم<br>
بوے مآرِتھ بَنی خویہِ آدم

کینھہ مَمات بے سمات مرِدمُدام<br>
یُس حیات بنِہ تَس وَنہِ کیا یم[1]

[1] یمراز ـ ملک الموت

نکھ پکھ ٹھر چھے مکۂ معظم
بوے ماآرِتھ بنی خویہ آدم
نہ چھ تتۂ زیروزُل نہ چھ تتۂ بم
یوڈ وے وایرِ کاٹہ کُس بوزم
کس صمد میرا اسرار وُنی فہم
بوے ماآرِتھ بنی خویہ آدم

## وڑن

چون پر تو چھم ذرہ ذرس
ماہورس ماکُنہ ژھاییے
پژون ہے نوّو ظہون آن پرس
ماہورس ماکُنہ ژھاییے
پوار دُن شوق گو پرورس
نور محمدؐ تھوون یرپاییے
دُور دُنی یا روز محشرس
ماہورس ماکُنہ ژھاییے
گل آدم ییلہ کھوت درس
تیلہ ونتم کمڈو پہس دلاییے

بُرا ابلیس تھوُون منٛز درس

ماہوَرَس ماگُنہٕ ژھایہِ

وۆن ملکو تَن کٲری گرَس

چھوٗن فِتنن پیٛنہ بَرپا یہِ

کرَ بَندگی کرَ آگرَس

ماہوَرَس ماگُنہٕ ژھایہِ

کارِ مولاس پیٛٹھ کِس گرَس

منٛزٕ کرُلس خاص اکھ جا یہِ

بارِ اَما نتھ ہیتھ چھُ بر سرَس

ماہوَرَس ماگُنہٕ ژھایہِ

ملہٕ بابَن کے پرَ پرٕ س

ژھَل چھکِتھ شۆدرِ دآتمِس سا یہِ

سپرٕ چھُ گژھان خر خرٕ خرَس

ماہوارس ماگُنہٕ ژھایہِ

پھیر فِنہکس خاصہٕ بازرس

مرۆ زٕ نٛدٕ سرٕ کر پیٛنٛچہِ پا یہِ

مرِتھ حِساب کِتہٕ ئلے سرَس

ماہوَرَس ماگُنہٕ ژھایہِ

ژیا دِ ژا ہدِ ژِہ ہدِ کیس وَرس
ناوِ رٔوِ ستے مسجد ژاییے

بیمہ نفسہ کِہ ژمان میتمبر سَس
ماہوَرس ماگُنہِ ژھاییے

ژٔون فنہن رٔنِد گاشرس
یوٚن تژ آوِتھ ہیوٚر گُن جاییے

محمدِ منژوَس جہدِ اکبرس
ماہوَرس ماکنہِ ژھاییے

فان فآنی ژان مو خصرس
ژان سوٚرِتھ کور گُن تژاییے

کیا ژِندِ رٔودِ کیاسنہ کرس
ماہوَرس ماگُنہِ ژھاییے

راوِ روٗن کیا سنہ کرس
گُم شُد غآب غآلبس ژاییے

کینہہ بر ہیچ کیاسنہ کرس
ماہوَرس ماگُنہِ ژھاییے

چیتھ مآری فتھ باخبرس
پیٚرِتھ وصلس وآصلِ بنیاییے

ستھا سے صمد گیتھ چھپے موۄھرس
ماہور س ماگُنہ ژھا سے یی

## رۆو

ئیشِدرا زِ سنہ کل کلہ لولو
سوشِدرسے چھَم نے زوۄلہ لولو
حوٗرِ ہیتھ چھے نوٗر مشلہ لولو
سوشِدرسے چھَم نے زوۄلہ لولو
چھینچہ پری سیے ڈرایہ وزِنہ وان
رۆمکُ شاہزادِ پانہٕ سلطان
شامہ چوکرہ ہس مورِ چھلہ لو لو
سوشِدرسے چھَم نے زوۄلہ لولو
سیاہ شہر سائس منز چھُ میہمان
سفید جامہ لاگیتھ گژھایہ ماران
سیاہ ملکس لُبستھ ژھلہ لولو
سوشِدرسے چھَم نے زوۄلہ لولو
سیاہ شاہِ جلشس سیاہ تخت وتاج
سیاہ اکھ وزیرا سیاہ لشکر چھُ راج

سیاہ لشکر چھڈیذ تلہ لولو
سوٹندر سے چھم نے زولہ لولو

سیاہ پاتا بکھو لوے سیاہ زال
سیاہ زالس وُجکھ سیاہی مال

سیاہ ناگرا ئے وُوتھ تلہ لولو
سوٹندرے چھم نے زولہ لولو

ستنو پڑی لو لوگ نغمہ تہ سوز
وولو گمتہ ہیندراز ہساتھا روز

سنتھ رنگ پیرم چانہ کلہ لولو
سوٹندرے چھم نے زولہ لولو

سیاہ فام مجنوں کھوت نجدس
سیاہ فام لالا کراں تس تس

سیاہ لالا دپیس وولہ لولو
سوٹندرے چھم نے زولہ لولو

عاشق ماشوق ژھانڈان دراو
لاشک اکھ اکیس منز منہ ژاو

دون وصل بنہ مولہ تلہ لولو
سوٹندرے چھم نے زولہ لولو

سیباہ ٹھکس اَنڈر سیباہ دی یاو
سیاہی مشٹر کیا صمتؔ میرزاو
سیاہ آگر گرژ زان کو لہ لولو
سو نڈر سے چھم نے زوا لولو

## پَد

برسنگ مہلک پاوز کھماکھ[1]
تھاو یتھ پان ستی آتشس
کم رنگ و چھکھ لوٗ دے غم کھیکھ
دِلہ پرٛ تکھ یتھ لَشِس
در دُک گھر گنڈ پیرِ دِنل ژھنڈ
نرٛدس گِنڈن چھنے کرژے حِس
مئے سون دال زال سوکرِ ژ حال المحال
روے گریتھ روز یتھ آتشس
ظون تھاو دیدو ستی ژلی شکھ
کن تھو ادِ و چھو ماشس
دون عالمن منز آسہ چانی گرٛکھ
شن طرفن چھکھ آرشس

[1] چقماق

لا عشقہ ذری یاتھ ادتھ اندر لاے

کیا چھے تمیچ گراے آیہ زندس

وچھ کار سلطان مچھہ ماکھ آن

رچھ زان پنن پان فان مشس

گنگ زال سروپاے زنگہ زنگہ اندن نیاے

جنگ ترٛاو سنگدِلہ باہوشس

ترٛاو تلہ کڑاے ثرھ ادری آے

وژھ وا لبجہ لاے تتھ کھشس

پچھ ہندی ساز ستیار تھکمل

گچھ گڈ لبہ وتھرے آہ گشس

یژھ لو زشش کل وچھ روز ازل

کیا لگتھ ما چھم کر ختنس

کتھ لوز تتھ لو نس دے تہ ژکھ

تتھ اگر رضا روز تتھ کھشس

کوٗرِ ہمدرٛ اچھوپ گنی چاڈ وچھن باے

چھے چشمہ لوزان کھس تہ وس

ستھ نور دیان کتھ کیا کرکھ آگمہ

وکتہ اندر پکنی چھے دور کشس

۱ ییس کتھ وُلی نکر تر ۲ وہ ند ولو مت، ار پتہ سر ۳ میٹھ راو۔ تھیڈ کھفیہ

دوہن گوٗ کنےٚ ووٗنی کیاچھ نِشاے
ظوٗن پیوٗمت چھُم تِتھ کشُس

# وٲژُن

کٔنہٕ کیتھ بوٗزِم مَنہٕ لٔکہٕ ناوِم
وَنہٕ کَس روٗوُم دوہ تہٕ راتھ

ستھ بَر ترٛووِپر کیتھ پتھ پتھ تھاوِم
وَنہٕ کَس روٗوُم دوہ تہٕ راتھ

اُلف گوہ واللّٰہ کُن پرزٕنووُم
بے چھےٚ بلاشکھ تہٕنٛز تمی یاد

تے تمی تمٲمس پرتوٗ ترٛووُم
وَنہٕ کَس روٗوُم دوہ تہٕ راتھ

تے سعادتمندن سیر حق بوٗوُم
جیم چھےٚ جہالتھ جاہلہٕ ترٛاو

حے حیاتی ہُند پیالہٕ دِل چووُم
وَنہٕ کَس روٗوُم دوہ تہٕ راتھ

خیہٕ ستی خرمن کھہس موٗر رووُم
دالہٕ منٛز دٔلیلا دٔرایہٕ تِتھ واتھ

۱۔ اُچھ، اَسی، نَس تہٕ کن بند کٔرِتھ تہٕ دٔپتھ مکمل مراقبہٕ کٔرِس حالتس منٛز۔

ذالہٕ ستی ظالِم زُمینس سوُوُم
وَنہٕ کُس روُوُم دوہ تےٚ راتھ
رےٚ ستی رہبرن رفاقت تھاوِم
زےٚ ستی ذات ہیتھ گیُم اثبات
سینہٕ ستی سمندر جوبہٕ ملہٕ نووُم
وَنہٕ کُس روُوُم دوہ تےٚ راتھ
شینہٕ ستی شہن شن کل وُزناوُم
صادٕ ستی لوٗزِم سوزٕچ تار
ضادٕ ستی دمگیر دم ہیتھ تھووُم
وَنہٕ کُس روُوُم دوہ تےٚ راتھ
طوٕیہٕ ستی طالِب طمعدار تھووُم
ظوٕیہٕ ستی ہاوِمس وارٕ آوی جارہ
عانہٕ ستی اصلس وصل کرٕ نووُم
وَنہٕ کُس روُوُم دوہ تےٚ راتھ
غانہٕ ستی غفلتھ گومانہٕ ترووُم
فیہٕ ستی زو تُم فنا سمسار
قافہٕ ستی قافلہٕ منزلہ کڈ نووُم
وَنہٕ کُس روُوُم دوہ تےٚ راتھ

کیفہٕ ستی کآمِل جایہِ بیٚہنووٗم
لامہٕ ستی کرٕ مَس لوٚزہٕ مَنتہٕ لاے
میمہٕ ستی مُحمّد رسوٗل پھوٚلہٕ نووٗم
وَنہٕ کَس رووٗم دوہہٕ تہٕ راتھ
نوٗنہٕ ستی نفی کیس اِثبات ہووٗم
واوٕ ستی تھووٗم واصِل کار
ہیےٚ ستی وارے وُچھ نووٗم
وَنہٕ کَس رووٗم دوہہٕ تہٕ راتھ
دَمہٕ اکہِ سمسارٕ گمہٕ شیٚہلووٗم
فآنی سرابہٕ منٛز لوٗگُم اَکھ ساتھ
سماہ سمسار میر طمع کوٚنہٕ ترووٗم
وَنہٕ کَس رووٗم دوہہٕ تہٕ راتھ

## وٕژُن

بَرسَر ہیوت اَسہِ نیچھٕ کروولو
رُح میوٚن قالو بلو زِژھ آو
نوٚچہٕ منٛزٕ ناوِ کُس واین وولو
رُح میوٚن قالو بلو زِژھآ

بوٗد گونا بوٗد اوس ئیشر گونو

حضرت آدم کوٚرُن تسَس ناو

سُہ چھُ بے مادر نہ پھُتُس موٗلو

رُح میٚون قالبَس لوٗزنِتھ آو

وَنیے بیٚنہ تتہ عرشس ژُدلو

دِرشُنہ[1] آسہِ کرِتھ تلہِ ترٛاو

مرشُن[2] مَنہٕ کنہِ موا[3] مُرگولو

رُح میٚون قالبَس لوٗزنِتھ آو

عامَن خاصَن لوٗز خاصو لولو

آو ناسہ ترٛاکسَن زلو سِتی داو

شامکِ موقدم گامک ژُرولو

رُح میٚون قالبَس لوٗزنِتھ آو

سَنہِ عُمدرٕ سے مشرُد میٚچی کھولو

وَنہِ لیس بیہ تے تَسَس لوٗگ باو

مَنہِ منز کور تَس رونہِ مشرولو

رُح میٚون قالبَس لوٗزنِتھ آو

وَصلچہ دارِ دوا صنک بیٚژو

فَصلکِ شِشہ کھِتھ نیٚم کی تاو

[1] دارشو، حلہ۔ [2] ونجاد [3] و دار خالہ [illegible]

بسلے مطلب تھنہ نشہ کھولو
رُح میوں قالو بوزِ تھ آو
تاپن عشقئی سینہ میوں زولو
لِپہ نی کر ووہ نی گو ڈردو گنیاز تڑاو
پاپن پتہ چھے ناپن وولو
رُح میوں قالو لوزِ تھ آو
عائرض مو روز پاڈِ گر لولو
پڑھ ہشر پال شینہ[1] کڑھ وزپاو
حبس کر یارِ زِ تارژ تولو
رُح میوں قالو لوزِ تھ آو
پیادگی تڑاو کمی جان سنبولو
واد کر آدا کا لی بیی گڑاو
ماد نر ژاران ما لگِ دولو
رُح میوں قالو لوزِ تھ آو
کیشرن پانہ ناو کرِ مولولو
کس دپن گرے اطلاس چھپاو
کینھہ لِرساوَن کھشیاوَن شولو
رُح میوں قالو لوزِ تھ آو

[1] ڈوہَر۔ پانشرو، خام تنہیے سیر، تقریباً ڈاہے کلو۔

خاک رلہِ خاکس سُے چھُم ہولُو
آشہِ کرِ صدا سُے گوشن ژاو
باللہ اے صمد میرِ وادِ ازلولُو
رُح میثون قالُو بُوزِتھ آو

## وژُن

بے ہیوت عاشقو کعبہ بتخانس
گوٗ ادِ پانس پانہٕ مُشتاق
نے لیس زمینس نے آسمانس
گوٗ ادِ پانس پانہٕ مُشتاق
پھیرِتھ ذرِ ذرِ اے جہانس
نیرِتھ آسی گژھتی دور افلاک
ستّے سر کرِ ہے دانس دانس
گوٗ ادِ پانہٕ نَس پانہٕ مُشتاق
نے ستہ کرِ ہے جانِ جانانس
کھے کاستھ دِلس دے اُتھ آکھ
منیہ ہیتہ سوزِ کھ موسیہ عری فانس
گوٗ ادِ پانس پانہٕ مُشتاق

موٚیہِ نیستی کٔٹ کرِ نادانَس
ہستی ابلیس وول درِ خاک
رٹیٚے تتہِ رہبر چھےٚ سُلیمانَس
گٔیۍ آدٕ پانَس پانہٕ مُشتاق

گٔیۍ کیٚتھہِ فانی ژرا ے مُنزٕ فانَس
زانٔی دوٚ گنیارس دیتہ ہے چاک
روٚے تتہِ پھیٚر ہے نفع نوٚقصانَس
گٔیۍ ادٕ پانَس پانہٕ مُشتاق

ویہِ روٗس کٔیا یہِ یوٚسہٕ نےٚ دانَس
رےٚ ژھنہِ لیس آمہِ مِیزان پاک
قےٚ کمہ تژرٲوے یہِ کھٮٚتھ کم پانَس
گٔیۍ ادٕ پانَس پانہٕ مُشتاق

لےٚ اَرِچ کتہِ چھےٚ شُنیدٕ خانَس
کیٚنژن دیدٕ حال کیٚنژن فراق
کیٚنژو … طےٚ گوٚر لامکانَس
گٔیۍ ادٕ پانَس پانہٕ مُشتاق

زاہدن دوٚپ ژوہدٕ چھُ کتھ زانَس
عابدن عبادتھ کرِ پیمنا کھ

عارِفن پوٗر نے اَصلُک سالَس[1]
گَیہٕ اَدٕ پالَس پانہٕ مُشتاق
غاٸب الغاٸب سے لاَ اِنما لَس
نیبَس تَمہٕ کیس رِکھتھٕ کُنہٕ ژاکھ
بوٗے تَتہٕ چھینہٕ مِن سوٗ یہ رِچالَس
گَیہٕ اَدٕ پالَس پانہٕ مُشتاق
سٔے نیوٗ ساقیو لولہٕ پیٚمالَس
وصلُک بمارِی فَت کُسو ہیتھ آسہٕ اکھ
چیتھ مَس رٕوٗد مینہٕ کینہہ وُسنالَس[2]
گَیہٕ اَدٕ پالَس پانہٕ مُشتاق
صوٗرتھ صَمَد میر چھِے بہالَس
سیٚرتہٕ کُنہٕ چھُ پانہٕ جُف یا طاق
اَلاِنسان سِر یہ ہے عِرآنَس
گَیہٕ اَدٕ پالَس پانہٕ مُشتاق

[1] گُنہٕ تالَس [2] سالَس

نوٹ :- صمد میرُن یہ وژُن چھُ حاجنی صابنہٕ سوٗمبرنہٕ "کاشُر شاعری" منزٕ تہٕ درج۔ موجوٗدٕ صوٗرتس منز چھُ حاجنی صابنِس درج کرِی مَتِس وژُنَس ستیٚ بیٚیہِ وژُنہٕ کین شرٕن جایَن لفظٕ پھیر۔ حاجنی صابَن یِم لفظ درج چھِہ کرِی متی تِم کر یوٚہ گمُنز حِسابہٕ درج۔



# وُزن

شب بیدآری کرٕنے خوتھ وُزن
صبحکۍ نوٗرن ترٛاوٕ پرٛاگاش

غافِلو کوٚنہٕ چھُے غفلتہٕ دوٗزن
صُبحکۍ نوٗرن ترٛاوٕ پرٛاگاش

لجٕ رٕژ کٲھِلے عشقہٕ اوٚنجوٗزن[1]
گگٕ ہِے موکرٕ سیٚرن فاش

زٕج ہیمآری دِلِ رنجوٗزن
صُبحکۍ نوٗرن ترٛاوٕ پرٛاگاش

ڈٕکی ہوشہٕ ڈٲلی شوراب طھوٗزن
گھتو پاتالکۍ قوال آکاش

تھُو کٔری عاشق سازو سوز وُزن
صُبحکۍ نوٗرن ترٛاوٕ پرٛاگاش

[1] انجیٖرن

موماز تکین فرشس فورؤرن
بے وفا دُنی یا مہ کر برداش
کر دلا کیا بقا دُنی یاڑ ؤرن
صُبحکی نوُرن ترؤ ڑپرا گاش
ثالثی منزنشس راتھ گیہ دوُرن
واثشی وُتھی یژرن کوُڈ تموواش
عاثش و آرام تمہِ ساتہ سخرؤرن
صُبحکی نوُرن ترؤ وُڑپرا گاش
کیا ذمہِ واری ہیٚنز مےٚ دستگیرن
لاتقنطوا پرکڈ ہمنا کاش
سہ چھُ شاہ تمی نگاہ کرُ سنز ؤرن
صُبحکی نوُرن ترؤ وُڑپرا گاش
اے صبا عرض کوُر مُرُؤ رن
اَن رسید در مدینہ اَسہِ چھینہ جاے
ثیا ے اُہتکی یژرن پاے دلو ہوُرن
صُبحکی نوُرن ترؤ وُڑپرا گاش
اثد پیو صبح و شام فقیرن
بنْدگی پرا ہینز چھکھنہ یاداش

لہ یتھ یا یمن بقا چھُنہ
لہ وحشی

ژندلوز ژمہِ شایہ گرژند آیہ لوٗرن
صُبحکی نوٗرن ترووٗ پڑاگاش

شب گو آداب دِلو غوٗرن وٗرن
ژٕنتہِ مے پیایہِ خموٗرن چھہ آش

یار سُلہِ ووتھ پاس آخرن
صُبحکہِ نوٗرن ترووٗ پڑاگاش

وصلکہِ ساتہِ لیس گو چمن زہرن
آن لاشہِ ژٕنتھ لاسہِ مشراش

اوٚن دیتھ پاتس ووٚن ضمٹیرن
صُبحکہِ نوٗرن ترووٗ پڑاگاش

## وژن

تن نارہِ دُزن آرہِ ولہِ
کہو کلہِ کر ٹھٔہراو
دیدارہِ سیتی وارہِ بلہِ
رہو کلہِ کر ٹھٔہراو
ییتہِ لیس او لے کھولہِ
لس آسہِ گرگوٗندتہِ ناو

لہ لاسہ: لباسہ تیتیبِ راز دانی۔

تَتہِ چھادِوان اَنہِ کھَلیہ
رِکھو کَلیہِ کَرَ ٹھُہراو
پِلیہ کوٗت بہ پھوٗ جسیے کولیہِ
زاُہیہ مانیے نِشِ کا ہ آو

نِلیہ وَکھ لَلیہ وُم لولیہِ
رِکھو کَلیہِ کَرَ ٹھُہراو
ہیے کینشہ کَرِتھ گانگلیہ
دَیہِ کَس تَمَن دِراو

کھیٗیہ چِیٗیہ بِیٗیہ تھاوِ پلیہ
رِکھو کَلیہِ کَرَ ٹھُہراو
یاوَنہِ لَلیہ وَتھ لولیہِ
بِیٗیہ بِکھنا روےہاو

وُچھپے دوہیے تھَلیہِ تھَلیہِ
رِکھو کَلیہِ کَرَ ٹھُہراو
پُدلَس زافران مَلیہِ
تَمَس کَیشِ حاصِل آو

ژِنڈ لَنس پِژوُنت اَرکھَلیہِ
رِکھو کَلیہِ کَرَ ٹھُہراو

سلہ (وُرگی) ٹلیچھ ژٹِنی، ہیداںُ

موٗہ گوٗ ہسی تیس ٹھوٗلہِ
لوٗہ لارِ شیرس آو
شال تتھِ شمشیر ہٲلہِ
رِکھو کٔلِہ کرٕ ٹھہراو

دَچھِنہِ رگہِ کھشر ہٲلہِ ہٲلہِ
زانہہ ماوَر تتھ ڈراو
کارِ گر کوتاہ دَلہِ
رِکھو کٔلِہ کرٕ ٹھہراو

ریحانہٕ سنتی دِل بٔلہِ
سوٗیہِ کوتاہ چکِہ چاو
جوٗے تَتے شدرہ مارٕلہِ
رِکھو کٔلِہ کرٕ ٹھہراو

اَغیارس گٔیہِ زوٗلہِ
صَمد میرس آو داو
زنگ تہٕ پرٛوٗن کوٗڈن پھلِہ پھلِہ
رِکھو کٔلِہ کرٕ ٹھہراو

# وۆژُن

غمس کۆر شادِ رۄ خۄنتھ

اگر بوزکھ یہِ چھےٚ کتھ

نگہٕ وِ ژُس لبہٕ میٚچنتھ

اگر بوزکھ یہِ چھےٚ کتھ

بہٕ گلی زُرۍ شہر رۄوُس

بگر اکۍ اَنۍ پچھو وُس

زُنِس موٚزوُر نکھس ہیٚتھ

اگر بوزکھ یہِ چھےٚ کتھ

اَلنِس گژھِ سۄرسہٕ آکاش

بنِس یوٚو دوٚن اُچھن گاش

نٕنِس جہنم تہٕ جنتھ

اگر بوزکھ یہِ چھےٚ کتھ

شرِیعتھ پیٚوم پالُن

بہر رنگ زیان گالُن

تتھ گوم تٕرک سوٚنتھ

اگر بوزکھ یہِ چھےٚ کتھ

مئے وحدتہ پاآدٕ گئ پر
بوٲندرے ڈراس نبر
وُستھ ییم جلس تہ کرتھ
اگر بوزکھ یہ چھپے کتھ
مئے وحدانیت گیم ناآلی
سو ژھیپنی تے گاس پرناآلی
گھرِ ژم تحقیق سو منتھ
اگر بوزکھ یہ چھپے کتھ
درِم وُنی حارتن پیٹھ یس
بو ماسنہ نیتھ نوٚن گوس
سو ماٲس بیاکھ حکمتھ
اگر بوزکھ یہ چھپے کتھ
کمس ژیادے بنتھ گوم
تے ستی ڈرایہ ثیانی کوم
دٔمن ہاآدِم ٲکیح وتھ
اگر بوزکھ یہ چھپے کتھ
ووٚجوٚد شوہو دگوم غاب
وُستھ بیٚیہ شوب بتے غاب

ہ کام

سیجہ دس کُن نظر پیتھ
اگر بوز کھ یہِ چھپے کتھ
مے غاب الغاب رووُم
صمد میرن تہِ چھوُم
نہ روز کتھ نے سو کتھ کتھ
اگر بوز کھ یہِ چھپے کتھ



## وُژن

پوز گو حق تہِ نا حق
باوے یوِد ژۓ بوزکھ
پیٔزِ گے سیرِ یہِ اسمان
نے زانہہ تھکان نہٕ لوسان
چِرکس اندر چھُہ ہر وق
باوے یوِد ژۓ بوزکھ
پیٔزِ کی سِتارٕ تے زوُن
چمکان کوُن تا کوُن
زانہہ ماگژھان رِتمن تھکھ
باوے یوِد ژۓ بوزکھ

خصلتھ زمین چھہ برآب
پزِ عستی دٕرِ کھ گرِ تھ تاب
آبَن تُجی نہٕ زانہہ گرِ کھ
باوے لوٗد ژٕ بوزکھ
پوٗز کوٗر مے عستی زمینن
نی وٕتہٕ تھ دٕرِن تَن
نی بینہٕ دِتن بلاشکھ
باوے لوٗد ژٕ بوزکھ
وُچھ پوٗز پزٕ یکُسہٕ تاثیر
آزاد سینہٕ تُھ شیر
پزی دیتسہٕ تاج تےتخ [1]
باوے لوٗد ژٕ بوزکھ
صمد میر چھےُ نمبل ہار
تمی وٗن پوٗز زبرشار
پزی سےٚ خہ داچھ عاشق
باوے لوٗد ژٕ بوزکھ

[1] تخ چھُ لفظِ تختُک مُخفف۔ لفظس چھِ یہِ صوٗرتھ شاعرَن وزن برابر آنُنہٕ موکھہٕ کرِنہٕ آمژ۔

# وُژُن

کیا وُنتہٕ ژےٚ پتہٕ دٕراس گٕنیٚ
کانٛسہِ وُنیٚ نو

گگاہٕ گامےٚ ترٛٛ وُٹے کھیوٚن نہٕ چوٗنیٚ
کانٛسہِ وُنیٚ نو

ہُرِ مٮ۪یٚژرِ تہٕ مازٕس باوِ گٕنیٚ
گُرِ چھہِ کھوان ماز

شیرن پٔرِیادٕیٚن گاسہِ کھیوٚنیٚ
کانٛسہِ وُنیٚ نو

یٮ۪تہِ لاشِ زالِتھ دٕراس ہمپروٚن
جائے وُچھہ آس

تَتہِ گاشِ دارَن راچھا وُنیٚ
کانٛسہِ وُنیٚ نو

دَم دِتھ شِگالَن پھیوٚر بالَن
چھِنٛہ زِ حالَن وار

تھٔہنٛدیٚن خیالَن داتہٕ وُنیٚ
کانٛسہِ وُنیٚ نو

یَس پان پَنُن سپُد نِسیان
سُے چھُ گوٗمُت فان
تَس کیا چھُ اَسِہِ ستی ہیتون تہٕ دِیُن
کانسِہ وَنُے نو
تھوٗرِ اتہٕ کرٕ پلَن اُچھ زٕ وُٹھ
دیُتِنہٕ کھٹُن پان
تمہِ پان آویزان ژُھنُے
کانسِہ وَنُے نو
کوٗسنوری قُمری کوتَرَن کوٗر
طوطِہ سُند گفتار
پیپُنِر کانٕہ تَمَن توتہِ پرُنے
کانسِہ وَنُے نو
روٗزِم نہٕ راے ییہٕ سولیا نَس
گاڈِہ تَھن گرِ داو
بوٗزِم نہٕ تمی کہی سیر کُنے
کانسِہ وَنُے نو
وُچھ میر صمد روٗٹھ پانَس
ہیوٗ ہمبل ہار

کوجامہ زُری گو سہ توّنُے
شکاشیہ وۆنے نو

## وَڑُن

اُچھو بوڑیے تی وُچھ مۜے سگنَے
حال وَنے کیا
ئیچھ اُکی کھسکھ امِہ آوِ سنِہ نَے
حال وَنے کیا
کیتہِ آو آدم بوز فتُوا
دُیت سہ ملکو سِہ
بوہا گوس شہ ہاوس ثتہِ زینے
حال وَنے کیا
پَڑوانہ دڑاو مَردانہ شمعَس
دوڑِ لاَ یِن تھاہ
حاَصِل یہ ہوُون واۓ صِلنَے
حال وَنے کیا
نچھِ کوّر ماچُھرِ عہ سستی گُفتار
مِیارِ نہ کھو ویہ گس کار

چانی بال تے پر منز چھنے

حال ونے کیا

ماچھری دۆ پنس گرٕ ژ خاموش

ونتہٕ کیا چھے ہوش

چھس بادشاہ گرٕ گال چھنے

حال ونے کیا

پچھ تورٕ دۆ پنس بے حاشا

چھسنہٕ ہو تائیا

تو دلبستہٕ پیران ہیر بونے

حال ونے کیا

ماچھری دۆ پنس چھکھ ژٕ گمراہ

ٹیوٹھ موٗ دُر گو کیا

موشور سو فنا ما چھُ گنے

حال ونے کیا

پیاران صمد میر وارٕ ونہٕ ہا

ڈمرٕ چھس پنہ شراہ

بارانہٕ نیتھ زا نہ دُ چھنہٕ تنے

حال ونے کیا

# وٕژُن

لٲگِس تہٕ خالِس منٛز مُژرِتھ تَنہٕ
عاشق پھیرِ نہٕ دٔرٲے
لاشکھ تَم نوٗ کٲلِشہٕ لِوان وَنہٕ
عاشق پھیرِ نہٕ دٔرٲے
وحدٲنیتہٕ نٕشہٕ تھاہ گیہِ موسنہٕ
تنہٕ رٕو وُم ناخودٲے
تھَویاد کوٗز ٲنکھ سہِ روٗدا دانہٕ
عاشق پھیرِ نہٕ دٔرٲے
سنہٕ سوٚن سمندرس چھُہ ڈوٗنگلس کھوتہٕ
نہنگس چھُہ ڈالان جٲے
لال فنٛدِ نیوٗلس ژھال دِتھ ٲندٕ کنہٕ
عاشق پھیرِ نہٕ دٔرٲے
پوٗختہٕ کار دِل ہُشار گٕژِہ ہاشکھ ہنہٕ
سال کھیتھ چھِہ اُنزران نٲے
موکھتہٕ زانیٲ لِس لال شوٗبان روٗدنہٕ
عاشق پھیرِ نہٕ دٔرٲے

ساس پُچھ کرو پیٹھ خاص خاص بژو نِیتھ کنہ
رازس کران پوزا اے
آسمانچ ستار بژونِتھ گگی نیم نہ
عاشق پھیر نہ دڑا اے
سہ لبس آب ہیثہ ول اتھ کس جواب وَنہ
تتہ پتیہ حسا لبس ژھاے
کعبس وا تھ قبلہ کور کُن بَنہ
عاشق پھیر نہ دڑا اے
پژار باسیر کتھ موکر زیا د نہ
میر مہ پوژ نے چھپے تاے
یار ہا اے دوس ہتھ تار لگہ آو لنہ
عاشق پھیر نہ دڑا اے

# وژن

ہوش دار پوشنولہ چھکھ توشن تو
دنتو کتہ چھا نی جاے
گوش دار مانہ بوز دون سو خنن تو
دنتو کتہ چھا نی جاے

ا۔ بخشایش

یِس ستیٖ باپار چھُے راتھ دِین تو
تِس چھُنہٕ روزُن شاے

سُہ چھُہ میٚثون وانگُج ڈاین دوہَن تو
وَنتوکتہِ جاآنی جاے

اَسہِ اوس یکجا دوشونٕی وطن تو
سُہ ہاژوٚل تہٕ روٗزس نہٕ ماے

پھیرِ ہاژِ ہا ہجوم ہیٚرِ تہٕ بوٗن تو
وَن تو کتہِ جاآنی جاے

پھیرِتھ وآرانہٕ آبادَن تو
سہٕ آیِس تہٕ لاجم ماے

نیا یِس موٗتل اَدِ گرِہ زِھین تو
وَنتوکتہِ جاآنی جاے

مِیانہِ ولو ہارِ گٔیہٕ شَن طرفَن تو
پٔرانی نوٗشرم وُگرائے

مٔولہٕ مالہِ زِ ہینِتھ اوٚن مےٚ کالہٕ سَن تو
وَنتوکتہِ جاآنی جاے

چھینکِس باپارِس گو ظوٗن تو
کینہٕ وٗس سوداگِنان ہمسائے

مےٚ نشہِ مۄلہِ ہیوان میٚے چھےٚ کنن تو
وَنتو کتہِ چاٚنی جاے
گۄمتہِ چیزٕ سو مہ بہِم ہَن ہَن تو
زٕلۍ متہ گرٕا کِتھ بیٚہِ آے
مال دار سَپنتھ ترٛاوِم کَن تو
وَنتو کتہِ چاٚنی جاے
قیلہِ قال اُنزرِ کتھ چھس اُنزرٕ تو
ہۄل ہال ووتھمت چھُہ یلے
سیٚر میر صمدس بالا سو چھُن تو
وَنتو کتہِ چاٚنی جاے

## غزل

عشقہ گر یارن ؤزِرم سَن اَشکہ کمی بنا دلو وسآے
اُمی دِلاوارن دِلبرن مَن مُہتہرٕ مَن سوٚد سآے
آسمانس نے زمینس پاس دیتمس بے شُمار
دُنیہ ہتس پھیرٕ ؤتہ بوہ او نتس شُنیہ ہتس ہُنرٕ تُرد وسآے
گُلہ اتہ زٕری شہرس اندر ٹرٕی ٹرٕی چھُگا ہتی اری بہار
اُنی وُچھم کم رنگ بناوان وَنتہ کمی کمی چھُو وسآے

یی چھ اَندر تی چھ نبر سر کورُم سر تا بسر
عرش اعلا کھوَت سُہ سرور سپر کمیٚ تتہِ بوزِ سآے

یاوِنس اَنتھ ژھنہٕکیس منٛز زُلف تےٚ خال آشِکار
یاوِنس ماکانشہِ چھُم وار راوِنس منٛز روزِ سآے

واجب الوجود لو زاگس سُلہِ بہٕ لاگس دِل فِگار
ژھنہٕکیس باغس اَنٛدر کمیٚ گُل بجوُل چھوُزِ سآے

لوٚک وُچھُن آدم بنوُن امر ملکن سجدٕ آو
نکھ موُرے اِبلیسن وَنتہٕ شک کمیٚ پوزِ سآے

وَن صمد میرو ژِ الزام سنہٕ ژ وداہ کوٚزِ باگہِ آم
کَنہٕ وُچھِم چشمو میٚتے لوٗز تام اَن تمیٚ وَنہٕ نوزِ سآے

## وژُن

کتہٕ وارہٕ ییوٗ تنٛے قرار چھُن ییے
تتہِ مالیٚشن ییے رمیٚو ن

لِنتھِ گوم ناحقہٕ چھُن تہٕ گرِ ژھن ییے
تتہِ مالیٚشن ییے رمیٚو ن

رنٛگہٕ کھٹِہِ ادِ سُم پیٚر ژنٛگہٕ وِتھرُن ییے
متہِ گوم چنٛگہٕ والیون

بنگہٕ چاوناوِ تھس رودُمنہٕ ووّن ییے

تتہِ مالیٖنُ ییے ریٖموٗن

شولہٕ وورٕنہٕ شالہِ مارلاہٕ وتھوُنِ ییے

پیٚالہٕ چلیٚیہٕ نا بِیہِ سوٗن

نالہٕ متہٕ رٹہٕ ہن لالہٕ گوژھوُن ییے

تتہِ مالیٖنُ ییے ریٖموٗن

ماہ زَن پٔرژ لان جوٗن درخشُن ییے

شاہِ کیٚا چھکھ ژٕ نیٚندٕ لوٗن

گاہ ویٖران گاہ آباد کُن ییے

تتہِ مالیٖنُ ییے ریٖموٗن

کَف میٖوان پیٖرِ ہُنٛد شینہٕ خوتہٕ پژون ییے

گیٖپھ چھُنہٕ دَکہٕ دیٖنُ چیوٗن

تھف نے تژاوٕ دامانہٕ ژھیوٗن ییے

تتہِ مالیٖنُ ییے ریٖموٗن

تژ کرِ لو، لیتھ کیٚ اورٕ دِن ییے

ییٚمہِ تتھ مانے زوٗن

ہکہِ نبہٕ گگرُژاو تس کیٚا کھیوٗن ییے

تتہِ مالیٖنُ ییے ریٖموٗن

تٔتھٕ تٔنز سنکھ ہینھد شاٹھ گٔنزرن ییے

کنز مسلہ میٛون رُچھو تون

ترٛنز بیتہ ترٛنز گٔرتھہ ٹھنزارڈین ییے

تتہٕ مالیُن ییے میٛون

یٔس تۄگ ظلماتہ گرٕ ترٛزُن ییے

مٔس آب حیات چوٗن

یٔس گو تٔس اُڈین تہ گرٛھن ییے[1]

تتہٕ مالیُن ییے میٛون

گرٛھہ ییتہٕ دوستٔس دوس لاگُن ییے

پھیرِ بنہ نار ویترون

ویترِ ییے اوس نتہ اوس میٛترِ ژیون ییے

تتہٕ مالیُن ییے میٛون

سنہ زود ہس منز ہوس گٕن زون ییے

زینہٕ گرٕ اوسم لون

وو نی صمد میرن ہیوت سکھرن ییے

تتہٕ مالیُن ییے میٛون

[1] یہ شار چھُ "تنا سنخس" کُن اشارٕ کران۔

# وژن

پیاران پیاران تارا وتی
اُتی نظرا تڑاو

کھاران پڑلایہ جافری ژھتی
اُتی نظرا تڑاو

دُردانہ لب لالِ یمن چھِ وُتھی
نہ شدِ ستی مے وُسراو

تم چھی تڑنے چمکان آدم رُتی
اُتی نظراہ تڑاو

کمان بُمہ چانہِ نِس اُلی فِژھتی
زمانہ مے کتراو

ہے چشمہ جودوُ چھے آفتی
اُتی نظرا تڑاو

یم نیزاُ چھروالو مےَ دِتی
تم دوَ پتھم وہتراو

بہ ماہ گوس ژیتم بارگھتی
اُتی نظرا تڑاو

مہتاب رویس گرِ تھۂ ژھایہ گیتی
آفتاب منڈ چھتھ دڑاو

زُلفن تل چھےَ نو پیچ یتی
اُتی نظرا تڑاو

ڈیکس ٹیکہ چون ڈریکھ لال یتی
ٹاکانی فےہج تھاو

ساڑو ڈینہ پڑزلان بنِتاوِ فیتی
اُتی نظرا تڑاو

قد چون شمشاد تن شیشہ یتی
سیماب تتہ منڈ چھاو

سینہ آئینہ نارِپستان یتی
اُتی نظرا تڑاو

تتہ آے عاشق نیندرے ہیتی
کتہ چھکھ نہ کیاہ چھے ناو

سینندرے ٹیکہ چانہ چھندرے ہتی
اُتی نظرا تڑاو

یلیمہ چیہرافسوں ساز آے یتی
بنگالہ نریوتھ داو

ل کامہ دلہ پۆز زنانہ۔ یمیس چھ کامہ لکانہ ونان۔

یِم نیرٕ کٔمی جوٗ دگارَن ژ تےٚ دِتی

اُتی نظرا ترٛاو

سَتھ پآوی شیشہٕ ہیرِ کھسن پتھ پٔتی

لاجِتھ دا[۱] نتو کھرٛاو

نوٗ رٕنہٕ ڈبہٕ بیٹھکِ نشہٕ بجوٗ تی[۱]

اُتی نظرا ترٛاو

یہلوٗ کہٕ منٛز کرِیہ عا دتی[۲]

پرِ لوٗ کہٕ منٛزٕ پرکھاو

نِشہٕ صَمدٕ میرس ہیٚتھ زاگرِتی

اُتی نظرا ترٛاو

---

۱۔ سُہ عظیم قوت یَتھ شکتی چھ وَنان ۔ اُمِس چھِ بے شمار روٗپ شکتی چھ سو گوٗن
بٔژیمٕنہٕ ہُشدُ سُہ عظیم قوت تہٕ اَمے قوتکِس صورتَس منٛز چھُ سُہ نوٗن نہیران
یا اظہار پیٚداوان ۔

۲۔ یہ مادی دُنی یا یَتھ اَندر اَسی روزان چھِ ۔ (ملکوت) ۔

۳۔ دوٚیِم دُنی یا یَتھ اَسی عُقبا (عُقبیٰ) تہٕ وَنان چھِ (ملکوت) ۔

۴۔ کل ۔ مَاے لاگِتھ بِہِن (جبروت) ۔

# وڑن

ہآری کوے لھوطہٖ سنز یآرہ زان ڈُج بیے
لُج بیے دوُرن گڑاے

مآری منڑی پانَس ماے کمُو وُج بیے
لُج بیے دوُرن گڑاے

آسمآنی دِ دری ژھاے کو رتہِج بیے
حال کر بون کُن تڑاے

جاے چآنی تورنے ہارِ وا تج بیے[1]
لُج بیے دوُرن گڑاے

خاصہ تنہ چانہِ وَن گردکمُی پھُج بیے
لاسہ بیٹھ اُنی کے داے

سامتہ بدِرتکہ ٹمُو عطر کیشا مُج بیے
لُج بیے دوُرن گڑاے[1]

پآری رازِ ہونزس ژھاے لَیس ژُج بیے
سآری تس چھ پڑ ژھاداے

گآری کو و چآری پآ ٹھو مو لیہ نِونہِ لُج بیے
لُج بیے دوُرن گڑاے

[1] گوڈنکس چھاپس منز چھ یہ شار پِوٗمت :-
ننگ ناموس اسہ ترو دمو لج بیے • چنگ ہوز لوزان آے
ہنگہ منگہ وچھکہ رنگہ واو ج بیے • لج بیے دوُرن گڑاے

ہاوسہٕ رووس کیاہ زانہٕ رنگ ستہٕ رُج ییے

اون کیاہ زانہٕ گاہ زھاے

کاوس شتوبیاہ کانٹھ سال دٔروج ییے

لُج ییے دۄرن گڑاے

ونہٕ ون کمو کرے ہا اوِج ییے

کیتھ گرِ رٹنھم جاے

زن تکہٕ بوہ نچ آسکھ رُج ییے

لُج ییے دۄرن گڑاے

ماشہٕ چھکھ ماران ہا ڈیکہٕ نُج ییے

راشہٕ واوِ فوزھاران آے

عاشقن عیشہٕ آسس تھاونی تیج ییے

لُج ییے دۄرن گڑاے

ساڈی ماے بوزِتھ پڑانی یاسروج ییے

صمد میرن چھ کیاہ پاے

لیس ہی تہٕ مسول روزاڈ پھوج ییے

لُج ییے دۄرن گڑاے

۱ اکھ جانانا وارٕ قسم ۔ اَمی سِتۍ خصلتھ چھ یچھ ۔ اَمِس چھ وۄزجارٕ سان چھٹل رنگ

۳ یتیمہٕ تیک شار چھنہٕ گو ڈیکس چھاپس منز۔

آیکھ سعہٕ رگاپوری آرنج ییے ٭ دارِ متر رِتھ ونی نیاے

عاٗرِ مانے چھنہٕ کارچاڈ رچھ ییے ٭ لُج ییے دۄرن گڑاے

۲ لکہ بوٚنچہ کجہ چھِہ بڈٕ موشور۔ یمن ہُند مرتبہ پزاونک تمنا چھُہ شیخ العالمؒ نہ کوٚرمت۔ دپان لکہ بوٚنک ناگ چھِہ یموے توراوٚنمُت۔ شیخ العالمؒ چھُہ ونان سہ

لکہ بوٚنچہ تَس کیٚجے اکِی کران سیٚو

ستہ جانا وٚبن ژٕہے پتھے ور تیٚنے دِتوو

# وژُن

تھاوکن بوز نا دآے

کو وآدآے روٗزے ہنہ زانہہ

یوٚکیا دِتھ وادآے

کو وآدآے روٗزے ہنہ زانہہ

زوٚنتھس سیٚو دستہ سادآے

کرُی تھما کاہ برِ کاہ

نحقے لوٚ رسِہِ مٔنے پادآے

کو وآدآے روٗزے ہنہ زانہہ

ژاپیوٚم مٔنے فولادآے

ویوٚپمنہ دور شنیاہ

منٛز دراسس بہ لوٚ ربادآے

کو وآدآے روٗزے ہنہ زانہہ

ژُمہ ژُمہ بوٗ اِستادآے

گُنزرِم ژٕہی تے ماہ

تھوٚو ہٕتھس سٕہ آماداٰے

کَرَس آداٰے روٗزٕے نہٕ زانٛہہ

تمہِ گوڈٕ کِہ یِراداٰے

ژٕمہِ تےٚ وَسہِ کوٚرس مےٚ لاہ

اَمہِ چھانہِ بِداداٰے

کَرَس آداٰے روٗزٕے نہٕ زانٛہہ

گاہ روٚٹ سے مےٚ سجاداٰے

گاہ بر سوآری ییلے شاہ

گاہ بچھیوٗرس بوٗ پیاداٰے

کَرَس آداٰے روٗزٕے نہٕ زانٛہہ

تٕرکھ مینٛژ تِجِم زیاداٰے

آدَمس لدِم کاہ ستہٕ باہ

اکھ نٕژرتہٕ بیاکھ ماداٰے

کرس آداٰے روزٕے نہٕ زانٛہہ

صمد میرس چھُ یاداٰے

سپر باوُن نٕبِ چھُ اخطاہ

تس کتھؤ تیوت ماد آے
کو و آد آے رؤزے نہٕ زانہہ

## وژن

دس عہ ستھو چھپے دم داری
دم ییلہٕ ہوری چھوری کتھ یا
بارے باپتھ سوبرن باری
تتہٕ پرو ساری تُم حاشا
نھارٕ ہوت ژ ے گوکھ شانہٕ داری داری
دم ییلہٕ سوری چھوری کتھیا
فرض چھپے گوڈ پچ قرض داری
او نتھے از تام ہوٗر تھ نہٕ زانہہ
پانہٕ چھکھ خاموش ییتہٕ کس ہوری
دم ییلہٕ سوری چھوری کتھیا
ترٕ کرے تۆ لتھ سوداگاری
مکرا کھوٗل ہے برداشت
فکر مارؤزے رزٕ ماتاری
دم ییلہٕ سوری چھوری کتھیا

سَنتھ داہ دہانہٕ مژرئ بازیگارئ

پٔرتھ دہانہٕ کھیتھ ملاد ژیٹن مجُرا

سَنتھ ہتھ منہٕ چھے اکھا اکھوارئ

دَم بیٚلہِ سورئ پھوری کٔٹیا

غمس ستی چھنے گوڈ رنج یارئ

رُمس یتھ نہٕ کرہس دغا

ژئے یوٚد کرہس سُتہِ ما چھوری

دَم بیٚلہِ سوری پھوری کٔٹیا

تھو یاد یہِ مُراد منگتس یارئ

ناو آو، لِنہِ تَنٛزِ لوٚبھ لگہِ نا

راوِ کھٔے سوے چھنے بے اعتبارئ

دم بیٚلہِ سوری پھوری کٔٹیا

وسوسہٕ ترٛاوِ بیٚیہِ فنٛد اپز یارئ

پزِ چے رزِ لم بنکھ رِشنوا

حِلس کرِ یتھنہٕ بیٚیترِ ابلیس پوری

دَم بیٚلہِ سوری پھوری کٔٹیا

نمبل ہارک مئر باپارئ

دوٚکان داری گرٕن تنہا

پانٕہٕ چھُے چالاکھ گژاکھ چھِس چٲرکی

دم ییلہِ سوری چھوری کیٛشا

اکِس جایہِ چھےٚ یہٕ سٕطریٚیمہِ آسیرِ

پژتھ کاشہٕ سوداژشہِ چھُے جٲری

## وژُن

کتھ کتہِ آیہِ تور وتھ گُس زانٕے

اکھ وَنتہٕ مانے کیٛشا

تتھ شایہِ وٲتھ پیٚوم ترکانٕے

اکھ وَنتہٕ مانے کیٛشا

آدم لدنگ ییلہِ کوٚرنے بنٲسے

وسُس بہٕ پیری ہَنا

راتھ ووت تیوٚ تےُ ساتھہٕ لوٗگُن سانے

اکھ وَنتہٕ مانے کیٛشا

نُم چھتہٕ وارہٕ چھتہٕ رُم ساتھ بَدلیٛشا

کرَمس ڈلیٛشا حرَفا

کوسُم نہٕ گاشہِ یی ترادُسم مےٚلانے

اکھ وَنتہٕ مانے کیٛشا

ہیتھ ساس ئبشز ریتھ تامیر کوٚرُم کیٚشا

سدرٕ چہ بیر پیٹھ بہا

ستھ پور بجابہ چھم ژےٚ دار پڑانے

اَکھ وَنتہٕ مانے کیٚشا

سو نیتھ آو چھانن ڈیتہٕ مثے وارٕ تسلا

کھارن ووٚنم مسلا

شکہ ژاو لوگ بے مکٕژ ژآتی کھانے

اَکھ وَنتہٕ مانے کیٚشا

گرمی تہٕ سردی سو تس چھم نہٕ زانہہ

وویُم ووٚدُم وارہ

رکبہٕ پچھال لوگُم صَبرٕ اَلہٕ باتے

اکھ ونتہٕ مانے کیٚشا

ہیوٗل وَو دِ زمینہ دارٕ نیرسہ پیسرتہ تھبا

تتہٕ چھیس آب تے ربا

زول دِیہٕ نینہ کرٕ بیول تتہٕ لوٚیا نے

اکھ ونتہٕ مانے کیٚشا

نیند ژاو ہیلہ ژاو میزان داہ کاہ

لو خترٕ خام ژعایہ دنیا

نو کتہٕ آم سوران خال کانٛہہ چھانے
اَتھ وَنتہٕ ما نے کیا
سوٗ میٚرِ تھ سارِتھ کھل کرِتھ جمع
شکد رچھ بٕرد نٹھیم اکھا
توٗلتھ چھٕے رٔژہ تتہٕ مینتھ چھٕے دلنے
اَتھ وَنتہٕ ما نے کیا
مور یوٗدٕ زور کرِ سُلیمان سپد یا
فکرِ تھوتہٕ تی بَنہٕ ما
گور چشمس گوو چھکھ زیان کانے
اَتھ وَنتہٕ ما نے کیا
فرداخاصہٕ تلیسی گرِتھ گو سانے
صمد میرِ چھے ژٕنے ہمراہ
ارداہ ساس عالم لدِتھ جولہٕ چانے
اَتھ وَنتہٕ ما نے کیا

۱؎ اَتھ شارس چھ گو ڈکیتھ منٛز وَ کھنے کرنہٕ آمُت۔
۲؎ شکھ، اندیشہ۔
۳؎ یہ مضمون چھ یتھ کالہٕ پیٹھ صوفی ستاعیرن ہٕنٛد موضوع روٗدمُت۔ لل دید
چھے یہے کتھ یمہٕ آیہٕ وَنان ؎

أسی آسۍ تہٕ أسی آسو

أسی دور کرِ پتہٕ وَتھ

شِوس سورنہٕ زیُون تہٕ مرُن

رٔوس سورنہٕ آتھ تہٕ گتھ

شمس تبریز چھُ وَنان ؎

عالم نہ بُود و مَن بُودم آدم نہ بُود و من بُودم

ایں دم نہ بُود و مَن بُودم من عاشقِ دیرینہ ام

لیہ بے موضوع چھہٕ اندرٕ گرٕژی "کافر سپُد تہٕ کوٗرُم اقرار" نادکیس وٲنس منزٕ شیرِ

نوٗدمُت ۔

# تضمین

پڑھ پڑھ کے گیا پتھر لکھ لکھ کے گیا چور
جس پڑھنے سے صاحب ملے وہ پڑھنا اور

نہ چھیہٕ تہٕ تیشگ بنگہ پوزا کرٕنہٕ
خشید گرٕن نور
نہ چھیہٕ تہٕ عاشس تسبیح جرنہٕ
چھس کھر لوبرٕن گٹھو

رِنڈ ے چھکیھ تے رِنڈے مرُن

سو غنن کرُان غور

جس پڑھنے سے صاحب مِلے وہ پڑھنا ہے اور

عِلم گو لیس علِم لدُنی

دے تس کوئی پور

نہ چھُ تتہ لیکھُن نہ چھُ تتہ پرُان

نہ چھُ تتہ کرُان شور

ژہ دیُن عُلمن ظے یوُ دکرکیھ

تو تِہ کوت واتھ تور

جس پڑھنے سے صاحب مِلے وہ پڑھنا ہے اور

ڈاہ ڈی دو پیتھم سِر کرِ لانہا یتھ

تو ت ما سوتھ کانسہ تور

زاڈی جمشید شہِ ہے قُل زو نقص

نتہ شُ ٹھُی گامگ چور

کاڈی غرچاوی تو گاڈی تور واتیٖث

ورمُل چھا ہنڈ وور

جس پڑھنے سے صاحب مِلے وہ پڑھنا ہے اور

لیلہ تے لیچہ چھکھ باڑن کتان

ژُلی ژُیچ کھٹا مور

وُڈ چھکھ لِوان ٹُلی چُھکھ لِوان

ٹُھلی چھی لِوان ژور

گُلی چھی اسان ہُلی چھی نہ کھسان

ٹُلی چُھنے وَسان کھور

جِس پڑھنے سے صاحب ملے وہ پڑھنا ہے اور

ڈیرس منز لود اکھ پھول ترااوکھ

اُکی پھلی اشبار کھور

گیرس تتھ چھی سَنتھ نوشگدر

اُتھ کُمی مانے ژور

بیرس نہ نارس مُشِل بیلہ گرژھی

شیرس موژی بڑور

جِس پڑھنے سے صاحب ملے وہ پڑھنا ہے اور

نکیرو منکروق اُسہِ راوَرَن

سَنج اُسہِ کرَان نزور

مثیانین کارن تَم چھنہ محرم

کرَان ٹُلی اور یور

جِس پڑھنے سے صاحب ملے وہ پڑھنا ہے اور

طمع عبادت چھینہٕ تتہٕ جمع

تہٕ چھِہ ہیٚلہٕ نکھس بور

طمع سماہ کشیاہ سیٚ چھُے جمع

دوُن چھُکھ گُنزران ژور

شُن گرژہِ تتہٕ شایہٕ واتتھ لتہٕ دِزٕ

اُکس ےٚ روُزُن لور

جس پڑھنے سے صاحب ملے وہ پڑھنا ہے اور

یا کرژہِ گوڈٕ گینہہ پانس سُنُن

نتہٕ بلہٕ بنن اپزی لور

ناخونہٕ ستی اسمانس کھنُن

تو تہٕ ماوہ تلس ٹور

میہ مُرشدس گرژہِ غار آن سُنُن!

یمہٕ دلہٕ ابرا مور[2]

جس پڑھنے سے صاحب ملے وہ پڑھنا ہے اور

[1] میٚر مُرشد یہوے تجربہ چھُ از بروٚنہہ ہتھ وُری سواٚمی لچھ کاکن یتہٕ پاٹھو

بیان کوٚرمُت ہے

ویدی آگم پُری پُری چھے

پُری متہ زُری گژھان

اَپری ہے نٕشرِ نیران

ژورٕ وِیدٕ بٮ۪یِہ پوٚران

"آ" زانتو شبد برٛہمے

پرمہٕ پدٕ دِیِہ وَتھ مان

اوم سوٚہ پر سوٚ منٛز دِہہٕ گامہٕ
دروے ژہٕ لو منیلہٕ دے

؎ میٚون مُنٛدیہِ باَتھ چھِو "کلامِ صمدٕ میٖر" (نمبرِ روٚس) لو کچہِ کتابہٕ منٛز چھپیومُت۔ مگر یوسہٕ وَنَن اَتھ باَتس تِتھٕ کتابہِ منٛز کرٕنہٕ چھُنے آمُت سوٚ چھُہ پانہٕ اَکھ مِثال۔ کتابہٕ منٛز نہٕ چھُہ باَتس کُنہِ ہوٚٹ تہٕ نہٕ کُنہِ لوٚٹ اَمہِ علاوٕ چھِس ترتیب تہٕ غلط تہٕ شارَن ہُنٛد تیداد تہِ کم۔ اَمہِ حِسابہٕ چھُنہٕ یہِ باَتھ گوڈٕ کچہِ لٹہِ مکمل صوٗرتس منٛز چھاپ سپدان۔

# وژن

مایہِ عاشق یِمی آمتی یے

ژھایہِ گتی یے گرٛزی تراو

آہ مظلوم ساَنی ہیتہِ پٮ۪تی یے

ژھایہِ گتی یے گرٛزی تراو

گژایہِ ہاوٕ نم نامہٕ تہٕ خطی ییے

آیہِ آیہِ ژیتہٕ چھو نے ناو

رایہِ اکہِ زاے سنتھہ وٕن زیتی ییے

ژھایہِ گتو ییے گرٕنی تژاو

چھایہِ شایا حیلہٕ تہٕ ہاتو ییے

بیٚیہِ رشنرٕ وٕن سون وٕنہٕ ناو

وائے بوزٕنی تھاو کھسں پتی ییے

ژھایہِ گتو ییے گرٕنی تژاو

یورٕ کھیلہٕ وٕن تھوٚو نم کامتی ییے

تور لرزان ورزٕن واو

گورِ ماج دِژ ہاوِتھ چتی ییے

ژھایہِ گتو ییے گرٕنی تژاو

گاہ فنٕدٕ تے گاہ غفلتی ییے

گاہ خندٕ گاہ گرٕ ییے آو

گاہ زندٕ تہٕ گاہ موٕ متی ییے

ژھایہِ گتِ ییے گرٕنی تژاو

شاہِ ہِ ئیندرٕنی کلاوتی ییے

ماہِ روٕ خسار اسیہِ گُن ہاو۔

سایۂ شیران چھپکھ کِس کِتِ بیے

ژھایۂ رگتو بیے کرِنی تڑاو

دوُرِ ڈ پنٹھمکھ لیوان لُستو بیے

مُورِ نار دوّ پھتم للمۂ ناو

پیمرِ تڑاوِنی تڑاو ورنی یتو بیے

ژھایۂ رگتو بیے کرَنی تڑاو

ششش پنج چھپی آیۂ گرکی متِ بیے

پایۂ بڈر نے تڑاوِتھ داو

مایۂ ہارِتھ گئی ملامتو بیے

ژھایۂ گتِ بیے کرَنی تڑاو

وڑایۂ سِتی تِمہ سامانۂ ہتو بیے

راہِ عاشق فِتنۂ فے پاو

چھا روا مارِنی وَتہِ گتو بیے

ژھایۂ رگتِ بیے کرَنی تڑاو

روے مہتاب چھایۂ آفتِ بیے

تڑایۂ اکرِ نِشۂ آفتاب دڑاو

سَنتھ چین چھپی ضایۂ گرکی متھِ بیے

ژھایۂ رگتِ بیے کرَنی تڑاو

کابہٕ رنگ گوم آے مُتۍ مَتۍ یِیے
چھَھایہٕ صمد میر باغ صُحراو
شِنیاہٕ گرٕ ھستہٕ آلودتۍ یِیے
ژھایہٕ رگتۍ یِیے کرٕ نۍ تراو

## وَژُن

سۍو مبۄرو ہی بتہٕ بَنیہٕ مستول
بۄ مبۄرو چھے سۍو ہیمبرزَل
نۍو مبۄرو ساٹرِ تھ زافل
بۄ مبۄرو چھے سۍو ہیمبرزَل
نُبستہٕ لبَس چھُم باوُک ناو
ژُ ستہٕ لۄزِ تھ مۍتے عالم آو
ۄ ستہٕ ییم کفِ دس چھَل چھَل
بۄ مبۄرو چھے سۍو ہیمبرزَل
اَزان چھُس نیرِ ہا تنہا
برزان ہیچھُو تابان ماہ
دَزان زٔن لولہٕ چی مَشعَل
بۄ مبۄرو چھے سۍو ہیمبرزَل

(غیر مطبوعہ)

# وٕژُن

وَنُن ژاے بنُن گدٕرُن
ژوٚلُم باے سہ ناگٕ[1] ارزُن!
پنُن طاے مٕیٚ کرَ یَمٕزُن
ژوٚلُم باے سہ ناگٕ ارزُن

ہتو ماہ روژِتھ تٔے تُچھتَم تَن
ہاسے ہَنہٕ چھِتُم زہر تیلَن
گوٚرژھم زخمَن مٕیٚ مرہَم وُٗین
ژوٚلُم باے سہ ناگٕ ارزُن

ہَتَے ویسیے سہ کیا دِل سنگ
ژٕلتھ گوم لو گنم بے ننگ
ژٕ تَس روٗزُس نہٕ وٲرِس یُن
ژوٚلُم باے سہ ناگٕ ارزُن

کران چھَس نالہٕ زآری کٔنیا
ہران چھَس خوٗنِ دِل دٔری یا
پَران چھَس وارِ سٔکُن فِکُن
ژوٚلُم باے سہ ناگٕ ارزُن

[1] ناگ راے، مشہور لودہ مشکر ناگ ارجن ٲسؠ دوٚیمہ پہاے شدی منزٕ ووس

اَسہِ نِشہِ ژلہٕ تَس نٔے آو
پٕسہِ سَرٕ آلو بِچھ کٔتی وٕشہ لوو
دِسہِ مشز نار مِئے پیوٗژالن
ژوٗلُم بالہِ مِئے ناگی آرزن

صداے ساز فِدا سیدُن
زِلہٕ اَسیہ ما ظَغنی کَرَ نوٗژن
صداے ساز مُو ژھُم بوژن
ژوٗلُم بالہِ سٕہ ناگٕ آرزن

ہتوکا وو لیکھتھ سر خط
کشیرِ نِش قلیچ آویتھ
صمد میرن اسیرن ووژن
ژوٗلُم بالہِ سٕہ ناگی آرزن (غار مطبوعہ)

## وٕژُن

ژھل کوٗرتھم یادن ژوٗرو!
اتھ سیتھے سوٗدو بالے
ژلہِ مو آسہِ تراٗوِتھ دوٗدو
اتھ سیتھے سوٗدہ پالے

دٲلۍ جگنین کوٚر تھم چھوٚرو
کٲلۍ پاوٕ یاد ہے ہاے
ناٲلۍ ترٲوی تھم زال زوٚ بجوٚرو
اَتھ سیتھے مۆرو پاے

نیوٗتھ دِل میون کالہٕ بوٚمبوٚرو
تیوٗت لوگتھ بے پروا ہے
کوٗت ہمبرزلہٕ چھیم کھسِہ کھوٚرو
اَتھ سیتھے مۆرو پاے

خوشکہٕ لب پیریس گوس مجبوٗرو
عشقہٕ طبیب زٕچھ پا ڈاے

زشکہٕ دیتھم عشقہ اوٚبجوٚرو
اَتھ سیتھے مۆرو پاے
یس نہٕ پیری پیری گو منظوٗرو
تس چھنے نیری پاگھ بنی زشاے

جس نہٕ کثرت چھنہٕ تتہٕ دوٗرو
اَتھ سیتھے مۆرو پاے
یوٗ کیا وادہٕ دیتھ بوٚ صدوٗرو
زٕ بوٚ راد بن چھنہٕ تو رہاے

پرٕو ترٛاوِ ہتہٕ صبحکہٕ نوٗرد
اَتھ ہیتھ سوٗرہ پاے
زیادٕ نشرلنس چھِ زیادٕ گیوٗرو
سادٕ صمد میر چھُ لاگِتھ ماے
دار دیلے داو باوَے حمد فتوٗرو
اتھ ہیتھ سوٗرو پاے (وتار طیقہ)

## وٹن

اَرِ تُلی چال کرُستی خاہہ ژندنس
اَندنس ہٕ زاہہ تریم شیاے
کسوزانی زال موکھتہ فوتہ لاگہٕ گنڈنس
اَندنس ہٕ زاہہ تریم شیاے
رووُنس زاگہٕ نیرِ مشال شیکارس
کشیرس چھتے لازم ماے
یاگرس گال چھا پیشہٕ کانہٕ گیندُنس
اَندنس ہٕ زاہہ ہنزیم نیاے
مستورہ بانمس نوق آے بارس
بستوری ترٛاوِ دِکھ نزیارے

نوٹ:-
مقطع ہٕ روٗشہہ چھِ گوڈنکس چھا لیس
مشریم زِشار کُم :-
زنگہ کینجہ گھورتھ قوتہ ہوٗرو
ننگہ پھیرے لاگے نیاے
ہنگہ چاو تھس سوزِ تگہ حوٗر!
اتھ ہیتھ موٗررو پاے
رازمیانی تھوتہ منظوٗرو!
بازیکھنا رونے حاے
نازوانے سا منظوٗرو!
اتھ موٗرو پاے!

کوٚستوٗر کوٚنافس کیٛاکرِ پوٚنڈ لنٛس
اٛنڈ لنٛس تہٕ زا نٛہ تیٚر یم نیٛاے

راب گور ملہٕ وِتھ دِیہ بے مارس
ہیٚنیہٕ نو ما ژیچھ سٹاے
تاب دارِ پنٛنیاہ یِیہ آب منٛڈ لنٛس
اٛنڈ لنٛس تہٕ زا نٛہ تیٚر یم نیٛاے

خاصہٕ کیم خابہٕ تِتی اچھ بنٛیا پر وِتھار
ہَرِ نہٕ چشمن پنٛڑیا ہاے
ناسہٕ تراس زانہٕ کیٛا پاسہٕ سون گُنٛڈ لنٛس
اٛنڈ لنٛس تہٕ زا نٛہ تیٚر یم نیٛاے

قنٛڈ لور لُختہٕ کا نیبرِ تیٚنہٕ سۄ کھتہٕ
اٛنڈ ونٛڈ چھپس گنٛی تنٛڑ اے
چینٛڈ چھوٚن چھیر لوٚدِ لوٚہور لنٛڈ لنٛس
اٛنڈ لنٛس تہٕ زا نٛہ تیٚر یم نیٛاے

یلہٕ لور تلوٚا نِ وانٛدس چھُ میلہٕ ژار
ٹھولہٕ ستی چھُ اُلران جاے
گُلمار کھوتٛیا مُسِنہٕ تنٛڈ لنٛس
اٛنڈ لنٛس تہٕ زا نٛہ تیٚر یم نیٛاے

دِچھۍ گُجرہ لیوٗل دٗ چھتہٕ ماچھس سبز

سۄ چھے ہئیح سَر وپاے

پُھ بُدر چھان یود تچھنس تہٕ ژنڈنس

انٛدنس نہٕ زانہہ تہٕ یم نیاے

راو موپانہٕ چُھکھ پانس ہو مختار

اعتبارس گَمانہٕ ژھاے

تھاوکن باو چھینہٕ حاران خندنس

انٛدنس نہٕ زانہہ تہٕ یم نیاے

دے دِیا چھمد میرلالؔ مو کنتہ اظہار

شدرس چھئے لُدرچ تراے

پے ییمی نہٕ تھوٗدہ ہوٗے پرپان وندنس

انٛدنس نہٕ زانہہ تہٕ یم نیاے (غیر مطبوعہ)

# نظم

اگر چھیشمن ہی گوش نہ ہر شب رستگاری

مگر اے جہاز ہوش تژ کر لب بستہ داری

ٹلان شرادن قدم دوٗر ملان یاون وچھتھ سوٗر

ڈلان کوٗستوٗر زن موش کلان دِل خستہ ساری

سۄرُم آلیہ عۄرفان زِتھ تُرکی یار قلم سینا و ورق تھاو

زبان ترٹہس وزکھس بۄزِس لیوکھن آہستہ کارِی

اگو ہیکیو عاشقے زانگ زبان تے دِل گٔنڈے لاگ

دَرکھ نے گرتہ خاموش سے چھے ٹھۄڈ وۄستہ کارِی

عِلمِ گۄرِ علمِ لَدنی ترٛلم شیکھ عام بدنی

پوٗرُم نو کانسہِ نِشہ توٗش گوٗرِس آرستہ یارِی

ہیچھان چھِکھ سر مراقب یہ چھا کانہہ عشقہ مذہب

رَچھا کرِتھ بو الہوسش چھا سر لَستہ مارِی

نیوٗہ مَک گرتھی بوٗزی سیوٗد کوٗنے ژہ تَنس تھاوُ

یہ چھے بلی یار برد دش نیوٗ بے قصد مارِی

ترٛیوٗ دکھ ہیچ گرکھ گرا ے مٔنے چھے مۄلوٗم سرو پاے

سہس ہمسایہ خرگوش کرِ یا سر مست یارِی

گرِ تھ نامردِ یانس لباسس منٛز عیانس

تہ چھا بے دردِ رۄ پوش وۄن چھا سر وستہ چارِی

صمد میرو تہ کر تاب سے لا میوٗت مضراب

تتھہ دیدو وُچھتھ اُوش تتین پابستہ سارِی (غار مطبوعہ)

نوٹ:- یم شار چھ گوڈنِکس چھاپس کم سے

علم گو علم لدنی ترٛلم شیکھ عام بدنی

پوٗرُم نو کانسہِ نِش توٗش وۄ گوٗرِس آرستہ یارِی

وۄدے پروانہ چھِنے ناو وُچھتھ شمعک اچھو گاہ

دۄدے سر مست پر جوش بہ چھو بہانہ ژھارِی

# روٗد

وٕژھایہ روزٕم ماہہٕ نو کے ہلالتا ے

دوہ گوم پیاران چھےٕ تیران ملالتا ے

ہاواہ چھمہ ہے دٕہے گراو حوالتا ے

دٕرکہ یاو پلنے چھہا آب زلالتا ے

گژھہ لاگ سوندٕ چھےٕ گندر غزالتا ے

اژھہ باغ اندر داغ ہیتھ روٗد گلالتا ے

زالس پوشمرتھ لاگ جنس بے مثالتا ے

نالس بہ حبہ جھو کالہٕ سونہٕ کے خلالتا ے

ماوانچی ٹمیشرانی تھس پور رمالتا ے

مے وانہٕ عشقنہٕ بانہٕ تھرکہ تھم گلالتا ے[1]

کور گن بہ وزالیس ساد پڑانے خیالتا ے

لبہ ہاز یاد آلیس ناد چانے بلالتا ے

ژھاران چھمہ میر گرٕ دراشٹ لالتا ے

پیاران کیٛشا کرٕ در چانے پلالتا ے

[1] گرال۔ یہ چھ ویدک لفظ

(غار مطبوعہ)

# کرالہ پَد

رُمہ رُمہ رؤمَن شُمار تھوُوسے

اَمار او شُم ہیے

گُمار لاگتھ چیر کَس ژرایوس

ہر کَس وُچھم پُرماے

ماے ہیتھ آسس تھزرِن تہ بالن

کرالن کوٗر نم ہیے

زنہ زنہ نرمی سے اَز ماوِ نے

تھاوِ نے ونہ سہ سے جاے

تولکہ ستہ سرہ آب سے ترو رنم

ژو رنم مہ پیہ پیتھ موسے

لوہلچہ لتہ ستہ وَتہ بال اُنزن

تتہ گیوٗ یہ پادازاے

سوکھ سان داتھر بَل بوتھاوِ لنس

تو دسس رو دِکرِ بیے

سوکھ شریہہ اوشم وار ہو کھ ناوِ نس

ہو کھ دِتھ گُر نم لاے

پاکہ وَنہٕ اَنٛگنٕچ مێٚشربیٛون یوٗ زِتھ

اَنٛنکہٕ ساتہٕ ژاجِنیے

دوہ پہٕ قسمہٕ سبکھ پنٕنیہٕ اُکی سیٚے بانس

معو پہٕ معوہٕ مِلہٕ وَنہٕ آسے

ہرکس پٕھیرِ دِتھ چر کس کھٲ رنس

تَتہٕ ژٲر لنس اد بیٚیے

ژمہٕ ژٲر ستی تقسیم کوٗر نم

اَکھ نہٕ بٲکھ لبزان رایے

میچہٕ میچہٕ کھٲ لِتھ ژٕ چہ پنٕچھ کھٲر لَس

شینچہٕ ستی کرٕ نم لیے

ژٕچھ کے ٹہٕ ستی چر خاد عتنم

موچہٕ ستی ژٕٹنم ترایے

شہہٕ سندِ ورتہٕ برتن تھرِی نم

گاہہٕ ستی اُنی فنس لیے

لہہٕ کے پینہٕ ستی ژھینہٕ اد کرٕ لنس

تیندی بوٕ زان آسے

تُھرِ پیٹھ وارِتھ پھقہر تھاوِتھ

جام جم اوسُے چھپیے

واہ واہ یارن چھ کس کیاہ جفس

ژھنم ہیبرِم ترٲلے

تشنِ تشنٕ اندگن پانٕ تھاوِتھ

زونُم تَس کیارالے

تنِہ گنِہ زخمن مرمت کرنم

ہنہ ہنہ برنم مالے

انگہ انگہ جنگلن تہٕ نیستانن

سنگلد ورنگ ژون ژیے

رنگہ رنگہ رنگ دِژیت اُمی گلالن

ہاوِتھ زالن جالے

کونڈِ منز تھاوِتھ باگے ہاوِتھ

زا گے کاژا ہیے

دے زور تراوِتھ لنیہ ترٕ ویراوِتھ

نِے دار ہیاوَن جالے

ستہ وَتہ نارن لو ترِ لو تہٕ زا جنس

دمہ ستتی جم نیے

ادبہ سگے زور ستی بنیہ اور گنڈ لنس

گوبہ گینہہ تلی تہٕ گلی دراے

اکے پاکہٕ ناوٕ آبہٕ تُور نشاہ پیک دانی
اکے آرٕ یُستٕ تُجھ نیے

اکے یارٕ کیاہ تُو دِتھ طُشٕ تہٕ بولدا نس
اکے دوٕ دٕ بالنس ملاے

عُشقہٕ دانہٕ پیتھ پانہٕ موٗل سے کور نَم
زانہٕ وٕنی چھم کران ژھے

طاقتس ہیوٗد کُن تشنہٕ تشنہٕ آسبس
گراکِن دٕژ نَم گراے

خاکہ بادٕ نارٕ واوٕ ژٕھون میٗل کورٕ نَم
بون تہٕ ہیوٗر مارٕ کُدنیپ چھے

صمد میرن وون دلیپ پیرن
اوّن زانہٕ کیاہ گاہ تہٕ ژھاے (غیر مطبوعہ)

# ”نعت“

دادِ مدینک سفر کر
نتہ بسر حال بدو بوذہ لبس
گزاو میانہٕ نے بیتش سرگر
تھوٚوتھ والنشہ آری زہ بس

ڈپُرِ زشاہس اے پیمبر
مُفلِسن اُکی ہوز نَس
سے پیرِ مُت بے یار و یاور
سَر بَر حال یا وِزہ لس

جل ژِ گرژھ واو و ادب کر
حل گرژ ھیم از مُشکِلس
چھل ژِ تن مل مشکِ ادفر
سَر بَر حال یا دِزہ لس

بیٹیہ ژِ وُنی زہ لس سون سورُے
پرانہِ غلطیہ ترآ دِ زہ لس
میانہِ زِیوِ میانی عاجزی کر
سَر بَر حال یا دِ زہ لس (غیر مطبوعہ)

# وژُن

سپُے لُوزم نوبہ نو
دُے گُمُ وُچھ دیدو
چھے تھنزے کُن تہ زہ ہو
دُے گُمُ دُچھ دیدو

کَن زہ بو گوڑ کر بوُد
اَزِ نیر کتھ مقصوُد
گُون پا ئِہ کیشرا وُد
دَے کمُ وُچھ دیدَو

ظلمون تھو دوِن ماہ بوز
ژوہنا ژورَو چیشدِ پوز
شن مشرنے شور گو
دَے کمُ وُچھ دیدَو

سیلاب نوح بجہ آو
شُپ دوا تھوِ ولس وزاو
طے غرق عالم گو
دَے کمُ وُچھ دیدَو

ہَر ذرہ رگنی سے بوُد
گاہ زِندگی گاہ موُد
صمد پر سوڑ سے نہ رَو
دَے کمُ وُچھ دیدَو

(غار مطبوعہ)

نوٹ
گوژکس چھاپیں چھپیم شاموکم سے
تھونیس پتے ور پا(ن) ! ترکیب شعر پتہ شیطان!
تویا سوا سوا ! وسطکی وچھ و پیوڑو !
دم دقہ بوا زم سے دی غم ژوں پتہ یم ستہ در
سہ زیاد ر ژنس پاپو دے کمُ وچھ و پیوند
بیگبسنے چھونی پتاسیتھ وحدت سیمونی نی چھ
سو کرسے آتی م پو دے کمُ وچھ دیدو ور
گکوروفتا نوحس نادرم نہ کنگو رفتو چھ تم!
پلسنے پکان تیز رو ! دے کمُ وچھ دیدار

# وٕژُن

لَسہِ کینٛہ نیس لوٗگ دٕسہِ آمہٕ تادو

اَسہِ نو خَبَر سے آوو زانٛہہ

پُرُدین موت گوٚبہٕ آلا ہےٚ جتس داود

اَسہِ نو خَبَر سے آدو زانٛہہ

کان عشقٕچ لو ہیچھم تَمہٕ تنادو

یان زانہم پٔنُن سا گوٚرُم آہ

جان بر لَب متےٚ ودت ترانی سوزِلوٚ

اَسہِ نو خَبَر سے آوو زانٛہہ

میون حال ونتس ضبحکہٕ وادو

گروٚن چشم لو گٔت تَس نہٕ پَرواہ

حالِ مُظلِم ترٛ دوٗر شُعلہ تھادو

اَسہِ نو خَبَر سے آوو زانٛہہ

زالہٕ ونتس طبیبہٕ غوصہٕ کُلِیوں ترادو

عار انتس یہِ بیمار بٔتسہِ نا

تب عشقن سے چھم شب گزاردو

اُسے نو خبرے یاد آدوزاتھہ

دو ہرا کہ لس تہ ہنے بس پیزاود

لہودیکے سستو ملی مسس پا

شہ ہاگوم نیر تھ لبہ باباں راود

اسے نو خبرے آدوزاتھہ

دوُر دوُرے کنہ سیتمی ما اُڑرا ود

خوری چھم سے دلس چون تمنا

شرکو پلے خود نار لکڑ نادو

اسے نو خبرے آدوزاتھہ

ستھ چھم چیانی اکھ ماتراود

پتہ برو نہم چھیس دچھاں وتہ لبہ نا

خط عشقن لیکھت چھم تہ پرنادو

اسے نو خبرے آدوزاتھہ

تالابد چاد چانے بالا الاود

ترولا محمد مسیر کرے گریا

یا اللہ وصنک پیالا چادو

اسے نو خبرے آدوزاتھہ (غیر مطبوعہ)

# وُژُن

ژٕ سرشاری بہٕ بسترِ غم
نگارو آر دِتھ کم کم

بہٕ جلوے دین ووٕ دِل نیو تھم
نِگارو آر دِتھ کم کم

نگاہو ستٕ زربہ در صحراو
نہٕ زانس جاے ژ ملکھ ناو

پگاہ چھیے گژھاو دغا کورٕ تھم
نِگارو آر دِتھ کم کم

کلے پھانے ملان چھس خاک
بلہم کر دِل شہ چھم غمناک

ژٕ لہم کر چارٕ ہجرک ترم
نِگارو آر دِتھ کم کم

بہٕ چھیس جنگلن بالن
ژٕ چھےٕ دُکھ کمٕ کلہٕ لبن

لُوٗدُم پیٚپ لَن سیٚہ جامہٕ جَم
نِگارو آر دِتھ کَم کَم

چھٕلیٚ لُج قاب قٕو سینس
گُلیٚ نَرٕپن چھٕلِم بَر جَس

تُلیٚ بُلبُل پُرِتھ ماتَم
نِگارو آر دِتھ کَم کَم

ہنتو ژٕ ے دادرس اوس ہَم
ژٕ نیٚ تھوٚو تَم شاد دِل باغم
صمد میٖرس ژٕ نیٚ گُن سَرخم
نِگارو آر دِتھ کَم کَم

ہنتو ژٕ ییٚ تَیتھ تجم خاری
پتو ما چھییٚ وفاداری
ینو مُشراو ہَم سَر ہَم
نِگارو آر دِتھ کَم کَم

(غاڑ مطبوعہ)

•

گوڈنکس چھاپس منز چھ یم شار کم سہ

| | |
|---|---|
| بہ آسس شوقہٕ چانے مس | ژٕ نیٚ کوٚر تَم خاک یکسانس |
| سمو کتہٕ بنیہ کمی نیوٚ ہم | نگارو آر دِتھ کم کم |
| نیٚ اوسکھ دیدنہٕ نگاشہ | وول میون دا واچھ ورمحشر |
| سمن ییٚتہٕ ساری الوالعزم | نِگارو آر دِتھ کم کم |

# وژُن

سگِ اصحاف کہف لاگُم جانانَس
تگی سیٚیہ گوڈٕ کاس پانس ژھاے

رگہٕ نِستر دِتھ لگہٕ ہرتالنَس
تگی ییٚہ گوڈٕ کاس پانَس ژھاے

کرٕ ہُنٛد موُل کوٗرتھ موُتنہٕ کسِ تانَس
دٕتیرِ بیٚاگِس بنیٚاہ موُ کیٚتھ شاے

عطرِ شیشہٕ شوٗبیٚا نِشہٕ بول دانَس
تگی ییٚہ گوڈٕ کاس پانَس ژھاے

تھکہِ ماراز ہوٗشنر کھسہٕ اسمانَس
چھکہِ دانہٕ دانَس موکھتہٕ پرماے

پیچہِ اکہٕ زنگہِ گیٚو ریٚو نژ جہانَس
تگی ییٚہ گوڈٕ کاس پانَس ژھاے

صدرحمت تَس صاحب زانَس
بلبلِ شُس ینہٕ بروٗنٛتھٕ گرٕ صنیچ جاے

بائیکس سرِس چھ بیٚاکھ منزٕ بیٚاکھ دکھنیٚہ تہٕ سہ
جنگلی تگی رد سیٚر چھ پانس، تگی ییٚہ گوڈٕ کاس پانس ژھاے

قدمل خروج چھس آیہ فرقانس
تگی یے گوڈ کاس پانس ژھاے

ہنگہ شنگہ ستال پھٹ رنگہ وو کانس
چال بدلیالیس لاجن ماے

حال ستہ چھ مولوم ضنبہ ستانس
تگی یے گوڈ کاس پانس ژھاے

پور ہیتہ آس ستہ ژہ دہس میانس
ژور خوشس لیجانس چھی دیان جاے

موزور ہاوان گسم پہلوانس
تگی یے گوڈ کاس پانس ژھاے

سور سے چھ مولوم اثر گس تہنس
مشد چھتھ ماران پانس گراے

پنڈ چھون چھے کران خندارکانس
تگی یے گوڈ کاس پانس ژھاے

کرِ کیا صمد میر عشقہ ارمانس
گرِ گرِ چھے یتھ جانس نیاے

پرِ کم پنڈ نامہ سرگردانس
تگی یے گوڈ کاس پانس ژھاے

(نا مطبوعہ)

# وَژُن

کلے وُچھے تھلے تھلے

لَلے نلہٕ وَٹھ ژ لے نہٕ زاہٕ

بٹہٕ دوہہ صُبحس پیٹھ چھژکو لے

حکام بہتھ ونان کمیا

کنہٕ ماز کھیون گرِ مُزکام ژلے

لَلے نلہٕ وَٹھ ژ لے نہٕ زاہٕ

تو رِ بچہ تو رِ بچہ کراں ژلے

پچ مورِ غرِ بچہ گو آف

دِر کتہ دِ ہنس گُنگھ اَنہٕ گھلے

لَلے نلہٕ وَٹھ ژ لے نہٕ زاہٕ

دیپیام پُجس ہیتہٕ با وُلے

لبہٕ تَل چانہٕ اوس کرِ یکہٕ نادا

ژھیو تمیٔ اوٚ ننم گبہٕ ژھاو لے

لَلے نلہٕ وَٹھ ژ لے نہٕ زاہٕ

سُدرٕ کوٹ کھدر مُہہ جوٚم رام تھلے

موٚدرِ بالہٕ گنز ووٚلتس بدہٕ روا

تتہٕ گوس محرم اَتھ اُدرِ گھلے

لَلے نلہٕ وَٹھ ژ لے نہٕ زاہٕ

(غاٗر مطبوٗعہ)

# رۄو

بَنٛدٕ بَنٛدٕ بوزلآئی ژۄدٕ روخنٛدٕ چھُنہٕ چھےٚ گراوتے
چنٛدٕ چھوٚن بازار دراٗمُت منٛدٕ چھتیہٕ بیٚیہٕ آوتے

ژھٕنٛڈھ گنٛدِ ڈھ جامَن چھِ سوندراچرکہٕ شیٚد رٕس وٕردِوان
نیٚٹ چھےٚ شادنوٚسَس وٕنکھہٕ سنٛج وُبٛڈھ داوتے

بنٛگہٕ چلیتھ کینٛہہٕ ننٛگہٕ آسان چھنٛگہٕ لُگِسکہٕ بےقرار
زنٛگہٕ گئٕ جالنٛش چھِ باسان ہنٛگہٕ پھُٹمٕژ گاوتے

کھیتھ ولو ہار میون لکھ گئٕ رتھٕ بگم کاکَد پھرانِ
پتھ سَتھَہ مَن موکھتہٕ اَو سُم تتھ موٗدٕ زیٖم پاوتے

سرتہٕ پادرِ فرِ چھُ چھونے وُر سےٚ ناحق چھکھ دِوان
کرِ چھِ آدم دَرسوٕ خَنٕ کاشہٕ ٹُلِ کوٗرُن کھرکھاوتے

مُنٛڈٕ لُیس رۄدِ پرِنہٕ رۄستے بُڈ آسہِ یا نوجوان
ڈُڈٕ وٕنہٕ ژاکہٕ دار دپنَس گوڈٕ وآلی سنٛز ناوتے

پھیرِ مالے آئی ژورس میر صمدَس برونٛٹھ ژٕلاو
پیر در پیر چھُ ولنس مَس میر ماخام دژاوتے

(غیر مطبوعہ)



## ٿور شاهه

هاسنگ سايو چنگ واسيءِ رباب تي
هر رنگ ڇپيرءِ ٽنگ چانءِ حُباب تي
بو چون بنڊ ڙءِ ڇُڪه ميٺو نُ ڪجھ تي
زءِ منهِ ونڊءِ تي چُھم لوُبه لُب تي

از پانهنجي يتم دانهِ روزه بم نه غذا تي
مهمانِ کهتم جان و جگرِ کي کباب تي
نر دس صمد مير ڇپي گنڊان موروالقاب تي
در پردهِ بهتهِ پور سِتِ اردا هم با تي

(غير مطبوعه)




اُچھ دارِ وُچھ سے ٹُلی تارِ

طُوطہ ہارِ سوٗزِ سے گڑاو

یازِ نٔد بھاوِ یا مارِ

طوطہ ہارِ سوٗزِ سے گڑاو

ژھیٹُو وہ نی تژاو دارِ دارِ

تِتھ کرِ زِ میٹُھی نٕو ناو

پژانہ تس خدمتھ گار

طوطہ ہارِ سوٗزِ سے گڑاو .

ژٔژار ہو گرٕ ھو بڑ سوار
تتہِ چھُے بوڈ عَلم دار
دیدار بَنہِ انوارِ
طوطہٕ ہارِ سۆزٕ ے گژاو

شالہٕ مارِچہ پوشہِ وارِ
عاشق تۄری لاران
پمپوش ژٔٹکھ وارِ وارِ
طوطہٕ ہارِ سۆزٕ ے گژاد

درگاہہ درشن دارِ
ژھارِ وِنی وُنی چھ دوان
عاشقن کٲنہِ کینژھا بارِ
طوطہٕ ہارِ سۆزٕ ے گژاو

●

# گُلہِ میوڈ

صمد میرُن

سُہ کلامہ

لُیس ؤنستام چھاپھ چھُپنہ گومُت

# گُمیٹھ

صمد میرنہٕ کلامُک یہ ساد دار پوٚشہٕ گونٛد پرن والین برونٛہہ کُن تھاوان
بنٕہٕ چھُس پتہٕ توت خوش تہٕ قطار شراوان یتہٕ میلٕہٕ فتادستانی ہتہٕ گوب لیو۔ تیمۍ سٕنٛدۍ کلاس
شیرتا لرِتھ کام لیوٚکھ ستہٕ ۱۹۷۳ء کھس عنتر انداس داتتا وہرتہٕ تکمیہٕ اوس یہ
دِل ڈٔلیچھ نہ کیاہ تمہٕ سانہٕ اوس یہ آسی ابن صمد میرن موٚرے کلامہٕ فراہم ہیوٚکھ مٕت کرِتھ
تس تہٕ عینیس یہ کیٚتھ سا سید تہٕ تھوٚوان پیش کش۔ تمگر تمو کورنہٕ دوازہ تمی فراہم کورتھ
پیٚٹھ کیاہ چھُ میر سٕنٛد کلامہٕ اندوامان، لس یلہٕ آسی اکھ کتھ جواب دیٚنہٕ وریہ گنہٕ نہ گژھان،
چنانچہٕ تمو کرو ستہٕ میر سٕنٛدِ کتاب بٹھ اٹھ کاڈی فراہم تہٕ ستہٕ دِتھ تمن مخصوص تماون
یتہٕ عمو کتابہٕ منز چھاپ۔ دادا گورٛم تہٕ سادرے کیاہ میر گوم تہٕ سوٗرے کلامہٕ سید شیراز
بند۔ خیال اوس تہٕ زینہٕ وُن چھوٚرِ ستہٕ پتہٕ ماگرِ یتیہ کانٛہہ شوقہٕ ودل یہ کام لیوٚب۔ آز
ییٚتہٕ دوہ ژ یہ کام تہٕ میانی اکھ اندوآز یہ چھُس نہٕ گنہٕ وشراں میانہٕ بیچھ شادمانی برزر
کرن وودل چھیہ عبدالاحد بیگ صاحبن فرزند بشیر احمد بیگ صاحب یمی میر سٕنٛدِ وقتہٕ
ترتیب دِنہٕ آمژ قلمی بیاض ستہٕ آیتن گوٚو، اتھ کانٛہہ منز چھُ مکرم شاہ صابنس علاوہ تیمہ
سٕنٛدۍ زیٹھ فرزند غلام رسول میر تہٕ شامل۔ یہ چھُس یمن بزرگن تہٕ بایَن ہنٛدِ وژہ وآلنچہ
شکر گزار، یہُو تیا لبنی شونس قدر کرِتھ اعتبار بخش۔ شاہ صابن شکریہ کرُن چھُ یمیہ

کتھ کینژ زیادے ضرورۍ زِ تمی ذرٕ بیگ مہا بنین وارژن قلمی بیاضن منٛز حوالہٕ کرٕنۍ

تحریک یتھ ستۍ تہندِ علمُک قدر دان آسنک پے پتاہ چھُ لگان۔

یم سادر وار نغمہٕ پرِتھ چھُ ینہٕ سنٛز شاعری ہندی باقی ناوی یہ

برونٛہہ کُن یوان، تیمنز فنکاری تہٕ زبانہِ ہند جود گرا آسنکۍ نوی پہلو چھِ ڈرٛیٹھ ان

یوان۔ یمن پیٹھ تفصیلہٕ سان غور کرٕنۍ ضرورتھ چھ تہ یم تفصیلی سام ہینک

مطالبہ چھِ کران، امہ پوز وُنی کین پیٹھ کلیاتِ صمد میرُک دوٚیم چھاپھ

سپدنکس سلسلس منٛز کتابچہ تقریبن اند چھیپے واتنس تہ۔ یمن کتھن ونٛنہٕ

نادرِ تہ چھیپرِ دتھ دکھنے کرنۍ چھنہٕ گنجایش۔ ہرگاہ زندگی آسی اتھ

موضوعس پیٹھ کرہ بہ اگہ پانہٕ کنہ سانہ تفصیلہٕ سان کتھ۔ دُنی یمن جمیٖس بجہ ہہ

گژھِ ہیوٚتھ پیٹھ ہاسمت۔ پتراد چھم زانکرن پرن والی تہ قدر تہ زانن والی نن تہ ناکہ سی

بیہٕ صمد میرس تہ ادبی مرتبہ باگہ یتھ پیٹھ یُس تہ پزی کنی لگہا چھ۔ صمد میر چھُ ہوغنی شاعر

پزد پانہٕ مگر تسندس آلوس چھُ خُبی رنگ، انداز ہمورزتہ گلند، اد تہ چھُ ستو سارِنے ہنٛز

عمرٕ ستہ تہ سادِ دسے لنٛنہ بدوٚن۔ یہے چھپے تسنٛدر انفرادی پیٹھ تہ تجربہ میرِ آتنہٕ

شاعری ہند خولوس تہ تجربن ہند نیسل انداز چھُ منٛز تراداں انیم پٔرن والین

چھا یتھ ہیوٚہ کینٛہہ کُنس نظر ینہٕ تہ یوان۔ قاصد تہ اوبتہٕ کرسے تہ پیٹھ۔

مہجور

۳۰ جنوری باہ بجے راتھ ۱۹۶۸ء

موتی لال ساقی

# ترتیب



# نعت

واوِ چھکھ گژھ مدینس　　نازنینس کرتہ گڑاو

نامہ پیغام کھن تہ سینس　　نازنینس کرتہ گڑاو

تنگ بو دردستِ ظالم　　ہنگ چھتیم رُزم نہ چاو

ننگ بیہ ناشس اپنس　　نازنینس کرتہ گڑاو

چھنیتھ آسمانی روُد پھیرنس　　سنیتھ آفتاب بیلہ نہ دڑاو

بنیتھ محصول شروپ زینس　　نازنینس کرتہ گڑاو

شب تہ دوہ زیٹھو گو غفلتھ　　وُنی کنس تی باگہ آو

دب لوگم لب گھژ میتس　　نازنینس کرتہ گڑاو

عاجزن دوہ مید وارن　　فضلِ کامل تہنہ نہ آو

سو جنزے ستی لوئہ ریہ نس　　نازنینس کرتہ گڑاو

شاہ زچھکہ دوہ نوی جہانس　　کیاہ چھہ امتس توشہ تاو

نماہیم غلل ماگو یقینس　　نازنینس کرتہ گڑاو

سرگردان اُسی چھہِ بے کسَن — درِ دوہ لوگ شام آو
کرِ کسُن بے دار دِہنس — ناز نینس کرتہٕ گژاو

پھوٚل ژتے ہیوہ اشتابہ پوٚلنس — ژوٚل مےٚ شکہ اُسہِ چھُو واو
قول منے وٚزان گٔنز گوذہنس — ناز نینس کرتہٕ گراو

رگ دردٕ پیچ آیہ نا تَس — آو لے در شعجہٕ آو
حضرت ما توٚ ٹھ حسینس — ناز نینس کرتہٕ گراو

بَس چھُہ اُسہِ سیتی داد شمنس — پس نتہ بلنش گژ تیلے ژتے بار
تُس شفیع المذنبینسٕ ! — ناز نینس کرتہٕ گراد

زیادٕ غم تس ازبن لپس — ییلہٕ شہ نارس دِ چھپتھہ آد
وادِ تیلہِ گے یادیہِ تَس — ناز نینس کرتہٕ گراد

روشُس ماردشن پرِیانَس — دِ دُشس پیوتُم دِ ہت نہ ناد
پوشو ما نفسے کمینس — ناز نینس کرتہٕ گراد

پوٚرہسے لا تقنطو لگی نا کھس،، — آشس دِوٚ زِم گاشُس آد
کوٚر مےٚ رنہ خصتہِ کبر وکینس — ناز نینس کرتہٕ گراد

میر صمدس مسکینس — سیر دِ چھتس نوی شہ دیا دہ
نمبلؔ ہارکسِ لسکینس — ناز نینس کرتہٕ گراد



# شہر آشوب

چہل سال عمرے عزیزت گذشت
مزاجِ تو از حالِ طفلی نہ گشت

الاہی کریماتہٕ نے ماچھے کمی
چھہٕ سارِی پرِوِنٕ لو چھنس اکھ اُمّی
مزاجِ تو از حالِ طفلی نہ گشت

فتح دِم خطا چھم کرِم کشمکش
وۄ تھان زنگہٕ چھے کوٹھی کران اور یور
مزاجِ تو از حالِ طفلی نہ گشت

عُمر چھے ژٕنے پنژاہہِ کم بُلی کرِ ژور
منتھان مائنز رِیشس گرٕھان چھکھ ژٕ خوش
مزاجِ تو از حالِ طفلی نہ گشت

یوانٕ ژٕج گرِتھ ازِ تہٕ چھے بنوٗ نے
اگر ژٕ کرِ تولان مگر چھوٕ نہٕ وُنے
مزاجِ تو از حالِ طفلی نہ گشت

ژٕ کس لگی ژٕ رے مَن گژاکسے اوٕتھ پھش
تمِن سَر چھہٕ ڈیور گژھٕ وس چھکھ وزیر
مزاجِ تو از حالِ طفلی نہ گشت

سوٕنرِ گوٗرِ کرٕ آرم مُنزرِ تُج تہٕ پیر
زِوان سگ اپزِ پُزِ آتش
اُنان پاوِ میتِھ چھو نان تِتھ گرِ اہ!
مزاجِ تو از حالِ طفلی نہ گشت

برازن اندر ژٕ یاہٕ ڈلیٗ ٹھم سرِا
دنان کوٕرٕ کپر سی بناتِ کوٚرشس
شبس بیدآری ژٕ مس روزٕ دار

وظیفن نمازن ژٕنے ما چھے شمار

پران نیو لو کن کران کتر کتش — مزاجِ تو از حالِ طفلی نہ گشت

ژھینے چھے زیادٕ غفلت کران دوٗر دوٗر — نہ چھے یاد گرتے نہ چھے یاد گور

یہ چھے ٹُمبہ نا عشرت تہٕ عیش — مزاجِ تو از حالِ طفلی نہ گشت

ژرناتان چھکنت عمر گیہِ شیٹھ — دندرٕ نیٖرے ژٕ روٗخ ستھ بنداو نکھہ بیٹھ

نہ مانان نیچو چھے نہ مانان نوش — مزاجِ تو از حالِ طفلی نہ گشت

ژے خوفِ الٰہی ہوٚٹھ خوش خطین — ہیوان مشکِ اوسکھ نرگس پرٕنی بتس

کھیوان واتہٕ پھلی ٹاٹھ دِین کین چھرٕ رش — مزاجِ تو از حالِ طفلی نہ گشت

ہیچو آسمان تے لو پو گیہ زمین — نہ زون کینہہ امانت نہ زون کانہہ امین

نیچو ماجرٕ لوٗزم وناں چھم یہ ہش — مزاجِ تو از حالِ طفلی نہ گشت

کھیوان لو کہ ہنز ژھیٹھ کران دِس وارٕز — گراشہٕ آسان گرا چھُکھ مراز

پیوان چھے پیندس پیٹھہ لوان چھی ژٕ درش — مزاجِ تو از حالِ طفلی نہ گشت

سئے وُنی کین وُچھم یاوٕ تامیر بوٗش — کران گژٕ او ژھاندان ٹُری یاوٕ گوش

چمن تاو وا نبرہ چھے کوتا دسا انش — مزاجِ تو از حالِ طفلی نہ گشت

بیٹھ . . . . . . . . . . — سرس پیٹھہ چھُ رزق کھورن تل چھُ موت

ہتو میر صمد لوٗژ موزیاد پش — مزاجِ تو از حالِ طفلی نہ گشت

لہ:۔ بیاضہ منز چھہ یہ سطرٕ ضینمژ۔



# پَد

ووٚن دِمِتھ نوٚن چھُ نوٗرے ظہوٗر ظُہوٗران ژھاو چھُکھے محوٗرے
اوٚن کیا کرِ لَس چھُ پننے قوٚہوٗر چھوٚن سوخن کنان بازرے
گژھ زُ دُرِ یاوس ووتھیا بہادوٗر لوٚڈ تمِ لوپۍ دراے نرے
ڈُو کیا زانِ لوٚڈ گوتاہ سدوٗرلَس اوٚڈے کیوٗر سمندرے
ظُلماتَس گژھِ اژن تمنوٚر وۄر بنہٕ ژٕ رِند سِکندرے
ذات ذاتَس میلتھ صفاتھ دوٗر روات حیاتَس کرو سرے
بیہٕ موسیٰ ینہٕ کھوٚت کوہِ طورٕ کنہٕ بوزان حق سِرے
نوٗر نوٗرَس میلتھ چھُ منظوٗر طوٗر تہٕ موسیٰ اظہرے
روزِ کُن دِتھ بوز ساز گُسوٚر دُوچھ اَچھو نازانو رے
سعانہ سیتارِ مدہم تہٕ سنتوٗر بازیہِ سُلطان ژاوگرے
روزِ با ہوش یوٚد چھُے ژتے ہاوس خال دلالتھ نوکرے
شالِ کچھوٚل نالہِ دُرِ یاوس بالہِ تمیٚ اوٚنے موخصرے
میٚمک تخت میم تختس حوٚضوٗر زور شریف چھِس موتبرے
باحوٚکومتھ شاہ دراو چھِتھ ظہوٗرگاہ تمیٚگ پیوٗذرے
وُچھو گُنی دِیتھ دِزایوس بوٚیارَس لچھِ نادِس ناو کرے
نوٚو چھُ ماینب وَپے گنہ ہنہٕ کارس یہ چھُ صمد میران پرے



# "وُژُن"

لولہٕ ژٲرن مُشنٕس نٔشہٕ ہےٚ
نِشہٕ ہے اوس
ہولہٕ وآلنجہٕ چھُم پٔشہٕ پٔشہٕ ہے
نِشہٕ ہے اوس
کھٔنہٕ للہٕ وٕ ژُوم یاون را ے
ووٕنٕی کوٚت گوم لاگس نیٛا ے
رٕونہٕ داما نٕہ لوٚڈٕ مے اشہٕ ہے
نِشہٕ ہے اوس
زان کھٔٹہٕ کیٛا یہٕ چھُ عیاں
گڑٕہٕ عشقُن چھُم پھیران
پان پٔننے پانٔے نٔشہٕ ہے
نِشہٕ ہے اوس

ڈوہن کوہ نجن چھس پھیران

کوہن ہیوٚر تتہ گوم نیان

ہلہ مہ نازو آمہ گردشہ ہے

نشہ ہے اوس

ہمنہ ہمنہ گوم تنہ بریان

امنہ گنڈہ یمہ کنہ چھٹران

ونہ نیران چھمتہ تمہ شرہے

نشہ ہے اوس

ہفت در خانہ گرنس بشد

پردِھ گوم گیرِیہ جیہ کنہ

سیم تن تراو نس اڈھشیہ ہے

نشہ ہے اوس

ہندارس کھوت منصور

ہزہ ہوشی گور یا منو حضور

وُہ دایم دو آتشہ ہے

نشہ ہے اوس

ذکرِ جہار بنیہ آذکار

فکرِ مشزاو شب بیدار

لا تہٕ الا اللہ تھوٚون منٛز کشہِ ہے

نشہِ ہے اوس

فنا فی شیخ چھے مُرتبہٕ موٚل

بیٚیہ زان فنا فی رسوٗلؐ

ینا دو گنٛشیار روزنی لشہِ ہے

نشہِ ہے اوس

فنہک شکھ ازکٕھ وُچھ بقا

تمہِ نیٚرتھ چُھ شہنشاہ

مےٚ تہٕ لتس تتہِ کتھ گیہ پشہ ہے

نشہِ ہے اوس

گاہ چھُم مےٚ دید گاہ چھُم شنید

کنہِ لوٗزم حبل الورید

دٕنشراو نس کیا زٕ دٕشہِ دٕشہ ہے

نشہِ ہے اوس

پھیشیر دیا ہو یوم تورا تن

بو ن ہیٚور زول اثبا تن

صمد میرس چھ گرِ جولشں ہے

نشہِ ہے اوس



# وژُن

مےٚ حال یا باوِتھ سال ماہرآوتھ
ژِدم لالہ تژاوِتھ بہ نالہ ہرآسنے

یہ خال خطہٚ آوِتھ پیالہ برناوِتھ
ژوٚلُم لالہ تژاوِتھ بہ نالہ ہرآسنے

سنِتھ نیژ عشقُن مےٚ گوو نیژ کاریتھ
جگر خستہٚ دِل خون بلب لبتھ گارِتھ

اُنِتھ آم یانسَ وُنِتھ کس بیژ اسنے
ژوٚلُم لالہ تژاوِتھ بہ نالہ ہرآسنے

کرے گتھ بوٚ یارس سرے سیٚنم نا
بمے خوٗن جیجوں لوٗبا چشم گریا

بہ زالہٕ پان لاگِتھ نیرہٕ نیرد نے
ژٕ ذٕلم لالہٕ ترآدِتھ بہ نالہٕ ہرآ نے

دو بینایہِ سادہ پرواز موے جادوٗ
بہ نیال آہو چہ یادِ صبحدمٕ نی
ژمان مرغ د ماہی نشان آسمانے
پیٹھ ذٕلم لالہٕ ترادِتھ بہ نالہٕ ہرآ نے

الان موے شکین سلان عنبرِ چین
زوان ورد ے اٗچھن پھولان سوے تجلی
جبینس خطے خوش ازل درمیانے
ژٕ ذٕلم لالہٕ ترادِتھ بہ نالہٕ ہرآ نے

بہٕ پیٹھ ترواو کران تیرہٕ ششیکار
مران شیرِ تو تحتار کران تارہٕ زاری
زِ روح ماہِ انور شہ سمگ دہلے
ژٕ ذٕلم لالہٕ ترادِتھ بہ نالہٕ ہرآ نے

چھہ دند مو کھتہٕ شوبان لب لالِ مرجان
منے گو دِلِ پریشان غنچس کالہٕ ماری
زِ طوطی گفتار ملک دیوانے
ژٕ ذٕلم لالہٕ ترادِتھ بہ نالہٕ ہرآ نے

ژِزان سینہ صاف بۄزان تعاف تامُف
سۄزان تمتھ چھِہ الطاف یارے الٰہی

چھُہ ژُبے پھیران دِل تہٕ پستانے
ژُ دُلم لالہٕ تراوِتھ بہٕ نالہٕ ہرآنے

مچھ مَن میثون تو ٚلمُت نمَن خوٗن ژٚ لمُت
تمن رنگ ڈیتمُت خوٗسے نصتابی

بہ پنجے چھِ شیران کران تیم جانے
ژُ دُلم لالہٕ تراوِتھ بہٕ نالہٕ ہرآنے

سرِتھ نازِ شمشاد کرِتھ گوم بیدار
صمد میر نٹاوِتھ چھُ در دِل نِشانے
ژُ دُلم لالہٕ تراوِتھ بہٕ نالہٕ ہرآنے





# وُڑُن

نیٚہہ گاشس چشمن دِہ کتہٕ صنمن

بڑٕ ہمن زٕ نمس لیوٗلی وے آے

لیوٗد وے

دیہہ دِتھ شُشترن امرہ یتھ اوٚ نمس

بڑٕ ہمن زٕ نمس لیوٗد وے آے

گرٕبس منٛز نیلہٕ پیوٚس ناگاہ

تنگ تارٕیکی اوس جاگاہ

سورگٕک ساغر ہیتھ چھم داے

بڑٕ ہمن زٕ نمس لیوٗد وے آے

نو ماس پڑٕ آو دِتھ لوٗب ہیتھ آم

گرٕی ہم ہٕشر رتہٕ بٕری ہم جام

مُہہ ہیانہٕ آزاد بے پرواے

بڑٕ ہمن زٕ نمس لیوٗد وے آے

بالک اوستھا تراؤم — پتھ
نترن پر گاش کُس آم ہیتھ
ونواس گر شھینج ہاؤنم جاے
برہمن زنمس یوڈ وے آے
پُرش روپس دِتھم چھپ و
ذاتک وُچھم کوز ہم ناد
یگینوپیتھ درمس زاے
برہمن زنمس یوڈ وے آے
تیتکھا گو شبداہ وُچھ کیا
وِچار کرنو ونس پر جا
نیتہ کرم کرِتھ گو ڈشوڑ یاے
برہمن زنمس یوڈ وے آے
سندیا شب روز پاٹھ — پوزا
ہندیا رژ رژ باد وے کیا
آواگون سیر کر پر ماے
برہمن زنمس یوڈ وے آے
گرہستھ دارن گیم ہندیا
کام کرور لوب مُہہ پیم یکتا

آنتا کرن مہشا آئی گم سپزا ے
بُرہمن زنمس یوٗ دوے آ ے

آدِھنا زِہتھ تھاآ وِتھ روز
سیڈی سپدی بن دِل سوز
پزان اپان چھُم لوٗ ٹرن سنا ے
بُرہمن زنمس یوٗ دوے آ ے

ناستِکا مو کھتکے ٹِکہ تن ناز
پہلوٗ گس منٛز کرُتھ پرواز
پرلوکس سو پھل منیچ قلا ے
بُرہمن زنمس یوٗ دوے آ ے

پاتال آکاشن تراؤ وِم پتھ
پرکِ یہ تہٕ ترِ ندرم داہ دِش ہتھ
شن رُکھ صمند میرؔ مؤکھ دامن ا ے
بُرہمن زنمس یوٗ دوے آ ے





# وٕژُن

مدٕنس سوٗزُم گوٚنٛدتے ناو

ادٕ نو تورٕ زاٹھہٕ پاٸی غام آو

ودٕنا بدنس چھُم آمہٕ تاو

ادٕ نو تورٕ زاٹھہٕ پاٸی غام آو

اوٚن دپان موزٕ ڈرس کیٚنھہٕ کھاو

زوٚر دپان مےٚ دوہ ہے سوزلوزاو

اٚنس رٲو عاصہٕ ہٮ۪ن در صحراو

ادٕ نو تورٕ زاٹھہٕ پاٸی نام آد

برزبان بانڈٕ پاٸی تھر مےٚ کھاجاو

گوٚرزٕ ژُل ماگنن لرزاسہٕ شاد

دُرزٕ دوٚپ مسخرن رہ بنہٕ مژُ زراو

ادٕ نو تورٕ زاٹھہٕ پاٸی غام آد

بالہٕ ناگار زن باغ ژرا یاو

ڈالیس ژٕج دۆلپس ذاتَ آرہاو

تمہٕ ڈُنگم ژھالمہٕ ہی مالہٕ روزگراو

اَدٕ نو تورٕ زاٹہہ پأغام آو

شور آرن چھُ کیا زورٕ چکہٕ چاو

لارن چھُکھ دوہن نارن باو

جوپہٕ ہلوتھ سمندرٕ سپزاو

ادٕ نو تورٕ زاٹہہ پأغام آو

برسرٕ شمہن نارکھاجاو

کبہٕ پٔٹر ژھس نس کیا بوزنہٕ آو

پروانن تہٕ پتہٕ پان زاجاو

ادٕ نو تورٕ زاٹہہ پأغام آو

پھولہٕ گُل ژلہٕ اَسہٕ تمناتاو

بلہٕ رنگہٕ بُلبُل خوش بہار آو

کلہٕ پوشہٕ نول ییلہٕ شُتراون ڈراو

ادٕ نو تورٕ زاٹہہ پأغام آو

سنزر دوہ لابس تہٕ سامانہٕ بُنزراو

کٔرٕ ننز گُلابس اویزان اُنزراو

مٺڙ ڪالبس اُڙھ قبلہ راوِيا و
اڙ نو تو ڙ نا نھہ پآ غام آو
عالمہ غآبہ نِش سوڙ ے وڙا و
غآب الغآ لبس مٺڙ فقير ڙاو
نيبس وات گو ڈ ہا آبجھ تڙاو
اڙ نو تو ڙ نا نھہ پآ غام آو
کان مينختيچ وُچہم بر ہوا و
پوخته کا رن بشد نوکته راوِيا و
فان گرڙحہ صمد مير پان پرزنا و
اڙ نو تو ڙ نا نھہ پآ غام آو





# وژن

رِ کتھ لوگ دَسہِ یَس آمہ نا دو

اَسہِ توخبرے آودزاثہ

پردیان موثت گو بہ لگا جنس دادو

اَسہِ نوخبرے آودزاثہ

شربال گا جنس کرِکس گڑا ودو

شَہ چھُ بے انصاف یَس بہ دَثہا

گژ حتس کاوِ ستہ و نتس گڑاودو

اَسہِ نوخبرے آدوزاثہ

نکان عشق لو یتھم تمہِ نا دو

پان زانہم پنُن ماکورِم آہ

جان بَرلَب ئے ووت تران سوژیادو

اَسہِ نوخبرے آووزاثہ

دٔرِ ونٔدرِ کنِ ژٕرے موٲ لراوو

حوٗرِ چھُم مٔتےٚ پِس چون تمنا

شوٗرِ پاٹے مٔے موٗرِ نار للہٕ وٹاوو

اَسہِ نو خبرے آوو زانٛہہ

ییٚون حال وٕنتس چھبکرِ واوو

گرِدون چھم لو گمت تس نہٕ پروا

حالِ مظلیم تمہ در نظر تھاوو

اَسہِ تو خبرے آوو زانٛہہ

دولہِ ڈٕچھنے چھانہِ ہول آسہِ آوو

قولہِ ساریو ژٕہ موکھ ہاو کھنا

دولہِ چھُ چشمو بہ خونہِ دِل ترادو

اَسہِ نو خبرے آوو زانٛہہ

زور وُنتس طبیبہ غوصہٕ سونی ٹرادو

اَسہِ نو خبرے آوو زانٛہہ

تب چھُم کیتھہِ پاٹھی شب گُزاروو

آسِہ نو خبرے آوو زانٛہہ

دوہ اکہِ تس تہ مٔتےٚ مُثِل سپزاوو

لہٕ دِلہِ کے ہتی مُلو مس پا

سُہ ہاگوم نپر تہٕ بہٕ ہا بال راوو

اَسہِ نو خبرے آووزاہٕ

پشہِ پشہِ چھُم نہٕ کشہِ تیہٕ موتراوو

سینہٕ افغار سکین مرٕ ما

اڈکھشہِ تراوتھس ور صحراوو

اَسہِ نو خبرے آووزاہٕ

سَتھ چھم چانی اتھٕ مو تراوو

پیتہٕ برونٹھ چھُس وُچھان وتھ لبہٕ نا

خط عشقن لیکھِتھ چھُم پرناوو

اَسہِ نو خبرے آووزاہٕ

نالا بہٕ دادِ چانہٕ بالا الاوو

ژالا صمدؔ میر کرِ گرِ یا

باللہ وصلک مےٚ پیالا چاوو

اَسہِ نو خبرے آووزاہٕ

---

نوٹ:- یہ وژُن چھُ کُلیاتکس گوڈنکِس چھاپس منز نامکمل صورتس منز چھاپہٕ چھہ سپد مت۔ تمہِ لٹہِ اوس امیک متن اَسی ابن صمدؔ میرن فراہم کورمت، وُنی کین تھاوِ اَسہِ میرسٕنزِ اصلی بیاض بدس سپدِتھ وژنچ دوشوے صورژ قایم سپدِ زَن تحقیق کرن والین یِہ ونہ گژھ آسائش سپدِ۔ بیاۍ ذکرِ چھے وژنچ دٔرِس تہٕ مکمل صورتھ سوے یوسہ بیاضہِ منز شامل چھےٚ۔



# اوٚڈوٚژُن

ژالہٕ کٲشِ نِیہ نَم سےٚ مٔتے وٕسَن   لالہٕ گوم لاسن زِ یِیے

نتھاوِ ناگوشس اِلتماسَن   لالہٕ گوم لاسن زِ یِیے

ییتہٕ نا بیوٚ ٹھکیہ چِلاسَن   وَنتہٕ وُچھان لوسم یِیے

نتہٕ وَنتم کنتہٕ چھُچہ آسَن   لالہٕ گوم لاسن زِ یِیے

بٲلی پروانہٕ شمع آسَن   کٲلی گلِتھہ ڈٕے وٕتھہ یِیے

زٲلیا دِہ لوٚے اخلاصن   لالہٕ گوم لاسن زِ یِیے

ملہٕ کران پِل ژھل دلاسن   بٔتیہ پھٲسی اتھہِ تسبیٖ یِیے

آس ہیہنہٕ منز ناسہٕ تراسَن   لالہٕ گوم لاسن زِ یِیے

---

نوٹ : یِمہٕ وژنگ باقی حِصہٕ چھُ بیاضہٕ منز ژٹتھ آمُت نہٕ

# پد

غشمہ ہیتو چشمِ خمارواۂ مژراو تم با اللہ
سنغ مسائم لاگ وق یہ چھم سیٹو داکھ نظر کرتم با اللہ

بے سرو بے سایہ چھس بوڑ نیے سِوا کس باوکیا
رٹیہ چھنم سربایے گنڈمژ منیے یہ چھم جانی واللہ

عشقہ مسکین چھس بہ غمگین چھے ژنیے آئین چھکھ ژشا
انکھ ژٹن ییٔژ دلِ شکستس نتہ منیے دِم کینژ صلاح

چھکہ لد چھس سینہ بریان کینہ منیونے چھے ژنیے کیا
دِین وو دُنیا ژنیے منیے دِتیے بوے چھسے اکھ سا یلا

ژور دراہ ژدوراہ ژحور تن گاشر سیاہ
نوبرہ خسار گوژھ منیے باوُن مورِ چھم نارچ چھلا

عاشقن آرام خولیشن تر دُوم ہوشہ آئیس لبہ نا
ریشن دلِ سینم ژُو چھتم پیش چھُم اکھ مُشکلا

پُر برتھ چھس غلطیو ستی جُرم تقصیر چھُم شہما
مُر منیے دارم خوان ہارم پھیر مسادِم عا دِلا



# وٕژُن

عٲرِی فن عاشقن ژِنڈٕ ابدالن

انٛدٕ روز فنٛدٕ فنٛدٕ زالن ما

وٕچھنٛدٕ پیٚنہٕ راوی وات شالن

انٛدٕ روز فنٛدٕ فنٛدٕ زالن ما

سستہٕ نیٚہٕ آگر چھپنے والن

ہنتہٕ دلہٕ نیٚرتھ راوِ شنی یا

ٹٲٹہٕ پیٚم شیرن کتہٕ دِلن شالن

انٛدٕ روز فنٛدٕ فنٛدٕ زالن ما

لاگ سنی یاس کھپنز جنگلن بالن

فراگ ہیٚو لبستی راوی کیا

باغ اژھ تہتہٕ وچھ داغ رٕوٹ گلالن

انٛدٕ روز فنٛدٕ فنٛدٕ زالن ما

دور کور رحمتکہِ آب زلالن
غور کر ہا نگنیو ترووکھ ما
زور ییٚن شدرلن شور ووتھ نالن
اندرِ روز فنڈِ فنڈِ زالن ما
پوشہِ ٹوٗل پالنس مشتاق چھالن
خوابصورتھ پادِ کور لسں کیا
بُلبُل زردی چھاوِتھ نالن
اندرِ روز فنڈِ فنڈِ زالن ما
اچھ دارِ آیکھ شمع پرزالن
گچھِ ڈبرِ وادِ سیتی پیو کیا گاہ
مچھِ کیا مانہِ لوز پونپری ڈالن
اندِ روز فنڈِ فنڈِ زالن ما
موو یہ ریچھا لسن پیے اکے کھالن
وَنہِ چھے تاثیر تتھ بنہِ کیا
ٹوٗر طشت پیک داٹھ تھرأکی کرالن
اندِ روز فنڈِ فنڈِ زالن ما
کھور زھن ناآہدن زہ ہدہ کین جالن
کوہ کچھ رازہ ہو نیز سیدیا زاہنہ

مور کتہ شیر بنو پیسر کوہ نا ئن
انبر روز فنبر فنبر زالن ما
وار و چہ ہارلین ہرل ارث کالن
جبار دِ کہ بیپر لوو چکہ ژ بینا
ہارِ نکی سنہ چہ توو پینر لوان لالن
انبر روز فنبر فنبر زالن ما
انبیا تِرا ور لیا پان سنبالن
واحد القہار ہیبلہ بنہ ساکتا
تہتہ آہمِ شافع اتس پالن
انبر روز فنبر فنبر زالن ما
نے ہیچہ نا ورثیت حسن بلالن رض
کنہ آسے انورِ تہ اسے شتوا
سوے خبر قسمہ میر صاحب جالن
انبر روز فنبر فنبر زالن ما





# وژُن

ہران گاہ خوٗن گاہ گرِیا
کران مجنوٗن یا لاؔلا

پران افسوٗنیٚ دِلخاد
کران مجنوٗن یا لاؔلا

دٔوس گِنٛدرِ گنٛڈی مےٚ ہوٗرُم نار
یوان تٔس زانٛہہ نہٕ ہیوٚنے عار
زٕ دِ کٔی سٕعدری یَن ہیتو تُم اطلاع
کران مجنوٗن یا لاؔلا

مےٚ چھُم دِل خانہٕ سِتی توشن
سُہ ماہ رو خسار کرڈ بیشن
وٕچھُم ہرشایہٕ تھٕنٛڈُرے گاہ
کران مجنوٗن یا لاؔلا

چھُ مُت میخانہٕ اندرے تٔس
نِمِتھ پیٚیٔے کفر و اِسلامس

پیٹمتو بے کس گمنزا عما
کران مجنوٗن یا لآلا

پھیوٗڑ م سیئے یارِ سُند امار
پُرُم گاہ کلمہٕ گاہ زُنار
کوٗرُم شوقن تسندِ فیر داہ
کران مجنوٗن یا لآلا

گوٚہ ناہ ثواب چھی حسرتھ
منع راہِ عشق کرتھ
پہناہ یرتھ گرتھ فنا فی اللہ
کران مجنوٗن یا لآ لا

گرے نیرتھ بہ تراس غارن
زری تراے جسم ستے انہارن
مرے دادا کران فردا
کران مجنوٗن یا لآ لا

نشیتھ پیو جان و دل شب روز
پُشتھ پروانہٕ دوٚد دلسوز
مُشِتھ گو لاالٰہ اِلا اللہ
کران مجنوٗن یا لآلا

ژلوژن تڑاویہ کیتھ اُمُسزادو
شُمسرکمُو وڑن ئیہ کس پیچپادو
ژدچھ جبر پلہ ڈیو نُتھن کیا
کران مجنوُن یا لٰا لا

دِشن چھپیرتہ دشر سوگُر نُسر
ییلشن سوشن کار کرشُن پیشر
کشن لوژ فاڑ چھِسر غوغا
کران مجنوُن یا لٰا لا

اُچھن کر پاڈ زیر وگوسش
وچھان گرزہ گوشوے رِگنوادس
صمد مسیر وژِیَن رشنوا
کران مجنوُن یا لا لا



# وٚژُن

تَتہٕ آکھ ہَنہٕ ہَنہٕ مَنٛزٕ شانہٕ ڈآرِتھ
یتیٚتہٕ پانہٕ کِیا سَنٛزٕ کآرِتھ گو کھ

ہَتہٕ کیٚتھ ٹھو ٹَنٛزٕ پیٚنٛتھ نہٕ ہآرِتھ
یتیٚتہٕ پانہٕ کِیا سَنٛزٕ کآرِتھ گو کھ

سُل چھےٚ کیٚنٛہہ نے گرٛ ھکھ سَنٛزٕ کآرِتھ
کل نفسٍ ذائقۃ الموت پیٚو کھ

بُل چمک چھُ درمیانہٕ کیٚنہٕ زوٕ نرتآرِتھ
یتیٚتہٕ پانہٕ کِیا سَنٛزٕ کآرِتھ گو کھ

بارِ امانت بار آکھ کھآرِتھ
سو رُے اوس تی حقہٕ سُنٛد شوق

یآری تہٕ یاد کر لام نِہم پآرِتھ
یتیٚتہٕ پانہٕ کِیا سَنٛزٕ کآرِتھ گو کھ

شش جہات ذرٕ ذرٕ خالؔ آکھ کآرِتھ
یہ جہادِ اکبر نآلی چھُے طوق

کاکہ ماٹھ دِیہ تراوِتھ مارتھ

ییٚتہِ پانہٕ کیٚشہ سنٛز کارتھ گوکھ

بوٚذِ چ شیچھ ڈار سوٗد چھےٚ چارِتھ

مرٛ چھینہٕ زٕژ کُنہِ موٗلے کھیٚشوکھ

فرِضیح عوضی دفتر کھارتھ

ییٚتہِ پانہٕ کیٚشہ سنٛز گارِتھ گوکھ

مچھِ تے ماچھر خصلتھ ژٲرتھ

کچھِ ژاڈ منزے دوشوے کھیٚشوکھ

نیک بد چھینہٕ کرٕ نزیہ چھ اتھ لارتھ

ییٚتہِ پانہٕ کیٚشہ سنٛز گارِتھ گوکھ

زوہ ہر کہ سوداستی وان بارِتھ

احدک طالب چھ گنڈ گنڈ ٹنگ

کوٗل وونی پھیوٚ پھ ژراگھہوٗل اتھ دارتھ

ییٚتہِ پانہٕ کیٚشہ سنٛز گارِتھ گوکھ

ٹنگہ وو زمین ایٚشر کال پرارِتھ

منگ لیس ستی لس نشہ چھےٚ روک

ژرِ تہِ گرٛ صمد میر گرٛ سنٛز گنہ کھارِتھ

ییٚتہِ پانہٕ کیٚشہ سنٛز کارتھ گوکھ



# وَژُن

ہا مارٕ متیو وارٕ ہاوتَم نوٗرانتَ آمے

چھَس خمارٕ ستی پارٕ دِل اتھ موٗرانتَ آمے

چھَس آشہِ رُوزِتھ گاشہِ وُژرے پارانتَ آمے

چُھکھ راش زٕ پنٕنِتھ آمُت ماشہِ مارانتَ آمے

دِتھ بارِ نیوٗ کھم وارِ دِل دین ایمانتَ آمے

بے چارٕ کُرٕ مکھَس ہارٕ ناخونِ بارانتَ آمے

وُوٗن اچھِ دارِ ے پُزم رووُنٕ دامانتا ے

چھُم وچھِ ترٔوٹھ ناٗلی چھِ لوٗد سازِ سامانتَ ے

کیا نُند بانیوٗ زِندٕ گرٕ ہَس بے جانتَ آمے

بے اندٕ ترآو چھُہ زِندٕ گو ہم دوباتَ آمے

نس کا مکیس کتی ہیر لبہ ن جامہٕ شیرانتائے

چھس شامہٕ سعٕندر وبیر چانے پارانتائے

مرمر نخاوتھ مرکنیٖہہ چھمنہ جوٚرانتائے

ذرذرہٕ بناوتھ کرمہٕ لون ہتیہٕ لوٚرانتائے

ہاکر مہٕ لانیو یرلبہ چانی افسانتائے

کیا ہیکہٕ ونتھ دام تراوتھ چھ لوٚرانتائے

تھوہیوٚر لبہ ن ڈیان پھیوٚر کیا سوز سلطانتائے

پہو دوٚر ہوسئ شوٚر گوکو ہہٕ ٹلوٚرانتائے

دیوانہٕ بنگی آسے کینتی ایرانتائے

چلنس چھہٕ زنگی نیزہٕ عہ ستی کوٚرانتائے

ینتھ عشقہٕ وانس جام جم چھے پھیرانتائے

چنتہ مس حمد میر گھتہٕ ہنزرس ورانتائے



# وژن

رشکہٕ ستی عشقہٕ ژوٗرن مٕتس حال
بالۍ وُنہٕ چھُم نالی نال

خالی کورنس گوم یٖژکال
بالۍ وُنہٕ چھُم نالی نال

تابدان چھُس موے مشکین
گوٗس چھُے ثمہٕ گے روے نہٕ دین
قاب قوسینس منز چھُس خال
بالۍ وُنہٕ چھُم نالی نال

روے پُرنور چھُس دورِ تابان
نورِ ژھتہٕ تمچے چھُ طوٗر لرزان
خوے تشنہ دُ موٗسیٰ گوٚ بے حال
بالۍ وُنہٕ چھُم نالی نال

نوٗکتہٕ رِدٕس اٲلفس وُچھتہٕ ماژھاے
لام میم میلوٚمتہٕ چھِے حمزٕچ جاے

پوخستہ کار اُلی نہ قد سپدُم دال
بائلی وُنہ چھُم نائلی نال

چپن ما چینس ژاو سُلطان
گیر دیٹ زُ نگیو کرتہ میزان
ژیر اوس حبشس رؤدا اشکال
بائلی وُنہ چھُم نائلی نال

ولہ ولہ دؤر کن ییلہ شیران
دلِ مظلوم چھُم دُبہ پشیران
شؤبہ ورنی کیا چھُس سو دُرِ مال
بائلی وُنہ چھُم نائلی نال

ہٹکیس ہنزرس بنزرُم پان
اُنزرُ منہ کینہ تیتہ روؤم دیان
گنزرُم نائلی چھُس لچھ بازی لال
بائلی وُنہ چھُم نائلی نال

وائلی کن بالہ ہوّر جُمکن گرا ے
چال سوے وُچھنے عاشق آ ے
وائلی مدِ عشقن گئی حلحال
یائلی وُنہ چھُم نائلی نال

ہٹکِ لدان ترٛووپرا گاشس
دین ایمان سیدُم ناکشس
پلہِ کوٚت بے کس ذُ زمیٲنی تال
باٲلۍ وُنہِ چھُم نالی نال

ٹاکٲنۍ پُر زر ہیچ موہتاو!
ہکِج گرٛشہ کا بس ج کتہِ آو
لُج تتہِ ملکن یُیٚر تُلہِ تال
باٲلۍ وُنہِ چھُم نالی نال

قدِ شمشاد چھُ نُے کیٚا شوٚبان
پایہِ بُڈ چھکھ ژِشاہسہِ خوٚبان
گرایہِ چانہِ ستی ییٚتہِ مٔتے تہِ اقبال
باٲلۍ وُنہِ چھُم نالی نال

دِلہِ کے خوٚنہ ستی لوٚر مس جام!
کمن ستی چھکھتہِ بیٚنتہِ چیتہِ اکھ دام
صمد میرن تہِ کور عشقس سال
باٲلۍ وُنہِ چھُم نالی نال



# "لولو"

ہَنہِ ہَنہِ دژاوکارِتھ ژھل تہٕ لولو
وَنہِ کُس آو سُے آزل تہٕ لولو

سۄ نہِ کمہِ تام گُڈنُس گل تہٕ لولو
وَنہِ کُس آو سُے آزل تہٕ لولو

کھۄ نہِ للہٕ وۄثام آمُت یاون رلے
نتہٕ ترٲو نم لولُک عشقٕنی کرلے
نتہٕ گٔمُت کوٚر لوٚت اہل تہٕ لولو
وَنہِ کُس آو سُے آزل تہٕ لولو

پانہٕ تیٚرن بوٚرمُت چھُس الماس
جان دِل کٲشا لاین بے قیاس
منہِ للہٕ وۄثام زٕبے کانہِ چھل تہٕ لولو
ونہٕ کُس آو سُے آزل تہٕ لولو

رۄ نہِ دامانگ شۄ نی شۄ نی بوٚزام
گوٚندِ ہیوٚ ٹھم کوٚر نم مندنین شام

رٔنٛدِ گٕنٛڈنس بےٚ نازل تہٕ لولو
وٕنہٕ کسِ آوسے آزل تہٕ لولو

ساز سامان چھُے ناز تہٕ شوٗبان
رازہٕ او تارن کیا دِل چھُ لوٗبان
جاز گُرِ ترٕتھے چھُے پاگل تہٕ لولو
وٕنہٕ کُس آوسے آزل تہٕ لولو

اچھ دارے سوٗنہٕ کنہٕ دوٗرن گراے
ہیٚنچھ ناوی کمی لاگنُ بے پرواے
رچھ گنٛڈ سے تتہٕ اچھ ول تہٕ لولو
وٕنہٕ کُس آوسے آزل تہٕ لولو

ہارِ وُچھس سوٗنہٕ سندی نار لیستان
مارِ فت کیا دو لوٗنی دارِ نیران
مارِ لوٚدیہ درالہٕ ڈُل تہٕ لولو
وٕنہٕ کُس آوسے آزل تہٕ لولو

خال بلال بمہٕ کج ہینی حبان
چشمہٕ خوبان روے چھُس ماہ تابان
لب مرجان دند زا فل تہٕ لولو
وٕنہٕ کُس آوسے آزل تہٕ لولو

شہدِ بیچِ زبان عہدِ بیچ عطر یاران
چلیم دڑائے تتہِ تمنے چھپہِ ماران
ٹوٹِ تُلہِ ہیئے از قل قل تہ لولو
ونہِ کس آو سُئے آزل تہ لولو

زلفِ شاہمارن ملیتہ مشکِ تاتار
جمکہ والی کن بیتیہ بالہ ہوٗر اظہار
نوٗرِ ٹاکانی سورگہ مخمل تہ لولو
ونہِ کس آو سُئے آزل تہ لولو

ہٹہ لدیہ گدِ منزِ گاہ ترٛاوان
ژھٹِہ سیتی آفتاب منزچھاوان
تھیکہ ناوان ہاوان بل تہ لولو
ونہِ کس آو سُئے آزل تہ لولو

روٗ پہ گُلی نے دیت مت خونگ رنگ
قدِ شمشاد آزادما چھس ہنگ
صمد میرس چھپے حل حل تہ لولو
ونہِ کس آو سُئے آزل تہ لولو





# وٕژن

مایہٕ رٚوس ژھاین گرٕزٕنم گتٕھ ییہ

لٹھ ییہ اُتھ ییہ روزٕہم نا

رابہٕ کمہٕ کرٕزٕنم بے مرُوتھ ییہ

لٹھ ییہ اُتھ ییہ روزٕہم نا

نامہٕ لوٗسوزٕس لیکھ خطھ ییہ

کامہٕ دِلہٕ یار میثون بوزٕہم نا

پامہٕ تور لٔزٕنم شامہٕ صوٗرتھ ییہ

لٹھ ییہ اُتھ ییہ روزٕہم نا

بٔرم دُیتٕنم شمشاد قامتھ ییہ

حُم کارٕ ژام شیچھ بوزٕہم نا!

دم نے کاکر روز چھم وتہ گتی یے

لتیے اُتی بیے روزہم نا

کو زاہہ نادن کھوکرم بنہ منتی یے

تن من سوُرم ووہ فوونہ کیثیا

زن کھ لیہ راون گومت تپر یے

لتیے اُتی بیے روزہم نا

والو درِ کن پا زنی ہتی یے

گراُیو ہشزو تمبلیشیا شاہ

بگنہ زوُن زال سن ابا گتی یے

لتیے اُتی بیے روزہم نا

اُنی اُنی عارلیس وُنی بے درتی یے

ننی پا تھی تھی تور گوُر نم داہ

وُنی وُنی زار تس گام گنی تپر یے

لتیے اُتی بیے روزہم نا

بوسہ امتہ ہمبر زلیہ لوہمبرس درتی یے

غوصہ کیا گوس میثون بوُزتھ پنہ زاہہ

لوسہ ناو لنس بال لوسہ گتی گتی یے

لتیے اُتی بیے روزہم نا

کیا پھوٗل دربیاغ کیا چھا ازۆق یے

کیا بر گوٚژ کنہ گو کھشیدا

کیا گوٚل نہ کیا روٗز سلامتی یے

لتی یے اُتی یے روزہ م!

نکھ و آتھ گوس لکہ مختی یے

شکہ لقینہ نقش ہوین یکجا!

دُشمن تے دوس ڈلو گھم نہ تی یے

لتی یے اُتی یے روزہ م کینا

بادرِ دچھمہ مپرس دیان شتی یے

جان برلب چھم مان دِمہ کیا

ہنگے زرُز رہو ونَم چھپتی یے

لتی یے اُتی یے روزہ م نا





# وژُن

توشُن برتلِ تژاو لیوٗم سرتے
گوشُن کرتے تس میون حال

روشَن چھُس منّے ماماں یازرتے
گوشُن کرتے تس میون حال

موٗ ژُمنہٕ ہیُے پان یا پَرتے
ژٕلۄ ژُمنہٕ اَکھ منشہِ راوِم لال

زونُمنہٕ تَس گَرژھہِ آسہِ کُن تھرتے
گوشُن کرتے تس میون حال

عشقہٕ ژوٗرن منّے کتھہِ تھوٗوُنم زرتے
مُشکلہٕ ستی ترووُنم ہیّرِ لبوٗن زال

رشکہٕ ستی روٗزِس بے خبرتے
گوشُن کرتے تس میون حال

چلینہٕ مشنز نُگی بازورٕ آور ستے
گیٖنہٕ سینتی کوٚر زم تیرٕ غربال
دیٖنہٕ نیرِ تھ میٚتے دور سیٖنہٕ سپر تے
گوشن کرتے لتس میٚون حال

کیاکہٕ شاہ پاٹس چھُٹم پرتے
لگہ کے دُری یاوِ ترآ ویتھٕ ژھال
شاہ سور لوم اڈٕ گوم سر سرتے
گوشن کرتے لتس میٚون حال

دام زُلفو کوٚرُس رام لاغرتے
شام مندِ نین ڈٕلشتھ شہ حال
اَم کتران دِل ہمہ و نجرتے
گوشن کرتے تس میٚون حال

روے چھُس تابان ماہِ انورتے
خوے چون لوٚزِ تھ ہیوم اِشکال
بےیام لوٚزم دٕرام اڈٕ شیرتے
گوشن کرتے لتس میٚون حال

لب لالِ یمن دند گوہرتے
خندٕ سیتی اِمشب دُز میٲنی تال!

رِندٕ سب مٔودی زِندٕ ترٲوکھ لرِ تے
گوشن کرِ تے تس میتون حال

خشمہٕ تٔری چشمہٕ بادم مُٔرر تے
نیزٕ آمٕ یمٕ چاٲنی اچھر وال

خستہ کرِ عاشقن نستہٕ خنجر تے
گوشن کرِ تے تس میتون حال

دون کنہٕ دٔورن مو کھنہٕ چالر تے
سون چھنہٕ جُرٕ تھ پورِ کمال

کاکلہٕ ترکان زن اجدر تے
گوشن کرِ تے تس میتون حال

چھکھ الراوان ٹیکہٕ ممبر تے
ہیکہٕ ما اتھ کُن وُچھتھ فلحال!

پُرزرٕ ٹاکانٕ چھے بر سر تے
گوشن کرِ تے تس میتون حال

قدِ شمشاد چون صنوبر تے
ودِ سروِ آزاد ڈیشتھ سو چال

تھدرٕ وُزیتھ ژاسہٕ چاو ملاغر تے
گوشن کرِ تے تس میتون حال

ہُنز یتہٕ کأنٛٹھ مالِ جِگنٕ زولر تے
پوٚختہٕ کارو وُچھ متہ کھٕتِھ سوٚ مال
سینہٕ آیینہٕ ژھبہٕ نیلو فر تے
گوشن کر تے تس میٚون حال

اژھ رژٕ ھ مژھ چھےٚ زآ دِ کر تے
نم چھِی ژٕ ٚتے خوانہٕ ستھ مالا مال
کم چھکھ ژٕ ماران شام سحر تے
گوشن کر تے تس میٚون حال

دانٛتو کھرٕ اوٚ پیٹھ شیشوی کھور تے
روشہ بیتہٕ پوشہِ مالی ازٕ چھےٚ ژٕ ٚتے سال
بُرزی صمد میرن پیالہ دوٚ دٕ ہر تے
گوشن کر تے تس میٚون حال





# وژن

نہ تروٗژتِن ینہٕ مالہِ بُوزُم
منہٕ رازٕ سوٗزُم آنند ہیتھ

زنموٗ نیرِتھ پٔر کاشِش وٗزُم
منہٕ رازٕ سوٗزُم آنند ہیتھ

آیُو منٛزِ گرٛھِ پرباب آشُن
سوٚیم یہلوٗکہٕ گرٛھ کیٚنہہ ہیتھ
پرِلوٗکہٕ اندرے سوٚرگس لوٗزُم
منہٕ رازٕ سوٗزُم آنند ہیتھ

گورشِش گوپٛیلہِ سمواد ژاوے
پژ الب وُڈلوٗگ ہاوے وتھ
نِشکام کرمہٕ سیتی شیرٕزُن گروٗزُم
منہٕ رازٕ سوٗزِم آنند ہیتھ

کام کرودھ لوٗب مُہہ بٔنیِہ اندٕ ترٛووُم
شریر بنووُم ژٕ ہتھ زاگرتھ
سوٚپُن تُریا سوٚشیپٹھ تیوٗزُم
منہٕ رازٕ سوٗزم آنند ہیتھ

کیتھ اہنکار ترنگ ماریم
یہ ہیچھ ژورُم رُحن ست
سوٗ یپٹھ زن شُنز ژوٗرن دوٗزُم
منہٕ رازٕ سوٗزم آنند ہیتھ
آدھکار بوزُن مُیتھیا تراوَن
دہ دِشہٕ تھاوِن ساکھی تیتھ
برمہٕ کالہٕ موٗچھ مُزُم مُزُم
منہٕ رازٕ سوٗزم آنند ہیتھ
ست زن نارِ دیوٗ ژیان گنڈٕ نوٗولس
سوٗہم شہٕ چھُےٚ اکھا وتھ
پوٗنی پاپھ تہٕ وِشرار گُنہٕ نوٗ رٕوٗزُم
منہٕ رازٕ سوٗزم آنند ہیتھ
اپراد تراوِتھ ہیتاپرا وِتھ
سنموکھ سوٗرے چھےٚ وَتھ
مُکارن
شینگوٗس کنہٕ کی ہیرِ ین بروٗزُم
منہٕ رازٕ سوٗزم آنند ہیتھ
پاتالہٕ آکاش سکیِم ہَن ہَن
حدٕ سمپوٗرن جیوامر ہیتھ
اَدِ صمدمیرن پانَس بوٗزُم
منہٕ رازٕ سوٗزم آنند ہیتھ



# وۆژُن

سۆرگوم نارس نۆرکیا پڑز لنہٕ
ژۆر آمہٕ درشنہٕ چھپس فلوا

وڈۆ روارٕ ژُلنم دۆرآس اُلرسنہٕ
ژۆر آمہٕ درشنہٕ چھپس فلوا

دُری یاوِ شہۆد قطرس اندر رۆد
وۆ جۆدہ کھار تتہٕ دُر بے بہا

تھاہ دِتھ ظہۆر نمکے وُچھ ڈُنگلنہٕ
ژۆر آمہٕ درشنہٕ چھپس فلوا

ژاویُس ظلماتھ چھُس بہے دوہ نیٚراتھ
دادٕ ستہ پڑز لن آبحی شمع

پھیوٗر تیتھ سکندر حالس تہٕ لالانہٕ
ہوٗرامہٕ درشنہٕ چھس فلوا

لُہہ کے دُری یاوٕ راہ کس نیب آو
نے تنہٕ پُل ناوبیٚہ چھپنہٕ راہ
کھوٗرہم تتھاوِ بتہٕ کوٗرمس ہیٚبیرِ لینہٕ
ہوٗرامہٕ درشنہٕ چھس فلوا

تھوٗوس مٔے شُمار تراوس مٔے اذکار
روٗوس لوٗراونہٕ کیا چھم جُما
دوٗر تراوتھس ژِٹھ کلاکھ کرانہٕ اسندِ پینہٕ
ہوٗرامہٕ درشنہٕ چھس فلوا

یا گرٹھ پیتہٕ وتھ تن دِتھ رو زٕن
نتہٕ مانہٕ لوزٕن وول کانشر حا
تُوہ صوٗر تراو ہوس تھاو گوش چھپا چشمنہٕ
ہوٗرامہٕ درشنہٕ چھس فلوا

رِندٕ مَس عجاوِتھ حلبہٕ ولبہٕ آوِتھ
کس ونہٕ امہٕ شیہ ڈیٖو نتھم کیا
طوٗر پیو موسیٰ رو و تمہٕ ونہٕ ونہٕ
ہوٗرامہٕ درشنہٕ چھس فلوا

ہُنز رِتہ ترٹی مال ڈیکہ ٹِکہ پُر لال
چھُے دوہن جُمکن تجلا
ژُور تمِہ کابُک چھُہ کُس لوٹنہٕ
حُور آمِہ درشنہٕ چھُس فلوا

روے چھُس آفتاب نے نِتھ وس نقاب
ہے چہانی درو ڈُنہٕ کری شید!!
مور کھور ساتھ ماری چانی لولنہٕ
حُور آمِہ درشنہٕ چھُس فلوا

قد چون شمشاد کیا سروِ آزاد
مدِ چانہِ ورتنہٕ وُتھی کم شاہ
پھیور حبسہ آفتابہ گاہ ترٛاون تنہٕ
حُور آمِہ درشنہٕ چھُس فلوا

ہاوِتھ انوار مَن سپدُم بیدار
پراوِتھ صمد میرن وون کیشا
لور تس کرتھ عشقکی حرفنہٕ
حُور آمِہ درشنہٕ چھُس فلوا





# وژنُ

رہ نہِ دامانہ پشوےَ

شروزی گوے بآلی ییَ

وہ زی ارمان کھشوےَ

شروزی گوے بآلی ییَ

لوکچار راؤ ژیلوم

دؤ رِ نے دؤ ژیلوم

کھو نہِ یار للہِ وژوےَ

شروزی گوے بآلی ییَ

دِل دین و ایمان

تس کوڑ مٹے قربان

ہَنہٕ ہَنہٕ اُنزٕ بٕلو ےٚ

شٕرہٕ نٕ گوٚ ےٚ باٗلیہٕ

گُنہٕ کٕلہٕ ژھا انجام

منہٕ بچلہٕ بنیب آسم

ونہٕ یام آیو ےٚ

شٕرہٕ نٕ گوٚ ےٚ باٗلیہٕ

منہٕ فالناس

کمن وتھ وُچھا مس

ظونہٕ نیک آسی آیو ےٚ

شٕرہٕ نٕ گوٚ ےٚ باٗلیہٕ

کیٚنژھہٕ پٕزٕ کیس توٚتس

تھاوٕ دِتھ گوٚتس

وُنی دِتھ متہٕ وزٕ ہٕ پیٚٹھ ےٚ

شٕرہٕ نٕ گوٚ ےٚ باٗلیہٕ

ویدو ےٚ مٕتے لو ژوم

دِل ژٕورٕ روز وم

نٕنٕ پاٹھی ہیٚتٕ ہیٚٹھ ےٚ

شٕرہٕ نٕ گوٚ ےٚ باٗلیہٕ

مُشنس بو گُلفام
بیتِر سِتی شُنے آسم
گَنی آلوِتھ گیوے
شروءِ نی گوے بآلیبے

مہراز سِندی وِہات
از بحرِ ظُلمات
چِلّینہ مَس شہ ژالوے
شروءِ نی گوے بآلیبے

صنمد مسہ در فراق
از عشقِ تو چھچ گڑاک
بنہ ملثار بثوے
شروءِ نی گوے بآلیبے



# وژن

بالہ یارو ژھم عار کم اننس

وار چھمنہ وننس گژھہ مافاش

نار تالہ چھم وار زونم نہ وننس

وار چھمنہ نہ وننس گژھہ مافاش

لمہ کم شال کرِ شکار اننس

دم ہیتھ شیر تہ رود آکاش

سار چھا بم سنہ گلمار بننس

وار چھمنہ وننس گژھہ مافاش

ژکھ شکھ راو تھ حق پرزنا وتھ

پرژھ دور ترا وتھ پرژھ کرناش

لار کر کفرس تہ ایمان اننس

وار چھمنہ وننس گژھہ مافاش

پند بوز اندر روز نبند کر بایار

کم دوس از جان گژھ برداش

ہار چھینہٕ سۆد نتہٕ کھار پورٕ کنِنس
وار چھُمنہٕ وُنِنس گژھہ مافاش

ہمہٕ گوڈ اوس زان اے رِندِ مستان
کم دوست از جان گئی برداش

وار ژن موپیار ہُرنس نہٕ چھو ننس
وار چھُمنہٕ وُنِنس گژھِہ مافاش

نور چھو حور و گوژ گوژ کور ہم
پوزہ پرزلیا و میثون نور کُ ناش

تھار ژلہِ ملکن بار کم اُننس
وار چھُمنہٕ وُنِنس گژھہ مافاش

زِہ دِشہِ ترٕ آوِتھ شاہ پرزناوِتھ
لاالہٰ ؔسُوتھُم پرون یادش

کارزار گوس دار دژاوِ تھِ زھِنس
وار چھُمنہٕ وُنِنس گژھہ سافاش

دوگ نیار زا اُتھ ستہٕ وتہِ تیلتھِ
نتہِ گومئے میلتھِ گاشِس گاش

پیار موصمد میر یار کانسہِ بنِنس
وار چھُمنہٕ وُنِنس گژھہ مافاش



# وُژن

ژکھ شکھ ترأوِتھ اکھ بیا کھ ژھینٛمُو

صنمو تتہٕ مو ترأوِم سو لے

مۍ کھ چون پرأوِتھ دوکھ دود گنمُو

صنمو تتہٕ مو ترأوِم سو لے

وُشنار اُٹھا کر اِتھ باتھا

پژھم او لے سوے کتھ چھے

آدر باوس اور سے یِنمو !

صنمو تتہٕ مو ترأوِم سو نے

پڑان ایان ییلہِ لوُژم لوُزم

زانہٕ ژینہِ سو زم پانے دُے

کام کرۄد لۄب مُہہ پانے وۄنمو

صنمو تنہٕ موترآوم سوے

پانڈ ہپران از جان گوڈ کرزٕ امکان

تتھ زندٕ مستان کٔھاوِتھ چھُ سپے

کیتھ ترآوِتھ سیہ پٹھ وۄ نمو

صنمو تنہٕ موترآوم سوے

پریم چھے راہ تتھ منزٕ دِلٕ کھاہ

تتھ شایہ وآتتھ روزی نہٕ بے

آکاش پرتھوی سائے کھی دِ نمو

صنمو تنہٕ موترآوم سوے

حقہ سند پرٕ شنسا گوڈ کرزٕ ہر جا

ادٕ بن دِل خاہ روزی نہٕ کھے

آگیا مانتھ ادٕ ستی نیمو

صنمو تنہٕ موترآوم سوے

آدکار چھے باو تتھ ستی خوے تھاو

ساد دِلہٕ واد ادٕ یور کرنے

سنمو کھ بن ادٕ ایشر زنمو

صنمو تنہٕ موترآوم سوے

اہنکار گوڈ مارِ اڈلوز اسرار
نختے ژہ مو ہارِ گُنِدِ ج شے

مو کِدِ دام واتِتھ پونِ پاچھ پینمو
صنمِ تنہٕ مو ترآوم سو لے

سوپن زاگر تھو سٕتۍ شُبھ ترو یا
دپن ترآوم کُس کرِ کرژ ے

شن گوس ووٗن دِتھ حِساب ہیٚن مہ
صنمو تنہٕ مو ترآوم سو لے

اُستر کٕہ زالِتھ ست سنگ پآلِتھ
کتھ گرٕ دِتھ بر ونٹھ روزِنی سوے

لاب چھے صنمد مہرِ سنگدل بن مو
صنمو تنہٕ مو ترآوم سو لے





# وژُن

پۄاڑِ تھٔنۍ چھُس سامانہٕ سلاح

کیاژِ باللّٰہ بوز

شیرِ تھٔنۍ نرِ داماسنہٕ کلاہ

کیاژِ باللّٰہ بوز

وَسہٕ چھُم مے عشقن نارِ پھوٗت

بارِ ستم گوم

اسہٕ وار سی کرعآ دِ لا

کیاژِ باللّٰہ بوز

جل کرتہٕ دراز حُسن حجاز

چھُس نہٕ بہٕ غآزران

حل گژھ نامیٔون مشکلا

کیٛاژ باللہ بوز

ییٖتہِ چھکھ ژِ غارتہ جاے شیٖرتھ

نیٛاے اوسُم پیرون

میتہِ انتہِ ووِنی کاشہِ ہتھ نتہِ ہِلا

کیٛاژ باللہ بوز

صیادژ چھکھ ساژ دِ لن

زورِ لایان کان

وٗے روٗپ میٛنی چھیے عادتُلا

کیٛاژ باللہ بوز

بے چھم رحیم یازانہِ ما رام

کیٛازِ روٗدس خام

بے گرو تر بساے نے میہِ مُلا

کیٛاژ باللہ بوز

کمہِ رایہِ وٗچھتھم ژھایہِ روٗز تھ

کیٛا یہ گژھیا جان

بے وایہِ لو گُتھ قاعدہ تِلا

کیٛاژ باللہ بوز

شاہ چُھکھ ژٕ پانس داںٕ دانس

واتہٕ ناوان آب

یا گژھہِ مےٚ سوزُن کأمِلا

کٕشا ژٕ بااللہ بوز

وَن وَن تھوٚوے اغیار سُندے

ہارٕ کتھو چھے

سُنز ژورِپتہٕ چھے غافِلا

کٕشا ژٕ بااللہ بوز

وَن میر صمدِس پایہ بٔڈرِس

راے کوکُن چھأنز

کرواِیہ وُچھتھ حبایہٕ رِپلا

کٕشا ژٕ بااللہ بوز





# وژُن

مارِ منٛز یارٕس کھاشی ہو بریو
کریو ہوتے ہو
وارِ ونٛتہٕ روز بوزا اخبار پریو
کریو ہوتے ہو
دُری یایہِ وحدت کوٚسٹھ پٔرِ سریو
رُوٚمنٛز نیب نِشان
آرِ کتہِ پایٕ وُچھنٛتہٕ تارِ کمہِ ترٔیو
کریو ہوتے ہو
کتہِ چھُم نبمان سوزس خبر یو
یتہِ چھُس بوٚ بے سامان
سُنتہِ نَے بوزم متّے روزم ذریو
کریو ہوتے ہو
بنٛدٕ بنٛد نے سامانٔ جریو
خنٛد نے چھُس بوٚ کھوژان

ژندِ نے دارک منز لا گر یو

کر یو ہوتے ہو

پروِن سر چھم پتہٕ میون جگر یو

کھیتہٕ چھکھ مے رنجہٕ ناوان

ترٛاہہ ترٛاہہ کر وُچھ کیا آہِ سر یو

کر یو ہو تے ہو

ہتہٕ گرِ کوٗرِ تھم پنٕنس وو پر یو

ہتہٕ وُچھتہٕ ماگوٗے جان

پیٚتھٕ رِوَن پتہٕ ما پھیری مر یو

کر یو ہوتے ہو

سنٛتہٕ جایہٕ لٲگتھ تھوٗ مے گزر یو

لتہٕ چھم مے دوچون ارمان

وتہٕ لوٗکن گرٛہان میون ذرٕ ذر یو

کر یو ہو تے ہو

بُری بُری شِپشن شیر شکر یو

صمد میر پتہٕ تھوچھ پرٛاران

دِلپشن چھُ دوٗ قیمتہٕ مے الزر یو

کر یو ہو تے ہو





# وژُن

کس ونہٕ رٕوُس پننو خیالو
ییٚمہٕ شایہ آلو مٔتےٚ آسے
دس بر دار گوٚس گنیو کمالو
ییٚمہٕ شایہ آلو مٔتےٚ آسے
شیچھ بوزنہٕ چھُ گُنہٕ رٕوزِتھ برسر
یہٕ چھُ گُنہٕ ٹھہران پاسے
وُچھ کھبو حسا رتھ رِندٕ ابدالو
ییٚمہٕ شایہ آلو مٔتےٚ آسے
زری کتہِ بوُزٕ کنتھ اسرارِ وحدتھ
انٕس بہٕ چشمن کلاسے
کوٚل موٚد تس ونتہِ چھوٚل کیا غسالہِ
ییٚمہٕ شایہ آلو مٔتےٚ آسے

دارنۍ دِل ہُشار نیر ییٚلہِ بازار

وُچھ پانہٕ پروانہٕ تٕرا ـــے

ژھوٚر چنٛدِ لیس آسیہ کوٗر کیاسالو

ییٚمہِ سٕتۍ شایہِ آلو ـــ مٕژے آ ـــے

شیر روٗدی گیر دِتھ سارۍ لرٕ ییے

ژٕم چُھ پانہٕ بےپروا ـــے

وو وچھہٕ راـــے بوٗزِتھ گوبھہٕ رٕچہٕ شالو

ییٚمہِ سٕتۍ شایہِ آلو ـــ مٕژے آ ـــے

عشقس تہٕ حُسنس چھایہٕ ییٚون ہیٚون نشان

دو نوے چھہٕ پاـــے ہیتہٕ پاـــے

دایہِ تے بگنہِ وُچھتہٕ فرق کیٛا خالو

ییٚمہِ سٕتۍ شایہِ آلو ـــ مٕژے آ ـــے

اُچھ تے سرس چھا گژھنے زنگ تہٕ رسما

نٔچ فِچ چھہٕ لاگان نیٛا ـــے

مچھہٕ کٔرِ دیوانہٕ پونیٛری ڈالو

ییٚمہِ سٕتۍ شایہِ آلو ـــ مٕژے آ ـــے

مغفور آخرت سٕوٗ پیچ چھٕپے میٚنت

یی وازِ بوٗزان آ ـــے

گوش کتھو ہوش کرینہٕ کھین ہا لو

ییٚمہٕ شایہ آلو میٚنے آے

پٔتھ برونٹھ وُچھتو ہتہٕ باہما لو

گاٹیٚ تیشاہ گیٔ ء کتی آ ے

نتہٕ چھیے زٕ نیٚے ببب وار ئِبر مِٹر جالو

ییٚمہٕ شایہ آلو میٚنے آے

رنگہٕ منٛدوزر وزنہٕ ڈبہٕ بلیٹھ چھیٚنے میانی جاے

آنگن تمیٚنک سٕشیٚا ے

نہٕ چھُ تتھ ہنگ نیاس نہٕ چھُ تتھ تالو

ییٚمہٕ شایہ آلو میٚنے آے

یہ چھُ سوان سمندر چینہٕ وار موخصر

پتہٕ ینہٕ لاگکھ نشیا ے

نہٕ چھُ نٹرِ نارِ چوٚن نہٕ چھُ چیٚون پیا لو

ییٚمہٕ شایہ آلو منٛے آے

ؤنی ؤنی حال وُہ سال راوِراٹ دِم

خال کاٹیٚم لنسہٕ کُن یاتنا ے

ھمت میٚرِ پنیٚنے پان سنہ بالو

ییٚمہ شایہٕ آلو منٛدآ ے



# وژُن

کتہِ آکھ کوٚت گژھکھ کمہِ وُتیے پَے
یوٚر وُچھ اورٕ چھُے پنٕنے رۄے
دِلہِ آیینس بیٚلہِ ژٕلہِ کھَے
یورٕ وُچھ اورٕ چھُے پنٕنے رۄے
کیٚپنہٕ رۆس یارس لیٚو کھُم احوال
چلینہٕ بیٖٹھ سوٗزُم قاصِدٕ دُنیال
دِین ایمان گوٚڈ سوزس سَے
یورٕ وُچھ اورٕ چھُے پنٕنے رۄے
سنہِ آو لنہٕ منٛزٕ لایکھ تاہ
وَنیے حال کال روزی نہٕ زاہنہ
ہنہٕ ہنہٕ تنہٕ ادفر مَلنے
یورٕ وُچھ اورٕ چھُے پنٕنے رۄے

کھنہِ تُس اچھِر والہٕ سنتھٕ کوہ بال
جوٗیہ جوٗیہ نیرہ لیس آبِ زُلال
کنہِ لۆد بنہِ لال مِثال سو چھے
یورٕ وُچھ اورٕ چھُے پننُے روے

والہٕ گُٹنٕ زرم ہٕ شُسی لوٚب ستوٚر
پیالہٕ پیالہٕ پازِتن سمندر لوٚر
لالہٕ ستھٕ خالس کرتہٕ لوے گوے
یورٕ وُچھ اور چھُے پننُے روے

داہ تہٕ وُہ گُٹنٕ زِنی تنٛر اور رندٕ کار
ناوِ نوٚ منٛزِ چھُکھ کس دِوان تار
ہٕہٕ ہوٗ وُچھتہٕ منہِ فرق ما چھے
یورٕ وُچھ اورٕ چھُے پننُے روے

الفتہٕ کاہنہ دِل قرار بنہِ نا
زُلفک تہٕ خالک رنگ ونہِ نا
یُثر کال وُوتھم ہیوان پے پے
یورٕ وُچھ اورٕ چھُے پننُے روے

رحمہٕ سانہِ روزِتھ دوٗر کر نظر
جسمہٕ چانہِ چھُے بُرتھ جہان سر لبسر

نہٕ چھنٕے نمتہٕ کھیچھ لیوان رٹتھ ہاو ہے

یورٕ وُچھ اورٕ چھُے پتھنٕے رو ے

پوختہٕ کارٕ یارٕ چھُے مو کھنتہٕ جا لر

بختہٕ بٲرٕ وارٕ وُچھ پنن کرٕ و فر

لالہٕ مالہٕ کمہٕ حالہٕ نالہٕ وُ چھے

یورٕ وُچھ اورٕ چھُے پتھنٕے زو ے

حُسنہٕ مہرٕ ینہٕ گیہٕ عُشقچ مارے

برونٹھ برونٹھ دوٕ رٕباے پتہٕ پتہٕ دا ے

کنِتھ کنتھ سو چھنٕے اد تھہرٕ ژو ے

یورٕ وُچھ اورٕ چھُے پتھنٕے رو ے

قصاب پٔرتھ قلابس دِوان ولو ہار

گژھ ند میر صمدِ تس نہٕ بند در شُمار

نصاب ونہٕ دُنی کنتھ حساب پرژھنے

یورٕ وُچھ اورٕ چھُے پتھنٕے رو ے



# وڑن

اے یار صنم چون زوٗ تم

بارِ کھوٗ تم مٹے

اچھ دارِ بنیم توٗ سہ کوٗ تم

بارِ کھوٗ تم مٹے

بنگالی جودو گار پرُ نم

وِرِدِ گنڈ نم ریٹہہ

کمہ وار ٹمُ ادِ چھوکھ مٹے دِٹیم

بارِ کھوٗ تم مٹے

اُمی عشقہ لوٗ مبرن بجھنم تن

رادِ رآئِ ونم بنٹہہ

ڈوچھ دِکھ ژوٗ لم اوٗش دارِ وڑھم

بارِ کھوٗ تم مٹے

دِلدارِ و لو یارِ راتھا

سانہ راتھا بنٹہہ

امہ پشارِ ٹیتھ مے یادِ ہیوٗ تم

بارِ کھوٗ تم مٹے

اُمہِ شیرِ ببرن ژیٹھ ہَن ہَن
بالہِ وۄڈۄ پھِس آ کھنے
تمیٚ سارِ ومبرے داد دِ ئتمُ
بارِ کھوٚ تمُ مئے

کن تھاو تو ؤ بنتہٕ واُ صِل
انہِ حاٗ اُصِل گیٚہِ دِ
وَن ہارِ زَن زافران مٔوتھمُ
بارِ کھوٚ تمُ مئے

عذرا یہِ یا وُن ضایہِ کوٚرتھمُ
وامِقو ہوشہٕ ژے
رٮ۪ہہ پارِ گنڈ ہَم گاش سوٚتمُ
بارِ کھوٚ تمُ مئے

چون شیر تام گوس پیرونے
آ دِ نگ چھُم سرٮ۪ہہ
ہنگ تارٕ موس رنگ مئے حیوتمُ
بارِ کھوٚتمُ مئے

دَم ہیتھ صمد میر اہرِ چانے
شہرِ ژوٚل دردٮ۪ہہ
خمکارِ ژام توندوٕرِ توٚ تمُ
بارِ کھوٚ تمُ مئے

# وٕژُن

پیاران پیاران سو رگچھ ہیوٚرے
ژۆرے رٹنم جاے

تھاران تھاران تھرچھم موٚرے
ژۆرے رٹنم جاے

کچھِ منزٕ وۆنمے عشقہ پوٚپھوٚرے
لوگمتہ ژیٔے بے پرواے

حال چون ڈیشتھ تچھ وژھتیرے
ژۆرے رٹنم جاے

ہوٚ ہوٚ پران کھس کو توٚرے
مَن ینہ کھیٚیہ لوگراے

وَن کاوِٹاوِچانہ مَن میون موٚرے
ژۆرے رٹنم جاے

دُکہ چھے تھانس ہکہ وو وۆرے
ٹکہ ہنٛد روٗنی نیٚاے

چھکھ رونگ لاگان مکہ نستوٚرے
ژۆرے رٹنم جاے

وانہٕ وانہٕ پھیر کتھ وان چھُم دۄرے

تژٕ کرِ چھس ظاہر تژٕرا ے

چھانہٕ کھٹس نارٕ وزِ ژھایہ لیستۄرے

ژۄرے رٕٹنم جا ے

رٕکھ ہیٹہٕ گے کڈِتھ ٹۄزے ٹۄرے

تتھ منٛز چھلیے پا ے

ستھ ژاٹنگی پژزلان کیتھ میانہٕ زۄرے

ژۄرے رٕٹنم جا ے

حالہٕ اکنہٕ چھُتس کالہٕ لۄ مبۄرے

ژالہٕ کوتاہ ہیے ہا ے

خال خط چھون نامشہٕ عمۄرے

ژۄرے رٕٹنم جا ے

خدمتھ کرٕمس تنہٕ چھو کۄرے

زن اوٕ تژِ اٹس دا ے

دۄدمُت دِل چھُم لۄ دمُت لۄرے

ژۄرے رٕٹنم جا ے

آسہٕ لیس قسمتھ کاسہٕ یا کۄرے

ساسہٕ منٛز اکھ چھُبے ژھا ے

. . . . . . . . . .

ژۄرے رٕٹنم جا ے

( یتھ وژنس چھُ بیاضہ منٛز لیکھمُت ژھیوٚ نمُت )

# "روٗ"

اچھ دارِ وٗچھ ٹلی ٹارِ
طوطہِ ہارِ سوٗزِے گڑاو
یا زِندہ تھاوِ یا مارِ
طوطہِ ہارِ سوٗزِے گڑاو
دوہ راتھ مئے ٹھاجاو
زاٹہہ کر کوٗڑن ٹھہراو
سُلہِ وٗ تھساٗ پٹی مے پیارِ
طوطہِ ہارِ سوٗزِے گڑاو
کیثا بالہِ اوسُم لون
تی نو مئے ادزاٹہہ زون
اوٗش ژالہِ وٗ تھُم دارِ
طوطہِ ہارِ سوٗزِے گڑاو
مَنہِ مشزرِ وٗ چھُم یُش کال
وہ ذِ نم اَس پہِ تے بلل

از تام اوسُم بارِ

طوطہٕ ہارِ سوٗزے گژھاو

سینہٕ گوم ژٕوٗلیہم ژوٗرِ

ونہٕ کٔمِس گٔیِس مجبوٗر

خم ژام یتھ تھٔزِ کارِ

طوطہٕ ہارِ سوٗزے گژھاو

پھل داہٕ آ پُرِ مے

پنٕنی لے ہائے وے

پھیوٗرس لہ وارِ یتھ دارِ

طوطہٕ ہارِ سوٗزے گژھاو

گندہٕ گرِ ترٛاوٕ کھتس بلو

کتیا بالہٕ اوسُم لو

ییمہٕ گُھم سمندرٕ اپارِ

طوطہٕ ہارِ سوٗزے گژھاو

مذہب تہٕ دین ترٛوٗوُم

چوٗنے سیرِ بچھ وُوم

از تارِ سازَس چارِ

طوطہٕ ہارِ سوٗزے گژھاو

رَڈھ آب بجبہ لولہِ نارِ

کھل وارِ دارِ بیٹھناو

گرڈِ بیٹھہ وِڈہ لگہ کھارِ

طوطہِ هارِ سوٗزِے گڑاو

تھیٹھ ووٗنی نڑاوِ زِدارِ

تتھ کری زمیوٗنے ناو

تَس پڑانہِ خدمتھ گارِ

طوطہِ هارِ سوٗزِے گڑاو

کلہِ زِرِ پھٹہ پھیتارِ

کتہِ آکھ کوٗت گرٹھکہ باد

صمد میرِ زانہِ ہانہ چارِ

طوطہِ هارِ سوٗزِے گڑاو

نوٗٹ: یہِ "زوٗد" چھ گوڈنکس ایڈیشنس منز شامِل، امیک متن ووٚس سۄ آسی ابی احمد میرن تمہِ ساتہِ فراہم کوٚرمت۔ صمد میرنی بیاض ووٚس سپدنہ پتہِ وۄچھ تتے اَتھ منز داریاہ کھیر پیٹھہ لنیہ سۄ بیتین نوِ سرِ مکمل پاٹھی درج کوٚریہ۔ بیاضہ منز درج با تَس تہٕ کتابہ منز درج با تَس منز چھیے وکھنیہ منز فرق، اَتھ کیا وجہ چھ تہٕ سپدہے آسی ابی صمد میرس نِش سوال مگر سۄ چھ اَسہِ نِش دوٗر تیوٗت دوٗر گومت زِ سانہِ فِتوٗ داتھ نہٕ توٗت تام۔ اِنا للہِ وَانا الیہِ راجعون

# ترتیب

# زان

کٲشرِس منز چھِنہٕ یِتھۍ پاٹھۍ منظوم دٕلیلَن، قِصَن تہٕ تمثیلَن ہِنز کانٛہہ
ؤرٲثہٕ۔ پوز یِمو منز چھُ تمَن دٕلیلَن تہٕ قِصَن ہُنٛد تیداد اوٚنٛگجَن پیٹھ گَنزرُن
لایق یِمن ہُنٛد اَگر براہِ راس کٲشِر چھِنہٕ۔

اَسہِ کاشر پوز یودوی دٕلیلہٕ تہٕ تمثیلہٕ ییٚمِیک فوٗن ڈٔبو تہٕ ترنٛگ منتر کتھا
وِرِتھ اگر چھُ پوز ییٚمہٕ بایتہٕ کوٚر اَسہِ ووزُس وودِس پٮ۪ٹھے گژھ یِمہ دٕرزُم
دود کرنک کیازِ یو اَسہِ ضرورتھ تہٕ چھُ اکھ پوت منظر اَکھ سہ ماحول ذِمہ
وار ییٚمہِ منز اَسی کٲشرۍ وارِیاہس کالس ہِنہٕ اَسی آہتی تہٕ یٚمن ترادبتھ ددکتھ کُن
اَتھ دارلس آسی مجبور۔

گۄڈٕ کالس منز ووڈ کٲشرِس سنسکرت کلہ دگنس تہٕ اتھ آدرنہٕ اتھ کھود
وہراونس وار تِکیازِ یِمی نیپر شرھی ہتیہٕ کاتھ ہیتی گبرِ گاس مُتھی پھیرِ منز کالس منز
وُنیت فارسی اَکھ اَلہِ فیرنے تالہ ترپلی ہٕتہٕ شہرس سِپہر ہے تہٕ یہ دنٛگ ہرگاہ
پیٚنٛن پرسس لوٗگمُت آسہِ۔

یتھٕ پاٹھۍ روز ادہٕ ترام کاشہِ بالی تہٕ کاتُر ذہمی پردیٖن ہُنٛد متہٕ داس
تہٕ آدیرِ تہٕ یہ سلسلہ چھُ از تہٕ اکہ نہٕ جنیہٕ رنگہٕ کنہٕ نتہٕ گتہٕ جایہٕ کلمہ تلان۔ اتھ ہالوکس

منز ہرگاہ کأشر زبان پننے آیہ ڈوکر ڈوکر دوان روز، ستہ چھ پننہ بجایہ اکھ بوڈ کارنامہ۔ دوہ میں لشہ وو زم وورد کرن چھنہ زبانی ہند باپتھ نا کار آسان۔ امہ سیتی چھ لکھتے زبانی پوچھر بنان تہ وستھ لگان۔ پوز امیک مطلب چھنہ ہرگز تہ زِ کانہہ زبان ورناون والی کیاہ گوڑھ نہ پنن پتھ کال یکدم مشراوُن۔ تکیاز پتھ کال چھ کو ہیچہ منز پوسون از کال تھپنہ۔ تہ سون پتھ کال چھ سانہ از کاک گمن تہ قوودتھ۔ شعر۔ یہ آیہ منز کتھ۔

کأشرِس منز یمہ کشیرِ ہند دلیلہ منظوم مطلب باتن ہندس رنگس منز پیو تہ چھے آمژ۔ تمن منز چھے زِ دلیلہ خاص کرِتھ مشہور۔ اکھ ہی مال[1] تہ بیاکھ اکہ نندن۔ یمو دو یو منز کس اکھ قصہ چھ پرون تہ چھ کاشر تہ اُنہر داون چھ زِ نہ باسنے۔

"ہی مال" ہند قصہ چھ ولی اللہ متو تہ سیف الدین تاربلی پننہ انداز باتن ہندِس بحرس منز دیتھ نو مت، دکھنو مت تہ پارو مت۔ امہ پو زِ ولی اللہ متو سند "ہی مال" مثنوی چھے زیادہ ہن مشہور تہ لوکن ڈینز۔ امہ علاوہ چھ اکھ قصس دنیا ناتھ نادم تہ نور محمد روشن صاحبن یکہ وتہ اوپیرا (Opera) ٹیک یاداو کو مت۔ یہ اوپیرا چھ سٹیج تہ سیدمت۔ مگر امیک چھنہ مطبوعہ صورت کس منز کلہم یاتھ کنہ جایہ نظر گومت۔

---

[1] ہی مال تمی چھ سنیتی کمار چٹرجی لیکھان زِ تہ چھ اکھ دلیلہ چھے ونس باتیک علاقس منز مشہور۔

"اکہ نندن" چھے اکھ مشہور کاشر لکہ کتھ۔ مے یوت تام تپاہ چھُ کشیر اندر یمہ رنگہ لکہ کتھ بیتر مروج چھے تمن منز چھے یہ کتھ وُنی توس یا تمثیل مقبولیتکہ لحاظہ سارے نے سرس۔ خیالے آسہ سہ کانہہ کاشر یس یہ کتھ بوزنہ آسیہ نہ یا امیک شوُدا آسیس نہ کنن گومت۔ "اکہ نندن" چھنہ وُنی صرف اکھ لکہ کتھ۔ اکہ تمثیلک مرکزی کردار، یوت تام کہ چھُ کشیر ہندین گرن اندر اکھ علامتہ بنیومت اگر سہ لفظ امیس کا تہن سیرن ژھعپہ دوپہ گرہ زلو چھُ دِوان، تہ موقہ محلک لحاظہ ساری سیے داستانس ننر کران تہ مانے بوز ناوان۔ سانیس گبولس تہ وینہ ولس منز چھُ اکہ "نندن" سرتاز تہ لوشہ وُنی علامتھ ہ

اندے تہ ژندنے

کو سو دیدو ندنے

میا نہ "اکہ نندنے"

کو سو دیدوندنے

یا

ستھ بیتیہ وینہ وان دراے خندنے

کسے ماجہ ییتھ اکہ نندنے زاد

امہ تمثیلہ ہنز مقبولیتھ چھنہ زمانہ ہندہ سلسلس ستی اونہ تہ ژھعو کے ہڑ۔ از تہ چھُ ونہ دارن دور دراز گامن تہ گٹھن اندر شامہ پتہ لو کھ ڈیہہ رن اندر جمع گژھتھ یہ دلیل بوزان تہ بوز ناوان۔ کالہ پگاہ چھے ریڈیو والین فوٹو گرافی

یون گژھ نہٕ "اکہٕ نندن" گوڈ کاتسہٕ جان گیون وأنی ستہٕ ہٕنز نشہ ٹین کرہو۔

ستیہٕ ہیندِ مقبولیتک بہاف ثبوت چھُ یہ کتھ زِ پتھ کالہٕ پیٹھہٕ ازتام چھِ گرہ نیندانہٕ اتھ بیوٕ بیوٕ دِل دِتھ۔ تہٕ رنگہٕ بوزِتھ صوفی شأعرو نبوو اکہٕ نندن سٕپر یادٕ ژھہٕنز اتھ سکھ، نانتھ تہٕ ابے بہانہٕ یاوِکھ ماری فنکی آدِل تہٕ زادِل نو کتہٕ۔ دٔلیلہٕ گرتہٕ گرس پیتہٕ آیہٕ دٔلیلہٕ تہٕ کتھ روز بروٕنہ بروٕنہ پکان۔ ژھوکی یا ٹھی ڈِنہٕ لوہی رٔیوٕ ذوٕ بے خابس دار یاہ تابیر کرنہٕ آسے مگر خابک بنز یادی ؤانیہٕ روز دپنہٕ جایہ ڈیجہٕ۔

اَمہٕ تمثیلہٕ ہنزِ زان کرناوان چھُ پروفیسر حاجنی صاحب لیکھان [1]:-

یادشاہے رحمہ اس "اکہٕ نندن" قصہٕ لیس نفسِ امارہٕ چ اکھ تھدِ پایہٕ تمثیل چھے۔ یہ روز ہندو عہدٕ، بودھ عہد تہٕ اسلامی عہدٕ کأشرِ پرتھ سپر چلیہٕ دِنی۔ ممکن چھُ زِ اتھ تذکرہ آسہٕ چھے گوناڈہٕ سنزِ دٔلیلہٕ کتابہٕ (برہت کتھا) منز آمت تے پتہٕ روز سنسکرت زبانیٕ ہندِس چلیہٕ روزمہ شنزہٕ اتھ دٔلیلہٕ لوٕدے

---

[1] ادرِ بِن صفحہ ۱۹۰۔ دو دپان یہ کتاب چھے تحریرے راوِ ترا پورسی پیتہٕ گمشدی کتاب ہنزِ شرکت روپ چھیپہ جود۔ تحقیقہ تلہٕ چھُ دۆرہ بات پتہٕ گمت زِ برہت کتھ آسہٕ پیشتنہٕ بادشہ نیکی یگنہٕ چناچ ابھِصم پرونہٕ شہ نمہ سوت علاقس منزہٕ ابنا ستر یاے بربرہ ستہٕ نیان گہ بروشسکی چھے تحدیث کمی روز کامہ روزانہ۔ برہت کتھا کأشر کتاب مانس چھے قیمتی اعتبارکہ تیٔزبان۔ تو یوٕ گمتہ اسنہٕ۔

نِکیازٕ اٰتھ اوس تیتھ فلسفس ہیتھ واتھ لگان یُس کٲشرِ ادبہٕ عہدہٕ پادٕ کوٚر۔ اَوٕ کِنہِ چھُنہٕ یہِ قیاس زِ اسلام کٲشیرِ واتنہٕ بروٗنہہ ما آسہٕ ساٹانِ کانٛہہ سنسکرت شاعرن یا نثر نویسن نہٕ اَتھ قصس کُنہِ شکلِ دٔرمٕرٕ۔ اسلامی عہدس اندر آو اَتھ قصس کاشُر روٗپ (کاشُرٕ بانی روٗپ اوس موجود، لوٗنہٕ بانٛج شکلِ آیِس دِنہٕ۔ ساقی) دِنہٕ۔ گوڈنیوٚک یہِ قصہٕ بہوٗ دُرگنہٕ ہٕن۔ پتہٕ کوٚر یہِ قصہ پرکاش بٹ کُرِی گامی کاشرِہِن سٲرِن منٛز پیش۔ اُتھی وقتس نٕچھ نِکھ کوٚر یہِ قصہ رمضان بٹن اتھن لٕچھن اندر نظم۔ تَس پتہٕ صمد میرن، احد زرگرن تہٕ محمد کھارن "۔

اَکہٕ نندٕ نِکس آگرس نِسبتھ حاجنی صابَن قیاس کتھ حدس تام چھُ دُرُس، یِمہٕ وٕن چھُ زِ بروٗنہہ کُن ماییرِ اَتھ کتھِ گنہٕ وَقتہٕ گُھر۔ البتہ چھےٚ مےٚ کینٛہہ کتھٕ اکہٕ نندنکین کاشرِ ہِن رٔدِپن متلق وَننہٕ۔

بہوٗ دُرگنہٕ یُن "اکہٕ نندُن"، یوٚر مےٚ حاجنی صابنہٕ برکتہٕ تکہ رَس کتابہٕ منٛزٕ۔ پرکاش کُرِی گامین تہٕ محمد کھارُن "اکہٕ نندُن" سِدٕ سٕم نہٕ واریاہ کوشش کرِتھ تہٕ بدس۔ رمضان بٹنہٕ قلمہٕ دراہ یہِ تمثیل چھےٚ ازتہٕ بازس منٛز دستیاب۔ صمد میرن تہٕ احد زرگرن کٔر یہِ تمثیل پوٚت سادس نظمس "اکہٕ نندنس" آخری زٕ روٗپ چھِہ ہَن کھنڈ تفصیلہٕ سان وِشٕھاونہٕ آمتی۔

یِمو بتور گوٚ علاوہ چھُ "اکہٕ نندُن" قصہ تاراچند بسمل تہٕ لیثو کھٹ مِسِی چھاپ

ہٕ دِنہٕ چھُ لوان زٕ موٚمن صابَن تہٕ چھُ اکہٕ نندُن وونمت تہٕ کبیر اوٚن تہٕ

تہٕ گومُت چھُ۔ بسملن اکہِ ننٛدُن" چھُ ۱۹۲۸ء مَس پتہٕ اَنٛدر لیکھنہٕ آمُت

تہٕ یہ چھُ عام اکہِ ننٛدنن ہِشہٕ وکھر۔ یہ چھُ ڈراماًیی سہورتس اَنٛدر لیکھنہٕ آمُت تہٕ

نٛمرٕد منٛمرٕ چھس باتھ تہٕ۔ اَکھ منٛز چھ کِرداٗرن منٛزس اندر کتھ کران تہٕ پننیو

جذبات نفسس اندرٕ باوان۔ اَمہِ حسابہٕ چھُ اُمی سُنٛد "اکہِ ننٛدُن" کاشرس

منٛز باتایہِ منٛز لیکھنیچ گوڈٕ کالچ کوشش۔ بسملن یہ ڈراما چھُ ۱۹۲۹ ہ

م پتہٕ منٛز علی محمد کتاب فروشن چھاپ کورمُت مگر از کل چھُ یہ نایاب۔

صمد میرن چھ یہ قصہٕ ۱۳۴۶ ہجری سنس منٛز منظوم کورمُت۔ یانٕے

از برونہہ لگ بگ ۴۵ ؤری۔ صمد میرنس تہٕ بسملس تہٕ شاعرن ہنٛدس منظوم

کرٕ ورقس" اکہِ ننٛدنس" چھنہٕ فرق۔ گوڈٕ نیچ فرق چھنہٕ کِرداٗرن ہنٛدس

ناوس منٛز۔ بہو دُر گنہٕ تہٕ رمضان بٹ بیتر چھ اکہِ ننٛدنہٕ ماجہِ زنہٕ ماتا ناو

ونان۔ بیٚلہِ زن صمد میرن اَمس سوٕ ہ مال ناو چھُ تھوومُت۔ باقٕے اکہِ ننٛدنن

دٕغارٕ قصن منٛز چھنہٕ اکہِ ننٛدنس ماٗلس کانہہ ناو۔ فقط چھُ مولوم زِ سہٕ چھ بادٕ

اوسمت۔ دلیلہِ اَنٛدر چھُ زِ سہٕ گنہٕ جایہٕ تہٕ اُکس باقاید کِرداٗر ہُنٛز شکلہِ منٛز دتلان

پوٚز صمد میرن چھُ اکہِ ننٛدنس ماٗلس "ہرنام" ناو تھوومت۔ تہٕ سہٕ

چھُ اَمہِ قصک گوڈٕ ہٕ بلٹھ اندس تام اَکھ باقاید کرداٗر۔ یُس اَتھ دلیلہِ با

ضابطہٕ تحرکتھ چھُ بخشان تہٕ برونٛہہ چھُ پکناوان۔ بہو دُرگنہٕ ہِنٛدس

قصس منٛز چھنہٕ بنٛہز روزن جاے "سلابت نگر" پوٚز صمد میر چھُ

---

لہ مثیانہٕ خیالہٕ گژھہ یہ "سندھمت نگر" آسُن یُس رلو ایتہٕ موجوب (باقی برژہ ہیمس صفحس پیٹھ)

وٕنان تِم اسۍ "راژناگ" جایہ روزان۔

بہو دُرگنہٕ یُن نہٕ رمضان ٹٔٹُن اکہٕ نندُن چھُ جوگی سٕندِ اکہٕ نشہٕ ماز منگنہٕ عستِی گوڑلیان۔ مگر صمد میر چھُ زیادٕ تفسیلس اندر گومُت۔ تٔمہ چھِ سو مالہٕ تہٕ ہرناس نیچوِ سٕندِ دادِ کریشان ہاوان۔ امہٕ پتہٕ چھِ تِم خاب وُچھان۔ یتھ منٛز جوگی تِمن حاجت چھُ کڈان۔ امہٕ پتہٕ چھُ ہرناس جنگل گژھان۔ یتیٚہٕ تٔمہ زارٕ پارٕ کرِتھ جوگیس یہ وُنتھ امب چھُ ہوان زِ یہ دِہری کر تہ بہٕ نیچوٕ تے واپس حوالہٕ۔ چنانچہٕ تفصیل ژرٕ آسنہٕ کنی چھُ میرٕن پنُن اکہٕ نندُن ژودہن لنجن منز باگرُمت۔ یِیلہٕ زَن باقے اکہٕ نندن صرف ستن ستن لنجن ہندی چھِ۔ چنانچہٕ اکہٕ نندُنس یوسہٕ وٕٹھنے میرٕن کٔرمٕژ چھیٚ، تمیُک ذِکر چھُ پروفیسر جے لال کول یتھ موختصر اندازس منٛز کران:۔

"امہٕ الاوہ تہٕ چھیٚ زِ کتھہٕ صمد میرنِس کلامس مُتلِق وننہٕ (ائی) لایق اکھ یہ زٕ امی چھُ اکہٕ نندن وٕٹھناوِتھ وونمُت، یُس زَن ژودہ لنجہ چھُ۔ انٛتام یِم اکہٕ نندن وننہٕ آے تِم چھِ

---

(یِتہٕ مہ منگ باقی) چھُ اوسمُت۔ دپان اتہٕ کرٕ پانڈون ہٕنٛز وستو پیرہٕ لوجو کمرٕ آئی نیل ہت پُرانہٕ موجوب اوس چندرپور امہٕ علاقہٕ راز دانی، مہاپدم ناگن یییلہٕ رازس سنٛگتھ روزن جاے اتی ہٕنٛز یہ سورُے علاقہٕ گو امہٕ پتہٕ آبے آب۔

ساری ستے لنجہٕ

اکہٕ نندٕ بچ یوسہٕ دُلیل صمد میرن یا تہٕ ناو ہُشرٕ چھپنے سعہ سپنے

پیتھ کٔرز۔

اَکھ رازٕ چھُ آسان۔ اُمِس چھیٚ ستھ کورٕ مگر نیٚچو چھُس سِنہٕ

کینٛہہ تیٚمیٚشِنگ سخ دوکھ چھُس سہ

ستھ کورِ چھِم یہِ چھُ لکہٕ ہُند مال

کورِ مالنہٕ گَرِ چھا ئیشر کال

کورِ وارِو تمن کتہٕ یتمہٕ یاد

ذرٕ ذرٕ چھُم مرٕ بے اولاد

اَکِ دوہہ چھُ رازٕ خالِس منزٕ اَکِس جوگِس جنگلس اَکِس منزٕ چھپان

یہِ چھُ صبحن وٕتھان تہٕ اَکھ جنگلس منز جوگِس نشہٕ واتان۔ جوگی چھُس زارٕ

پارٕ کٔرتھ اَکھ امب دِوان زِ نیٚچو بنی زٔ یٚتے مگر بہہ وُہری چھِو واپس دیُن۔

رازٕ چھُ واپس یِوان تہٕ مُقررٕ وقتہٕ پتہٕ چھُ ہمن اَکھ لُڑکہٕ زٕوان۔ زبردست

شادی یانہٕ چھِ سپدان تہٕ اُمِس لُڑکس چھُ اکہٕ نندُن ناو تھاونہٕ۔

یہِ لُڑکہٕ چھُ بڈٕ رٕ شہٕ وُن تہٕ مارٕی موٚند آسان تہٕ یُشرٕ تہٕ لولہٕ چھُ مرٕ چھینہٕ یِوان۔

اُمِس چھُ سوٚ کوٚل سوزان تہٕ رازسِ تہٕ راز بایہ چھیٚ جوگی سُنز کتھ مشتھ

---

۱؎ صمد میر۔ مطبوعہ سون ادب ۱۹۵۶ء م۔ پ صفحہ نمبر ۲۸

گژھان ۔ تمو چھُ آسان دأیر مُت زِ جوٗگی اوس مُدٕ تہ کتہِ روزِ بہن وٕنکین ژٕندٕ۔

باہ ؤری گوٚو نہ گوٚو زِ جوٗگی چھُ ہنیس وادس پیٹھ وآتتھ بہوان تہ چھُ راژس تہٕ راژٕ بابہٕ اَتھے اکہٕ نشہٕ نس مارٕ ناوان ۔ یم گوڈٕ واریاہ ژھل تہٕ حیلہٕ بہانہٕ چھیس کران ۔ مگر جیکرس چھکھ نہٕ وادٕ پالنس چارٕ لگان تیٚم چھہٕ اُمیس پننہٕ اَتھہٕ شُراکھ وایان تہٕ نِہران ۔ جوٗگی چھُ ماز ژٕنہاوان تہٕ ماز تیار سپدِتھ چھُس حِصہٕ باگے کران ۔ نہٕ اکھ حصہٕ اکہٕ نشہٕ نبہٕ بایتھ تھاوان ۔ ماز باگرِتھ چھُ جوٗگی اکہٕ نشہٕ نبہٕ ماجہٕ سعہٕ مالہِ وٚنان زِ گژھ اکہٕ نندُن اَنُن ژاٹہٕ ہالہٕ نادِتھ ۔ یہِ چھیے ترِین تہٕ ترٕوہن گژھان مگر جوٗگی سپدِ ؤننہٕ چھیے نیران ۔ ژاٹہٕ ہالہٕ ژھیتھے سعہ آلوٕ چھیے کران تہٕ چھُس تورٕ آسان اسان بروٗنٹھ نیران ۔ ماجہٕ چھُس پرٕژھان ۔ یہٕ کیٛاہ دلیل چھیے ۔ تہٕ چھُس توٗ ہؤنان ہٕ کوٚت اوسس گومُت ۔ بے ہیٚتی سوٗ کوٚلہٕ اوسس ۔ دوٗ شوٗے ماجہٕ نیچھر چھہٕ گرٕواتان ۔ اَتہٕ چھہٕ وِچھان نہ جوٗگی گنہِ تہٕ نہ مازٕ ۔ ساریٚ چھہٕ دوران دوران لوان تہٕ حارٕ تن بہوان تہٕ شادی یانہٕ کران ۔ اَتی چھُ سعہٕ مال اُسنہٕ یاسہِ شُدِس فراقس منتر ونان ۔

بھوٗرت محمد بسیر دے

دلو اُسنی یاسہٕ خاصہٕ جایہٕ ؤتھرے

موٗنے منٛزٕ سارِی سے چھُس چوٗنے پے
وَلو شُنی یاسہٕ حاسہٕ خاصہٕ جایہٕ وتھرے

اُتھی باتس اندر چھُ صمد میرَتہٕ سورُے کینٛہہ باٹان یہٕ تس اکہٕ نندُن لبکھس منٛز مُدا تہٕ مقصد اوس —

ہَرِ ہینڈے تن ووٚن سو نہٕ مالہٕ لیکھے
بہٕ ہیے پھیرِ جنگلن توری چھس شے
منٛزٕ ہے لور شیٖہ ما چھے بلے نو کتے
وَلو شُنی یاسہٕ خاصہٕ جایہٕ ووتھرے
اما خستہٕ دِلنے لِنشہٕ آم نیب
طمع ژھایہٕ روزان کران کم فریب
لوٚہ ماژرے اوسُس ژما چھکھ بے
وَلو شُنی یاسہٕ خاصہٕ جایہٕ وتھرے

اَتھ تمثیلہٕ کُس کمہٕ حسابہٕ ثارِ مانے سو چھنے زانٛہہ کاسان ہنٛز کتھ مگر اَکِس عام پرن والی سٕنٛدِ باپتھ چھُ اکہٕ نندُن اَکے ساتہٕ المیہ تہٕ تہٕ طربیہ تہٕ۔

صمد میر چھُ دُلیلہٕ منٛز گوڈنیتھ اندس تام اشارٕ دِوان روزان نہٕ میٛون دُلیل وَننک مقصد کیا چھُ۔ سُہ لوٚسہٕ بدٕل کتھ وَنی چھُ تیٖ ژھان، سو کتھ چھُ دُلیل دۆہ کلان معہ کلاتن تمہٕ سٕنٛدِ اندیم حقوقی نہجو نیپرِ تھ بٔڈ ہیٖلہٕ کرٕ کھ

دِتھ وَنان سہ

پُنُن ماز یُس پانے رَنہِ
مُرِتھ زِندگی اَنے
صمد میرس چھُپے بڑونٹھ گنے
کھِتنے ییہِ میز مان

میر سنزِ شاعری منز یُس شت سترک (ویدانت) اثر اَسیہ پتھ قدمس پیٹھ نظرِ چھُ گژھان۔ سُہ اثر چھُ اکہِ شِدّتس منز تہ ٹاکارِ پاٹھی دَرِ یُنٹھ لیوان۔ اَڑھِ سنجہِ ہنْدِس اَندس پیٹھ چھُ سُہ وَنان سہ

وِہی کرِتھ ویہات چونے کار
یی نیبر صمد میرِ تی چھُ درغار
یُن تے گژھن نو سورا نی
جے گوسو نی ژاوسانہِ آنگانی

یتھ بندس منز چھُ میرنل دیدِ ہنْد کتھِ "ازھین آے تہ گژھن گژھہ"
پھُھیرِ دِوان تہ باوان زِ ساری رنگ چھِ تمی سندی رنگ، ساری ہے اَندِ س
پکھس منز چھِنے بارِ اُحقیقتھ جلوگر۔

تمثیلہِ منز چھُ اَسہِ واریاہن جایَن صوفی شٲعری ہنْدی جان نۄمونہِ
نظرِ گژھان سہ

کٔر فنیچ کٔر کھ منصورے
ہر موکھ پننےٚ پان وُ چھےٚ
سرتٔر آوِتھ مٔرِتھ زِنٛدٕ کرٕنے
وٕلو شُنی یاسہِ خاصہٕ جایہِ وٕتھرے

فنیچ یہِ کٔر کھ چھےٚ کینٛہہ نٕگ تِمے آلوٚ بُس دوٚیمہِ یٔتھ آسے کٔتی لہٕ پیٹھہٕ ہندوستانکِس فضہس منٛز گتھ چھُ دِوان۔ ناوٚ وجودٕ پیٹھہ ووٚجودس تام یہِ سفر چھُ شاہ کھار ہٕ پیٹھہ والٕنس تام۔ فنہس منٛز پان نٔنراونُک امار چھُ کٲشِر ہندٕ ہِن واریاہن مرتبہ والین صوٗفی شاعرن مُتٔراوان آمُت، اِدِسوٕ آسِ تِن لل دید یا قادرصاب، تِمَو کینٛہہ نِس منٛز پان جذب کرِنٛچ مارٕ ہتی قادِرصاب چھُ گٕھتہ کینٛہہ نے ناوٕ دِیت۔ صمد میرن "اکہٕ نندُن" چھُ بیٚیمہِ کتھہِ کنٛہ ژٕ ہتس تھاوُن لایق زٕ اُتھ منٛز چھےٚ پان پرٕزٕناونٕچ اکھ وٕتھ تہٕ اکھ پٲغام تہٕ بقولِ ڈاکٹر رادھا کرشنن چھُ پان پرٕزٕناوُن پرٕتھ قسمکہِ تکمیلچ گوٚج۔

موتی لال ساقی

موہنوٗر
۱۷ جولائی ۱۹۷۲ء

# اِبتدا

سنہٕ ترٛوٲشتھ بٕنیہٕ چھُ شیٖتہٕ تا عیٖسوی سال
کَن تھاوِتھ مَن پَرٲوِتھ وَوٚن سٲنۍ حال
اَکہٕ نٔنٛدن تٲ ہَر سوٗنہٕ مال چھُے اِشار
جوٗگۍ غالِب پیٖر طالِب کوٚر نہٕ مار
پٔرتھ چھُے رٕز سٕرچی شٔرا کٕتن ژٕ دار
ژٔشکہٕ مازَس پاکہٕ ناوِی عُشقہٕ نار
نیٚکھ مرٕدو اہلِ دردو کٔتھو ژٕ دِیان
مرٕژ مرٕنۍ بٕرٕونٛتھ کرنۍ گٔتھ ژٕنۍ فان
تَس ثنا رٕژھ رٕژھ کوٚرم یِمہٕ شیٖشہٕ صاف
گٔژھِ اگر زیٖر و زبَر تھٔتھ تھاوِ ماف

•

# گوڈنِچ لُنڈ

## حمد و نعت

حُمد تَس کُن یُس چھُ ذاتِ بے قصوٗر
وُچھتہٕ دُنیٖتم مشتِ خاکس تیٚتھ ظہوٗر

"حمد بے حد مر خدایے پاک را
آنکہ ایمان داد مُشتِ خاک را"

پر درود کر سلام اے دِلِ صفا
ہر شب و روز بر محمدؐ مصطفےٰ

آل و اصحابن ہمہ یارن تمام
رحمت حق الصلوٰۃ و والسّلام

یا الٰہی مغفرت ووستادِ خاص
بتیہ تمن یہند ے مرے ظاہر بو آس

اے خلایقو وارِ تھاو بو ہوش تہ گوش
یارِ دِلنے ہُند بوچھس اخبار پوش

ہُندِ تراوُن گرِ ھ خشندِ تہ بوستان
میّے چھ باوُن زِندِ مرُنک داستان

رُسہ مَسہ رُوزِ و تہ کیا دِ رِ ر نِد نے
قصہ باوُ باہ چھے اَکہ ہُندِ نے

باہ چھے غور کر چھ اَکہ ہُندُن مُدا
باہ غلط ژور تے داہ لوٗزِ لو ژ ہ دا

کتھ اگر لوٗزِ د تہ اَتھ گرِ ھ واتنے
اَتھ دیان وو ستاد بنگہِ مشرِ ے نشُنے

سخت گنڈ تھآو لو مہ ژھانڈ یوتوہ چاے
اکھ لنڈا لوز تھ چینو اد ماچھ نیاے
دُب کرِو کرِ کہ نا در وزِ واب خموش
شب گیڈو ہوشہ ہوش تہآو وار گوش
یس نیشہ ریہ تس تیہو امور ووت ژور
حبس کران ریہہ ریہہ گرِ ہان محلو سہ دور
بس سوال چھو ہیر بو ن تے برونٹھ پتھ
دس کرِ وز لوِ ٹھ پیس منگو دعا مغفرِ تھ
لال فروشو کوِر فروخت مہ گنتہ مال
دُ بہ غنیمتھ سرو نیست سفید حال
در کتاب شائیر چھ تہا وان ناو خلاف
والدس تہ لچکہ سیتار سس غلاف

## ہرِناہ منز ژان

ملک ہندس منز چھ جایا راز ناگ
آزماوی تو تازہ دِل عالی دماغ
سندھ جمائی ہند چھ بلیہ ساے کشیر
ووِن تو ے منے ینہ گژھ لوز تھ اسیر

واژ ناگے اکھ بٹا! وس راجہ سے تے

کینژہ شہر لَس آسہ ناران باج تے

ناو اوسُس ہیر نام اوس نام وَر

آ رٚشنے سوِ نہ مال ولے آس بے پسر

مال وَ زر تے موکھتہ اوسُس بے شمار

لال داغ ہیتھ دِربَرَن اکہ کیتھ بیمار

کورِ آسس یتھہ اکس کھوتہ اکھ چھپے طاق

دورِ دُنیا بے پسرِ دِیا وان فِراق

ساتہ ساتن اوس پتر باتن دے سوران

گوژھ منے نیچو آسہم لیس کرِ تھے کران

منے سوران شیو بنیہ کرِ ان پوزا بہ دین

اکھ نیچو سوز تم سۂ بنہ ہم نخ شین

---

ؔ۱ سلِہ صُبحن۔ غزل وَقتن۔ ہندو عقیدہ موجوب چھُ صُبحک وَق منگنگ تہ توبہ لیتیک۔ وَق۔ اکھ شار چھُ سہ

پتر بات آو لوشتولہ وَن — سوندر دانی پتر سند کرہ مَن

ہنوز پود تہس وقتس — ستیا یوگ بیوٹھِت نخنس

یہ منگن چھے تہ منگ وُنی کین — سوندر دانی پتر شد کرہ مَن

ؔ۲ ہندو عقیدہ موجوب یم رسومات کٲنسہ ہندِ مرنہ پتہ دۄہن دوہن انجام چھہ لیوان دِنہ ۳ نخنک مُخفف

دیہ یہ کس کڑ چھٹے یہ میانی شاہن شہی

بوزمرے بے کس تڑ یا کورہ بن بہی

بادشاہی اس تس کم زئیا دِتے

جان ودِلہ بوز پانہٕ اوسے سادِ تے

نالہ زاری اوس کران زیوٗ تے سَنے

دوٚی مہ لنجہٕ منز دربیان سوٗرے اَنے

اندصمد میرو مسا روز در زمان

پنٕد تسپنکھ زِ ندمرٕنج کرژ زان

(۲)

## دوٚیُم لنڈ

### ہرناہ منز تہ سونہ مالہ ہندی ودکھ

تہ جوگی سند خابس منز یُن تہ ہرنا مُن جنگل ژھنڈُن

ہرصا جبو چھس کران فریاد

ذرہٕ ذرہٕ چھم مرہٕ بے اولاد

بر کیٹھ دین دِل چھم ناشاد

ذرہٕ ذرہٕ چھم مرہٕ بے اولاد

ہورِ تُس شیاذ کھینٛم حقٕی یِتھ !
چھم نہٕ نیٚچُوا نیٚرِ مۄئے غم ہیتھ !
ہم زُلہٕ ہم تہٕ دِل آسہِ ہم شاد !
ذٕرِ ذٕرِ چھُم مَرِ بے اولاد !
سَتھ کُورِ چھم یہ چھُ لوٗکہٕ ہِنٛد مال !
کورِ مالِنی گرِ چھا ییٚژھ کال
کورِ وآرِو رٹمن کتہٕ پیٚمہٕ یاد
ذٕرِ ذٕرِ چھُم مَرِ بے اولاد
بے اولاد کو ٹھہٕ یٚیلہِ سوٗرے
تَس نِش سَنا ژھانٛڈِ نہٕ نیٚرے
نوتُوا تُس تُس کرِ امداد
ذٕرِ ذٕرِ چھُم مَرِ بے اولاد
یٚیتھ مۄر یٚیلہِ رفتار تڑا وٕہِم
آوِ رٚینہٕ بل تُس واتہٕ ناوٕہِم
ناد واہِم تیٚتھ کیٚشیا چھم واد
ذٕرِ ذٕرِ چھُم مَرِ بے اولاد
وارا غم چھم یِتھ بدن تُس !
سَتھ زہ بچھ ماتو تہٕ مَرِ بے تُس

ناراینہٕ[1] کُس ہاوم شرٛاد

ذرٕ ذرٕ چھُم مرٕ بے اولاد

یتھٕ نارٕ ستی تران مشیاۓ[3] سورٕے

گنگہٕ بلہٕ[2] کُس پاٹھ لوز کرٕے

ننگ ناموس میٔون گژھہِ بوٗز یاد

ذرٕ ذرٕ چھُم مرٕ بے اولاد

دوٗ پنس زٕنہٕ کرٕ وونی آرام

ویوٗپ ناژ یئے نیش دے یاد رام

ستوٗ پنس منز ڈیوٗٹھم ووستاد

ذرٕ ذرٕ چھُم مرٕ بے اولاد

ہرٕ ینڈی توکیا زِ چھُکھ نظاران

خوٗن ہاران جان پان ماران

---

۱۔ بگوان وشنو، یُس زگتُک پالَن ہار چھُ۔

۲۔ گنگہ بل، ییٚپارٕ کہرموکھ گنگا چھُ وسان۔ دپان اَتھ یتہٕ چھُ ہیٚے کٔرِ حاصل یُس تجبہٕ گنگاہٕ چھُ۔ اَمی موکھ چھِ اور بٔٹہٕ مٕرن شرٛاد باوٕنہٕ گژھان۔

۳۔ مشیانہٕ خیال چھُ زٕ نرائنی ہندکا شرٛوپ۔ ونی چھ بٹہٕ عوٗموٗ تس تلنہٕ یوٗس نیتھ گژھہ اکہ آسہٕ زٕنی ونان۔

سکرس دِوَب لۄکرٕ تٕھ اِستاد

ذَرٕ ذَرٕ چھُم مَرٕ بے اَولاد

سَتھ چھُم کوٚرِ نیچو ایٚنہٕ کانٛہہ بوٗد

پَیتھ گُٹھ چھُم شَہ تہٕ داہ ما بوٗد

تِم چھِ گُکٕ زرٕکی بے جان وجاداد

ذَرٕ ذَرٕ چھُم مَرٕ بے اَولاد

لوٚد گنڈٕ کٕھ ہوٚل نیرکھ صُبحن

میانٛی آسن شے چھپے ڈُنڈک وَن[1]

یٚیلہِ وانکھ ژٕلِہ سوٗرے فسَاد

ذَرٕ ذَرٕ چھُم مَرٕ بے اَولاد

دَم صُبحن یٚیلہِ گو بے دار

اَمہِ خانٛک کوٚر نے اِظہار

مٚے چھُ آمت سَفرس اِرشاد

ذَرٕ ذَرٕ چھُم مَرٕ بے اَولاد

سوٗنہٕ ماکٕلیے خاباہ ڈیوٗٹھم

اَمہِ خانٛک تصدیق بیوٗ ڈٕھم

---

[1] (ا) موشوار جنگل یٚیتہِ بگوان رام روزان اوس (ب) دِیان کشیرِ منٛز تہٕ چھُ ہندوارہٕ علاقس منٛز کتھہٕ تام جایہِ ڈنڈک ناوک وَنوانس جنگل

غمِ دِل وزام تَس پُدس فولاد
ذرٕ ذرٕ چھُس مَرٕ بے اولاد
سوٚہنہٕ مأل یِیے جوٚگیا نَر مَس
مٔنز ڈٔنڈک وَن شٔستی مِین جھنگلس
کھینہٕ چینہٕ تٔشہٕ روزِتھ چھُس آزاد
ذرٕ ذرٕ چھُس مَرٕ بے اولاد
پوٚرٕ مَشوَرٕ گرٕ داراو لاران
نیٖرِ جنگلن ہیٖرِ لوہٕ پھیران
دوٗرِ جوٚگیا وُچھن لوٚیتھس ناد
ذرٕ ذرٕ چھُس مَرٕ بے اولاد
ہرٕ ینڈی تو یور کیتھ پاٹھی آکھ
گرٕ چھیے نا یتہٕ چھکھ ملان خاکھ
پیٹھ وَتہٕ چھکھ گومُت از آباد!
ذرٕ ذرٕ چھُس مَرٕ بے اولاد
(۷)
شٔتھ کورٕ چیم چھمنہٕ کانٛہہ نیٚچو!
روگہٕ روزِ گرہ آسن کرٕ ہے غرضا
جوگہٕ لگیو چھُم گومُت بے داد
ذرٕ ذرٕ چھُس مَرٕ بے اولاد

چھس ہنا امہ رس تژ کرے تو لے

نتہ جو گس چھا اُدتھ جو لے

پتہ لو گہم گژھہ ادم کر یاد

ذرہ ذرہ چھم مرِ بے اولاد

کرتھ ذِکرا فِکرا ہیتھ لنس

تام ژھوٹہ ہن در رس دِژ لنس

امہ اکہ منتر نیرہ جونے مراد

ذرہ ذرہ چھم مرِ بے اولاد

تو ریتھ تمی وادا ہیو تنس!

کینتژ کال پتہ چھے دِیُن یوری والیس

باہ سال تمی تتھ تھاوی تس میاد

ذرہ ذرہ چھم مرِ بے اولاد

دِتھ امبہ ہن ہیو تنس وادا

نہتھ امانتھ کری نریم آدا

چون رچھنے میون چھے ارشاد

ذرہ ذرہ چھم مرِ بے اولاد

رنتھ لوگ تس آو دور آنی

اتھ سدہ مالہ تو حفۃ ثانی

کھیتھ دٕرٕ پلنس کیتھ لوسی پاد

ذرٕ ذرٕ چھُم مَرٕ بے اولاد

دِہ وادَ ے پتہٕ کیا ڈرٕ نے

ییٚس زاو تے تٔس آو مَرٕ نے

صمد میر ورہ بر کر یاد

ذرٕ ذرٕ چھُم مَرٕ بے اولاد

•

## (٣)
## ترییمے لنڈ
### ہرنامُن اسہ بہتھ گرٕنٕ تہٕ زنانہٕ ستی مجادلہٕ

ژٕ ے جو گس منگتھ ہیوت مے

ڈُنیٚتھ مے لولو

گرٕ نیرن رتھ کھوت مے

ڈُی ڈیتَ ے لولو

سو ہرمالی جو گیا مس

کمینہ روس منز جنگلس!

نہ چھُتس بہم نہ چھُ تس بے

ڈُی ڈیتٔ ے لولو

کیاوۆ نَم بوز تھوَ کن!
چھےٚ رَچھُن بہَن[۱۲] وُرِ یَن
داد ہیُو تَنَم بیُیہ ہیمہ نَے
دُی دُیت سے لولو
واد دیُن ہے سیٹھا مشکل
داد زانُن سادِ دِل
زیاد کم چھکھ آدمی لوے
دُی دُیت سے لولو
ہُرپٹھی تو کمٕ کرِ تھ کار
زانُہ نہٕ آسہن شوٗبہِ دار
زُو نِتھ نا یہ چھہ سانی کرے
دُی دُیت سے لولو
ہَرپینڈ تو ہے افسوس
زانہ ہیکھ نا جوسُوس
یُورِ واتی ہوان پیےپیے
دُی دُیت سے لولو
سُونہٕ مالی یئے کینہہٕ پروے
تیُوت آسیاس آسے!

شرچُھ پسری تو تمام مرِنے

ڈُی وُثیت مَے لولو

کنہ تمی ستہ دوہ کنّن ما

تیتبھ تتبھ گئہ ڈری یا

مثے ہے زو تم تیتبہ بندے

دو دیُت مَے لولو

دِلگ رو مُس تی کریاکاتھ

نیلو وثھ گئی دِل چھا

حیلہ کا تیاگرِن ہیَ ہیَ

ڈی دیُت مے لولو

ہَر پُھنڈی تو دِل تھو شاد

شاید بنہ اولاد

دایَن دلو کیشہ ھالئے

ڈی دیُت مَے لولو

سوبہ ماںئی ہے مَے بر غم

پلدوتیرہ[۱] کرسر خم

ہر مَے تُل دو سجدے

ڈی دیُت مے لولو

۱ پلدحقی۔ ماتا ماستی۔

پے پے تھوو ہے دوہ ژہر ساتھ

(۴) دہیہ رتیو گو اِتھ با تھ

کھے پئنچی دوٗر کر ہے

ڈُی دِژیت ے لو لو

دُرِ بُدری یا لال از سنگ

نیم مُدِ گو سس سیم رنگ

جیم زُ لغن ملا کھیلِز لے

ڈُی دِژیت ے لو لو

ماہِ ہفتیم کیا آو جان

ہَرِ نامہِ شادی باگران

پرمیشور سں کران پوزِ ے

ڈُی دِژیت ے لو لو

نکھِ واتیتھ پوو نس پیر

سوکھ ڈلِتھ چھِ تابیر

لو کِہ گیلس گرِ ڈھ تحقے

ڈُی دِژیت ے لو لو

گو ہجو گو شُدِ پوزِ وادا

(۹) نو رہیتھ گیِ آ دا

زاوِ لڑکا پوٗختہٕ پوٗرِ سپدے

دُکو دیُت سَے لولو

سو مبرا کِھ گور سَے شاد

دُکو دیُت اَسہِ اولاد

زاو وُنہِ چھَس ناو کرِنے

دُکو دیُت سَے لولو

دراو ذاتکھ صاحبے تہٕ کیف

خادسم چھُس تکلیف

ناو گرِ توس اَکہِ ہندِ نے

دُکو دیُت سے لولو

صحت میرو روزِ شاملِ

اصلس چھُ فصلِ کامل

اُچھن ہُندِ گاشی رُچھن گرِنے

دُکو دیُت سَے لولو

---

[1] ستارن ہندِ علومہ موجوب تیار کرنہٕ آمُت زندگی ہُندِ حال۔ یُس چھُ پُرتھ کانسہِ ذاتکھ آسان۔ ذاتکھ چھُ تیلے لیکھنہٕ یوان ییلہِ بچہِ سُندِ زینہٕ گرِ ہُندِ دُرست وَق نوٹ آسہِ کرنہٕ آمُت۔ ذاتکھ چھُنہٕ سارِسے نِ لیکھُن تگان۔ ہلی کرِ چھُ یِیر گُزر رِتھ لوکَن لیکھُن تگان۔

# ژۆرِم لَنڈ (۲)

# اَکہٕ نَندٕ نُن زیوُن تہٕ قبیلچ شادمانی

## مشرٲی باتھ

بَرَے رَس کِلہٕ سین تَس چھُتمو
کرَے اَکہٕ نَندٕ نو ہوتے ہو

غم ژُلی سو دِ لکو واوٕی بُلو مو
کرَے اَکہٕ نَندٕ نو ہوتے ہو

تموشہٕ چانہٕ کاڑہٕ زوٗنہٕ ژوٗلمو گرٕ دن
غم تہٕ ماتم مُتھُم سور سے پرون

میون لوٗز ذاتَن کورنہٕ دِہہٕ ژھوہ
کرَے اَکہٕ نَندٕ نو ہوتے ہو

دودِ کے ہَرَستی پادِ چھَلیو
پُرنہٕ پھلی لے ذاژتنہ مَلیو

کھونہٕ مشرٕلِس رعنہٕ ہا ژھاوٲیو
کرَے اَکہٕ نَندٕ تو ہوتے ہو

دَنٛد چانٛی دُر پھیٚلو دہانہٕ زَنٛ میم

لام چانٛی زُلف نہٕ ےٚ دُلنہٕ آم کرِیم

چشمہٕ چانہٕ چھو دوکھیا چھہٕ آہو

کرے اکہٕ نشد نو ہوتے ہو

کان چانٛی مینا نہٕ زَنٛ کمان اَبرو

راجہٕ ملکن تھوٗد راجہ زاکھو

تاج پُر زر بَر سَر دِمیو

کرَے اکہٕ نشد نو ہوتے ہو

اَتھہ تمنہٕ وَلیو چانہٕ زُری

ترٛٲوِ مالہٕ ہُنٛز اُتی دُرگُری

یُقبالہٕ چانہٕ گام سونہٕ شُد کوہ

کرَے اکہٕ نشدٕ نو ہوتے ہو

جَنٛتہٕ منٛز اَینہٕ لیو جانہٕ موہ لو

زٕھونہٕ کَر وِنہٕ تھٕ اوِے نالو

کسوٗ درز سی دَپہٕ کتہٕ شونہٕ یو

کرَے اکہٕ نشد نو ہوتے ہو

دایہٕ کنہٕ اَن یو سو رنٛجیٚ جوز

مایہٕ چانہٕ اُدکہٕ کرَتہٕ منظور

سایہ کنہٕ پیو جِگُر تھاوٕ آیلو
کرٕرے اکہٕ نشٕد توٕ ہوتے ہو
ژون مشرٕ بین شُلہٕ ناوٕ آسٕم تھو
دون منز چھکھ لون ہٕ ترا وأ تھو
ستے چھ دود ماجہٕ تے تُشیم چس لو
کرٕرے اکہٕ نشٕد توٕ ہوتے ہو
سو تہٕ مال ونانِ ہرٕ پٔنٛڈی لَس
کیسے پیٛہو سے سامنہٕ درس
اسہٕ پتہٕ آسے اُمی شُنٛد دوہ!
کرے اکہٕ نشٕد توٕ ہوتے ہو
وَتہ وُتہِ گورن پرٕثھے دایے
ستہِ کوٗربیتہٕ چھم چاَتی ماے
کتہٕ وُچھناوے کیا چھ ہیون لوح
کرٕرے اکہٕ نشٕد توٕ ہوتے ہو
شُن ہٕلکن گیہِ چیأنِ آواز
روٗنہٕ دس لبتہٕ بوزَے ناز
شیرازٕ پیرس رتشہٕ ہمہٕ تھو
کرٕرے اکہٕ نشٕد توٕ ہوتے ہو

ضمن وُنی تمہ چاے چانی احوال

ژمس منتر چھے صد و بست سال

تتہ مس سو یہ حال رؤز نس بو

کرے اکہ نشد نو ہو تے ہو

ستھ دہ یہ ماجہ چھس شدہ ناوان

ہتھ ہتھ جابہ چھس بدلاوان

ستھ ستھ سو ہتھ یہ چھس گنیعان الکھ نوہ

کرے اکہ نشد نو ہو تے ہو

ڈایہ ڈُہرے گو چُھت دچپاہ کھ

رایہ دل چھم دڈ تُم سام ماکھ

گرایہ تے ژھایہ لبہ کونہ وُچھیو

کرے اکہ نشد نو ہو تے ہو

ستہ وہرس وو قتے علمک تلاش

آیہ ارکان ہند بلیہ شہر باش

چالہ سان ڈالہ ہتھ لال یمنو

کرے اکہ نشد نو ہو تے ہو

گور سو مبر آو کھ پیر وو ستاد

ژور مذہب گرژھی کرنی یاد ذیلو

پاس دِتھ پانٕژن راسن نٮ۪کھو

کرے اَکہٕ مٔنٛدٕ نو ہوتے ہو

شمٮ۪نچھ کرسارِ نٕے اٰشناوَن

رنگہٕ رنگہٕ بٮ۪یامٕژ رسنہٕ ناوَن

چنگ وسوزٕ شب وروز وایے بو

کرَے اکہٕ مٔنٛدٕ نو ہوتے ہو

یارِ بأے سأری سوٚمبراوے

ویرِ چانہٕ مأری مٔنٛدِ یاراوے

ژٔٮ۪تے دَرس خانَس عٔستی دِمیو

کرَے اکہٕ مٔنٛدٕ نو ہوتے ہو

ترٕین حرفَن عٔستی وارٕ تھوزان

مانے تمہِ گُے چھُ مغز فرقان

اَلِف لام میم پَرصمد میرد

کرَے اکہٕ مٔنٛدٕ نو ہوتے ہو



# پیۓ ژوم اُنڈ

## یٹنین سنتی اکہ نشد ثن ژالٹہ ہال گرتھن

گاٹہ سان دوُدومُوا سبنمدیہ ثنڈہ نے
ژاٹہ ہال سون اکہ نشدہ نے دڑاو
پاٹھ لوڑا کرتھ لوگھ کینڈ نے
ژاٹہ ہال سون اکہ نشدہ نے دڑاو
رشکچ میل سے چھے قاف تاقاف
عشقکہ مو ہر کر مشکہ پٹ صاف
کت شعر او قلمس خط تڑاو بنشدہ نے
ژاٹہ ہال سون اکہ نشدہ نے دڑاو
تیعوت غر چاوگھ بے شمار
اڈبوتی لچھ تے اڈبوتی ہزار
کھینہ آو نابدستہ بنہ گیہ قشدہ نے
ژاٹہ ہال سون اکہ نشدہ نے دڑاو

---

۱؎ قلمچہ کتہ ہنژرم

کُتہ آسی بہ رۆس سیدن اوس سال
کھتہ جیتھ دِتھکھ ستہ ستھ لال
ننہن پو سو مہ کھتہ تۆت متھو تو دچینہٕ نے
ژاٹہٕ ہال سون اکہٕ نشہٕ نے دراو

دد ہیلینہٕ تو ستان پھیپ دہ دیاے
اُسی اُسی بہ آدم عہتو از جم آے
مہ رد تن عُس اسہٕ گاشر نشہٕ نے
ژاٹہٕ ہال سون اکہٕ نشہٕ نے دراو

ژدلہٕ پاٹھو گاہ پران گاہ دوان تاف
قولہٕ ماری عاشق آسی ہیچھان گگاف[٢]
مولوی تہ یار ہیتھ گِندان تُلہٕ پیند نے
ژاٹہٕ ہال سون اکہٕ نشہٕ نے دراو

مالہٕ ماجہ دہ ستو کۆرس بشادی یاں
نانہٕ تہ پۆتہٕ ہمس ساز و سامان
کھاڑ مالہٕ ناڈ آلہٕ بادام چشہٕ نے
ژاٹہٕ ہال سون اکہٕ نشہٕ نے دراو

---

١ دائی تہ — اہل اللہ
٢ گگاف آو دوریر پیٹھ — زمانہ تہ وراثرتہ میر صاٴبن گژھ دی یتھ کالک شوی۔

اِستاد رۆزِتھ کرِان اوِر یور
لیہِ عستخو معے چِتھ دِیہ شُشدِ یُور۔
دۆہ ستاد واتیس یہ چانہِ بَن قتِدتے
ژاٹہ ہال سون اکہِ شنْدِ نے دزاو
ترِشن ہشدِ پاس دِتھ سون زَن دژاو
شَن پاش ترِ دِپرِتھ دوٚن شترژاد
ظوٚن رۆو کمی ہوَد درشن شِندِ نے
ژاٹہ ہال سون اکہِ شنْدِ نے دژاد
خوٚد مَد دۆہ لالیس تَہِ لوِٚ پیر
آبس تھنیہ ہُشد چھاتا شیر
لود کرَشو لبوز دۆہ دگرِتھ تَند نے
ژاٹہ ہال سون اکہِ شنْدِ نے دژاد
شَرکر پانہِ دُچھمس رۆدے تہ تاب
نا بعد از گاہ تِیاہ گرِن بے تاب
دُرِ بے بہا چھیس ہران خنْدِ نے
ژاٹہ ہال سون اکہِ تنْدِ نے دژاو
باہ شتھ دۆہ دِیکے ستی چھیس یَران
تراتھ کرِتس رۆس سالتس دُرانی
یِم اوسیس رۆد کر تِم کُس گونْدِ نے
ژاٹہ ہال سون اکہِ شنْدِ نے دراد

١ عقل بکار جار۔ ٢ آواز، شور، پائیک گرِز۔ ٣ تاریف کرنی۔ گون گیوِز

ژاو قطرِ من اندر یِمہ سمندر
باوچھ وَنہِ آرن کران شور و شر
راو مو تھاوکن تاو یِمہ سینہِ نے
ژاٹہ ہال سون اکہ نشدے دراو

اُلی فس تہ میمس کرن گژھِ جِگر
لامہ ستی رام سپچھے کران دورِ دور
دَم ہیتھ اوم پر سم گژھِ گژنہِ دے
ژاٹہ ہال سون اکہ نشدے دراو

خوش دستخط سین نولیشنہِ صاف
کُش کوڈ دالیو ہیتکھ دِرنہِ لاف
عاشہ موت سنیاسی پچھیران اندِ نے
ژاٹہ ہال سون اکہ نشدے دراو

شہرن دوُر لوز شورِ بالا
قہرس کھوژی رودی ژورِ تنہا
کھہرن دِتھ آو جوگیا وندے
ژاٹہ ہال سون اکہ نشدے دراو

ناد بڑو نیٹھ داوک ژُکہ تدبیر
مادِ نر بوزن چھ راوژن سیر
چھے وَنان صمد میر عشق باشتہِ نے
ژاٹہ ہال سون اکہ نشدے دراو

# شیٖلُنڈ

## جوگُشدوادس پیٹھ ہرِنامُن واتھ اکہٕ نٔنڈنُن

ماز رننہٕ باپتھ منگُن تہٕ ماآلِس نمہٕ جہٕ ھُنڈنارگژھن



جوگی کوٗر صدا سو نہ مالے

وادٕ پالے لولو

زیاد کھسہٕ وُن چھےٚ زنےٚ طالے

وادٕ پالے لولو

ھُنزٕ یاسٕ ٹُن دوٗرٕ کرُ گژکھ

خوف ناک تے ناطیق

اکہٕ نٔنڈ لَسِن پوس والے

وادٕ پالے لولو

سَتھ بلینہٕ چھس ستَن وری چَن

سَتہٕ وٕنی چھس روپیہٕ ژَن

---

له یمیٖ دُنی یا تر دومت اسہٕ

کیتھ بوزتھ دِرتھ ژھالے

وادِ پانے لولو

وَنو جو ژیو پنُن احوال

چھَنہِ مسکین سینہٕ سال

لال و گوہر لدے بوڑالے

وادِ پاے لولو

ہَر پنڈِ کتَن ڈیٹھمہٕ وادا

باہ سال گیو آ دا

راہ کیا چھُم پور واے

وادِ پاے لولو

یہٕ چھُ وَنان دیوانہٕ گی

نتہٕ واشیا وَنُن یی

تبہٕ اُڈ توس دم سنبالے

وادِ پالے لولو

بوزِتھ جو گی خندِ گورلس

نتہٕ واجینہ چھکھ ژلبس

ژھلتہٕ کرِمژ چھکھ ژوالے

وادِ پاسے لولو

حُسنہٕ گنجُس ژٕ ییٚ چھےٚ پوش
چھکھ ژٕ ہاوان نان و گوش[1]
چُھس ہُنہٕ مشتاق چانہٕ چالے
وادٕ پالے لولو

کھینہٕ خاطرٕ مٔتے دِ تُس خاص
تَمنہٕ پیٹھ مالہ ور آس
ژٕنڈ ژُنو یاسی گیٚنڈ ہالے
وادٕ پالے لولو

مال موٚکھتے دِمے بوٚ خاراتھ
حال ہتہٕ اَدٕ بیٚییہ وات
گال کیٚژا چھے لدو جوٚ[2] لے
وادٕ پالے لولو

چھمنہٕ درکار لال و گوہر
مال موٚکھتے موٚہرٕ زر
سانہٕ ڈولان مٔنز نالے
وادٕ پالے لولو

ژھوٚٹہٕ درد سُ جوٚ گیا ہنگ
تُس چھاو پان شرنگ ہتہٕ برنگ

[1] گوشت۔ مطلب ماز [2] ییٚتین چھ بندیشہٕ پھیر۔

جنگ ترائونہ کنگ زالے

واڑ پالے لولو

کتنیگ چھتے کتیو لوراکھ

ڈیڑ اندر سانہ ژاکھ

ڈیڑہ والس شاہ گالے

واڑ پالے لولو

آخہ باپے ووں یہ داین

کرِ ووی بَرَبند چھس یہ ہین

مرِان شنیا سو کران دِشہالے

واڑ پالے لولو

ڈیڑ وانہ شنو بربند کرِتہ شنیا سو نبہ ترائون
شنیا سر تہند شاہانہ پاتھی اندرِ وچھن تہ کھوژن۔

ستن برن کرِ کھھا نکل

پتہ کرِ ہنگھ تارِ ژھل

جوگی اندر شہانہ چالے

واڑ پالے لولو

ہا جوگیو چھکھ ژ دیہا نظ

نچے چھے جوگی سواتھ

کیا تامت چھے منّے طالے
واہ پا لے لولو
مس صمد میر روز ہر شب
کُس چھ بندۂ تہٕ کُس چھُ رب
غیر المغضوب سارِنے زالے
واہ پاے لولو

## سٕتِمہٕ لُنڈ (۷)

سونہٕ مالہِ چھ جوگی سُنٛد مُدا فِکرِ تران، سو چھ تُس گرازارہٕ پارِ ستہٕ گرا زور کران تیتھ پیٹھ سُنی یاسی تمِس پیٹھ ناراض چھُ سپدان

کرٕ کیٛا تھٕر چھم سرتا پاے
کو سُنی یا سو لو گتھ نیاے
ذرِ کیٛتھ لُش روس مرِہاے ہاے
کو سُنی یا سو لو گتھ نیاے
ڈیٛڈ اُڑ وُنے لاَیِنس کڑ کھ
کتھے سونہٕ مالی شرِان چھکھ

۱ یُس رُوپ بدلاوِتھ آسہٕ ہیکان۔

لاگ اَکہِ نشِد نَس کرِشتِلہٕ کرٕاے
کود ژٕنی یاسو لوگُتھ نیٚاے

کوٚت ژاٹہٕ ہالَس گومُت اوس
جَل اَتھِن ژیر گو والس پوس

ےٚ بَراکہٕ نِشِد نَس ژیرِ دماے
کوٚ ژٕنی یاسو لوگُتھ نیٚاے

دَریہِ سُنْد چھُے سوال بھیوٗرِ منے آدلون
ہے مہ وَن ییتِہ سوٗ خَن ژٕرٕ ے چھکِنہٕ پرن

بُے تَس چھَیس کران لولہٕ مترٕاے
کوٚ ژٕنی یاسو لوگنتھ نیٚاے

چوٗنے سوٗ خُن آم نیزہٕ الماس
ریزِ گوم جگرس ژُر لمنہٕ وسواس

خوٗنہٕ ہٕشرِ زخمن پیٚوم لوٗن ہاے
کوٚ ژٕنی یاسو لوگتھ نیٚاے

نٕھ بیٚتہِ سارِنے لرزان فقیر
گرٕھ یتیمہِ وَتہِ إٓگھ تمہٕ وَتہِ نیر

اُچھ وَٹھ پان ہیٚٹ نتہٕ لاگ ماے
کوٚ ژٕنی یاسو لوگتھ نیٚاے

ڈشڑاکھو تے رزِ ہن انڑ پانے
باکھو مے تڑاوڑ تے کیالاگِتھ چھَے

سنَ ہے کھیڑ ڈوڈے جھیہ ڑٹے دِوے وڈاے
کووا کہ شُتی یاسو لوگتھَ نیاڈاے

پڑوَن چھکھ ڑتے پر ژھوے ڑتے ڈیکھاے
گرَون لیسَ زوَنڑ گہ لتش ہڑ یا آے

چھوَن کھیوَن لوڑ ادس سِ دَن کیاپاے
دو ڈُسنی یاسو لوگتھہ نہ ییں رے

وِلہ وِلہ اسہ رڈچھہ دِون ابھین گاش
پپریے موکر سیرِس فاشَ

دِل مَظلوم ٹس ماگہ گڑ اے
کو ڈُسنی یاسو لوگتھ نیاے

لیش مے ڑتے دِ مے اندرِ ماز
کھشہ وا آنج تسنڑ چھے تھاوِ مڑنیاز

ڑشنہ ہتی تمی ڑٹ گشنہ ہشنڑ جاے
کوشُنی یاسو لوگتھ نیاے

سنگدِل جو گیو کر تہ اِنصاف
منگ بدل کیا گڑ ٹی چھیں لوا تراف

پر نگ پلنگ زا لنھ لو ہمئے ہاے
کو ڈسنی یا سو لو گُتھ نیاے

بے بیم بے واسے ہیّیہ بے عار
آدم مارز کھنتھ چھُس ہکان کار

لو ہے چھُس بے خود بے پرواے
کو ڈسنی یا سو لو گُتھ نیاے

یہ سو خن لو زتھ گیہ سو بے ہوش
فنائی ہی گذا پی نش فراموش

زاہی مائین کرن ہے ہاے
کو ڈسنی یا سو لو گُتھ نیاے

زا ٹھہ تہ ما سوز تھ زنگہ بشگن
لو کچار راو رتھ منشز جنگن

تو ہے نو پانس رو زے زھاے
کو ڈسنی یا سو لو گُتھ نیاے

اوے بہ بھیو رس دین جہان نن
ژ تیے لشہ مطلب دیت ستے ذاتن

ہیتو تمنت کُمی چیکس دیت مت تاے
کو ڈسنی یا سو لو گُتھ نیاے

۱۔ د بخشائش، دلیع خراج ۔

اگر ژ تے ابلیس روزی یاد
وگرنہ تہ اوس ذات پاکس مُراد

خار و شر یِہِن اللہ خوِ وا ے
گو وُسنی یاسو لو گتھ نشیا ے

داغ دِل ہیے مئے چھُم نیرہ م نا ے
باغ حرمس اندر چھے آغنہ ہنز جا ے

زاگہ تس صمد میر لاگہ بے وا ے
گو وُسنی یاسو لو گتھ نشیا ے

●

نوٹ:۔ میر صاحبن اکہ نندن چھ دون حصن منز چھپیومت۔ گوڈنکس حصس منز چھ ستھ لنجہ تہ دوِیمس منز ستھ۔ مطبوعہ صورتس منز چھ گوڈنیک حصہ بیتیر نے اندوا تان۔

## (۸) اِنہِ لنڈ

فاقہ ہوت سُنی یا سر چھ اکہ ننہ نس منگان
سونہ مال چھ تس ژاٹہ ہال نارس گژھان

وِہی کران تے کڑیا کا تھہ ثانی
بیجہ گو سونی ژا وے ساتہ آلگانی

چھِہٕ پیٚیم لیس بنہٕ سۆ زانی
جے گو سۆ نٕ ژاوے سانہٕ آنگانی

سۆ نہٕ مال ژھاران دٕرایہٕ ژاٹہٕ ہال
بو نہٕ کنہٕ آلو کورُن ئیژ کال
وَسو تجل جوگی چھُے پٕژارآنی
جے گو سۆ نٕ ژاوے سانہٕ آنگانی

ڈیٚڈرِ اَژ و و نے گوٚرُن آلو
اَسہٕ دوٚپ مُلہٕ تلہٕ وَلو لہٕ گو
ہلہٕ ووٚکھ اُسی دٕرا ے لارآنی
جے گو سۆ نٕ ژاوے سانہٕ آنگانی

بوٚن ووٚکھ بو نہٕ کنہٕ وُچھُن سُنی یاس
کھبِن چِین کیٚنژ ژھابرو نیٹھ ہیٚتھ دٕراس
پوشہِ موٚت سہٕ چھُم اَسہٕ توشانی
جے گو سۆ نٕ ژاوے سانہٕ آنگانی

بوٚن ووٚتھ بو نہٕ کنہٕ گورُن وَدُنا
رِکھو سُنی یاسہٕ چھُے ژِئے مُدنا[1]
آدم ماز چھُس ژھارانی
جے گو سۆ نٕ ژاوے سانہٕ آنگانی

---

[1] گامَن منٛز چھہٕ کنہٕ کُنہٕ جایہٕ "مُلا" لفظس "مُدنا" تہٕ وَنان۔

سۄت بوزآسے اَکہِ نندِ لَسِس
ژھاآرِتھ اَنتَن تارکیشا چھُس
مارِتھ لوٗ کرَس میزمانی
جے گوسونی ژاوے سانہِ آنگانی

ژھوہِ ہیتھ دردس کَرِ چھیس ناف
ژھاگِس ٹل چھس شہِ سنِشر ولی
جولہِ منٛزِ وُچھِمَس جولانی
جے گوسونی ژاوے سانہِ آنگانی

ژِشہِ چھِس آہو مَس خونخوار
خوٚبہِ کُنی بنگالی جو دوگار
روٗے سنٛخ سوے چھُس پریشانی
جے گوسونی ژاوے سانہِ آنگانی

قدِ کُنی لاحد سینہِ کُنی شیر
اَندی اَندی ساری سے دِتِنم گیر
اَرزِنہِ تنہِ چھس لرزانی
جے گوسونی ژاوے سانہِ آنگانی

وِلہِ کم وُنی سے لسِس سنی یاسَس
زانہہ ترِکن تھو ونہِ اِلتماسَس

شِلہٕ سنٛگ دِلہٕ بنٛہ چھُس دیوانی
بے گو سونٛی ژاوَے سانہٕ آنگانی

مو ہرو دیٛارو بُری مَس تھال
بیٚیہ دِژ امٚس بدل بے بہالال
سَتھ بوز تیٚتھ چھُنہ مانانی
بے گو سونٛی ژاوَے سانہٕ آنگانی

نہ چھُ تیٚس بیٚیم بَیہ نہ چھُ انصاف
وِچھان پوٚنیٚ ژانہہ سَر دُچھان پاپ
کھتے چھُ گالان داغ نی دانی
بے گو سونٛی ژاوَے سانہٕ آنگانی

تمثیل آدم زانہٕ دِل ہیر
وَرنہٕ ہٕس بیٚیہ ہَن دوہنی گو ژیر
پیپرِ نسر کیتھ چھُنہ زندگانی
بے گو سونٛی ژاوَے سانہٕ آنگانی

دِہی کُرتھ وِہانتھ چونے کار
یی نبر صمد میرتی چھُ در غار
یُن تہٕ گژھُن نو سوآنی
بے گو سونٛی ژاوَے سانہٕ آنگانی

۱ ثجاب ۲ گوناہ ۳ دِلیر ۴ یہ چھِنے زنہٕ ژکر بج ژینہٕ وکن۔

# (۹) نُومےٚ لٔٹھڈ

ہَرِنامہ تہٕ سونہٕ مالِہ ہُنٛد مَشوَرِ کرُن زِاکہٕ نندُن
تھاوون ژورِ۔ اکہٕ نندُن چھہ ماٲلِس وارِپوٗرِ کرلَس بیٹھہ پۆژھ
گاٗرکران۔ ہَرِنامہٕ نٕبٲژ چھہِ جوٗگِس اَدلہٕ بَدل لڑٕکہٕ پیش تھاوان
یُس جوٗگی توٗلو چھنہٕ کران

وَٹوٗزلوٗ اَسی ژَٹوٗ دوٗرِ مُنٛزہِ لا
رَٹوٗسِ شنیا رَٹوٗسِ شنیا
کھٹوٗ اکہٕ نٛدنُن یَرِ توِ ماہ
رَٹوٗسِ شنیا رَٹوٗسِ شنیا
شُنِس شدرس منٛز گیَم تھاہ
اُنِس اَس عاصہٕ ہِن سوراوِنی بزِشیا
چھُنِس چھُم در بغل نامِ مولا
رَٹوٗسِ شنیا رَٹوٗسِ شنیا
تلواس چھُم تہٕ سنی یاسی لوٗزما
الماسیچو اَچھو تٕرا وہم زِگاہ
ییِہ اکہٕ نٛدنُس نیہ بدخواہ
رَٹوٗسِ شنیا رَٹوٗسِ شنیا

دَسہ کُنہ نمارِ ین منز لبہ ہا
ہیرٕ وُن شہارس منز تنہا
رَسہٕ رَسہٕ شَنِ جنگلن کھسہٕ ہا
رَٹوٗ شِنیا رَٹوٗ شِنیا

خوشبوٗیہ واوس گژاوِونہ ہا
مےٚ ژلِتھ تراوِ نمادر صحرا
نتہٕ شُنیہِ یا آسِس بیتہٕ وسنہٕ ہا
رَٹوٗ شِنیا رَٹوٗ شِنیا

ہرِ پنہٕ ژھتَن ووٗن سوٗنہ مالے
دُپوٗ رُشنیہِ یا آسِس ییِ شالے
ژکھ شکھ تراوِ اسہٕ بخشِ کھنا
رَٹوٗ شِنیا رَٹوٗ شِنیا

ذاتک پرژھ صھوسن با اخلاص
لاتک مناتک کرِ ناپاس
دَپِس موصوٗ مَس کرِ درما
رَٹوٗ شِنیا رَٹوٗ شِنیا

دپان اَکہٕ شدنَن ووٗن مِثلا
سَتھ بیٚنہٕ ئسَ تراوِ کھ سرِ راہ

باطل مے وَن قاتِل چھا
رٹو شِنیا رٹو شِنیا

پنڑ ہے نہ مالی ماجہ تراوس باکھ
رز ہَن دردس بلیہ چھِس شراکھ
مارتھ کھیٔے نتہ کاٹہِ کینیا
رٹو شِنیا رٹو شِنیا

دین محمد مسلمانن واللہ
تہم دپان اسہِ لوزقا لو بلا
واد دِتھ ییتہ ڈالن بنیا
رٹو شِنیا رٹو شِنیا

ہر پنڈی تَن ووَن پرماتما
کرمس ریو کھمت پھیرم نا
گُنے اولاد چھم دُرنیا
رٹو شِنیا رٹو شِنیا

سنتھ کورِ چھم گنتھ کرِنم کیٔیا
پتہ بے کتس چھُ اکھ راچھا
وتھ در پیری راوریم ما
رٹو شِنیا رٹو شِنیا

پلوٚ مشوٗرِ کرِتھ پیو تِمَن یاد
پادشاہ حرَمَس چھُ گُنٕے اولاد
اکہ نٕندَ لَس نِشِہ چھِس شکلا
رَٹُو شنیا رَٹُو شنیا

دوٚپ ہَرِ پنٕڈِکی تَن نارایَن
یوٚرِ گژھا بوٚلتَس توٚر دِتِن
گوٚرِ بائیس دوٚپن اَزنٕشی
رَٹُو شنیا رَٹُو شنیا

ووت یٖلِہ توٗت گوٚرَن آداب کَرِس
تمہٕ دوٚپ بو چھُسَے آتش پَرَس[1]
کتیوٗ آکھ گوٚت گژھ کھٕشے گژھی کیا
رَٹُو شنیا رَٹُو شنیا

اَے شہنشاہ میٚنے اوس گُنٕے اولاد
سُے زٕھنیوم ژاٹہٕ ہال بوٚ بنیوس ساد
باہ شیتھ دوٚدِ بائے چھِس ہمراہ
رَٹُو شنیا رَٹُو شنیا

ظوٗن پیوم توٚتَے میٚنے گوٚڈ سَغرا
وَنِہ وَے غیرَ چھا شاہ لوٗزیا

[1] آتش پرست۔ زرتشتی۔ نار پرستاری۔ مجوسی۔

دوٕ نوٚتے تُمتھ تمہٕ پٔرن علی ما

رٔٹۍ شِنیا رٔٹۍ شِنیا

ٹاٹھو چھہٕ دوٕ نوٚتے یِ چھم مُدا

گژھ میٚتے دِتیٚتھ حوالہٕ خوٗدا

اٚٹھہِ دوٚہی کرو مُلاقاتھا

رٔٹۍ شِنیا رٔٹۍ شِنیا

گرِ دِ آئتھ کٔرکھ پاٹھ پوٚزا

دوٚ ڈیٚکھ پرماتماتہٕ سون بوٚنیا

دِمون سُنی یا آسِس شاہ کرکیا

رٔٹۍ شِنیا رٔٹۍ شِنیا

پیٚشِ سُنی یاس وانتوٚ وُکھ لگاہ

تمۍ دوٚ ڈیٚکھ کٔس کوٗرِ آسہِ ون دغا

دپہٕ چھس شاہزادِ مول چھس پادشا

رٔٹۍ شِنیا رٔٹۍ شِنیا

شاہس حرمس چھہ باغس پٔیہ سرا

ترا ہنہٕ بگوان ژٕ چھکھ بے پروا

آہنہٕ سر توٚ ہندٕ ے گرم ماچاہ

رٔٹۍ شِنیا رٔٹۍ شِنیا

زور رسان کڑکھ لاے شُنیاین

دور وأنج ہیر لوٚن اکہ ئندئن

ہا بیہ رُودُ انگتھ جابہ پیوگاہ

رٹوشئنیا رٹو شئنیا

ہیچھ صمد میرُ وادس وو فا

الموت بعد تن لو زتھ نا

شئیچھ نمبلھ سادہ سوار زئیہ

رٹوشئنیا رٹو شئنیا

## (۱۰)
## دھ لُند

شُنی یاسی سُند دھر نا مس تہ سونہ مالہ

اکہ نئدن مار نک حکمہ دیُت تہ مازدیگہ منز

کھبنہ با پتھ تیار کرُن تہ اتھ ستی تنہ ہے

دو تھس

وَدِنالیس تن زاجی نارن

وَدِ نس چھبنہ تس زھبن تے

بد نس لیس نیز الماس پن نے

ادلو چھُنہ لتس قرار

کاٲژ ساری پھیرن بننکیس بارس
خالی تٔے کاںٛہہ نہٕ روزِم تے

باذ بننگ وادہِ لگنجہ واتان
کرِ ڈنجہِ روزِ سمسار

پلہِ تے تادس کوڑھ دمہ پیادس
بوزِنے لتس نہٕ کیا ونہٕ تے

جوِگ آم نادس دیہ کیا وادس
وُچھتمُت چھُم بیقرار

زورِ جوِگ سنز کٔر کھکنہٕ یام لوزن
تام ترِم لرِ ترٛاون تے

وولہٕ پانہٕ یی بتیلہٕ اورے لیوگھنَم تے
یور چھا ونہٕنس وار

اُمیر تہٕ وزیر پادشاہ تہٕ فقیر
بٔڑ کٔنہہ چھہ مومن ذم تے

بٔڑ منگہِ درشن دِلوٗ آکہٕ نشدِ لو
مومن منگہِ سنگہِ دیدار

ژونزہِ تے داتے ساریے آیے
دژایے چھے ونہٕ وَن تے

یتھ منزٕ لس منزٕ اسہٕ اوس رٕچھمتھ

تتھ اوس ژندنگ وار

(۷) شتھ بینہٕ چھس ودان ہاسانہٕ بالیو

سنزٕ یاسہٕ آو کمہٕ ونہٕ تے

چانہٕ زینہٕ اسہٕ ترٕ تنہٕ ڈُنی یاہس آیے

ڈراے یرٕ ناما وار

گرِتھ یہونے مشوٕر تام ژراون لر

وفہ لہٕ پانہٕ کیٛا کرٕ ون تے

شتن بیتن ہنٛد روٗدم زر

سیاہ سر چھم نابکار

حق ژیادٕ روٗدم مایس تہٕ ماجہ ہنٛد

ذکرٕ زد ماگژھنم تے

دوٗ پنٛس کوٚت یور ژٕ ہا چھکھ مارخور

ژیٚے کوٗرتھ پانے مار

تاب کرٕ کیٛا کورآب منٛدٕ نن تے

تن دِژا کہٕ ننٛد نن تے

ژراو فکرمتے غم مے روزٕ دلگیر

پاو سے مٔے تہٕ باوِتھ مار

پھپش دِتھ مالِ شُراکھ تُجنَس وَردِس
کَس تَتہِ رۄدُے ہاہِن تَے
وَچھِن چھُشمہِ رَچھِس ماجے کَرزِے
نَتہِ وۄتھ ہیُے یکا یار
نام موتُل لَتھ گوڈ بوز میثاقی کتھ
شاہ رگ رۄزِس پتھ تَے
وارِ کڈ تَس رَتھ نَتہِ چھپس کرِ ہاتھ
سادَس چھُ یاد او مکار
نِشہِ ہوت ہوگی یوٗ ٹھس پیٹھ شانڈس
پَشہِ ناکھش کوٗر ہیس تَے
ذات خۄدِ طالِب واتہِ مضمونَس
تتہِ لُج خۄ نَس دار
پارِ پارِ صمد میرلوگ رہبرس تے
سارِ سارِ زِنڈ کوٗر تَس تَے
یاکہ بوز مثلن قصاے آسہِ راز ک
شراکِ چھَپا مازس عار

○

# (۱۱) کِھمے لٔٹہٕ

اَکہ نَنٛدٕ بَنہٕ دادِ سارِے ہِنٛدی وِدا گھٔرِنی

دانہٕ دانہٕ کَنیتھ وانہٕ وانہٕ پھیرِے
خان وِ مان تٔرٛاوِتھ ژھینہٕ تے
پانہٕ پانٔے ژٕ تَے لوگتھ بے پروا‌ے
زانہٕ کٔس لوٕ وُنتھ حال
باکھ تٔرٛاوِتھ چاکھ دِ ژُتنَے جامَن
پامَن آیس ہیٛنہٕ تے
شامَن نیٖرِتھ پھیرے گامَن
رامَن مٔتے گٔرِم حال
زَتھ اوٚسکھا تھَن ژٔری گومت
زِتن تتھ آسیس لٔلہٕ وَن تے
شُتھ بتِیہٕ گَتہٕ زینہٕ گتھ آسَس کرَن
زَن اوس ژٔرٕٹ چھراَن کرٛال
بوچھہٕ ہوت سُنی یاسی موچھ زٕو ٹیتھ آس
تنختہٕ سیٖخ گوٚیشِرَن تے

تانہٕ تانہٕ کڈُن بانہٕ چھی ژٔڈاران
جوگِس اَزٕ چھُ کھیٚون مسال
کیٚنہٕ ہوٚت نیٚیرٕ آسٕ سیٚنہٕ ژٕٹھِ ڈاس
مولِس کٔرِ نے بنہٕ تے
رؤدیس لوٚدُن خاک جامَن ژٕٹُن چاکھ
روٚٹ نے سۄ نآلی نال

خوٚنِ دِل ہاران ترٚوٗکھ اَوینٔوان
گاشِس زوٗدٕ کھینہٕ چشمن تے
پانہٕ شرا کھلاچِھ پٔنٔنِس گنڈرِس
ژٔنڈرِس مآری لوٗ تال

اچھِ دارِ ستھ بٔنیہٕ وَچھہٕ ترٚوٹ ہیتھ ودان
گچھِ ڈٔبِ پٹھ پٔتِیہٕ لوٗن تے
تُچھِ کٔترِس منز روزِتھ چھِ ساری
وُچھِکَس کُن یِر سوٗنہٕ مال
شوٗشِش کھشٕو آلنج بٔتیرِن کرِ شِنہٕ ماز
تِتھ کرِ ستھ ژٔرٕوَن تے
اُڈِس تراوُن زِ مُژ تھ ینہٕ روزِلس قصوٗر
اُڈِس میٚیتھِ ماز دال

اُني گئي سير سهڻي مال کنهِه ڇپڻه لوزان
گُئي تلي ڇهڻس مَنهِ وان تے
کنهاکرتم ستھ وار گڑھ تیم
خطا مٽے ڇهم فِلحال
تمام سوٌ مبر تھ لوٌ دُکھ دیگے
قوام کھو لهس زم تے
صمد میراوس غمس لوُرے
رمس چھچُ سوُرے کمال



# (۱۲) بھِے لُنُڈ

## جوگی چھُ اکہِ نِشدُن مازٕ تیار کرِتھ تہٕ بُرۄنٹھ کُن اِنِتھ وُنتاوَلی کران



نیرِ پیوٗ زیر گوٗ کیٚنہہ گرٕژھ اُنٛدٕن

ژنٛدُن زالتھ زِنے

یِہ اکہِ نِندُن پانے سیٚنے

کھیٚنے یِیہِ مسبزٕمان

ژھنٛڈ کڈ ہے ژھاآگِس ہَنز ہَنے
زٹھ ماگئی ژٕ مِہ تنے
مُشکِ معطر موٗ لَم عشقہ ما بنے
کھتنے ییہ مسبزمان

لبلہِ کر لنس موٗل ماآج تے بنٛے
زوٕلہ ماگئی سون چُھکھنہِ بوزان
کلہ ہیتھ اکھ تہ بیاکھ لَلوان تنے
کھتنے ییہ مسبزمان

اژٕ بوج خانٕس لژھ دُو نے
ییٚنہِ کُنہ تانٕس چھو نے
پژھ تھاوِ ژھ بر مژرا و تنے
کھتنے ییہ مسبزمان

تابٕ شُشٕ یاسہ کوت کال انے
آب توٗگ تتہ تتہ نے
تھاو کَس تراو گنز رآوِ تھگنے
کھتنے ییہ مسبزمان

دایہ دوٕ زماجہ آسہ گاٹژر انے
بنیہ چھس وَدان ستھ بنے
ہاے اکہ نشہ نو بایہ سانہِ گنے
کھتنے ییہ مسبزمان

پھاسی ہر پنڈی تن تڑاو گرونے
پانہ لوگ پان مارنے
زر کیتھ اکہ نندنس کُس رنے
کھنّے پیہ مسنز مان

دوپ سنی یاسن پاکہ ان تنے
فاقہ چھس یتر کال گوم ترارا ن
لوز تھ سوہ مال لج فراق دنے
کھنّے پیہ مسنز مان

وونی سوہ مال لج جمال باونے
کنہ لوزتھ ساز چھونے
یہ زمین آسمان لوگ ونے
کھنّے پیہ مسنز مان

لوز سنی یاسی لوگ[1] گاز کرتنے
روز سوہ مالی وارہ رنے
نار زال آبک چھکار اسعہ سنے
کھنّے پیہ مسنز مان

ونے حبہ شوقہ پاکہ انتنے
حبہ دارن چھس لو ونے
ینے ویہ[2] ٹھان لگہ دبہ پھیرنے
کھنّے پیہ مسنز مان

۱۔ روب، دبارو۔ ۲۔ تھوددتھ، اڈ وڈتھ گژھ۔

دم ہیتھ شاہ باز رٗو چھمکھ منے
چھم چاٲنۍ مہارے تہٕ کیہہ پٔژ سینے
غم میلہِ نوٗو تم زٕہنہٕ گژِھ زینے
کتینے ییہِ مہنز مان

ترٛان دٔرٛو دسہ یٔنہ مالہِ یان اَس مارن
پرٛان بینِگال لٕغ فراقہٕ نگینے
تانٛی سٔنی یا سِیس مآل پوٚہ تھینے
کھینے ییہِ مہنز مان

تھینے دزِ یا روزہٕ لس اسِمن
وارٕ فٔرِ چھوز لٔس ہنہٕ ہینے
عار رٔو سی تمیٚ اینہٕ نادے چینے
کھینے ییہِ مہنز مان

واچہ دوٚدِ ماجہ لجہ خوٗن ہارنے
اَسہ اوس رٔو چھٕمتھ کھوتنے
عٔنی آب گٔیی بیرٕ بوٗزِتھ گنے
کھینے ییہِ مہنز مان

زٕون لج سعہ یٔنہ مالہِ کوٗن تل بیٹھے
جوٗگی لوٗگ ئوٗن دٕ چھینے
اَتھن لوٗگ وارٕ ژرٕ نز بہار نے
کھینے ییہِ مہنز مان

ووٚن سُنی یاسَن برونٛٹھ کُن انے

سو نہٕ مال لگہِ بآگرنے

اَکہِ نشہِ نَس کیٚت تہِ کابانے

کھٮ۪نے ییہِ مہزمان

شیٚچھی اکہِ نشہِ نَس کرتے آلوَ

وُچھتے تورٕ کٲشاوَنے

وَنہٕ کٔس سو ہانٛجہِ حبسہٕ ولسرنے

کھٮ۪نے ییہِ مہزمان

ژٲنِہ اَکہِ نشہِ نَس آلوکرنے

ژھانہ ستٕی لجِ مَنشد چھنے

رانہِ ژلہٕ چکران آس بوزنے

کھٮ۪نے ییہِ مہزمان

پٔتھن ماز ٹُس پانے رٔنے

مُرتھ ژنٛاگی اَنے

چھمہٕ شیرس چھِپے برونٛٹھ گنے

کھٮ۪نے ییہِ مہزمان



# ترُوٲہِم لُنۍ

سونہ مال چھنے اکہِ ننٛدِ نَس ژاٹہِ ہال

نادَس گرٛژھان تہِ سُہ چُھ تَس برٛونٛٹھ یِوان

سٲری چھِ حٲرتَن پیوان تہِ کَن دٲرتھ زٕلیپ بوزان

کرِتھ وُیہ سنز یاسہٕ اوٛنٛد فنٛدے

مرِتھ اکہِ ننٛدُن زِنٛدے دِژاو

پرِتھ حال میون گرٛژھِ بوزُن زِنٛدے

مرِتھ اکہِ ننٛدُن زِنٛدے دِژاو

دِرِس خانہ پیٛٹھہ یِلہِ لو ینٛس ناد

غرض اکہِ ننٛدُن سپُن اِستاد

گاہ گرِیہ ڈیوٗنٛٹھُن گاہ دِرخندے

مرِتھ اکہِ ننٛدُن زِنٛدے دِژاو

راجہ زادِ ہیٖر لبھُن وۄتھ لاران

کاجہ برٛونٛٹھہ ماجی کیاہ چھِ فورمان

تانی روز یانی دِرراوے گرٛژھنٛدے

مرِتھ اکہِ ننٛدُن زِنٛدے دِژاو

دَم دِ ننھ ڈیو نِشھُن رنو ے اولاد

غمیہ ہوت دِل ناشاد گوس شاد

خم دراس چھَس ویان بجان پان ونلیے

مُر ننھ اکہ ننڈُن زِندَ ے دراو

دوّ پننس بر وَ نے سُور ے حال

سوّ پنیس منز ما چھس یو سوہ مال

باسان چھُم یِہ ما آسکھ تند ے

مُر تھ اکہ ننڈُن زِندَ ے دراو

آوریہ یہ بلہ کنہ آیکھ ما

تھاوکھ ننھ شایہ آسان پراہ

یو نے گر سالس دراس گُنہ اندَ ے

مُر تھ اکہ ننڈُن زِندَ ے دراو

شور و وّ تھ ساری آ ے لاران

سوہ مال وہ سنہ زاتھ خون ہاران

گور آے شیراز ہیر آیہ ہیند ے

مُر تھ اکہ ننڈُن زندے دراو

منہ آہی رُم رُو شر منڈے

ماں باپ سب کو سفر میں گراو

نوحؑ ماہی میں رہا ہر جنڈے

مرِ کھا اکہ نشڈن زِنڈے ڈڑا و

وَنان مول آس بِئینہ بائے تہ ٹبڈے

کنانہ یوسفؑ مصرے آ و

بنان حضن یعقوبؑ شاد و فرخنڈے

مرِ کھا اکہ نشڈن زِنڈے ڈڑا و

زاتی بوزی تو نصیحت پنڈے

تانی تو رک پیا دِ ، زن آ و

پڑانی بیاضن پرنکھ انڈ وِنڈے

مرِ کھا اکہ نشڈن زِنڈے ڈڑا و

ذات وِ صفات زانن باشنڈے

دانتہ پڑ باتن وار نوحن ڈڑا و

لات و منات چھا شوکار نڈے

مرِ کھا اکہ نشڈن زنڈے ڈڑا و

جامہ غمہ کی آبہ ناوِم وِنڈے

کامہ دلو سُنی یاسی شامہ للہٖ آ و

رامہ گیتا چھا کِنہ آننڈے

مرِ کھا اکہ نشڈن زِنڈے ڈڑا و

ستھہ بانہ چھس چھکان نابدِتہٕ قندے
رتھ بٹہ کے ونٛدوے زار رچھے ہاو
ہتھ دودہ ماجہ تے دایہ لوگو ٹٛدے
مرِتھ اکہ نٛدن زنٛدے وڑاو
مرِتھ اکہ نٛدن زندے وڑاو
دٕرشتہ پانچھ سآری آے
ہرِ نامہ سونہٕ مال ٹرونٛھہ ٹرونٛھہ ڈرٛاے
ستھہ بٹنہ زالان ودِ اسپندے
مرِتھ اکہ نٛدن زنٛدے وڑاو
گرِتھ شادی آیے ژاے گرٛ باز
نہ ڈلو نٹھک جوگی گنہ نہ ڈلو نٹھک ماز
درِتھ کٕرٛ کھوڑہٕ ہس روواسہ وونٛجے
مرِتھ اکہ نٛدن زنٛدے وڑاو
کعبہ بتخانہ نو وچھمس نیب
اوس سنی یا سی غاب الغاب
کتھہ مواس اے صمد کتھہ چھے پابندے
مرِتھ اکہ نٛدن زنٛدے وڑاو

# (۱۴) ژوداھے لنڈ
# سُئنی یاسی ہِشر کل

بصورت محمدؐ بسیرت دے

ووہ لو سُئنی یاسِہ خاصِہ جایہ وَتھرے

مونے منے ساری سے چُھچونے پے

ووہ لو سُئنی یاسِہ خاصِہ جایہ وَتھرے

مَنہ چھُس ہیرِ لوہ نہ جایہ پھیران

کتہ بیو ٹھ سُئنی یاسی شاہِہ خوبان

بیتہ رکنی دڑاکھ لوہ تر توری لارے

ووہ لو سُئنی یاسِہ خاصِہ جایہ وَتھرے

مال چھُم چونے ژئے کرے فِدا

بیہ کرتم نِدا تی چھُم مُدا

حال باوے دِنگ لال وَنڈیئے

ووہ لو سُئنی یاسِہ خاصِہ جایہ وَتھرے

نُئنی نیر وُنی دِمہ بازارے

گُنہ رکنی آسیہ نا اظہارے

مُر بختھا اَکہِ نشدِ تےٚ زِنٛدہٕ کوٚر نے

وو لوٚسنی یاسہٕ خاصہٕ جایہٕ وَتھرے

چانہٕ پٔرِھ راورِم راتچ نیٖہہ

وو لوسونہٕ مالہِ گوچھ نےٚ سِنٛزِ یہہ

سانہٕ بیٖہہ پرٛانہٕ کیٖتھ مُشراوے

وو لوٚسنی یاسہٕ خاصہٕ جایہٕ وَتھرے

لَنشہ نارٕ زاج کھٔس آمہٕ تاوے

عشقہٕ مَتہٕ زوٚلہِم گُس باوے

پَنشہ پَنشہٕ چھُم مدٕ نو مَشہِ مالے

وو لوٚسنی یاسہٕ خاصہٕ جایہٕ وَتھرے

وَنہٕ نو آہم زوٗنُم گفا

مَنہٕ منٛزٕ للہٕ وان چھی دِل حَفا

ہَنہٕ ہَنہٕ تَنہٕ چھُم تیلان سوے

وو لوٚسنی یاسہٕ خاصہٕ جایہٕ وَتھرے

عاٗبہٕ روٗستیوٕ چھُکھ بے پروٲے

غاٗبہٕ کیٖن کارن لوگُم نیٖشاے

تو بہٕ کرٕ زاہہ وو لو روبہٕ اَنہٕ ہے

وو لوٚسنی یاسہٕ خاصہٕ جایہٕ وَتھرے

چونے عرش و فرش تا زمین
دزشن چونے پچھن ما پچھن
دِل و جان دین و ایمان بخشتے
وو لوسنی یاسہ خاصہ جایہ وَتھرے
بے خبری کوٗرُم لیوٗت گفتگوے
توے ژوٗرِژرو لہم کھوٗ ٹھم روے
اَسہٕ وِنہٕ بلیہٕ کرس تھاوِتھے
وو لوشنی یاسہٕ خاصہٕ جایہٕ وَتھرے
لَچھِ ناوِ گچھ کُٹھ وَتھر اوَے
کوچھ منز للہٕ وان زو لہٕ پاوَے
اَچھ دار سونہٕ مال پیرِ تھ چھیے
وو لوشنی یاسہٕ خاصہٕ جایہٕ وَتھرے
دِ لیچے دارے وزِھ تراوے
ہیو لولہٕ سا قیو چاو تمَے
گزھ منور چانہٕ اکہٕ قطرے
وو لوسنی یاسہٕ خاصہٕ جایہٕ وَتھرے
ہر پُنڈی تن ووٗن سونہٕ مالہٕ پلے
بوٗ ہے پھیرٕ جنگلن توٗری چھس پلے

مٕتے ہیٚو زُںہ ہا چھے بےٚ نو قطعے

وہ لو سُنی یا سہٕ خاصہٕ جایہٕ وَتھرے

شانہٕ بُڈ وَنہٕ وار بے دار

پانہٕ پیتہٕ گژھہم خانہٕ آباد

جانہٕ دِل خدمت گار روزہٕ ہے

وہ لو سُنی یا سہٕ خاصہٕ جایہٕ وَتھرے

ژُورِ موژل برٕ لوٚد دٕور روزے

حوٗرِ سوٗرٕ گیہٕ اَتھ نامہٕ سوزے

کامہٕ دیوٕ شاہ لنہٕ ہاوتم روے

وہ لو سُنی یا سہٕ خاصہٕ جایہٕ وَتھرے

زمین آسمانن ہیوٚت مے سپے

زانن تہٕ بے زانن پرٛژ ھمے

خستہٕ دِل مس راہہٕ راس وُ چھے

وہ لو سُنی یا سہٕ خاصہٕ جایہٕ وَتھرے

پاسہٕ تمی سندِ لو زلس دِتھ خوے

کاس غم مرنگ زندہ روزے

اَسس لوٚز تھ بو اخلاصہٕ وَنہٕ

وہ لو سُنی یا سہٕ خاصہٕ جایہٕ وَتھرے

کر فنہچ کژ کھ منصور ے

ہرمعہ کھ پئنے پان وُ چھے

سرتڑاو دُرِتھ بئبیہ زندٕ کرنے

وہ لو سُنی یاسہ خاصہ جایہ وَتھرے

اُما خستہ دِلئے لِشہِ آم نیب

طمع ژھایہ روزان کران کم فریب

لو ماژے آسن ژماچھکھ سپے

وہ لو سُنی یاسہ خاصہ جایہ وَتھرے

قصہ گو معہ خصر لوُزِ وسلام

پس یا پیش اگر گو کانہہ کلام

لُس اُمی آسہ لِتس ماُ فی چھے

وہ لو سُنی یاسہ خاصہ جایہ وَتھرے

بوز ژھل مار نگ وارِ ژلہ بے

روز ضمہ دسیر دوہ تارِ کر کرے

متے نمبلہارِ گیڈ زار میتھرے

وہ لو سُنی یاسہ خاصہ جایہ وتھرے



# ترتیب

# زان پچھان

صمد میرنس کلامس ستی یہ ضمیمہ وُچھتھ سپد پرن والین
عمار تھ زِ میر ہنٛدِس کلامس کیا واٹھ چھ قادر صاب تہ احمد بٹہ نِس
کلامس ستی۔ یوٚز زٕ ژھاکھ سۄ چھیتھ تہ ژھانڈ دِتھ چھ ٹاکاریا ٹھو
نمان زِ صمد میر نس کلامس چھ یمَن دوٚن ہنٛدِس کلامس ستی معنوی
واٹھ۔

احمد بٹ تہ میر چھ اِبتدائی زمانس منٛز پیرِ باج آسی متی۔
دوٚشوٕنی اوس بأتھ ونس پیٹھ شونٛد خوکُم۔ دوٚشوے کوٚر ابتدا یوٚز وُنہِ
آسی بٹ صابن صرف باہ بأتھ وُنی متی زِ تس سپد موٚد شنٛد شونٛد خوکُم
زِ سہ گوٚن بأتھ وٕنی بنٛد۔ شراکہٕ تہ مازس کیا وادا اوس۔ خوکمس سپد
تامیل تہ یمِ باہ بأتھ روٗدی بٹ صابنین طالبن نشہِ موجود۔ احمد بٹ
گو صمد میرس برونٛہہ۔ واریاہ کال یتیمہِ دُنیاہس۔ صمد میر تہ بٹ آسی
نہ صرف پیرِ باجی یا تی بلکہِ آسی ہمسایہ تِ۔ احمد بٹ اوس کرشو رک
روزن وول تہ دوٚشوٕنی درمیان اوس مسا مسا دعن ژن حریبن
ہنٛد دوٗر بہ۔ یوٚدوے میر صابن فکرِ تہ ذکرِ ہنٛد سوٗرے بار گرس

منز روزی تے بارِ تل مگر بٹ صاحب ڈراو گرِ تہٕ گامس اندکن کوٗرن
اکھ تکیہٕ تہٕ زمینس پیٹھ تامیر بیتہٕ بلیوٚ چیز و علاوٕ سا سہٕ واد
روپیہٕ لاگتھ اکھ مشیدتہٕ بناونہٕ چھ آمژ ۔ یہٕ تکیہٕ چھ ازتہٕ چلان تہٕ از
چھ اتہٕ بٹ صاحبنہٕ کورِ ہندِ نیچو سجادہ نشین ۔ بٹ صاحب بنین
حالی بن ہندِ تیداد چھ ازتہٕ وار یاہ تہٕ امہٕ لنجہٕ چھ ازتہٕ وار یاہ نوی
تہٕ شبہٕ دار بر کھاری ہتہٕ، یمن ہرن چھےٚ برجستہٕ چلے تہٕ یادن ۔
احمدی ٹین طالب اوس سلام راتھر لیس واگمک روزن وول اوس
راتھر صابنہٕ رحمت حق گژھنہٕ پتہٕ بنیو زرار شریفک سہٕ صاحب
سجادہ نشین، لیس وونہٕ حالے حیات چھ ۔

یوتامت قادر صابن تالق چھ یتہٕ چھ اَسہٕ بانگ کلِ آفتاب
اوسمت ۔ قادر صاب چھ صوفی حلقن منز قادرِ صاب کینہہ شناوٕ موشود ۔
واریاہن لوکن ہندو ون چھ زِ قادرِ صاب چھ رحمان ڈار چھ شر بلین ۔
(ششن رنگ شایر) نیچو بتہٕ زاٹھ اوسمت ۔ یہٕ کتھ چھ تحقیق
طلب مگر یہٕ چھ کھرہٕ بیچھ اَسے زاٹھ ہندِ باڑ اوسمت ۔ قادرِ صاب
اوس ووہ ستہٕ حبیبن تہٕ ووستہٕ خالقن مورشد تہٕ یےٚ زِ زنی
اُسی پتہٕ احمد بٹس تہٕ صمد میرس وار وارِ رہبر تہٕ ووتہٕ ہاوکھ ۔
یوودے زن ظاہرداری کنہٕ اَسہٕ یمن ترلیشونی ہندِس کلامس نوٗن
واتھ چھینہٕ باسان ۔ یمن زنین چھ اَکہٕ باطنی واٹھ ، اکھ سہٕ واٹھ لیس سیٹھا

پایدار، پوشہٕ وٕنِ۔ تہٕ پرٕزلوٗن چھُہ۔ رحمان ڈارس پتہٕ صمد میرس تام چھےٚ یہٕ گےٚ

آکو، یتھہٕ لےٚ بیون بیون چھہ نگرےٚ چھےٚس کنہٕ یمن سارنےٚ چھُہ

اَکےٚ تمنا۔ اکاے وَتھہٕ زٕ زٕ ذُہنہٕ آگرٕ۔ گوٗ ژھہ سر سیدٕن تہٕ کہنٕس

کیتھہٕ پاٹھہٕ بنیو سیٹھا۔ نفی پتہٕ اثباتس کُن پکنک یہٕ سلسلہٕ چھُ سارنےٚ

منٛز مُشترکہٕ۔ ووہٕ ستہٕ خٲلی تٕس تہٕ ووہٕ ستہٕ جُبتس وراےٚ چھُ رحمان

ڈارس پتہٕ آسی ابنِ صمد میرس تام اَمہٕ لنجہٕ ہُندی ساری نام دار ٹیکھ

شاعر آسی متہٕ۔

ضمیمہ زُگیمن دوٕن (احمد بٹ تہٕ قادرِ صاب) ہُند کلامہٕ

یتھ کتابہٕ منٛز شامِل کرنس چھُ بیاکھا اہمیتھ تہٕ۔ سہٕ یہٕ زِ دوشوٕنی ہُند

کلامہٕ چھپنہٕ وُلنسام بازر پیوٗمُت تہٕ پرن والین ہُندِ باپتھ چھُ سادر

وار کلا چھ اہمیتھ تھاوان۔ کتابہٕ ستہٕ کلامہٕ شایع سپدنہٕ ستہٕ سپدِ

صمد میرٕن کلامہٕ پرکھا وِلنس منٛز تہٕ آسانی تہٕ اَمی سُند مقام صوفی

شاعرن منٛز مُشخص کرنس منٛز تہٕ اَکھ رُوٗٹ۔

یتھہٕ پاٹھی مےٚ بُرو نہٕ ژھٹےٚ دوٕن احمد بٹ صابن چھُ صِرف

بادہ جانہٕ دُنی ہتہٕ۔ یمو منٛز مےٚ صِرف پانٛژ وہٕ دستیاب سپدِ۔

قادرِ صاب کہنٛس نسبتہٕ چھُ دنیہٕ لوان، زِ تم چھُ برگوہ شاعر آسی متہٕ

ستہٕ وار یاہ کلامہٕ ادسکھ چھُ گن ترٛوومُت یمن گُزریمتس پتہٕ چھِ ووہٕ نی

شیٹھہٕ وری گُزریمتہٕ۔ یتیمہٕ کنہٕ سیٚہ قدر کلامہٕ اور یور تہٕ ژھیلہٕ ژھانگر چھُ

گومُت گمُت۔ مےٚ سپدٕ یہندۍ شعر ژور باتھ دستیاب یِم یِتھ کِتابہِ
منز شامِل چھِ۔ مےٚ چھُ تلاش جٲری تھوومُت، ہرگاہ بہٕ کامیاب
روٗدُس یہند باقے کلامہٕ تہٕ کرٕ لوکن تہٕ کنہٕ زنگہٕ چھاپ۔

قادِر صاب چھُ زانٛہہِ کنہٕ شیخ اوسمُت یہٕ زن اَمی سُنٛد
شاعری تلہٕ چھُ نَنان۔ قادِر صابنِس تہٕ بٹہٕ صابنِس کلامس مُتعلق
چھُ مےٚ یی وَنُن زِ یہِ چھِہ روٗحٲنی تجربن تہٕ زٲنی ہنٛزن گاشہِ زُژن
ہنٛز شاعری۔ یہنٛز شاعری سمجنہٕ تہٕ پرکھاونہٕ خٲطرٕ چھِ نبر نٕہراوِتھ
اندراژُنٛج ضرور وَرتھ۔ یہِ شاعری چھ اِشارن ہنٛز شاعری تہٕ
اِشارن مانے کرُن چھُ ہَن کھنٛڈ سخنتھ مُنگان۔




موہنورہ ۱۵ جُلے سنہ ۱۹۷۲ء

## کلامِ قادرِ صاب کینہہ

# وٲژُن



کَس وَنہٕ اَمی یارِ مَس دِیثِمہٕ یَنے
تَنے رُوٗد مۍ نہٕ حس تہٕ ہوش

یہ خاک اَز خاک سۍ آو گَڈُ نے
وادِ سِیُن خاکَس بیٚیر واتہٕ توٗ ری
یہِ مئے لرزدم تہٕ آو لوٗرَ نے
تَنے رُوٗدُم نہٕ حس تہٕ ہوش

نارِس تہٕ آیس ہشر سیٚ چھٕنیٚ
خاکس تہٕ واوَس یہٕ مِلاپ کیٚتھہٕ
پیٚمنیٚ ژوَرَن سیٚ چھےٚ آڈر سیٚ
دٕھنیٚ رٕوٕدمنہٕ ٹاس تےٚ سوشس

یہٕ نار کمہٕ نارٕ نش آوَ سیٚ
قطرٕ دریاوٕ نشہٕ ژھٕنیٚ گوٚ
فقیرس گستیٚ چھُو اگتھ ماہرس سیٚ
فقیرہ رٕوٕد منتہٕ اَسِ اےٚ ہوش

ہوٚسس تہٕ رٕدکس چھہٕ تہٕ وٕڈسیٚ
رٕوٕچ تیرتھ سیٚ دَر سیٚ
کٕلِ رٕح امرٕ رب بوٚزِم کنیٚ
تیٚ رٕوٕدم نہٕ جِسس تےٚ ہوش

ژھاران لوٚسس ششہٕ جہا سیٚ تیٚ
ژٕ یارٕ ووٚچھم شہنشاہ
توگٕ ھتہٕ حضرت سٕر کرِ سیٚ تیٚ
تیٚ رٕوٕدم نہٕ جِسس تےٚ ہوش

سواۓ نبیؐ لیس بنیہ کیتھہ چھتے
اول آخر لیستھ چھئے
تتھ جایہ جبرائیل محرم چھنے
تتے رُودم نہ حس تہ ہوش

کیتھن اَتھ خبر چھنے
کیتھ رَد تمہ تور گزر کور
کیتھہ گیہ گاشس ذات گنزر لے
تتے رُودم نہ حس تہ ہوش

اشارہ دون نے قادر شخنے
اَتھہ مانہ زائن دل ہشار
کل من علیہا فان سر کرتتے
تتے رُودم نہ حس تہ ہوش



# باٹھ



گرِ سرِ گرتن ہوٗ تے ہا
دوہ شھوَ ے ڈُینٹھم مُبتلا
یی چھُ نفی تی اِثبا تا
اِثبات ڈیوٗ نٹھم مُبتلا
ڈرِیہ ستین ہوٗ سرَ ے کر
ہوٗ ہیے چھیے سمارِ ے ہوٗ نر
ہوٗ نینگلا وٗن موٗختۂ تھ سرَ
دَم دار ڈیوٗ نٹھُم مُبتلا
نوٗ رِ سبزوٗ سوٗ رَخ بوٗ ز
نوٗ رِ سفید وُچھنہِ روز

نُورِ سیاہ زرد یا
ذرِ ذر ڈیو نٹھم مُبتلا
اندِ کٹ گُرنڈ چھ بے شُمار
نور صندل مُشک دار
نورِ سفید پورِ را
حورِ عان ڈیو نٹھم مُبتلا
شیخو سجاو ے مشراو
کشف و کرامات تراو
راو انس اندر راو
راول ڈیو نٹھم مُبتلا
ژور فنا ژور تجلا
تمہ گژِ ھتھ چھے مولا
لا برسرا الا اللہ
لا لا ڈیو نٹھم مُبتلا
کینژہ نے تہ لبستھ کیا
کینژہ لس ون ملنے چھ کیا
کینژہ نے یہ قادر کیا جمع
جیم دال ڈیو نٹھم مُبتلا!



# وٚژُن

مَن سٕر گھرٕس وٲژِس ڈٕلے
ژھلے اَکہِ ڈٕل رٕوٕدٕم نہٕ یاد
حبس ہوشس نیوٕنَم روزِم نہٕ سگلے
ژھلے اَکہِ ڈٕل رٕوٕدٕم نہٕ یاد
ناوِ بہٕ وٕژھاس خوجہِ یارِ سبلے
سٲئلے ڈکلے ہاوٕسنہٕ بو
تور ناوٕ پیچم نہٕ یورِ آزلے
ژھلے اَکہِ ڈٕل رٕوٕدٕم نہٕ یاد
وَنہٕ کیاژ ھینہٕ گوس مَن نیبر ملے
ہمینہٕ آس تمہ منزٕ یتھنہٕ کینہہ ناو
خودی نشہِ پیوس بہٕرٕ سگلے
ژھلے اَکہِ ڈٕل رٕوٕدٕم نہٕ یاد

نیٚہہ نیٚہہ گوٚ جنم مےٚ موٗلہ ستےٚ تلے
واہ سےٚ مےٚ سوٗرِم کتھ لایہِ نظاہ
بوٚ گنہِ روٗدُس نہٕ اوس ازلے
ژ سےٚ ہلے اکہِ ڈٕل روٗدُم نہٕ یاد

کینٛہن کینٛہہِس پیٹھ کور سہلے
کینٛہہ منٛز کینٛہہ نے پٹھ دراو
کینٛہہ نے روٗدُم کینٛہہ نکہِ جلے
ژ سےٚ ہلے اکہِ ڈٕل روٗدُم نہٕ یاد

قادرِ راوکھ ژٕ کینٛہہ نہٕ تلے
راوکھ راو نٕس اَنٛدر راو
لیُسےٚ روو شہ چھ بوڈ راولے
ژ سےٚ ہلے اکہِ ڈٕل روٗدُم نہٕ یاد





# کیٛنہہ نَے

کَنہٕ بوٗزُم چھُم مَنہٕ سےٚ
وَنہٕ کَس بو کیٛنہہ نَے
سٲل کوٚر مے من سِرٕ نے
سَرٕ مٔنز کھوٚت کیٛنہہ نَے

سِرٕ مٔنز سٕوٚن کوٚر زِندَو
سوٚن سَتَر دار کیٛنہہ نَے
ٲنتھ لیَس گوٚمُے عالم
وُنتھ کَس زٕ ٲمنہٕ کیٛنہہ نَے

ہرُو عالم نشہِ ماشہِ وِتھ
سورُے عالم چھُ کینْہہ نے
نہ نقش تہ تارِیخ نے نقش ساتھ
تسَ دۄہہ تہ راتھ کینْہہ نے

پَرِ دِژ ژِٹھ بے پرِدو چھتن
عاَرِن پرِدِ دار کینْہہ نے
کینْہہ نہ قاصد خود کینْہہ نے
ٲبستھ ہرِ جایہِ کینْہہ نے

قادِرو اصلس وَصِل گوَ
فصِل کیا چھُس کینْہہ نے
رأی تہ ربِّی برِّی پِرِی تن
در قُرآن آو کینْہہ نے



کلامِ فقیر احمد بٹؔ

# باتھ

عشقا چھُنا بوزِ ونہِ بوزُ تو
کن تھاو بے بہا چھیے
عشقہِ نارِ عاشق دِدی متھی چھیے
کوٚر ہَس سرٚ نشار

یَیلہِ نہٚ کینْہہ اوس تےٚ تیلہِ کیا اوسُے
کُن اوس خلوت سٚیے
مُشتاق پانے پانس اوسُے
اوسُے نہٚ گُل تہٚ گُلزار

عشق کوٚر پادا پروردگارن
نوٗر ووتھ ہا تمےٚ سٚیے
ظوٗہہ ہوٗر تمہِ گوٚ دونوٚنی عالمن
ناو پیوس رسوٗل موختارؐ

تُہندے عُشقہٕ عشقے آدم نوٗدنے
ملکو کرہَس باگیے

عشقے ستی پاد گرنے حوا

عشقے چھے ملہ زار

عشقہ ستی نظر پیہ حضرت آدمس

لیکھتھ وُچھن تتھ شیے

لا الٰہ الا اللہ چھکھ زے پانے

دوئیم کُس چھے یار

عشقہ پیٹھ عشق کورنے پادا

عشقک کھوونکھ پیئے

عشقہ نار عاشق دُدی ہتو چھیے

کورہس سر نثار

عشقہ پیٹھ مرسل گری نے پادا

فدا آسی اصل پیئے

عشقے تمن او سے مُدا

ندا او شکھ کار

اکھ لچھ زوو ہہ ساس پیغمبر چھیے

عشقس ہیئر کھزا گیے

عشقہ بہر کر کھ پننی شیے

حقس رووُ دم مٹے دار

وُچھتو مَلَن بابَن عالی مَن
ہیتَن زاگان چھیے
وُچھتو سالِکَن صابرن عاری فن
عُشقکی چھےِ غمِ خار
عُشقہ روٗس آدم کیتھ کیتھ زایاو
بُترائژ چار پا چھیے
مُشکے مُشکس پتہ چھےُ لاران
عُشقس مانے ژار
ییمِس یُس تمنا تس سُے بڑما
اُسرِ ریتھ چھُ غافل بیے
کیٚنژن جمع کیٚنژن سماع
کیٚنژن وُ چھےِ آشکار
دوٗرِ کَن دژایاو احمدی بٹس
ذرہ ذرہ ذرات چھیے
گرے پننے صحی کرتَن
وحی چھےِ بیقرار



# وُڑُن

پیر مو کھے کلمے تحقیق کوڑ مے
منہ مے پوڑ مے حق سیر ہو
سیر گنجہ ژشن چیر مے روٹ مے
منہ مے پوڑ مے حق سیر ہو
ژو پاری پھیر تھ وڑن مے دِ ییتیمے
وو نا و چھپے حق سیر ہو
زو جان اُتھی تیتھ فدا کوڑ مے
منہ مے پوڑ مے حق سیر ہو
اذ کار سلطان پادشاہ و چھپے
کنہ مے پوز مے حق سیر ہو
وو ند مے پننے سورا پوز مے
منہ مے پوڑ مے حق سیر ہو
کنو پتین کن مے دِ ییتیمے
تتہ مے سوڑ مے حق سیر ہو
دری یاو اندر مے سوزاہ پوز مے
منہ مے پوڑ مے حق سیر ہو

کوه طور پېښن کښته مټے لوزے

تته مې ژور نے حق سِتر هو

دیدو پښو دیدار کوړے

منه مې پوړے حق سِتر هو

ناسوته نِشن پر مې ژوټے

پې مې وچپے حق سِتر هو

ذرکي یارِ وحدت دامه مټے روطے

منه مې پوړ مے حق سِتر هو

ملکوته نِشن گاشالوب مے

ژه پارکي وچپد مے حق سِتر هو

جبروته نِشن تاب مے کوړے

منه مے پوړ مے حق سِتر هو

لاهوته نِشن تاب مے کوړ مے

تار مے وچپے حق سِتر هو

دِل هشیارن دامانه روټ مے

منه مے پوړ مے حق سِتر هو



# وژُن

آ دَن از چھے کعبس نَم ژ ے
دَم چھُے کَر تو حاصِل کینٛہہ
بحرس اَنٛدر رَینہٕ وُن کَمہ چھے
عشق تیتہٕ چھے مٮشانے
لُوکٹِس عُشقہٕ نار ناوِ ہٕژِنم چھے
دَم چھُے کَر تو حاصِل کینٛہہ
حرف ڈٮٛتھ یُس بے غم چھے
بوُزِتھ اَدٕ تیتھ کرِ انکار
یٮٚتہٕ کیو تتے ہٕسے برہم چھے
دَم چھُے کَرِ تو حاصِل کینٛہہ
کنٛو بوُزِتھ یُس محکم چھے
رَاضی لَسِ چھُے رسُول سو خَتا رِ
اَصلَس کمینس پھیر سر ہم چھے
دَم چھُے کَر تو حاصِل کینٛہہ
دُنی یا زاتتِن غفلت برم چھے
تمنا مٮنٛے چھم وُچھتن یار
جانہٕ پانہٕ بلکل لَسِ کُن نَم ژ ے
دَم چھُے کَر تو حاصِل کینٛہہ

ژوہ نونی طرفن گُنے بم چھے
وُنی یاد م چھے غنیمتھ !
ذکرِ تار پانس ذِکرِ ستی ہم ژےٚ
دم چھے کر تو حاصل کینْہہ

شیر چھے گرزان دِوان دم چھے
نار چھے ہران رات کیو دوہ
عقل کر پاد لونگ قدم چھے
دم چھے کر تو حاصل کینْہہ

یارن زاٚ جنس سُے مےٚ غم چھے
منہ مےٚ تقوٚ ونم لکہ وُن نار
دیمنا دیدار کیا لس کم چھے
دم چھے کر تو حاصل کینْہہ

شریعتھ شُمار طریقتھ دم چھے
اندرے وحدتس ژھوہ ماران
حقیقتھ حق زان وُچھ سر ہم چھے
دم چھے کر تو حاصل کینْہہ

رہبرس پننس خدمتھ کرم ژےٚ
ماری فتھ چاوی گرِ ھ بےدار
احمدِس فقیرس کُن سرخم چھے
دم چھے کر تو حاصل کینْہہ





# وژُن

عاشقو ووّن دِلہٕ پننِس پانَس
جانَس چھ مِلہٕ وَن جہانَس ستی

بانگ تےٚ صلوٰۃ ہَتھ ہٕشنز مان ژٕرے
زان ژٕرے آخر دُنیا فنا
فکرِ ہٕنزِ رزِ لَم گارژٕرے پانَس
جانَس چھ مِلہٕ وَن جہانَس ستی

سپر ہو باوُن گرٕ ھنہٕ غار زانَس
بُلہوس آسی پانَس ستی
نتہٕ گرٕ ھ باوُن لولہٕ کِس بانَس
جانَس چھ مِلہٕ وَن جہانَس ستی

زانہٕ رٕنٛز گیا یم عشقہٕ دوٗکانس
زآنۍ ستۍ روٗزِتھ چھُے برجوش
مانہٕ رٕینہٕ دوٚپنے ییتھ روزِ پانس
جانس چھہ میلہٕ وَن جہانس ستۍ

مِثال کیٚشا کرِنس بےنِشانس
پانس ستۍ چھُس پنُن رنٛگ
ظہوٗر میلِتھ دِانس دِانس
جانس چھہ میلہٕ وَن جہانس ستۍ

کرے وکھ ہو پیٚتے آسمانس
محیط میلِتھ ذٕرانس ستۍ
احمدٔ بٹو ووٚن دِلامکانس
جانس چھہ میلہٕ وَن جہانس ستۍ





# وُژن

لول سیٹھا درشُن دِ تم!
از مے یِتم یارو لو
یِتہ ٹاٹھہ بیگرس گرُد تھم یتم
از مے یِتم یارو لو

لو کچار ژٔنہ نارٔکالی گرِٹھہ برتم
وو فاکٔس وڑاو یارو لو
دُنی یاین گرُٹھن روزی نہ یہ دَم
از مے یِتم یارو لو

اُنٛدری زآج تھس توٛنٛدرس یہ دَم
وَس مے زآج تھم نارو لو
بے عارِ اِنصاف ما چُھے اکھ نم
از مے یِتم یارو لو

غارزان لوگتھ مٹے گئی ستم
مٹے گے دِ تم یارو لو
مس خم خانے چاو تم محکم
از مٹے یتم یارو لو!

لیہ مٹے لو ہم وچھان ونن
کھے مٹے کا ستم یارو لو
راے چھم چائی کارژ بیے مرکھم
از مٹے یتم یارو لو

بپاس مصطفیٰ دِل ہشار ہتو تم
عشقنہ نار ستی یارو لو
لچھ ناوِ گچھے گھٹھ مٹے بہتم
از مٹے یتم یارو لو

گنہ مٹے کا ستم کیا گرڈھی کم
الوداع چھس کران یارو لو
احمدی بٹس حبلوا دِتم
از مٹے یتم یارو لو



# نزان

عبدالاحد بیگ اوس صمد میرُن زِٹھ طالب تہٕ زامتُر نتہٕ۔ میر اوس اَمِس سیٹھاہ قدر کران تہٕ ونان چھِ لیوان زِ تِمۍ اوس عبدالاحد بیگس پانس پتہٕ سجادٕ نشین مقرر کوٚرمت۔ بیگ صاحب اوس لوٚکچارِ پیٹھے صوٗفی طبع تیکۍ تہٕ نوٚوہَرِ پیٹھے اَسس حقیچ کل گنے متٕر۔

بیگ صاحبس آسی وارِیاہ طالب یِموٚ منزٕ وۄنہِ وارِیاہ حالے حیات چھِ، تہٕ تِمن منزٕ روٗحانی رہبر داد چھِ دِوان۔ یِم آسی وُمبرِ رفگرِ کام کران تہٕ سیٹھاہ سادٕ زندگی گُزاران۔ بیگ صاحب آسی صفا گدٕ بلکہ روزن والی تہٕ اَتے گیہِ یِم ۳۰ دسمبر ۱۹۷۲ ہَس خودا صاحبس ٹاٹھی۔ امہِ ساتہٕ آس یِہِنزٕ وانس[۵۲] دۄن نٕٛراہ وُری۔

بیگ صاحب چھِ کم کاسہٕ گینگرا یہ تہٕ اسیمتی کران، تہٕ صمد میرنی مکمل بیاض آس یِموے موحفوظ تھاوِمٕژ، یِیمہِ نِشہِ کلیات صمد میرک دوٚیُم ایڈیشن چھاپن وِزِ مِنے سیٹھاہ فایدٕ تُل، خودا صاحب کرِن بیگ صاحبس جنت نصیب۔ موحفوظ روزنہٕ خاطرٕ چھُس بہٕ کلیاتِ صمد میر کِس آخرس پیٹھ بیگ صاحبنٕ کینٛہہ وژن درج کران یہِ ہاوِتھ دِنہٕ باپتھ زِ رحمان ڈارس پیٹھ بیگ صاحبس تام روزامہِ لنجہِ ہندِ صوٗفیَن شاعِری ہنتی سیٹھاہ لوے خوے۔ اما پوٚز عبدالاحد بیگ تہٕ آسی ابنِ صمد میرس پتہٕ چھِ وۄنی اتھ سِلسلس تھکھ ہیوٚہ لیوان باسان۔

موتی لال ساقی

# کلامِ احدبیگ



## وژُن

کتہِ یارس قرار لوٗگمے

بالہِ چھُمے سنٛدے ارمان

ونہِ ژھاران لوٗسُم سُمے

بالہِ چھُمے سنٛدے ارمان

قالو بلی ییلہِ دوٗپنمے

مالہِ اکہِ گوس شانہ داران

زالہِ لوگنس بہٕ زُمہ زُمے

بالہِ چھُمے سنٛدے ارمان

چیرخہٕ ییندرس توسہٕ کتوٗمے

ستہ سوس چھس پن کھاران

وردی دی تی اُلُبے

بالہ چھُپے منٛے ارمان

نُورِ ظہور نوٗ راہِ وُچھے

حوٗرِ وُچھمس ساز شیران

پوٗرِ محبتہ وین وان تے

بالہ چھُپے منٛے ارمان

دوٗرِ دوٗرے تیرلاٗینے

سینہ منٛے کو رِتھ بریان

ژوٗرِ نشولس وارِ ما چھُپے

بالہ چھُپے منٛے ارمان

بیلہِ شمہن گتھہ ترٛوونے

ذرٛاو پونپر گتھہ مارٛان

تلہ کرٛایہ منٛز پان ترٛونے

بالہ چھُپے منٛے ارمان

بستہٕ کرٕنس زلف خمے

استہٕ کرٕ نم ناٗلی زولان

مست مدہوش شہمار تے

بالہ چھُپے منٛے ارمان

عشقہٕ ژٲرس نارٕ کیا چھُے
تشنہٕ تھوٕلنس چھُمنہٕ لوان

رٔشکہٕ میانے ژھایہٕ رٕودٕ مے
بالہِ چھُپے مٹے ارمان

دینہٕ ڈٕولنس کینہٕ روٹے
شین تن چھُم سآرے گلان

چلینہٕ شیشس منزٕ ڈیوٕ ٹھے
بالہِ چھُپے متے ارمان

گرِ پنٕنے سرکوٗر نمے
احد بگیس جانِ جانان

مرِ مرٕ ژوٗل ووٕنی کتیا غمے
بالہِ چھُپے متے ارمان





# وژُن

تھپھ سۆ کلینہٕ رُس رُس
ستھ دُس تھاوِتھ زان
گیپھ چھُپہٕ اَکھہ زِ بوٗمس
ستھ دُس تھاوِتھ زان
ذاتِ پاکُن قالوٗ بَلیٰ
ساتہٕ اَکے کوٗرُن فرمان
وانت توٗ تےٗ لا کرغمس
ستھ دِمس تھاوِتھ زان
ہوش کر توٗ زیرس تہٕ بمس
گوشس دارتھ گرڈھ لوٗزان

بوٗش گوٗنڈُم تو تہٕ ماہمس
سیٚتی دِمس تھاوِ تھران

واد دِتُمت یاد کونہٕ ہیمس
ساد ژٕ مولاگ غمارزان

ژیاد گرژھی اُنیتھ کمس
سیٚتی دِمس تھاوِ تھزان

نار گوٗنڈُم برسر شمہس
پان زالُن اوس ہاران

دزاو پونپُر گیتھ بو دِمس
سیٚتی دِمس تھاوِ تھزان

احمدِ بیگو جام چمس
عاسکن تمتہٕ گو کیسان

بیہ عشقنہٕ ژٕ ہاتے نمس
سیٚتی دِمس تھاوِ تھزان



# وژُن

چشمہٕ لوسم یِتیم نایار !

اِنتظار ہے لُتھ یِیے

تشنہٕ تھاوتس آسن ما عار

انتظار ہے لُتھ یِیے

شاہ یوٗسفس ماہ روٗ رخسار

گیہٕ زُلیخا مُتھ یِیے

دژا سیرِ مصرس سرِ بازار

انتظار ہے لُتھ یِیے

شیخ صنعانؔ پرِہیزگار

بُدرِ تمُی بارِ ہیُتھ یِیے

ہیٚنزِ اسکے کوٗر گرفتار

انتظار ہے لُتھ یِیے

مجنوٗن نَن رُڈ نجدِ غار

لاگہٕ ہیٚند مار مُتھ یِیے

نے ہند پانے زٔاو اند مزار

انتظار ہے لُتو ییہ

ہیوت شمہن بو سر نار

پونپرِ کرِ سں گنڈ ییہ

پان زوٚلنے ہا یک بار

انتظار ہے لُتو ییہ

جوشہ آمٕت باغِ شالہ مار

بُلبُلو نالہ دِتی ییہ

گُل گژھن بر پیتھ روزِ خار

انتظار ہے لُتو ییہ

موت منصور کھوت بِ دار

انا پور نے مُتی ییہ

کنہِ لا یہ ہس کور کیہ سنگسار

انتظار ہے لُتو ییہ

احد بگین وٗنی ایثار

دِل ہُشارن کِتی ییہ

مانہ بوزُن بینا دار

انتظار ہے لُتو ییہ

## وٕژ

ولا بر خیز شب ہشیار — لبکھ آدٕ بارٕ ہوٗ ہوٗ ہوٗ

واللہ ووٗنم یہ چھےٚ آشکار — لبکھ آدٕ بارٕ ہوٗ ہوٗ ہوٗ

ژٕ ژھارُن پیر شہ ہاوی وَتھ — زٕ سیرے حق شہ ہاوی کتھ

مےٚ عرفان گژھکھ ادٕ چھتھ — سرکھ بیلہٕ کارٕ ہوٗ ہوٗ ہوٗ

ژٕ انفاسن کہ کھ لوٗڈ پاس — سرکھ درٕ ذکرِ حق اخلاص!

گژھکھ چھتھ مس خاص الخاص — میٚنے سرشار ہوٗ ہوٗ ہوٗ

خلیل اللہؑ لوٗڈکھ در نار — پھوٗلی نارس تمیس گل زار

بنو تس جلوے دیدار — چھنیس درنار ہوٗ ہوٗ ہوٗ

فنا فی اللہ ژٕ کرحاصِل — بقا باللہ چھُ کر مُشکل

چہ منصوٗر ادٕ بنکھ واصِل — کھسکھ بر دار ہوٗ ہوٗ ہوٗ

چھُ احمد بیگ طالبِ اسرار — چھکھے لیس پیر ہر ہبہ ژھاد

وُچھکھ ژٕ دیدوے دیدار

کرکھ بیلہٕ کارہ ہوٗ ہوٗ ہوٗ



# وڑے

کمرتے بو ٹلی ٹلی بیے
وے سون نازلیے
ترو حضرت ٹلجیے
وے سون نازلیے
تو تے کیا پیچھی زلف کلمار
کرتے کا تیاہ گرفتار
بیے چھی ہلکی ٹلی بیے
وے سون نازلیے
کنے دوذرن چھپے گراے
وتن ہندی ہرنے آسر ـ

یہ ماز اَہنہ رتہٕ ژُلیہ

وَلے سون نازٕ لیہ

ژٕ ییٚ کیا چھے تُمبہٕ کمان

رُمہ رُمہ تیر لایان

جگر گوم رَتہٕ کھٔلیہ

وَلے سون نازٕ لیہ

ژٕ یئٚ کیا چھے نستہِ خنجرٕ

دِن آعہٕ نس برابر

اُلُن ایہٕ زٕ لیہ

وَلے سون نازٕ لیہ

ژٕ ییٚ کیا چھے رُوے پرنُور

ژٕ ما چھکھ جنتٕچ حور

کنتھو کرٕ طوطہٕ گلیہ

وَلے سون نازٕ لیہ

ہانجہ چانے دِیتھم برٕم

چھُداتھ منٛز آب زم زم

منے چاوتھم گلی گلیہ

وَلے سون نازٕ لیہ

لالہ ملال نال وِچھے

اکھ اکھ گنسز پرآوی تھئے

لحب بدک ڈوڑ پھلکر سیے

وَے سولن نازڑیے

کرے پادن فراسر

اعد پیگس نظر کر

مرشرلکس برولڑیے

وے سون نازڑیے



